# کأشرِ نثرکی تأمیر کار

شفیع سلطان پوری

کأشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر

# کأشُر نثر تہٕ نثر نِگار

(اکھ توأریخی، تحقیقی تہٕ تنقیدی سام)

مشعل سلطانپوری

کأشِر ڈپاٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر

کتابہِ ہُند ناو : کاشرِ نثرٕکۍ تامیرکار

مُصنف : مشعلؔ سُلطانپوری

اہتمام : سومناتھ پنڈت

گوڈنیک چھاپ : ۱۹۸۲ء پانژہ ہتھ

مول : [illegible]

سرورق : مسعود حسین

خوشنویس : غلام حسن

(جمال پریس دہلی)

پبلشر

کاشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر

# فہرس

۷

# عرضِ ناشر

زیرِ نظر کتابہٕ ہُند مۆلہٕ مُدا چھُ کأشرِ نثرِ کِس تواریخس سام ہیٚنٛز تہٕ امہِ کِن تأمیر کارن ہُند بیوٚن بیوٚن دِیت پرزنأوِتھ کٲہم کأشرِ نثرِ ک تخلیقی قوٚوتھ ژھینٛج ہنا دارِ وِستارٕ سان کوٗشِش کرٕنۍ۔ یٔمنِہ اندٕ گوٚڈنیٚچ باگہِ بٔرژ کوٗشِش آسنہٕ سببہٕ یوٚدوَے اَمِچ اہمیتھ ناکارٕ چھےٚ مگر اَمیُک تحقیقی تہٕ تنقیدی لحاظہٕ کٔنہِ تقویلی مُطالعہٕ ستی مشخص۔ فلحال ہیکوَ بی ہاوس گٔرِتھ زٕ زانن والین نِش واتہٕ کٔنز تلہِ مشعل صاپنز یہٕ تصنیف کأشرِ نثرِس متعلق زیادٕ ٹٔٹس تحقیقس تہٕ مولیس تنقیدس پاس۔

رحمان راہی

# گوڈکتھ

پَرٕ کتاب لیکھنَس منٛز ہیم مُشکلاتھ یوان چھےٚ تِمن ہٕشِنٛز چھےٚ
لیکھن والین خبر۔ کتابہٕ نہٕ دستیاب۔ کٲشرِس منٛز لیکھنہٕ آمٕژن اَکھن کتابن
ہُنٛد ناوٕے تکِن ہیٚشِٕن زبانِن ہیٚپھ تہٕ کتابہٕ نہٕ گَژھنی۔ یاتہٕ پٕریمہٕ والین ستو
تنازٕ کِنتو تُمتی دوہہ درٕیمِہٕ مُنتہٕ نہٕ چھاپ سپدٕنچ وارٕی آمرُژ۔ وارِیاہ کتابہٕ کم ہے
تیداوس منٛز چھاپ سپز مگر تہٕ وعمٔنی نہٕ تِہُنٛد نِشانہٕ تہٕ نوٚن۔ لیکھن والی ہنٛز حالس
منٛز مسن۔ کانٛہہ نہٕ کانٛسہ اَتھ روٗٹ کرنَس تیار ہے۔ کٲنٛسے ذاتھ نامہٕ متگوٚشہ
نہٕ کرِدنے پھران تہٕ یا دِیاوُر یاوُرنہٕ چھےٚ جُدا ہے دِوان۔ عام طور یہٕ وَنُنہٕ یوان
زِ ہیٚتہٕ ساٖے اَزکس چھےٚ تیٚشٕر فرصت زِ کانٛسہ ہیٚشِٕنز کتھ روزہٕ ہس یاد۔
فرصتھ! فرصتھ چھےٚ تہٕ کَس، یہٕ چھےٚ پوٚزُے۔ اَتھ کیاہ چھُ تٔلیہٕ
بلاج۔ کانٛہہ کرٕ ناکاٖمے؟ خاص سٕے کرٕ کٲم شوٗرۄ۔ ہیٚنتہٕ طرفہٕ کرٕم کوشش
کِتابہٕ اِسعہ سراوُنٕچ تہٕ ذاتھ نامہٕ حاصل کرٕنچ۔ دوہہ نی آمہٕ نہٕ کامہٕ ہُنٛد تہٕ انداز
موجوب ذاتھ نامہ تیتو ضنوٗر کر رٔٹھ تہٕ البتہٕ کتابہٕ آسہٕ ضروٗر دیکار۔

وقاوس گنڈٕتھ، سیٹھا کم وقاوس کتاب لیکھنہٕ خاطر دوہہ
روٗد مُت۔ کتابہٕ ہُنٛد موضوٗع اوس منگ کران زِ اَکس اَکس کتابہٕ پیٹھ گژھ
واش گنڈِتھ لیکھنہٕ یُن۔ مگر اَول گنڈٕتھ وقتَس منٛز کتاب لیکھنٕچ تہٕ دوٚیم
لیکھنک حد تہٕ مقرر آسُن۔ حرف زٕتیمی یا پتھٕ تاجی سامِن لفظ یا صفحہ ہتہٕ جوڑا۔
یِمَن سارِنے دولابن تَل دِتھ لیچھو ستےٚ یہٕ کتاب۔ اَتھ منٛز تھوٚو ستےٚ

۱۹۴۷ء یس تان تأریخی انداز قایم۔ تِکیازِ ۱۹۴۷ء بروٚنٹھ چھُ وارِیاہ کم نثر لیکھنہٕ آمُت۔ تہٕ یہٕ لیکھنہٕ آمُت چھُ تتھ منز نہٕ چھےٚ ڈراما زیادٕ۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ لیوٚکھمُت نثر بأگرِ وِ مےٚ مختلف شوبن منز مثالہ پأٹھۍ ڈراما، افسانہٕ، ناول بیترِ۔ ڈراماہن ہُنٛد ذکر کٔرُم اَدٕ کینٛہہ گوٚڈنیتھ زِ تیمہٕ اُس ۱۹۴۷ء بروٚنٹھ نہٕ رِوایت تہٕ تتھ سیٚتہٕ آمیٚژ پنہٕ واتنہٕ خاطرٕ اوس گوٚڈٕ اَمہ کہٕ تذکرٕ ضروٗری۔ بیٚیہ اَمہ کینٛہہ زِ ۱۹۴۷ء پتہٕ آدٕ گوٚڈنیتھ جادٕ توجہ اَتھی کُن دِنہٕ۔ اَمہ پتہٕ لیوٚکھ مےٚ افسانس متعلق تِکیازِ ڈراما پتہٕ یتھ نثری صنفس ییٚمہٕ جادٕ ترقی قلم تُلنہٕ آو سہ چھُ افسانہٕ۔ افسانہٕ آو پتہٕ نیوٚ ہأچہو کینٛہہ مختلف دورن منز تقسیم کرنہٕ۔ ییتھ پأٹھۍ ہتو مےٚ شوبن منز بأگرأوِتھ تہٕ اَمہ کتھہٕ ہُنٛد خیال زِ تأریخی سلسلہ گژھہ پرتھ نثری صنفک برابر قایم روزُن۔

ترجمہ خاطرٕ کوٚرٕ نہٕ مےٚ الگ عنوان قایم۔ مےٚ اُنی کأشرٕ نثری ترجمہٕ پنٕنس شوبس تحت۔ ناولہٕ ہُنٛد ذکر کران کوٚر مےٚ ترجمہ کرنہٕ آمژن ناولن ہُنٛد تہٕ ذکر تہٕ ییتھے پأٹھۍ افسانن سیٚتی ترجمہ افسانن تہٕ ڈراماہن سیٚتی ترجمہ ڈراماہن ہُنٛد۔

کتاب لیکھان لیکھان سُپُد مےٚ عمارتھ زِ یمن پنٛژاہن ورین منز کوتاہ نثر چھُ کأشرس پأٹھۍ لیکھنہٕ آمُت۔ یوٚدوے باقی زبانن ہُنٛد نثر لیکھنہٕ آمتس ییٚتہٕ سےٚ کالہٕ کِس نثرس مقابلہ یہ نہٕ آسنس برابر چھُ۔ مےٚ ہتو صرف کأشر نثرُک مےٚ حصہ عموٗمن نظرِ تل یُس چھاپ سپُد مُت چھُ تہٕ تفصیلی ذکر کرُم تیمےٚ ہُنٛد، یُس کتابن ہُنٛد صورتس منز بازرس پیوٚمُت چھُ۔ الگ الگ مضموٗنن ہیٚنٛدہ کوٚرٕ نہٕ مےٚ زیادٕ بحث تِکیازِ تنیٚلہ اوس کتابہٕ ہُنٛد حجم ہُرنُک احتمال۔

بنان چھُ زِ تعہیہ میلہٕ یتھ منز کینٛژن کتابن ہُنٛد تفصیلی حال نتیجہ

آسہ اَکے وَجہہ زِ سعہ کتاب آسہ نہٕ مےٚ کوشش بأوجوٗد حأصِل سپدِتھ

یِمہٕ ہِنٛد مختصر ذات نامہٕ نامُکمل آسہ تھٲوِتھ تہٕ آسہ یوٗہے وَجہہ۔

مےٚ کٔر کوشش زِ یِمَن کتابن مُتعلق خیال ظأہر کران گژھہٕ نہٕ تِمن کتابن مُتعلق باقی ادیبن ہٕنٛز راے مُشراوُنہٕ ییٚنہٕ۔ تِمہٕ ہِنٛد حوالہٕ گژھِن تَمہِ جایہِ جایہِ نظر۔ عبارژن ہِنٛد نموٗنہٕ چھِ مےٚ تِتھہٕ تیٚتہِ سیٛتھا سیٛتھا دِتۍ مُت یِیتہٕ یِیتہٕ ضروٗرۍ باسیوو۔ لہٰذا اوس نہٕ الگ نموٗنَن ہِنٛد کینٛہہ تہِ ضروٗرت بیٚیہ اُس بیاکھ کتھ تہِ اہم زِ نموٗنہٕ کھوتہٕ اُس کتابن مُتعلق تہٕ نثرس مُتعلق راے ژھارٕ یِکار ——

لیکھن والین ہِنٛد مختصر تعارف (زان) چھُ پتھ لاگن دِنہٕ آمُت۔ یُہ دوٚیے اَمیُک مےٚ زیادٕ ضروٗرت باسیوو زِ، تِکیازِ لیکھن والین ہٕنٛز ادبی خدمژ ہٕنٛز ذِکر اُس تِہنٛزِ کتابو پیٚٹھ نشہِ ظأہِر ووں دِتۍ مُت یِیہ اَوٕ کینٛہہ تام کہ تِہنٛزِ زندگی متعلق نہٕ لگیہ خبر اَتھ۔

یِکھارن سیٛتھا تِہنٛزِ ادبی خدمژ ہٕنٛز ذِکر کران چھُ مےٚ کأشرِس نثرس نٔنہِ ہِنٛد دِتۍ مدِ نظر تھوو مُت۔ تہٕ تِہنٛزَن تیمِہ کوششَن ہِنٛد تذکرٕ کوٚرمُت ییمہٕ نموٗنہٕ نثرس پوچھر دِنہٕ خأطر کٔر۔ اگر کانٛہہ شأعر تہِ چھُ تِہنٛز کوٚہ سہٕ کہہ شأر سعہ مبرن چھےٚ بازرٕ پییہٕ، تِمُک چھپُنہٕ مےٚ ناوٕ ہیٚتھ تھوو مُت —— مبوٗن موضوٗع اوس نثر نہٕ شہ۔

اَدبی نہٕ ثقافتی انجمن تہٕ تِمَن ادارن ییم کأشرِس ادبس سیٛتھا کنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگہٕ تعلُق تھاوان چھِ، ہُنٛد ذِکر چھُ اَوٕ کینٛہہ کرنہٕ آمُت زِ تِہنٛدِ سیٛتھا چھُ کأشرِس نثرس وارِیاہ فأیدٕ ووتمُت۔

مشعل سلطانپوری

# کینژہہ رسم خطس متعلق

زبان چھےٚ اِظہارُک ذٔریہٕ یُس تہٕ تیمن آوازن ہُنٛد مجموعہ یم اَسہِ پننِٚ خیال بیٚین تان واتناونہٕ خاطرٕ زٕٛوٕ کڈان چھہٕ۔ یِمنےٚ آوازن چھہٕ لفظ بَنان۔ لفظس تہٕ مانیس چھُ سُے رِشتہٕ یُس جِسمس تہٕ جانس چھُ۔ اَکہِ روٗس چھُ بیاکھ اڈلیٚوٗک تہٕ نامکمل۔ مانہٕ چھُ باطن تہٕ لفظ گو ظاہِر۔ آوازن بنےٚ ہیٚتھ یِم لفظ لیکھنہٕ خاطرٕ چھہٕ کینژہہ علامژ مُقرر کرنہٕ یوان تہٕ یِژھن علامژن چھہٕ اَسہِ (رسم خط وَنان) یِژھہ کُنہِ زبانہِ چھُ پنُن رسم خط آسان۔ موٗلی ہیٚر چھیٚر کریٚتھ چھُ بلکہٕ اَکے رسم خط اَکہِ کھوتہٕ زیادٕ زبانن خاطرٕ تہٕ استعمال سپدان۔ زبانہِ ہِنٛدِس یِژھنس پوٚژھنس تہٕ وُسعتھ لبنس سیٚتی سیٚتی چھہٕ رسم خطس تہٕ کینژہہ ترٔقی کیٚنژھ سپدان یُتھ سُہ مُکمل ذٔریہٕ بَنہِ کانٛہہ زبان رٔژھراونُک تہٕ تتھ اَندر پریٚتھ کانٛہہ خیال گوٚمہ رٹنُک۔

## (۱) شاردا رسم خط

کٲشرِ زبانہِ ہُنٛد آگُر بُد کڈنہٕ چہِ کوشِشہِ منٛز نظر تھٲوِتھ تہٕ مختلف زمانن منٛز اَمہِ چِین مختلف شکلن ہُنٛد پے پتا لگِتھ چھُ یہِ وَنُن پیوان زِ اَنٛد پیٚٹھ آتھن تام چھہٕ اَتھ کُنے رسم خط روٗدمُت۔ اَتھ چھہِ واریاہ سیاسی سماجی، لسانی، مذہبی تہٕ باقے وجوہات۔ ازتام یوسہٕ شیٚچھ بوٚد اَسہِ تام وٲژمٕژ چھےٚ تمہِ تلہٕ چھُ نشان زٕ اَتھ اوس گوڈٕ شاردا رسم خط۔ اَمہِ رسم خطُک زمانہٕ مُشخص کران چھِ کوشُر ادیب تہٕ محقق ادتار کرِشن رہبر لیکھان ـــ

"شاردا لپی چھیہِ اٹھمہِ نومہ صدی منز شہہ لبان۔"[1] پوز چھیس اَکس کاشرس ادیبس چھُ
اتھ ستی اختلاف شہ گو وسو رگیا منشی اقبال ناتھ ونپوہ۔ تمی چھُ امہِ رسم خطک آگر
مشخص کران گیہ بہ شاردا تپر ٹھس ستی ودٕ تمت تہ گیہ اکہِ افسانک مدد میو تمت
زِ اکہِ زمانہ ہساگیہ کاشرین اچھر زانی مشتھ۔ یتہ کرِ تمو سنج تپسیا تہ بھگوتی ہیتھ ناودی شاردا
خطا تسند قیاس چھُ زِ اچھر زانان مشتھ گرتھنک گاشلیہ آسہ مشہور ظالم بادشاہ مہرگل پندہ وقتہ
سپدمت یمہ کنی یہ رسم خط ودٕ جودس ینگ زمانہ شتم صدی بنان چھُ۔[2] امسہ بروٗنٹھ
کُس رسم خط ادس کاشیرِ منز یتیمہ زبانٕ خاطر مروج؟ تتھ متعلق چھُ اوتار
کرشن رہبر صابن قول یہ زِ یہ گرتھ آسن کُٹل تہ کُٹلہ برونٹھیم گپت لپی
تسندی کنو چھِ کُٹل لپی ۶۰۰ء پیٹھہ ۹۰۰ء تام تہ گپت (وٕ لپی) زوری مہ تہ ہیتھری مہ
صدی منز مروج اُسمژ۔ یم دوشوے لپی چھے براہمی لپی ہنز ترقی یافتہ شکلہ
تہ شاردا خط چھُ یموے نزبیو پیٹھہ ودٕ تلیومت۔ اقبال ناتھ جی چھِ اتھ
کتھہِ ستی اتفاق کران زِ شاردا خط چھُ براہمی خطہٕ نشی ودٕ تلیومت مگر
حالانی چھِ یہ زِ تسندی کنو آیہ نہ یہ لکھائے کشیرِ منز کینشہ۔ بیٹہ چھُنہ کتہ
حالہِ امیک کانہہ کتبہ اتھہِ آمت۔"[3] بقولِ اقبال ناتھ جی اُسہ اشوک
بادشاہ سندی کالی 'اٹک' دریاوس یپارِ بتھہ ہندوستانس منز براہمی
اچھر تہ اٹک دریاوس اپارِ کھروشٹی اچھر چلان۔"[4] اقبال ناتھ جین
مطلب چھُ اپارِ لفظِ نشہ کشیر وغارہ تہ یپارِ لفظ نشہ باقی ہندوستان
پنن قول دوٗر ثابت کرنہ خاطر چھُ سُہ کھوٗ ہامہ تہ ہارو تہ چھُن لکھ ہِیُت (کشیر)

---

۱۔ کاشر ادبچ تاریخ۔ جلد اکھ۔ اوتار کرشن رہبر ۲۔ شاردا لکھائی
سون ادب شمارہ ۶۸ ۳، ۴ شاردا لکھائی سون ادب شمارہ ۶۸ اقبال ناتھ ونپوہ

ہُنٛد حوالہٕ دِوان وَنان زِ یِم چھہ کھروشٹی خطکۍ۔ یہٕ خط چھُ شاردا برعکس دٔچھنہٕ
پٔلٔنٛچھ کھوٚور لیکھنہٕ یوان۔ یہٕ کتھ مدِ نظر تھٲوِتھ چھےٚ کھروشٹی خط شۄروٗ
سپدُن پنٛچ کتھ بُدھن ہنٛدِس زمانس نال وانان۔ شاردا رسم خط چلیوو
بٔیتہٕ زٔکٔن ہنٛدِس: مانس تام بشہُور کوشُر ادیب تہٕ محقق پروفیسر محی الدین
حاجنی ہنٛدِ وَننہٕ موجوٗب "اَتھ وقتس تام اوس کٲشرٕکۍ رسم خط شاردا۔ اَمہِ پتہٕ
آو نستعلیق۔"[۱] یتھہٕ کٔنی رُوٗد یہٕ رسم خط ستن اُکٔن شتن ؤرِیٚن چلاوُن
وَننہٕ چھُ یوان زِ یہٕ لیپی اُس سنسکرت لیکھنہٕ خاطرٕ استعمال سپدان۔ کوشُر تہٕ
آو اُتھۍ رسم خطس منٛز لیکھنہٕ۔"[۲] "یہٕ اُس چھُلتھ سنسکرتہٕ بانیتھ یوسہٕ
کٲشرٕ ین بٔٹٔن ہنٛز مذہبی زبان اُس تیٚلہٕ تہٕ تہٕ اَز تہٕ چھےٚ۔ یہٕ چھُ سٕہی زِ اَتھ منٛز
آو کم کاسہٕ کینٛہہ کوشُر تہٕ لیکھنک دُسلابہٕ کرنہٕ مگر یہٕ اوس نیٚبرِ ژُمہٕ دِلہٕ
بٔلکہ مجبوٗری سببہٕ لیبو کٔہ کانٛسہٕ کانٛسہٕ کینٛہہ کوشُر یمن اَچھرن منٛز۔"[۳]
یہٕ دوٚیم کتھ چھےٚ ہنٛدِ وَنان۔ خاص کر اَمہِ کنٛہ زیڈ شاہ صاحبنس زمانس
منٛز یہٕ کوشُر لیکھنہٕ آو تتھہ اوس رسم خط شاردا اَمہِ زِ حاجنی صاحبنہٕ بیٚچھ
کنہٕ وَننہٕ آمُت کتھ کنو باسان چھُ۔

(ب) فارسی رسم خط

زٔکٔن ہنٛدِس زمانس منٛز گۄڈٕ دوےٚ نستعلیق خطس رواج لوٚگ مگر اُمو ژٔٹ نہٕ
مکمل طور شاردا خطچ جاے۔ اَتھ لرِ لۄر گو پتہٕ ناگری رسم خط تہٕ شۄروٗ وٕیس جاے تہٕ
ہیشہ ین منٛز مُروج روٗد تہٕ وُنہٕ تہٕ چھُ کانٛہہ کانٛہہ پٔن پننہٕ جایہٕ اَتھی خطس منٛز
کوشُر لیکھان۔

خود موٗ خطارٕ ی راوِنہٕ پتہٕ روٗزِ تہٕ کٲشرٕ ین پننہٕ زبان ورتاوٕنچ تہٕ کوشُر

---

۱۔ کٲشرِ نثرٕچ کتاب۔ پروفیسر حاجنی ۲،۳ شاردا الکھائی۔ اقبال ناتھ وَنیوہ
(سون ادب ۶۸)

ییکھنہٕ آناپیرٛے۔ تِمو اُکیُو دوٚہ خوٚتہٕ دوٚہ فارسیس کُن تہٕ پنٕنۍ زبان ہیٚنِژ کھ
مُشراوِنۍ۔ فارسی لیکھنہٕ خاطرٕ اوس یِمن مجبوٗرن نستعلیقہٕ کےٚ ضنوٗرٕ وربتھ اَمہ
پَتہٕ ییلہٕ پٔٹھانن تہٕ سِکن ہِندِس دورس منٛز تِمو وارٕ وارٕ بییہٕ پننہٕ زبانۍ
مآل بَرنہٕ لگو تِمو ہیوٚت نستعلیقے استعمال کرُن۔ البتہٕ ہندوستانس منٛز فورٹ
ولیم کالجس تحت اُردو تہٕ ہندی اکی زبانۍ ہیٚنِہ زٕ مختلف شکلہٕ بننہٕ تہٕ عام
سپدٕ نہٕ پتہٕ ہیوٚتُن اَتھ سِیتو ناگری رسم خط تہٕ ورتاوس منٛز یُن۔

بوٗتےٚ یوت نہٕ۔ انگریزن ہیٚنٛد کھوٚرٕ ییلہٕ کُنوٚ ہمہ صُندی منٛز وارٕ
پاٹھۍ ہندوستانس منٛز ٹھہرے یہٕ تہٕ تِمن مقامی زبانۍ ژھنگ پرنک
تہٕ یِمن سام ہینک موقہٕ میوٚل۔ کأشرِ زبانۍ متعلق اگر مضموٗن میٚتر انگریزی پاٹھو
لیکھنہٕ آے۔ کأشرُ لیکھنہٕ خاطرٕ ورتوو تِمو رومن رسم خط۔ یِمیُک ثبوٗت
گریرسن سُندِ کأشرِ ڈکشنری چھےٚ۔ یانے ہتس شتس وری بس جادٕ مُدتس
رودی کأشرِ زبانۍ ترےٚ رسم خط۔ مسلمانن منٛز نستعلیق۔ ہیٚنٛدین منٛز ناگری
تہٕ انگریزن یا غأر ملکی لُکن منٛز رومن۔ نہٕ ییہ چیز تہٕ سپُن اَمہ چہ ترقی خاطرٕ
اکھ رُکاوٹھ ثابت۔ کأشرُ لیکھن والیو کأشرِ ورتووجادٕ یِہن نستعلیق
خطے۔ بیچھنین لُکن منٛز اَسو جادٕ ترٕ مسلمان۔ چنانچہ مثنوی ییٚن تہٕ باقےٚ شأیری ہیٚند
بوڈ بارٕ ذخیرٕ چھےٚ اَتھی خطس منٛز لیکھتھ

## (ج) شوٗرمت رسمِ خط

۱۹۴۷ ہس تام لگِو زِیِہِ نہٕ ہیچ۔ کوٗششہٕ آیہِ کرنہٕ زِ ہِتہٕ ہتیہٕ ییٚزٕ
منٛز سارےٚ کأشرِ آواز ویٚپراونہٕ۔ موسوٗلی ترمیمن ہیچِز ییمہ کوٗششہٕ سٟد
کامیاب نہٕ۔ پوٚزپوٚر پاٹھۍ ہیوٚ کنِہو اَتھ خطس اصلاح کرنُک کانہہ قدم تُلنہٕ
ییتھ۔ عوامی راج بننہٕ پتہٕ آیہِ باقےٚ خطہٕ نظرٕ تھاوتھ اَتھ اصلاح کرنہٕ خاطرٕ اکھ

کمیٹی بناوِ نہٕ۔ یِمہِ مخصوص کأشرِ یوٚ آوازو خأطرٕ کیٚنہہ علامژ گرٕ تھ اُکھ خطس

نوٚ شکل دِژ۔ سوٚ کولن منٛز آیہِ کأشرِ چہِ درسی کتابہٕ اَتھی خطس منٛز لیکھناونہٕ،

چھپاونہٕ، باگراونہٕ تہٕ پرناونہٕ۔ پوٚز یِمن دۄن ہِنٛن تہٕ اوس "درسی کتابن اندر

اَکھ رسم خط تہٕ یِم زٕ [1] رسالہ خاص کر گُلریز "بیاکھ رسم خط ورتاوان" [2]۔

یہِ اصلاح شُدٕ رسم خط روٚدنہٕ کامیاب۔ لہٰذا آو ترک کرنہٕ۔ مگر یہِ

جادٕ مُفید بناونچہ کوشش روزٕ بدستور جأری۔ وۄں اُمس ییٚتہِ کلچرل اکیڈمی

تہٕ وۄں چھ دس آمژ یِتھی رسمُل خط نہٕ آسنہٕ کِنہ صورتس منٛز کأمہِ چلیہٕ نہٕ۔

اَمہِ کِنہِ نہٕ تہٕ باقے مجبوریو کِنہ تہٕ آو نوٚ سرٕ تہٕ نوٚ طریقہٕ نستعلیق رسم خطس بیٚیہ

اِصلاح کرنہٕ۔ یہِ سِلسِلہ نہٕ اَکی ساتہٕ بٔلکہِ وارٕ وارٕ تہٕ وۄنہٕ تہٕ چھ جأری۔ نوٚ اصلاح

سپٕن مُفید ثابت تہٕ یہِ رسم خط ہیوٚتن کامیاب روزُن۔ مختلف کأشرِ یو

مخصوص آوازو خأطرٕ آیہِ نوٚ طریقہٕ علامژ بناونہٕ تہٕ یِم علامژ ورتاونچ

اُصول آیہِ مُقرر کرنہٕ۔ حکومتکہِ طرفہٕ آو یہِ رسم خط منظور کرنہٕ تہٕ درسی

کتابہٕ ہیوٚتن اَتھی منٛز چھاپ سپدنہٕ۔ رسالہٕ ہیوٚتن اَتھی رسم خطس منٛز

چھپنہٕ۔ اکیڈمی ہنٛز کتابہٕ خاص کر کأشرِ ڈکشنری تہٕ سپنٛز اَتھی منٛز تیار۔

یِکھار یوٚ تہٕ ہیوٚت عام طور یوٚ ہے خط ورتاونہٕ۔ تہٕ وۄنی کِہِن چھِ نستعلیق

ییٚہے کأشر شکل مروج۔ یہِ خط چھُ سیٹھاہ سہل تہٕ مُفید۔ اُردو یا فارسی کِنیٚ یُس

یُس شخص نستعلیقس سیتی برونٹھے زان آسہِ تِمہِ خأطرٕ چھُنہٕ یہِ خط ہیچھُن

مُشکل۔ بییہِ چھُ گژھنہِ خدشہ تان یہِ اُردو خطس ہوٚسے تہٕ اُردو چھِ کشیرِ ہنٛز

سرکأری زبان تہٕ تہٕ ترین اکأرین بانے جومس، کشیر تہٕ لداخس درمیان

رابطچ زبان تہٕ۔

---

١) کوٚنگ پوش تہٕ گلریز ٢) کأشر نثرچ کتاب۔ پروفیسر حاجنی۔

## (د) اَزِیُک رسمِ خط

اَز چھُ یہِ کٲشُر لیکھنہٕ خٲطرٕ گُنہٕ، مُتفق علیہ، حکومتُک منظوٗر کوٗرمُت، سرکٲری تہٕ نیم سرکٲری ادارٕ چھِ تسلیم کوٗرمُت رسمِ خط۔ لہٰذا چھُ یہِ کوٗشُر پَرُن لیکھُن والیٚن ہِنٛد خٲطرٕ ییٚچھُن ضروٗری۔ اَمہِ خطُک مِنٛجہٕ حروف چھِ ییٚتھ پٲٹھۍ:

ا ب پ ت ٹ ث ج چ ح خ د ڈ ذ ر ڑ ز ژ س ش ص ض ط ظ
ع غ ف ق ک گ ل م ن و ہ ی ے

اَمہِ علاوٕ ییم دُچشمی 'ھ' والۍ حروف: بھ پھ ٹھ چھ ژھ کھ یانے کُل ۴۲ حروف۔

ییمو منٛز چھِ: ث ح خ ذ ص ض ط ظ ع غ ف ق یانے ۱۲ حروف حرف تیمنے لفظن اندر وَرتاونہٕ یِوان ییم اَسہِ فارسی یا عربی زبٲنۍ پیٚٹھہٕ دٕہ زُم (پننے شکلہِ یا تراش ہیٚتھ) اَمۍ ہیٚتۍ چھِ۔ ژٕ چھہ حرف تیمن لفظن اندر ورتاونہٕ یِوان ییم کُنہٕ پہاڑی یا ہندی زبٲنۍ ہیٚچھ آمتۍ آسن۔ ییٚتھ پٲٹھۍ چھِ ژِھرا کٲشرِکۍ کُل بِل ۳۰ ہنے حرف بافے روزان۔ 'ر' حرفس چھِ اَسہِ دوٚن حرفن ہنٛز کام ہیوان مثالہ پٲٹھۍ "اَر" "اُر" تہٕ "پھُرس" لفظس منٛز۔ 'و' تہٕ 'ی' حرفن تہٕ چھِ اَکہِ کھوتہٕ جادٕ حرفن ہنٛز کام ہیٚنہٕ یِوان۔ یِژھن جاین چھُ ییمن گژھِ حرکژِ بَنان تہٕ گژھے حرف کٲشر آوازٕ ظاہر کرُن تہٕ یا یچھ۔ ییم حرکژ اَسہِ بناوٕ ژِھنہٕ چھے۔ تِم چھِ ییٚتھ پٲٹھۍ:

(زیر، زبر تہٕ پیش حرکژن علاوٕ)

ٕ اَر، گرٕ، ژٕر، وٕج، گٕب، سٕش، ٹٕٹ

ٲ تٲر، نٲر، ہٲر، ہٲل، مٲل، وٲج، لٲج، ساٚد

ٕ تیٚر، ژٕر، ہیٚر، نٕ، وارٕ، مادٕ، جادٕ، وادٕ

ۓ تٕسر، ژٕنِ، ژھیمہ، کٕر، قیمتی، کٕمتھ

واو تہٕ امہِ چہٕ مختلف شکلہٕ چھےٚ یِمہٕ:

(۱) و: کاو، گاو، وُہٹھ، وُچھ، واٹھ، وال۔

(۲) و: اول، پوش، ہوش، کھوس، موٹر، مور، دور،

(۳) وٚ: اوٚن، دوٚب، ووٚٹھ، نوٚٹ، ہوٚٹ، موٚٹ۔

(۴) ٕو: دوٕس، دوٕد، پوٕلاو، دوٕہٹھ، کوٕل، ژوٕل، ژھوٕکھ

(۵) ۄ: بۄٹ، ٹھۄل، نۄن، ہۄن، ژۄر، دۄر، مۄر

ی تہٕ امہِ چہٕ مختلف شکلہٕ وُچھو:

(۱) ی: یاہو، بیر، کاٗفی، واٗدی، شاٗدی

(۲) یٖ: تیٖر، سیٖر، کشیٖر، زیٖن، شیٖن، ٹیٖت

(۳) ے: آے، ناے، راے، ہاے، داے۔

(۴) ے: ژیر، ہیر، میز، نیز، کھیل، تیل، ریل۔

(۵) ےٚ: ژےٚ، مےٚ، تیٚلہ، پھیٚکو، شیٚشہ، چھیٚتو۔

(۶) ےٕ: وٕہتھ، دٕد، گرٕد، زٕمن، کھٕل، دٕل، گٕو، زٕہتھ۔

(۷) ی: شٕری، گٕری، کٕٹھو، تاٗری، دٕری، ہٕٹو، چھٕری۔

(۸) ۓ: مٕژر، لٕژر، یٕژر، وٕتھ، لٕتھ

(۹) ۓ: کٕچ، مٕچ۔

نوٹ (۱) تہِ غونہٕ (ث چھ نہ تھٕتے ٔ پانٹھو استعمال سپدان یتھٕ پانٹھو اُردُوس منز چھ۔ امہِ علاوہ یہٕ زٕ یہٹھ کنہٕ آو ونُنہٕ ز حرفہٕ چھےٚ زٕ شکلہٕ مروج ———— لیکن وُزچھےٚ یمہ کنہٕ نہٕ مدِ نظر تھاونہٕ۔

(۱) اَلفہٕ سیتی شوٗروٗ گژھن والہ لفظک اَلفہٕ پیٹھ یینہٕ وول ' ع ' چھ

'ے' یس منز بدلان ۔ مثلن اعلان ، اعتراف چھ ایلان تہ ایتراف بنان

(۲) اُلفہ سیتی شوٗروگرٛھن والہِ لفظک اُمہ اُلفہ پتہٕ 'ح' تھاون

وول لفظ چھ ہمن دوٚن حرفن منز 'ے'، تراوتھ لیکھنہٕ یوان ۔ مثلن احسان

احترام ، چھ ایحسان تہ ایحترام بنان ۔

(۳) منز س ینہٕ وول 'ع'، چھ اُلفہ یا واو سیتی بدلاونہٕ یوان ۔ یتھ

آواز نیبر یس مثلن معشوق ، معلوم ، تعلق چھ ماشوق ، مولوٗم تہ تولق بنان ۔

(۴) اندس ینہٕ وول 'ع' ، چھ اکثر 'ہ' بنان ۔ مثلن جمع ، شمع ، جمع

چھ جُماہ ، شمہہ تہ جمہہ بنان ۔ حرف چھے ترکیبہ پتھے پاٹھی روزان ۔ مثلن

شمع خانہٕ ۔

(۵) پوٚنتس ینہٕ وول دوٚیم تہ ترٛییم ساکن 'ت'، چھ عام موٗمن تراونہٕ

یوان ۔ مثلن دوست ، پوست ، گوشت چھ دوس ، پوس تہ گوش بنان تہ

وقت تہ بخت وق تہ بخ بنان ۔ اُمہ علاوٕ چھ اکثر 'ت' ، 'تھ' بنان ۔ مثلن جماعت

نہٕ صداقت بنہٕ جماتھ تہ صداقتھ ۔

# کأشِر زبٲنؠ منز نثر

## پژاکوت مکال

کُنہِ زبٲنؠ منز نثرچہِ رِوایژ ہُنٛد بے پناہ کدٕرٕ وزچھہٕ یہ کتھ ثُشرادٕنؠ یِیوان زِ یہ رِوایت چھےٚ تیتھۍ پرٲنؠ آسان ییتھ سٕے زبان پانہٕ پرانؠ آسہ۔ تکیازِ تمہٕ زبٲنؠ ہنٛدؠ بولن وٲلؠ چھینہٕ پانہٕ وٲنؠ شارن منز کینٛہہ کران تمثیل پرٛیتھ کانٛہہ کتھ چھےٚ بجاے خود نثر۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ تمہٕ دلیلہٕ، قصہ یا داستانہٕ تہٕ نثرے ییم لکہٕ اَدبس بُرٛزر کران چھےٚ۔ یِمن قصہ یُوٗ دوے کینٛہہ کینٛہہ منظوم تہٕ آسان چھہٕ۔ اَما پوز یِمن ہُنٛد بیشتر حصہ چھُ نثرے آسان۔ یہ کتھے مدِنظر تھاوٕ وَنیلہٕ چھینہٕ کأشِر زبٲنؠ منز پرٛژھن دلیلن ہنٛزٕ کانٛہہ کمی روزمٕژ۔

وون اگر اَسہِ نثرچہِ رِوایژ ہُنٛد زمانہٕ تہٕ ہیچھ مُشخص کرو، یتہٕ نثرُک کانٛہہ نوٗمونہٕ تحریرس منز آمت آسہ تیٚلہِ چھُ مختلف زمانن منز اَمہِ چہِ مختلف شکلہِ مدِنظر تھاوِتھ کانٛہہ فأصلہ کرُن۔ اَسہ چھُ یہ وُچھُن زِ ائسہ نیش کمہِ زمانکہِ نثرُک نوٗمونہٕ چھُ پننہِ اَصل شکلہِ منز موجود۔ سأنؠ بدقسمتی چھےٚ یہ زِ اگر اَسہ اَکہِ اَنٛدٕ کلہن ہیوٚ تھیکُن لایق مورٔخ پاَدٕ کوٚرتہٕ لَلہ تا دتہٕ شہاب الدین یا زین العابدین ہیوٚ بہلہِ پایہٕ حکمران، فاتح تہٕ منتظم بادشاہ تہٕ ورن ہیوٚ سیاستدان، فاتح ژکس یا یعقوب شاہس ہیوٚ جنگباز، سوم پنٛڈتس، غنی فأنی، تہٕ شیخ یعقوب صرفی یس ہیوٚ عالم تہٕ شأعر پاَدٕ کٔری۔ تتہٕ کوٚرنہٕ اَسہ

کٲشِرِ یہ ایٛحسان زِ کُنہِ زمانس منٛز آسہٕ ہا کانٛہہ اَدبی تارٟخا لیکھنہٕ آمُت۔ اَمِچ روز
اَسہِ ہا ہمیشہ وٕرثہٕ۔ یُتھ کانٛہہ بے پناہ کڈنہٕ خاطرٕ چھُ اَسہِ قیسمہ قیسمہ کِتابن
وَرق پھِرٲنی پیوان تہٕ کتھ کتھا نٕنہِ راوٕنی پیوان۔ حال حالے کرٕ ادٲرٕ کٔرِ شن
رٕہبرن کوٗشِش زِ کٲشرِ اَدبُک تارٟخ گرٛٹھہ لیکھنہٕ یِنہٕ۔ پوٚز اَسکہِ جلد لیکھتھ
کھٮ۪یٚنہٕ تِمو کتھہ۔ سانہِ پرانہِ اَدبُک حال معلوٗم کرنہٕ باپتھ چھےٚ اَسہِ زبانی
رِوایژن، افسانن، اِشارن، تہٕ مختلف کتھن پیٹھ پٔرژھ کرٕنی پیوان یا تمن
توارٟخن پیٹھ تکیہ کرُن۔ پیوان یِم یِتھو واقعہٕ ہو پیٹہ لیکھنہٕ آے۔ تحریرس منٛز
آمتس نثری اَدبس تھِچ کران چھُ پرانہِ زمانہٕ چہن دوٚن کتابن ہندس پے نیران۔
اَکھ مشہوٗر بودھ عالم ناگ سینن لیچھمٕژ کتاب "ملندہ پنٛہہ" تہٕ بیاکھ گوناڈے
سٕنٛز "برہت کتھا"۔

## ملندہ پنٛہہ

ناگ سین چھُ اوسمُت ۱۵۰ ق۔م س منٛز زِنٛدٕ۔ تہٕ اَمو سٕنٛز لیچھمٕژ کتابہٕ
متعلق چھےٚ مختلف رایہ دِنہٕ یوان۔ کینٛہہ سوال چھہ بٔڈ اہم۔ مثلن یہ زِ ناگ سین
اوس کٲشُر؟ تِمو کتہِ لیچھ یہ کتاب؟ کیا یہ کتاب چھا کٲشرِ پٲٹھو لیکھنہٕ آمٕژ؟
اَمہِ کتابہِ ہُند موضوع کیا اوس بیتر۔ سانہِ واریہو عالمو چھُ یِمن سوالن جواب
دِنٕچ کوشش کرٕمٕژ۔ کینٛژن جاین دِیوٗ جواب ٹھاہ۔ پیش کٔری مٕتہ تہٕ یِمن جوابن زن دار
بناونہٕ خاطرٕ دلیلہ وٕژٕنہِ۔ پوٚز کینٛژن جاین قیاس لڑاوی مٕتہ۔ سون اَکھ عالم
جیا لال ناظر صاحب چھُ پننس اَکس اُردوٗ مضموٗنس منٛز یِمیُک عنوان "کیا
ناگ سین کشمیری تھا؟" چھُ تہٕ یُس "گلریز" رسالہٕ کِس اَکس شمارس منٛز چھپیو مُت
چھُ ناگ سینس کوٗشُر ثابت کرنٕچ کوٗشش کران تہٕ یِہ سٕتی بیتہٕ ہاوان زِ ملندہ پنٛہہ
کِتاب آس کٲشرِ پٲٹھو لیکھنہٕ آمٕژ۔ اَما پوٚز یِہ ہاوان ہاوان چھُنہٕ تِم کانٛہہ

خاص توٗ بوٚتہٕ پیش کران۔ تم چھِ لیکھان۔ "وَنۍ چھُہ یوان زِ اصل نوسخہٕ
اوس کنھہ تان ملیچھ زبانۍ منٛز لیکھنہٕ آمُت۔ ملیچھ زبانن منٛز چھےٚ یونانی، پشتو
تہٕ کاشُر زبان گنٛزراونہٕ یوان۔"[۱] "وَنۍ چھُہ یوان" کنھہ کیاہ دَر پردے کھُلوان چھےٚ۔
اَمیُک چھُہ شاید مضموٗن نگارس پانس تہٕ احساس۔ سُہ چھُہ اَتھۍ مضموٗنس منٛز لیکھان
"رِشرِچ کرن والیت چھُنہٕ وُنہٕ پیٚے لوٚگمُت زِ کتابہِ ہُنٛد اصل نوسخہٕ کنھہ زبانۍ
منٛز اوس۔"[۲] تہٕ ہٕنٛدِ مضموٗنہٕ تلہٕ چھُہ نشان زِ یہ کتاب چھےٚ ترجمہٕ رٚنٛگۍ موجود تہٕ
اَمیُک ترجمہ چھِ دوٚن زبانن منٛز میلان۔ اَکھ گیہٕ پالی زبان تہٕ بیاکھ سنہالی۔
سنہالی چھےٚ اَسہِ لنکایہٕ ہنٛز زبان تہٕ پالی ہُنگدھ دیشچ زبان۔ پالی چھےٚ سُہ
زبان یمہٕ مہاتما بُدھ تہٕ تسٕنٛدی بھکشو تبلیغہٕ یا پرچارہٕ خاطرٕ استعمال کران اَسۍ۔
یہ اَس بودھن ہنٛز مذہبی زبان۔ ناظر صاب چھُہ پننِس دعویس کس توٚبوٗنس
منٛز پالی ترجمُک مددگار آمُت تسلیم کران تہٕ اَکھ مَدَد ہاوان۔ تسٕنٛدِ وَنُن چھُہ
"ترجمہ کارن چھُہ اصل زبانۍ ہنٛدی کینہہ لفظ تھٔوِتھۍ یا تھٔوِ ورتاوی مٕتۍ یِہنز
یا تھٔوِ یمہِ اصل وٕچھنس منٛز اَسۍ۔"[۳] یمن لفظن مُتلق چھےٚ تسٕنٛز راے زِ "یم
لفظ چھِ کاشِرۍ لفظ، لاطینی یا پشتو چھِنہٕ۔ پانے چھُہ یتھے یا تھٔوِ یہ نتیجہ نیران
زِ ناگ سین اوس کوشُر تہٕ "ملنٛدہ پنہہ" کتاب اَس نتھ کاشِرِ زبانۍ منٛز لیچھومُت۔
حالانکہ چھُہ یہ زِ یمن لفظن ہنٛز چھِ کینہہ نشان دِہی کرتہٕ آمٕژ یمہٕ سِتۍ یہ
کنھہ وارِ واضح گژھہ ہا۔ خود کتابہِ ہنٛدِس ناوس مُتلق نہٕ چھُہ سُہ عجیب تاویل
پیش کران۔ تہٕ اَتھ سلسلس منٛز چھُہ تمہ قیاس تہٕ کوٚرمُت۔ لیکھان چھُہ
"ملنٛدہ پانہا" ناو چھُہ کاشِرِ زبانۍ منٛز مروج "یانہا" لفظُک مطلب چھُہ ـــ
"پرٛژھمۍ سوال" "وَنۍ آمُت" مگر میانہِ خیالہٕ چھُہ اصلی لفظ "پوٚن" "یمیُک

---

ماںٛز "پھالا" یا نے edge ہا چھُ۔ یِمہٕ سیٖتۍ زَن زیٖٹھ پھالو تس منٛز چھُ مَدَد میلان۔ بیٚیہِ پاٹھۍ چھُ ملشدٕ ہِنٛن پھیرِ بہٕ وہنن نوکتن ہُنٛد جواب آسانی سان فِکرِ تران۔ کاشُرِ زبانۍ منٛز چھُ وُنہٕ تہٕ "ملدٕ پیٚنٛژ" محاورٕ استعمال سپدان"۔ بیٚیہٕ مےٚ گرے یہٕ تس منٛنہٕ ناوِ نیچ واریاہ کوشش مگر تمی بوزنہٕ اَکھ کتھ تہٕ ۔

"ہے کم کم ملدٕ پیٚنٛژ گرِ مس مگر تمی نے مون نہٕ کینٛشہ۔"[1]

جناب پروفیسر محی الدین حاجنی چھِ اَتھ کتابہِ متعلق لیکھان "بلکہ چھِ اَز یُتہٕ کتھ تہٕ وُز ھمٕ شرِ زِ بودھن ہُنٛد بُوڈ عالم ناگ سین تہٕ اوس شاید کوشرُے یِمہٕ پنٛنہِ کتاب "ملشدہ پنہہ" تمہٕ زمانہٕ کیس کشتواری کاشرِس منٛز سوالہٕ جوابہٕ کِس صوٗرتس منٛز لیٚچھمت اُس۔ یمہٕ پالی تہٕ سنہالی ترجمہٕ آو کرنہٕ۔ اصل روٗد تہٕ ترجمہ روٗد موجوٗد۔"[2] اوتار کرشن رہبر چھِ حاجنی صابنس اَتھ بیانس متعلق پنٛنہٕ راے دِوان لیکھان "یِمن خیالن ہُنٛز بُنیاد کیہ سہ شیچھ خبر چھےٚ، تہٕ چھِنہٕ مُصنفن دوٗنمُت۔ باسان چھُ یہٕ خبر چھےٚ شاید تحفہ مضموٗنس پیٚٹھ دیہ لگیس پنڈت جیالال ناظرن لیٚوکھمُت چھُ تہٕ از بروٗنہہ ژوداہ وُری "گُلریز" کِس اکِس شُمارس منٛز چھاپ سپدیومُت چھُ۔"[3] تہٕ اَتھ کتابہِ متعلق چھُ تمہُنٛد خیال یہِ زِ

"بودھن ہٕنٛز سرگرمی سیٖتۍ یُس بوش مُقامی تہٕ عوامی زبانن کھوٚتمُت اوس تمہ سیٖتۍ آیہٕ کاشُر زبان تہٕ بروٚنٛہہ۔ اکھٕ زیادے پھِرتھ گیہٕ زِ کشیرِ اُس کینٛشن خاص جاین ہِنٛدۍ پاٹھۍ بودھہ سرگرمین ہُنٛز اَکھ خاص اڈہ بنیمٕژ۔ بودھہ لیکھاو یِمہٕ پالی (سہ زبان یمہٕ منٛز مہاتما بُدھن پرچار کوٚر) پراکرِژ ہُنٛد دامن پھیلاو سیٖتۍ ماری موٚنٛد تہٕ گُشادٕ بنوو۔ تِتہٕ وُٹھ مقامی زبانن تہٕ دِس مختلف عوامی

---

۱۔ گلریز جلد ۱ نمبر ۹ جولائی ۵۳ء ۲۔ کاشُر نثرِچ کتاب: پروفیسر حاجنی ۳۶ کاشُر نثر
۳۔ کاشُر ادبُچ تاریخ رہبر صفحہ ۳۶

زبانو لوب فروغ تہٕ پوچھر۔ ییٚمہ آیہٕ پرچار تہٕ تبلیغہٕ خاطرٕ استیمال کرنہٕ تکیاز
مُدا اوس یہٕ بودھ خیال گژھن زیادٕ کھٔوتہٕ زیادٕ لُکن تام واتُن تہٕ ہیوک اَگر
وراٹھے واتنہٕ۔ اَتھ وقتس منز اوس نثر زیادٕ تر سوالہٕ جوابہٕ کس صورتس
منز لیکھنہٕ یوان۔ ییٚمہ کینہہ خاص شکل اُس یہٕ دلیلو تہٕ کتھو وراٹھے مُروج۔ اَز
چھہ یمن وقتن ہنٛز اکا کتابہٕ مُنشداوُ اسہ کُن گژھان۔ یتھ متعلق یہٕ چھہ ونہٕ
یوان زِ سو اُمس کاشُرس نثرس منز۔ یہٕ کتاب چھےٚ "ملندہٕ پنہہ"[1]

اَتھ چھنہٕ کانہہ شک زِ بودھن ہنٛدِس زمانس منز میوٚل مُقامی
زبانن کافی توجہ۔ یہ کتھ چھنہ بودھے یٚستو مخصوص۔ پتہٕ کانہہ مُبلغ
یا کُنہ مذہبک بانی چھہ مُقامی تہٕ عوامی زبانی ترجیح دِوان تکیازِ تَس چھےٚ آسان
عوامس تام پننہٕ کتھ واتناوِنی۔ یہٕ گژھیس لُکن فکرِ ترٛاوُنی۔ تمن ترٛیس تیٚلہ
فکرِ ییٚلہ یہٕ تِہنٛزی زبانی منز۔ ونہٕ ییہہ گورو نانک صاحبن کوٚر سیہ زبان ژار
پننہٕ تبلیغہٕ خاطرٕ۔ مُسلمان صوفیو تہٕ مُبلغو واتنایو پننُن پیغام دکنی اُردو زبانی
منز۔ یوسہٕ تِمہ ساتہٕ تُنتھ مُقامی تہٕ عوامی زبان اُس۔ یُتھ تِم صوفی گوڈنیتھ واتی۔
"معراج العاشقین" چھےٚ اَتھی زبانی منز۔ روٚد سوال اَمہ کتابہٕ ہنٛدِ سوال جواب
صورتس منز آسنک۔ یہ کتھ تہٕ چھنہٕ تتھی زمانس یٚستو مخصوص۔ عام طور
چھےٚ مذہبہ چہ موضوع کتھہ یا فلسفکی ہیٚتھو پوٚٹھو نہٕ کتہ گوڈٕ گوڈٕ سوال
جواب کیسے صورتس منز آسان۔ تہٕ ییٚنہے کُنو لیکھنہٕ تہٕ یوان۔

بروٚنٛہہ کنہ یہن یکتہ چھہ رہبر صاحب لیکھان "ملند پنہہ" چھےٚ پننہ
زمانچ اکھ موتبر تہٕ پز تصنیف اُسمژ۔ اَتھ کتابہٕ اندر اوس شہ سوال جواب درج
یُس ناگ سینس تہٕ ملندرس درمیان کینٛژن پھیرن پیٚٹھ ہیٚنہٕ کتھن پیٹھ سپدِ موٚت

---

۱) کاشُر نثر۔ خیال تہٕ رہبر۔ کلچرل اکیڈیمی۔ صفحہ ۱۶۷

اوس۔ اَتھ کتابہ اوس مُلکی تہٕ غٲر مُلکی زبانَن منز تہٕ ترجمہٕ سپد یومُت۔ مگر اَز چھُ صرف
پالی تہٕ سنہالی ترجمہٕ میلان۔ باقیہٕ سٲری ترجمہٕ چھِ اصل نوٚسخن سیتۍ سیتۍ
فنا پہٕ تہٕ بوٚرباد گمتۍ۔ عام خیال چھُ یِہ زِ یہِ کتاب اُس مُلہٕ تلہٕ سنسکرتس منز لیکھنہٕ
آمٕژ۔ وَنَن والین ہُند وَنُن چھُ یِتہٕ زِ ناگ سین اوس نہٕ بُنیادی کوشر تہٕ سُہ اوس
دوٚیمین بودھہ مُبلغن تہٕ لیکھارین ہُندۍ پاٹھۍ کتہٕ تان ییٚتھ یور کشیر آمُت۔[1]

بیٚتیس جایہِ تہٕ چھِ تِم ۔۔ی وَنان۔ "ملندہ پنہہ" ناوِچ کتاب چھےٚ ناگ
سینن ضروٚرۍ وٚرۍ لیچھمٕژ، مگر عام شیچھ خبر چھےٚ یِ وَنان زِ یہِ اُس سنسکرتس منز
لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ یِہ اُس پالی تہٕ چینی زبانٕنۍ منز تہٕ پھیرنہٕ آمٕژ۔ اَتھ کتابہِ منز اوس
سُہ بحث درج یُس زن ناگ سینس تہٕ مِنندرس کینژن پھیرن بہہ وُنمین نوہ کتش
پیٚتھ سپد یومُت اوس۔[2] پننس دوٚیمس بیانس مُتلق چھُ سُہ جے۔ این۔ گنہار
تہٕ پی۔ این۔ گنہار سٕنزِ لیچھمٕژ "بدھہ ازم ان کشمیر اینڈ لداخ" کتابہِ ہُند حوالہٕ
دِوان۔ رہبر صاب چھِ وَنان زِ اَتھ کتابہِ پیٚٹھ چھےٚ وُنہٕ وارِیاہ تحقیقچ گنجایش
یہِ کتھ چھےٚ پَزرٕ زِ تحقیقکۍ درواز چھِنہٕ تُوٚتان زاہ تہٕ بند گژھان، یُوٚتان نہٕ
کُنہٕ آخری تہٕ حتمی نتیجس پیٚٹھ واتنہٕ ییہ۔

پیٚٹھ کنہٕ لیکھنہٕ آمژ کتھہ مدِ نظر تھاوِتھ چھُنہٕ اَتھ کتھہ منز
کانہہ اختلاف باسان زِ اَمہِ کتابہِ ہُند مُصنف چھُ ناگ سین، بلکہ یہِ زِ یہِ
چھےٚ سوال وجوابہٕ کِس صورتس منز۔ اَما پوٚز یہِ کتاب کَتھ زبانٕ منز چھےٚ لیکھنہٕ
آمٕژ؟ اَتھ منز چھُ اختلاف اَنہٕ چھُ ناظر صابن لیچھمٕژ کتھ وزن دار ہِش
باسان۔ اَمہِ کنۍ زِ بودھو دیٚت ہمیشہ مُقامی تہٕ دیسی زبانَن سگ تہٕ تِمے اکھ
ورتاوِس منز۔ اَتھ منز چھُنہٕ کانہہ شکھ نتہٕ کیاہ ضروٚرۍ ورۍ اوس تِمن سنسکرت

---

۱۔ کوشر نثر صفحہ ۱۷۔ خیالات تہٕ رہبر و ۲۔ کٲشر ادبک تاریخ صفحہ ۲۶۔ رہبر

تمہٕ اوٚتھ پالی زبانہِ مٲلۍ بۄن۔ لہٰذا چھُنہٕ یہِ کُنہِ ہٮ۪ٹہٕ وسان زِ یہِ کتاب آسہ سنسکرت زبانہِ منز لیکھنہٕ آمٕژ۔ وۄنۍ گوٚو یتھ مقامی زبانہِ منز یہِ لیکھنہٕ آیہِ سہ اَسہِ کٲشرِ کینہہ بینیہ کانہہ۔ اَتھ مُتعلق ہیٚکہِ ہمیشہ قیاس آرٲیی سپدِتھ۔ تِکیازِ کِتابہِ ہُنٛد اصل نۄسخہٕ چھُنہٕ دٔستیاب تہٕ قیاسن منز چھُ یہِ قیاس دوٗر زِ یہِ آسہ ہا کٲشرِ زبانہِ منز۔ کٲشرِ لفظ ترجمس منز آسنہٕ چھُ ہاوِتھ دوان زِ ترجمہ کارَس چھُنہٕ تِہُنٛد مانہٕ مولوٗم اوسمُت تۄہے چھِن ہوٗبہوٗ لیکھمٕژ۔

برہت کتھا

اَمہِ زمانٕچ بیاکھ کتاب چھےٚ "برہت کتھا" یوسہٕ "ملنٛد پنہہ" یِتھٕ لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ اَتھ مُتعلق چھُ پروفیسر محی الدین حاجنی صاحب لیکھان۔ "بودھ عہدس اَندرٕ چھےٚ پیشاچ زبانہِ ہُنٛز مشہوٗر دلیلہٕ کتاب گونادیٛہُنٛز "برہت کتھا" لیکھنہٕ آمٕژ۔ یوسہٕ غالباً بودھ جاتکہٕ دلیلہٕ مادلس پیٹھ تمہ زمانٕکہ کٲشرِ شاہکار آسہ ہے۔ یتھ پوٚت وانہِ سنسکرت عالمو تہٕ شاعرو ڈٲجِ ڈٲجِ نیٖچ تہٕ یُستہٕ پرانہِ رٕژھرِتھ تھوو۔"[1] "برہت کتھا" اَما پٔزۍ پاٹھو تمہ زمانہٕ کِس کٲشرِس منز لیکھنہٕ آمٕژ کیتھٕ تہٕ۔ اَتھ مُتعلق چھُ اودھار کرشن رہبر لیکھان: "برہت کتھا اُس دلیلن ہُنٛز اکھ بٔڈ کُنہِ کتاب۔ یِمہٕ آسہ گنادیٛن تہُنٛد لوٚکہِ بُڈنہٕ تہٕ دل کش پیشاچ زبانہِ منز وٕنہٕ مٕژ یتھ زٕن جِنَن تہٕ نیٖچ لوکَن ہُنٛز زبان وٕنتھ پروٕنۍ ناد سپُز۔"[2] تہٕ بیٚیِس جایہ "برہت کتھا" اُس گنادیٛے نامہٕ کۍ اَکۍ نفیس شاعرن تہٕ عالمن پیشاچ زبانہِ منز لیچھمٕژ۔[3] یہِ چھےٚ یاد تھاونۍ لایق کیٚنٛہہ زِ تمہ زمانٕکِس کٲشرِس اُسہ پشاچی وَنان تِکیازِ

---

[1] مقالات۔ از پروفیسر حاجنی صفحہ ۷۔ [2] کوشُر نثر صفحہ ۲۰ [3] خیال تہٕ ہیتر ۳ کٲشرِ ادبٕچ تٲریخ ہیٚر آستہ صفحہ ۲۷۔

زنمت دوہمن اُسہٕ کشیرِ منز پشاچ ناوکی لوکھ بسان ۔ اَمہٕ علاوٕ چھےٚ پشاچ
زبان ہند ایرأنی زبانہٕ ہنٛدی "خاندانٕچ اَکھ لَنٛڈ"۔ یِمنٛن زبانَن ہنٛد بحث
تُلنہٕ سیتھ ییٚیہِ اَصل موضوعس پیٚٹھ اثر تہٕ گَژھہِ زیٚٹھ خاہ مخاہ ۔ رہبر صأب
چھہِ بیٚیس جایہِ لیکھان "سنسکرت ادیب چھہِ یانہٕ مانان زِ " برہت کتھا"
اُس پشاچ زبأنی منز لیکھنہٕ آمژ۔"[1] وۄں چھُ یہ وُچھُن زِ یہ کتاب اُسا
نٔظمی یا نثرس منز؟ اَتھ مُتعلق چھُ پروفیسر حاجنی صأب لیکھان:
" مگر یہِ فرق اُسُن تہٕ اُسہٕ اَمہٕ وقتہٕ پیشاچہ وقتکی کیٚنٛہہ چیز کأشرس نثرس اندر
موجود، ییٚمیک ثبوت وۄنی صرف اَکُے ناو چھُ بسُ وُنیستان چلہٕ وُن رُودمت
چھُ سہٕ گوٚ کھٔ ناڈے ۔ ییٚمہٕ بنیتہٕ زمانہٕ کس کأشرس منز اَکھ دلیلہٕ کتاب اُس تحمیر
وتار کرشن رہبر صأب چھہِ لیکھان: " برہت کتھا اُسا نثرس منز کیٚنہہ شارُن منزہ؟
اَتھ مُتعلق نہٕ چھہِ دارِ یاہ خیالن مارکس منز ۔ مگر باسان چھُ یہ کِنہ کتاب اُس نُمائنلہ
نثرسے منز لیکھنہٕ آمژ۔"[3] رہبر صأب چھہِ اَمہٕ کِس تأییدس منز اَکس مُصنف
اے، بی، کیٖتھ سُنٛد بیٚیمہ فِقرٕ کُن:

"On the other hand, we have the express statement of Dandian that a Katha to which he refers Brahat Katha was written in prose."

---

[1] کأشرِ اَدبُک تأریخ۔ رہبر صفہ ١٩ [2] کأشر نثرِچ کتاب از پروفیسر حاجنی صفہ ۸
[3] کوشر نثر خیال تہٕ رہبر صفہ ٢٠ (کیٚنٛہہ لُکھ چھہِ یوٗرپی محققن ہنٛد حصہٕ ہُن بہٕ مُجرِ
سُند حوالہٕ دِتھ لیکھان زِ یہِ کتاب اُس شارَن منز تہٕ اَتھ (باقی برونٛہہ کُن)

حوالہ دِوان لیکھان زِ " اَمِیُک تصدیق چھُ سنسکرت زبانہِ ہِنٛدِ پرانٛی تہٕ موتبر شاعر ڈانٛڈی پننین شاہکارَن منٛز کران"۔ اَمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ یہِ کتاب آسہٕ ہا نثرس منٛز۔ یہِ کتھ تہٕ چھےٚ اَتھ دَرِبر نَخشان زِ تبلیغہٕ خاطرٕ چھُ چونکہ بے تکلف انداز ورتاوُن آسان۔ لہٰذا ہیکہِ نثر یہِ کام جان پٲٹھۍ انجام دِتھ نہٕ زِ نظم۔ یوٚتان اَمہِ کِر موادُک تولُق چھُ۔ اَتھ اَندر چھےٚ ترٛٲٹھے دلیلہٕ آسمٕژ یُژھ " پنچ تنتر " یا " کلیلہ و دمن " کتابہِ منٛز میلان چھُ۔ یِمَن دلیلن ہٕنٛدۍ کردار چھِ جاناوار، حیوانٕ، جِنٕ، پٔری یہِ وغارٕ آسان تہٕ یِہِنٛدۍ سے پردس منٛز چھِ مثالَن منٛز تبلیغچ کام ترٛاوُتھ پکناونہٕ یِوان تہٕ اِنسانہٕ سٕتۍ چال چلن بناونہٕ تہٕ تَس اِنسانیتس کُن پکناونچ کوشش کرنہٕ یِوان۔ اوتار کرشن رہبر صٲبنہِ قولہٕ مُطابِق آسہٕ اَتھ کتابہِ منٛز بے شُمار دلیلہ درج۔ یِم دلیلہٕ آسہٕ بوٚہوٚدرَن تہٕ بادشاہَن، جِنَن تہٕ پٔریَن، جاناوارَن تہٕ حیوانَن انسانَن تہٕ تِہِنٛدِین مُشکلن سٕتۍ واٹھ تھاوان"۔[1] اَمِیُک ثبوت کیاہ چھُ؟ اَتھ سلسلس منٛز وُچھتو رہبر صٲبنُے یہِ بیان "! سنسکرت اَدبس منٛز چھِ برہت کتھا یہِ ہٕشۍ سٕٹھاہ عام پٲٹھۍ ذِکر سپدان۔ تِکیازِ سنسکرتس منٛز چھےٚ ترٛٲٹھ وارِیاہ کتابہِ لیکھنہٕ آمٕژ یِمن ہٕشۍ بُنیاد یہِ کتاب چھےٚ زانہٕ یِوان"۔[2] باقے محقق تہٕ چھِ اَتھ کتابہِ دلیلہٕ کتابے وَنان تہٕ یہِ وَنَنس منٛز چھِ مُتفق۔ رہبر صٲبنہِ وَننہٕ زِ " سنسکرت ہٕنٛدۍ ہٕنٛدۍ بٔڈۍ سنسکرت شاعر بان تہٕ ڈانٛڈی، تہٕ چھِ یہِ کتھ (یانے برہت کتھا یہِ ہٕشۍ کتھہٕ) بٔڈ چاوِ سان بھران"۔[3] اَمہِ علاوٕ چھُ بقول پروفیسر محی الدین حاجنی صاحب اَمِیُک تذکرہ ڈاہو ہٕنٛدۍ اَندرٕ کھیمندرن

---

(بیتٕ پیتٕ) یہِ فِقطٕ نوٚ ہزار شلوک۔ (وُچھِو) منٛز آسہٕ یِمچھ پٔیہِ شلوک۔ حوالہٕ خاطرٕ وُچھِو

امیر حسن عابدی سٕند مضمون " بڈشاہی دور کا ایک ادبی شاہکار"۔ اُردو شیرازہ

جلد اشاعت ۴ کلچرل اکیڈمی۔ ۱،۲،۳ کٲشرِ ادبچ تاریخ۔ اوتار کرشن رہبر صفحہ ۲۶، ۲۷

(۹۰۰ - ۱۰۶۵) ہٕنٛد گوٚرمُت ۔ اَتھ کِتابہِ چھُ 'برہت کتھا منجری' ناو ۔ اوسمُت ہٕنٛد کھیمندرن چھےٚ اَمہِ چوٚہتہِ بڑٕ دلیلو مَنٛز کینٛہہ دلیلہٕ اَتھی ناوَس ہیٛچھ سنسکرت زبٲنۍ مَنٛز ناوِر مٕژ۔ [۱] رہبر صاحب چھِ گوٚناڈٕسے شَرِ بسٕن جایہِ مُتعلق بیٚیہِ اِختلافِکُ ذِکر کران زِ سہ اوس کشیرِ مُنٛد کِنہ چوٚرٕ نوٚبی ہندوستانس منٛز گوداورِی آس پاس ٹیکِن وول ۔ مگر تِہم چھِنہٕ یہِ کھٔرکٲ سپٕنٛ ہیکان زِ پشاچ زبٲنۍ سینٛز کیا توٚق چھُ جنوٚبی ہندوستانس ۔ سے چھُ باسان یہِ اختلاف چھِ مصنف قیاسی ۔ محققن ہٕنٛد وَننہٕ مطابق چھےٚ اَمہِ کتابہِ ہٕنٛدِس وُہ چوٚدِس مُتعلق وارِیاہ دلیلہٕ یمو منٛز اکھ ساتواہن مہاراجس مُتعلق چھےٚ ۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ سہ اوس نہٕ سنسکرت زانان تہٕ وقتہٕ پَتہٕ بادشاہ تہٕ رانہِ آسنہٕ تِمن ہٕنٛز زبان سمجھان ۔ بادشاہ ساتواہنس اوس تہٕ ژٕھنہٕ یِوان ۔ اکہِ دوہہ ہیٛلہِ تِمٕنز آشنہِ خبر لٕگ سو گیہِ نہٕ تِچھل ۔ گوٚناڈٕسے اوس وقتک عالم ۔ تَس آو یِلہٕ دِتہ وَننہٕ زِ بادشاہ ہیٛچھناوُن فورن سنسکرت گرامر ۔ یُتھ وق مُقرر کرُنہٕ آو تِتھہ اندر سپُن نہٕ گوٚناڈٕسے یہِ گرامر ہیٛچھناونس ہیٛچھ تیار ۔ بیٛیہِ اکھ عالمن ہیٛمِتھ یہِ کام مَنٛز ۔ تِمٕو دۄن اوس زِ سہ ہیکہٕ شین رِتن منٛز اندر یہِ کام کٔرِتھ ۔ گوٚناڈین کھیو قسم زِ اگر یہِ مُمکن سپد سہ لیکھنہٕ زانہہ نہٕ سنسکرت ۔ دوٚیِم عالم گوٚ کامیاب ۔ گوٚناڈین ہیوٚر شرط ۔ سہ ژوٚل شہر ترٲوِتھ تہٕ پھیوٚر جایہِ جایہِ ۔ اَتھ دوران سٕمکھس کان بھوٗتی ناوی اکھ شخص بیٛیمی تَس وارِیاہ دلیلہٕ وَنہٕ ۔ گوٚناڈین لیچھہِ یِم پشاچ زبٲنۍ منٛز ۔ بادشٲہس تان واتٕنہٕ کِتہ کِتاب تہٕ آپہِ تَس نِش واناونہٕ تِمی بوٚزنہٕ اَتھ کانٛہہ حال ۔ گوٚناڈٕسے ییٚس یِھُٹ دِل سہ بیوٚٹھ اَکِس جایہِ ۔ اَکھ اَکھ دلیل گوٚ پَران تہٕ ورق ژٕٹان تہٕ زالان کِتابہِ منٛز اوس سہ اندازِ بیان ورتاونہٕ آمُت زِ دۄنیٛکھ جاناوار گٔے رۄزِتھ حیوان گٔے

---

۱۔ کاشُر نثرِچ کتاب حاجنی ۔ صفحہ ۷

اَنٛدرِ ییٚکوٚ جمہ۔ بییٚہ چھِ سپُن اَمی شٕندِس پرنٕسَس مَنٛز جادٕے دود پأدٕ، یہ زالُن وُزِ۔ ماز دٕراگ وۄلہِ تٕکیاز جیوانَن گوٚکھین چَن نہٕ مُشتوٚ ٹھے۔ تِمَن بیٚہ سوٗرُسے عاز ہٕرِتھ۔ بادشاہَس بیٚہ جلِس سٕہ دٕراو پانہٕ تہٕ اوٗنُن گوناڑے بڑٕ یَر تہٕ سان شہرس مَنٛز۔ مگر اوٚتان اوس سٕہ سأرِے کتاب زأم لیٚکھتہٕ موکلیو مُت: اَکہِ کَم قلیلاً حِصہٕ وَرأے۔ پروفیسر حاجنی صأبنہٕ وَننہٕ مُطأبق چھُ کینٛشرَن وَنَن والیوٚ ہٕند بیانہٕ زٕ سوٚم دیونہٕ "کتھا سرِت ساگر" کِتابہِ بیٚہ ہتہٕ چھُ "برہت کتھا منجری" ہُنٛد اثر۔ یوٚز رہبر صأب چھِ دٕتُو فہ سان وَنان زٕ "برہت کتھا یہ ہٕنٛزِ بُنیاد پییٚٹھ ییٚہ کتابہٕ سنسکرتَس مَنٛز لیکھنہٕ آیہٕ۔ تِمَن مَنٛز چھِ سوٚم دیونی "کتھا سرِت ساگر" (کتھن ہُنٛد سر تہٕ سوٚدر) کھشمنٛدرٕنی "برہت کتھا منجری" کتھن ہٕند بوڈ ڈیشہٕ گوٚند) تہٕ سوٚ میرِ تٕلی    برہت کتھا شلوک سنگر ییہٕ کینٛہہ ناوہٕ ہٕنٛسَس لایق کتابہٕ"۔ ٢٦ برہت کتھا یہ ہنٛدِس بیٚیہِ متنس حصَس چھُ تہٕ ہنٛدی وَننہٕ وارِیاہَن زبانَن مَنٛز ترجمہٕ سپدِمُت۔ یِمَن مَنٛز جرمنی تہٕ نیپألی زبان تہٕ شأمِل چھے۔ نیپألی ترجمہٕ چھُ اکٕہِمہٕ صدی مَنٛز سپدِمُت۔ سوٚم دیوٗن سنسکرِت تہٕ نیپألی ترجمہٕ چھِ جادٕ پرأنی۔ مگر کھشمنٛدرُن ترجمہٕ چھُ جان تہٕ اَصلس قریب۔

بوٚتان گوناڑے سِنٛدِ تہٕ برہت کتھا یہ ہٕنٛدِ لیکھنہٕ کہِ زمانُک توٗلُن چھُ۔ اَنٛدازٕ چھُ کرنہٕ یوان زِ یہِ کتاب چھے بوٚدھن ہٕنٛدِ زمانٕچ پأداوار۔ اَمہِ کہِ موادٕچ نوعیت تہٕ چھے اَتھی ڈکھ کران۔ جادٕ نٕیقہٕ پأٹھی اَمیُک زمانہٕ مُشخص کران چھُ رہبر صأب پانہٕ تہٕ گژھِ یہ لیکھان زٕ "عام پراکرتَن مَنٛز چھُ ییٚنٛشروٚ مہ شیٚتوٚ مہ صدی بییٚہ ادب تخلیق سپدان۔ مگر پشأچ زبأنی مَنٛز چھِ عیسأیی

سنہ کین گوڈنکینہ ہشتو لین (صدی) منز " برہت کتھا" ناوچ اکھ دل کش کتاب لیکھنہ آمژ. یتھ زن بلکن تہٕ بیچھن ہشر زبان وٲنتہ ثخامس سیُد[1] مگر گہے یہ ز (برہت کتھا) " لیکھن وول اوس گوناڈے تہٕ لیکھنک وق چھُ گوڈنیچہ صدی بیپھڈ شیٹھم صدی عیسوی ہیک وق مانہ یوان"[2] معہ خصر تہٕ ز برہت کتھ چھےٚ دلیلہ کتاب۔ یہ چھےٚ نثرس منز تہٕ یہ چھےٚ پراکرت دوریچ یادٕ وار۔ ییمن کتھن چھُ واریاہ دریر۔ اصل کتاب چھےٚ یدس نتہٕ اُمس نہٕ ییشر قیاس آرأیی کرنیچ گنجایش۔ اَمہ کتابہ ہندی تہٕ چھےٚ صرف ترجمے میلان۔

ییم گیٔ نثری ادبیچہ تہمہ کتابہ ییم اصلی شکلہ منز اَسہ نش موجود چھنہ تہٕ ییہند زمانہ گرپیھ مہ صدی برونٹھم چھُ۔ اَمہ دورک چھُپیٹھی بیٹھ کتھی اَسہ پیٚتہ لگیمتہ ہیکان ییم زٕ کتابہ تہٕ ہیکو کھ اُسو تیٚلی یتھنس کھ تس ثرٲوتھ ییلہ اکھ کیتھ منز شک شبیہچ کانہہ گنجایش روزنہ زٕ کاشر زبان چھےٚ یتھ گژ زبانی بیپھٹھ وہ تلے یرش۔ تہٕ چھُنہ وُنہ سیدتھ ہشو کمٕت تحقیق چھُ برابر جاری تہٕ آخری نتیجس تام واتنس لگہ وُنہ کینژہہ کال۔

## بڈشاہ سُنْد زمانہ

اَتہٕ پیٹھ چھےٚ ساٚنی زبان پننیو ارتقائی منزل طے کران کران بڈشاہ صابنس زمانس تام واتان۔ ییمن دون ژونٕ نتھن ورییَن ہندٕ کُنہ نثری کتابہ ہشر چھنہ کانہہ خبر اتہ لگان. لیکھنہ آسہ تیا آمٕت کینژہہ؟ یہ شک کرن چھُنہ مُناسب باسان، تکیازِ یہ چھُ اکھ زیوٕٹھ دور۔ کُنہ نتہٕ کُنہ صورتس منز آسہ ہے یی کینژہہ نتہٕ کینژہہ لیکھنہ آمٕت۔

---

۱) کاشر ادبچ تاریخ رہبر صفحہ ۹۶ ۲) کوشر نثر۔ خیال تہٕ رہبر۔ صفحہ 19

بڈشاہ صأبُن زمانہٕ یوٚت مشہوٗر چھُ امن، خوشحٲلی تہٕ ترقی کنؠ تیوٗت پتے
چھُ اَکہ جان ادبی ماحولہ کنؠ تہٕ پھرُن لایق۔ اَتھ وقتس منٛز پیسہٕ تہٕ پیٛیتہٕ اکی
رنگہٕ ترقی بٔلی کہ رنگہٕ رنگہٕ۔ عٔلم تہٕ فنَ پرٛتھیو ویوٚت وتیوٚت۔ مختلف تأریخی کتأبن
منٛز چھہِ اَسہِ اَمہِ دورٕچ کینہہ تأریخی سینٛتو سینٛتو اَمہِ زمانہٕ کِس ادبی ماحولس
متعلق تہٕ کأفی شیچھو خبرٕ میلان۔ فنوٗنِ لطیفہ اُسو ٹیٚس پیٚٹھ۔ نہٕ صرف یہِ زِ
مختلف زبانن منٛز آمہِ کتابہٕ لیکھنہٕ یوان۔ بٔلکہ یِمن کتابن ہندی ترجمہ
تہٕ اُسو مختلف زبانن منٛز سپدان۔ یِمو تأریخی حوالو تلہٕ چھُ پیتہٕ نَنان زِ کأشُر
زبان تہٕ اُس اَمہِ ساتہٕ اَکھ ترٛچھ ترقی یافتہ زبان یتھ منٛز شاراُسی وَننہٕ یوان۔
کتابہٕ آسہٕ لیکھنہٕ یوان تہٕ ترجمہ اُسو سپدان۔ پادشاہ سُنٛد اَکھ مشہوٗر
دربأری موٗرخ تہٕ سیاست دان شری وَرچھُ لیکھان:

"Holding that a man can receive instructions only in the language which he knows and not in other language, the King caused translations of various shastras to be made by those who knew Sanskrit the vernaculars and the persion. Even the Yavanas can comprehend micrology chemistry and Kalpa if studied in their own language."

(راج ترنگنی ہُنٛد انگریزی ترجمہ "کنگس آف کشیر" از جے، سی، دت)

اَمہِ تَلہٕ چھُ نَنان زِ "کاشرِ زَبٲنۍ اوس اَتھ وَقتس منٛز بیٚیہِ ترقی گٔمٕژ زِ کُلیٚن کِتٲبن مُنٛد بسائنٛس (باٹنی) تہٕ علم کیمیا ہیٚیِج (کیمسٹری) لیکھہٕ پٔڑ اوس کٲشرِ سیٚتۍ منٛز شیٚیدان۔"[۱]

پروفیسر حاجنی صاحب چھِ لیکھان۔ "مُسلمانن ہٕنٛدِس حکوٗمتس خاص کر بڈشاہ صاحبنہِ وَقتہٕ گوٚو کاشرِ زبٲنۍ تِمَو ترجموٗ سیٚتۍ تہٕ جان وُسعت۔ چار ییم اَمہِ عہدہٕ سنسکرت بیٚیہِ کرنہٕ آے۔"[۲]

اَتھ کیٚتہٕ چھُ اوتار کرشن رہبر تہٕ ہُرہ پر کرَان: "بڈشاہنِ عہدس (۱۴۲۰ء - ۱۴۷۰ء) منٛز اوس مادری زبٲنۍ بے حد ترقی کٔرمٕژ۔ کاشرِ زبٲنۍ منٛز اوس معولہِ ونی ڈراما لیکھنہٕ یِوان۔ ییم زن باقاعدٕ سٹیج اوس شیٚیدان۔"[۳] اکبر بادشاہ سِنٛدِ زمانٕکۍ مشہوٗر موٗرخ ابوالفضل سُنٛد بیان چھُ یہِ زِ "تِمَو کٔر ناوِ واریاہ کتابہٕ عربی، فارسی، سنسکرت تہٕ کاشرِ زبٲنۍ منٛز ترجمہٕ۔"[۴]

بڈشاہی دورس متعلق یِتھی ثبوت زِ کاشرِ زبان تہٕ ادب اوس ترقی ہٕنٛدِس حالتس منٛز چھِہ چھیر اتارِیخی۔ اَمہِ یِیِنہٕ ادبی ذخیرٕ منٛز چھیٚنہٕ اَتھ نثرِچ کتاب تِمیلِتھ ہیکان، لیکن اَسہِ بہترین ثبوت چھ کأم دِتھ ہیٚکہِ ما رہبر صاحب چھُ عبدالاحد آزاد صاحبنِس بیٚتھ بیانس زِ "سوم پنڈت اوس کاشرِ زبٲنۍ مُنٛد فاضل تِمَو اوس لیچھمہ بڈشاہ صاحبنِ سوانح "زَینہٕ چرِت" تأوی کاشرِ پانٛچھو۔ غالبن اوس سوم پنڈت کٲشُر نثر لیکھان تِکیا زِ نثرٕچ وِرِچھُ شاعری چھا یہِ نثس فاضل لیکھان ییٚتھ پنٛچھِ تہٕ اَسہِ دوان زِ "زینہ چرت کتابہٕ پیٹھ گٔنہ

---

۱۔ کاشرِ ادبٕچ تأریخ۔ اوتار کرشن رہبر صفحہ ۹۶ ۲۔ کاشرِ نثرِچ کتاب۔ پروفیسر حاجنی صفحہ ۸ ۳۔ کاشُر نثر، خیال تہٕ رہبر صفحہ ۲۱ ۴۔ آیینِ اکبری ہُنٛد انگریزی ترجمہ۔ کلید جان ۵۔ کشمیری زبان اور شاعری۔ جلد اول۔ عبدالاحد آزاد۔

نثرِ کتابہٕ ہُنٛد شنک کرُن چھُ سیٹھا دوٗر از کار باسان"۔(۱) رہبر صاحب چھُ
شرِ لوٚوٗ نہٕ پیٚمہٕ بیانٕک "Pandit Athsoma
versed in vernacular and Sans-
krit literature, composed THE
life of Jaina in the vernacular
and approached the King.(۲)

یہٕ ترجمہٕ "پنڈت اَتھ سوم اوس سنسکرت اَدبس تہٕ کأشِر زبأنی سیٹھا
زبر پأٹھۍ واقف۔ تٔمۍ آسہ بڈشاہ سٕنز زندگی ہٕنٛدۍ حالات کأشرِ شاعرن
منز لیکھمٕتۍ۔ یہٕ کتاب پیش بادشاہس پیش۔"(۳) کرِ ژھنہ پنٕنہ راے جادٕ ہمرہ
بخشنچ کوٗشش کران تہٕ پنٕنۍ کنہ پروفیسر حاجنی صابُن بیچھ بیانس۔ اَتھ
سِلسِلس منز چھہٕ یہ کتھ از گتہٕ لگ مرزا خبر سوم بٹن "زاینہ چرت" نہ
ما چھے کأشرِس نثرس منز"(۴) تہٕ تردید کران۔ تٔم چھہٕ صاف لیکھان ز "یمن
دوشوٕنی بیانن منز چھے غلطی(۵)" مے چھے اَکھ کتھ فکرِ تران ز شری ورما صابن
ترجمہ کارِ سٕندِس 'compose' لفظس کینژھ کنہ کوٗد تمۍ یہ مانہٕ ز "کتاب
اُس شاعرن منز"۔ بڈشاہ صابٕنۍ زمانس منز چھہٕ اَسی بێیس ادیب سٕنز
اَکِہ کتابہٕ ہُنٛد پے لبان۔ امیُک ناد چھُ "زاینہ پرکاش" تہٕ ز "زاینہ ولاس"
یہٕ عبدالاحد آزادن لیوٗکھمُت چھُ۔ لیکھن وول چھُ اوسمُت بودھ بھٹ یُس ژند
خاندان سُلطان سکندر بُت شکن سٕندِس زمانس منز کشیر ییچھ ہار اشر ژوٗلمُت
اوس تہٕ بڈشاہ صابٕنِس زمانس منز پھیوٗر کشیر واپس۔ اَمۍ شر لیچھ منز کتابہ

---

(۱) کأشُر نثر۔ رہبر نہٕ خیال صفہ ۲۵ (۲) گنگس آف کشمیر۔ جے، سی، دت
(۳) کأشُر نثر۔ رہبر نہٕ خیال صفہ ۲۵ (۴) کأشُر شاعری، پروفیسر حاجنی
(۵) کأشُر نثر نار رہبر نہٕ خیال صفہ ۲۵

مُتلق چھہ نثری یورُن بیان یہ زِ "نمو لیوکھ اکھ اَتہ ہیوٗ صاف ڈراما، یتھ ژن "ذٲتہٕ پرکاش" ناو اوس۔ اَتھ منز اوس اَمو بڈشاہ سُند حال بوومُت۔"[۱ع] پوز اَمہ بیانہٕ تلہٕ چھُنہٕ یہ نشان زِ یہ کتاب اُسا نثرس منز کنہٕ نظمس منز۔ شارن پموٗ علاوٕ چھُنہٕ اَمہ زمانہٕ چہ بیٚیہٕ کُنہ نثری کتابہ ہنز کانٛہہ خبر لگان۔

رہبر صابٕنہ وَننہ چھےٚ اکھ سیٹھا کمزور روایت پیٹھہٕ زِ بڈشاہی کالہ پیٹھ سُکت ہٕندس وقتس تام چھےٚ بیٚیہ زِ کتابہٕ "ست پرُ" تہٕ "لنگہ پرن" کٲشرس نثرس منز شارن منز لیکھنہٕ آمژ۔ "ست پرُ" اُمس منوجی ناوکی اکہ لکھاری لیچھمی پرشنس پیٹھ اُس حکمتس سیتی واٹھ مقولات۔ لنگہ پرن اُس ہینڈ پن ہندس حتیہ رعبہ باگہ یہ کس فولنس سیتی واٹھ تھاوان۔ یہ اُس کُنہ تام پرٕکتی ناوکہ ادیبن لیچھمژ۔ مگر یمن دوشوٕنی کتابن ہندُ وجود دِس پیٹھ چھہ وینہ واریاہ شک کرنچ گنجٲیش۔ میہ چھُ ذاتی طور یمن ہندس وجود اکھ فرضی افسانہٕ ہیوٗ باسان۔ کتابن ہند اکھ حِژ گیہ اکھ کتھ، وینہ چھُنہٕ یمن لکھارین ہندس آسنس پیٹھ کانٛہہ خاطرخاہ تہٕ تسلی بخش ثبوت میلان۔"[۲ع] زبان ڈاکٹر صوفی چھہ "کشیر" ناوٕ کہ تواریخس منز یمن رکتابن تہٕ مُصنفن ہنز ذکر کرمُت۔ مگر ییٚتہ یوت ما چھُ کٲفی۔ پنزٲہمہ پیٹھ گُنہ شہہ ہندی ہندس ابتداہس تام چھےٚ بیٚیہ زٕ ھِین۔ باسان چھُ زانتھ وقتس منز اُسی کٲشرِ فارسی زبٲنی تہٕ ادبہ نِشہ ییتھ متاثر کٲشتہ زِ نمن آسہ ہانہ کٲشرس کُن توجہ ہیٚتہ کورمُت۔ بیٚیہ ما آسہ ہا تِمن عوام آسینہ کُنہ حکمتس ہُنُد احساس سپدمُت تہٕ کٲشر زبٲنی منز لیکھنس ما آسہ ہکھ کالہ گژھان۔ اَتھ زمانس دوران چھا کینہہ کٲشرِ پاٹھو لیکھنہٕ آمت، اَمیک چھُنہٕ کینہہ پے پتاہ۔

---

۱ع کٲشر ادبچ تٲریخ۔ اوتار کرشن رہبر۔ ۲ع کوشر نثر۔ خیال تہٕ رہبر۔ صفحہ ۲۵

اوتان چلے یہ کاشر نثر کر تمہ زمانچ کنہہ، ییمچ نہ اسہ نِش کانہہ تہ ٹھوس شہادت کُنہ کتابہ رٔنگو موجود چھےٚ۔ صرف چھےٚ زبانی رِوایژن، افسانن، قیاسن تہ کُنہ کُنہ تواریخی حوالن مَنٛز پَتہٕ کَرِتھ اَتھ مُتلِق کنہہ کرٕنی بیان۔ چھُنتے کینٛہہ موجود نہٕ سہ چھُ ترجمہ رٔنگو۔

## کاشرِ نثرُک گوڈنیُک دور (١٨٢١-١٩٣١)

وۄہوُن چھےٚ تمہ زمانچ کنہہ تُلنہٕ ییتھ اندر لیکھنہٕ آمٕژ کوشُر نثر کُنہ نہٕ کُنہ شکلہ منٛز، کُنہ نہٕ کُنہ موضوعس مَنٛز تہٕ کُنہ نہٕ کُنہ رسمہٕ خطس منٛز اسہ نِش موجود چھُ۔

غٲر مُلکی باشندٕ خاص کٔرتھ یورپ کیو روزن والیو ییم تجارتی تو لُقات مشرقِ بعیدس یا ہندوستانس سٟتی بٲدٕ کٔرِم۔ تِمن ہُنٛد دٔسلابہ چھُنہٕ مغل دورس منٛز سیدان بلکہ امہ نہٕ برونٛہہ لگ بگ تمہ زمانہٕ مَنٛز ییلہ ییٚتہٕ مسلمان بادشاہن ہُند حکومت چھُ اوسمُت۔ وۄہوُں گو مغل خاندانہٕ کِس وقتس دوران ہٕینٛنِن ییم بادشاہ اسینٛی تہٕ آخرٕ آیہٕ نوبت اوٚت مَنٛز یِتہٕ کِس سمندری کنارس تجارتی کوٹھہ بناونک اجازت دِنہٕ دالینے کٔرٕ تِموٚے تہٕ تِمے زیر کٔرِتھ بنیہ تہٕ ہُنٛدی تہٕ ییمہ ملکُک موختار۔ اوتامت اگر تجارتی نوٚقصانن ہُنٛد ذمہ وار ایسٹ انڈیا کمپنی ہندوستانس منٛز ییتہٕ گٔژھنہٕ کہ اکثر تُکس ناجاٲیز فائد تُلیتھ بٔنیہ کیٛن سیاسی معاملن منٛز تہٕ دٔپن دوان اُس تہٕ مختلف نوابن، راجن تہٕ سلطانن ہتھول کرٕ وتھ تِمن کمزور تہٕ بنیہ خاطرٕ مٲدان ہموار کران اُس۔ ١٨٥٧ء پتہٕ تُسیہ کٔر تم ہندوستان کہ قضا و قدرکی موختار۔ تہٕ یہ ملک گو تِہنٛدِ کِنہ قانونی طور تِہنٛدین اَتھن منٛز۔ تہٕ تِموکوٚر مختلف بہانو حرام پانس مَنٛز حلال۔ یوٚت آیہ حکمرانی کرنہٕ تہٕ انتظام چلاونہٕ بابت انگلستانہٕ کی طرفہ

عہدٕ ہدار سوزنہٕ۔ عوامی ہُند طوق گو اَسہ پینہٕ وٲلِس ہتس شتس وُری یس ناکھ

## (ا) بائیبلِ ہُند ترجمہ شاردا خطس منٛز

تجارتی تہٕ لُغات بٲژ اوس سیتھا سینتھی ہیٚتھ انگریزو ییٚتہٕ چھِ مقامی دیسی تہٕ عوامی زبانن منٛز دِلچسپی ہیٚژ۔ یِمن زبانن ہٕنٛد داونہٕ ہُکی کرِ یِنہٕ کام آسان بناونہٕ خٲطرٕ۔ مُقامی زبانن منٛز آیہٕ ترجمہٕ تہٕ کِتابہٕ لیکھناوِنہٕ کام کرناونہٕ۔ یِمن منٛز اُردو زبانہِ چھِ جاے مٲل بَرنہٕ آو۔ عیسایو کرٕ یِتہٕ مذہبکہ تبلیغ کام تہٕ شوٗرٕ کوٚر تہٕ زورٕ شورٕ سیتھ یکنہٕ وکھ برونٛہہ کُن۔ انجیلہٕ ہُند ترجمہٕ تہٕ آو مختلف مقامی زبانن منٛز کرناونہٕ یُس اَمی تبلیغی کامہٕ ہُند اکھ حِصہٕ اوس۔ یِمن دیسی تہٕ مُقامی زبانن منٛز اُس اکھ زبان کٲشر تہٕ۔ اَتھ زبانہِ منٛز سیپیز پٔرٕھ کوشش ۱۸۲۱ء ییمہٕ شوٗرٕ وٗ۔ یہِ چھُ سُے وٗری ییٚلہٕ عیسایَن ہُنٛز مُقدس الہامی کتاب بائیبل تہٕ New Testament (عہد نامہ جدید) کرٕ اَکھ اہم حِصُک ترجمہ کٲشرِ پٲٹھۍ کرنہٕ آو۔ یہِ ترجمہ کرناوَن والیٚنوا بجنسی اُس "سرام پور مِشنری"۔ یہِ اوس سُہ زمانہٕ ییٚلہٕ کشیر ہندیٚو حُکمران سِکھ اَسی۔ ہٲہند ہیے حیوٗ کوٗ مٔنٛزس دوران آے اَمی حِصکہٕ ترجمکی بییہٕ زٕ ایڈیشن اکھ ۱۸۲۷ء یِس تہٕ بیاکھ ۱۸۳۲ء یِس منٛز برونٛہہ کُن۔ یِمن ترٛیشونی ترجمن اوس رسمٕ خط شاردا۔

## (ب) یوٗرپی مُصنیف تہٕ کٲشر ادب

اَتھ دورانس ہیٚتِن رایل ایشیاٹک سوسائٹی بنگال کرِ اہتمامہٕ سیٚتھ واریاہ رِسالس منٛز کٲشرِ زبانِ مُتعلق مضمون انگریزی پٲٹھۍ چھاپ سپدِنۍ۔ بقولِ پروفیسر حاجنی "گوڈٕ لیوٗکھ میجر آر، سی، لیچ ۱۹۴۴ء ہس منٛز کٲشرِ زبانِ ہُند انگریزی پٲٹھۍ اکھ ژھوٚٹ موٚٹ گرامر تہٕ پَتہٕ ایل، بی، باورنگ

تہٕ فریڈرک ڈریوُن کاشرِ لفظن ہِندِس وُسہٕ چارس پیٹھ ۱۸۶۶ ءیس تام اُتھی رسالس اَندر کیٛنٛہہ جان مضموٗن ۔ اَمہِ سِلسِلک اَند ووت مسٹر ٹی آر ویڈ صاٖبنِس گرامرس تاں یُس زِنمو ۱۸۸۵ ءیس منٛز لنڈنہٕ چھپیوو ۔ کاشُر زبانی ہُندِ پہٕ گرامر تہٕ آوانگریزی پاٹھی لیکھنہٕ ۔ (۱) عبدالاحد آزاد چھِ اَتھ سِلسِلس کیٛنٛہہ ہُریر کران تہٕ بروٗنٛہہ پکناوان ۔ تِہِنٛدِ وَننہٕ چھِ ۱۸۷۰ ءیس منٛز ڈبلیو جے ، ایلمولی نہٕ ذرٕیہٕ ' اے واکوبلری آف کشمیری لنگویج ' انگریزی تہٕ روٚمن رسم خطس منٛز لیکھمٕتِس کاشرِس منٛز ' ۱۸۸۵ ءیس منٛز ' اے ڈکشنری آف کشمیری پراوربس ' مشہوٗر پادری جے ہنٹن ناون نہٕ ڈِسو تہٕ ۱۸۸۴ ءیس منٛز " کشمیری اِڈِلر " ، ۱۸۹۳ ءیس منٛز ' فوک ٹیلز آف کشمیر ' اُمِ سے مُصنِفہٕ سِندِ ڈِسہٕ لیکھنہٕ ۔ (۲) ۱۹۰۰ ءیس منٛز ' ایسیز آف کشمیری گرامر ' برکھرڈ تہٕ گریرسن نہٕ ڈِسو ؛ اَمہِ بروٗنٛہہ اَتھ وَری پانٛژٕ گریرسن نہٕ ڈِسو ' ایسیز آف کشمیری گرامر ' ؛ ۱۹۱۱ ءیس منٛز ' مینوٗل آف دی کشمیری لنگویج ' ۱۹۲۸ ءیس منٛز گریرسن تہٕ ایشر کولنہٕ ڈِسو ' اے ڈکشنری آف کشمیری لنگویج ' ، ۱۹۲۳ ءیس (۳) منٛز سٹین تہٕ گریرسن نے اَکھ ' حاتمز ٹیلز کشمیری سٹوریز اینڈ سانگس ' لیکھنہٕ یوان ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ ۱۸۷۲ ءیس منٛز ' داستانِ شیخ شبلی منظوم کشمیر ' جے ، ڈبلیو ، لیٹنر نہٕ ڈِسو ؛ ۱۸۹۵ ءیس منٛز کرل فریڈرکنہٕ ڈِسو ۔ محموٗد گامی سٕنٛز یوٗسف زُلیخا تہٕ ۱۹۲۴ ءیس منٛز ' دی ورڈ آف للا دی پروفیٹس ' ناوٕ لل دیٛدِ ہِندِ واکھ سر رچرڈ ٹمپل نہٕ ڈِسو ترجمہ سٟدٕ چھاپ سپدان ۔ یِمن کتابن منٛز چھُ انگریزی تہٕ روٚمن پاٹھی لیکھتھ کوشُر ورتاونہٕ یوان ۔ یمو منٛز چھے کہاوژ تہٕ دلیلہٕ جنوٚروٚر کاشرِس نثرس منٛز

---

۱) کاشِر نثرِچ کتاب ۔ پروفیسر حاجنی صفحہ ۸ ۲) ، ۳) فوک ٹیلز کتابہٕ ہُند چھپین وٕری چھُ ۱۸۸۷ ء تہٕ حاتمز ٹیلز کتابہٕ ہُند ۱۹۱۷ ء ( کاشرِ لکہٕ کتھہٕ جلد ۱ گوڈٕ کتھ ۔ تاک زینہ گیری )

ناو ہیٚتھ لایق۔ گرامر تہٕ، ڈکشنری چھےٚ زبانِ ہِنٛدِس دٔرِس، پوچھرس بانٕنے
لسانیاتس مُتعلق۔ یِم کوٗشِش چھےٚ لوٗکَن کاشرِ زبانِ کُن مٲل پھیرنس اَنٛدر کِس
سرمایس تہٕ اَکھ مَنٛز لیکھنَس پرٛتس مَنٛز دلچسپی ہُرراونس مَنٛز بڑٕ اہم
ثابت سپدان۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ یہِ اَکھ عبوٗری دوٗر آسان۔ تِکیازِ گُنٛہ
رسمہ خط اوسُنہٕ مُشخص تہٕ یِم کتابہٕ آیہٕ تہٕ چھَر اکاشرو بُٲٹھو لیکھنہٕ تہٕ
دِنو اَکھ کاشرِس نثرس مَنٛز اُہرہٕ تہٕ برٛونٛہہ کُن واجِبی کینٛہہ شُجید کوٗشِشہٕ
جناب محی الدین حاجنی تہٕ چھِ ۱۸۸۵ءیس مَنٛز ڈاکٹر نولزن کاشر
محاورن تہٕ کہاوَژن ہیٚنٛدِ لیچھمٕر کتابہٕ ہُنٛد ذکر کران اَکھ "کاشُر نثرٕچ اکھ
اہم کتاب" مانان تہٕ لیکھان۔ "اَکھ مَنٛز آو پرٛیتھ محاورس تہٕ پرٛیتھ کہاوَژ
سیٚتۍ سیٚتۍ انگریزی ترجمہ کرنہٕ تہٕ مُشکل جاین واش کڑنہٕ"[1,2] حاجنی صاحب چھِ
نولزنن "کاشرِن دلیلن" ہِنٛدِن دۄن ایڈیشنن تہٕ مطابِق صحیح "حاتم
ٹیلز" کتابہٕ ہُنٛد ناو تہٕ ہیوان یِمہٕ گریرسنن گوڈٕ ۱۹۱۲ءیس مَنٛز تہٕ پتہٕ
۱۹۲۳ءیس مَنٛز انگریزی ترجمہ سان لنڈنہٕ پیٚٹھٕ چھپاو۔ تِم چھِ نولزنہٕ "کاشُر
محاورٕ" کتابہٕ ہُنٛدِ عیب تہٕ نون کڈان زِ "تتھ مَنٛز چھِ کہاوژن، محاورن، ضربُل
مثلن تہٕ تلمیحن کُنہ گیٚڈ کرنہٕ آمٕژ۔"[2] حاجنی صاب چھِ لیکھان زِ روٗمی رسمہ خط
آسنہٕ سببہٕ پٔرِ یِم دلیلہٕ "حرف شوقہٕ والیو زِ ترو، کاشِہ کاشِہ انگریزی ترٛن
ڈالِ تہٕ ما آسَن بوزمژ (یِہُندِ زیوٗ) کینٛژو ڈُنگہ ہاترو تہٕ خالی سامانو تہٕ"[3]
اَزی کِس زمانس مَنٛز تہٕ چھےٚ یِم کتابہٕ روٗمی رسمہ خط ڈبو دو لوکھ آسنہٕ کِنو

---

۱، ۲، ۳ کاشُر نثرٕچ کتاب۔ پروفیسر حاجنی صفحہ ۹ (ٹاک صاب چھُ حاتم
ٹیلز کتابہ ہُنٛد چھپن وری ۱۹۱۷ء لیکھان) لگہ کتھ جلد ۱۔

عام لوکن ہندِ خاطرٕ عجوٗبے۔ انگریزی زانن والٮ۪ن تہٕ چھِ یمن کتابن تأریخی اہمیتھ دوان تہٕ حوالہٕ نِہ ہٮ۪کن کأم ہیوان ہٮ۪تھ یَتھ کیٛنژھہ۔ ییٚنہٕ ادبی حیثیتھ چھِ نہٕ تیٚژ کیٛنژھہ۔

(ج) بائیبل ہُنْد کأشُر ترجمہ [فارسی خطس منٛز]

اُتھ دوران آیہ نستعلیق رسمِ خطس منٛز ترجمہ رٕنگو اَکھ کتاب لیکھنہٕ سوٗ کیٛنہ "نیو ٹیسٹامینٹ" (عہدنامہ جدید)۔ اُسی کرو اکھ اَمہ کتابہ ہُنْد ذرا تفصیلی ذکر تہٕ بیٚیہ "جانمز ٹیلر ـــــ ولیمہ کتابہ ہُنْد اَمہ کنہ زبہ چھیٚ" سانہٕ ادبہ کس اکس بٔڈس حصس "لکہٕ ادبس" متعلق تہٕ اُتھ منٛز چھیٚ واریاہ دلیلہ محفوظ کرنہٕ آمژٕ۔ "بائیبلِ ہٕنٛدٕ ترجمک اَمہ کنہ زٕ رسمِ خطہٕ کرِ حسابہ چھُ یہ ترجمہ سانہٕ نثری ادبہ کہ تٲریخک کُن تہٕ موجودٕ نثری تٲریخُک ابتدا۔

ایرأنی رسمِ خط یا نستعلیقس اندر سیٚدِ بائیبلہ ہُنْد ترجمہ، برٹش بائیبل سوسائیٹی ہٕنْد دٔسو۔ یہ ترجمہ سیٚدٕ بقول پروفیسر محی الدین حاجنی صاحب ۱۸۷۶ء ہس منٛز تہٕ چھپوو لکھ لاہورٕ[۱]۔ مگر او تار کشن رہبر صاحب چھِ اَتھ سیتٕ اختلاف تھوان۔ تِہندِ دٔنہِ چھُ زِ یہ ترجمہ سیٚدٕ ۱۸۸۴ء ہس منٛز تِہندِ قولہ مطأبق چھُ یہ سٕے حصہ یُس سرام پور مشینری ہٕنْد دٔسو شاردا رسمِ خطس منٛز سیٚدٕ متہ اوس۔ اَمہ سوسائیٹی کرٕ پیٚتھ یہ تمو تھوو شاردا بدل اکھ رسمِ خط نستعلیق۔ دوٚیم گو اَمہ مشینری کرٕ بیاکھ کأم یہ زِ اَمہ کرنوو عہدنامہ قدیم (Old Testament) ناوی بائیبلہ ہٕنْدس حصس تہٕ کأشری پاٹھی ترجمہ۔ اُتھ تہٕ اوس رسمِ خط نستعلیق۔ یم دوشوٕے حصہ چھِ یکہٕ وٹہٕ ۱۸۹۹ء ہس منٛز لُدیانہٕ پیٚٹھہ چھاپ سیٚدِ تہٕ شایع سیٚدان۔ رہبر صابن چھِ سرام پور

---

(۱) کأشرِ نثرٕچ کتاب۔ حاجنی۔ صفحہ ۹

مِشنری ہِنٛدِ ڈسو سپدِتھ مٕتہٕ ترٛجمہٕ چھٔپِن جابے پروفیسر حاجنی صابنِہ لیچھمُت چھپن جاے " لاہور" بجاے لُدھیانہ (پنجاب) لیچھومُت۔

اَمہِ ترجمُک اَکھ خصوٗصیت چھےٚ بقولِ پروفیسر محی الدین حاجنی یہِ زِ " یہِ چھےٚ کٲشرِ نثرِچ گوڈنِچ سۄ کتاب یۄسہٕ نستعلیق (فارسی) خطس منٛز چھاپ گٔیہٕ ۔"[۱] تہٕ بیاکھ یہِ زِ اَتھ منٛز آیہٕ کٲشرِ زیر زبر جان پٲٹھۍ گَھر کرنہٕ۔"[۲] ترجمہٕ کمُو کوٚر۔ اَتھ نِسبتھ چھُ حاجنی صابن اَکھ ضمنی جُملہٕ لیوٗکھمُت زِ " ڈیان چھِ یہِ ترجمہٕ اوس یار محمد خانن کوٗرمُت"[۳] تہٕ اوتار کرِشن رہبر صاب چھُ لیکھان۔

" اَڈ نام ترجمہٕ کرن والین ہُنٛد سوال چھُ تہٕ چھُپتہٕ پۄرٕ پٲٹھۍ مولوم زِ تِمو کم اُسی ڈُنی گو بیپرٕ ہٮ۪ن چھِ بوزان زِ کوٗشُر ترجمہٕ بائبل اَتھس منٛز چھ ٹی، آر، واڈے (Rev. T. R. Wade) ناوُک پادری یاتہٕ ترجمہٕ کرن والین دار یاہ اَکھ ٹروٗ کوٗرمُت۔ ڈیان دوٚیمہِ حِصُک ترجمہٕ چھُ آہ مِشنری نِگرانی منٛز یار محمد خانن کوٗرمُت۔"[۴]

یہِ ترجمہٕ ووت نہٕ عام لُکن تام تکیازِ ذوق اوس تیتھُے۔ بیٚیلہِ یوٗکھ انگریزی پرٛنِس اَمہِ کِنہِ کھوٗژان اُسی زِ اُسی گژھو نہٕ کرستانی بنِتھ۔ بائیبل کِہتھ کتھ پٕرِ ہٮ۪ن۔ پروفیسر حاجنی صاب چھِ لیکھان: " اِنجیلہٕ ہِنٛد اَمہِ ترجمہٕ نِشہٕ تُل یتیٖتہٕ کیوٗان پٔرِ کرِستانو فائدٕ۔ عام لوکو منٛز ییم ییم بیمار زُو داد مِشن ہسپتالس لگو یا ییم شُرۍ مِشن سکولن درٕج گے تِمو بُعار وُچھنہٕ یہِ ترجمہٕ کانٛسی "[۵] اَمہِ ترجمُک انداز بیان چھُ تیتھُے یِتھ مذہبی الہامی کتابن ہُنٛدِس ترجمس عام طور آسان چھُ۔ آسان سیٚدٕ ساد، رنگہٕ روغنہٕ ورٲے۔ ترجمہٕ چھُ آیہٕ تہٕ لفظ بہ لفظ کرنہٕ آمُت جگہ

---

۱، ۲، ۳۔ کٲشرِ نثرِچ کتاب حاجنی صفحہٕ ۹، ۴۔ کوٗشُر نثر خیال تہٕ رہبر صفحہٕ ۲۷، ۲۸
۵۔ کٲشرِ نثرِچ کتاب۔ حاجنی صفحہٕ ۹

مفہوم یوت چھُنہٕ نیتہٕ آمُت ۔ امہِ کنۍ چھُ پوٗر جملہٕ لیکھنس منز لفظن ہنٛد ترتیب ڈولمُت ۔ تہٕ کتھ سمجنس چھُ ہنا کھُر ہیوٚو یوان ۔ مثالہِ پاٹھۍ یہِ جملہٕ "تمو لکو ہیم انہٕ گنڈِ اندر بیٹھو بوڈ نوٗر و چھکھ تہٕ تمن پیہٕ ہیم موتہٕ یس ملکس اندر سایس تل بیہتھو نوٗر پرز لیوو "۔ ۱؎ بائبل ہنٛد ترجمہ کام جاری روزنس متعلق چھُ رہبر صاب لیکھان " بئیہ بئیہ کینہہ موٗہ حصر چھیہ آے کاشرس منز چھپنہٕ ۔ مگر یوتان مولوم چھُ و نہٕ چھُنہٕ سارے بائبل کاشرس منز چھپنہٕ آمُت امیُک خاص وجہ چھُ شاید یہ زِ ناوس سوتۍ کینژو کاشرو کوٗر بیٚیّنہٕ عیسائی مذہب قبوٗل ۔ کشیرِ منز واریاہ چھیے "گنہٕ خدس تان ذرس ہندوستانس منز تمو کینژو جایو منز بیٚیّنہٕ تہٕ لوکو عیسائے بننس کُن کانہہ خاص روجحان ہیوٚو" ۲؎

## بیٚیتھ کینہہ ادیب تہٕ کاشُر گرامر

انگریز ادیبن منز مانٕ پیو کاشرو لکھاریو منز ایشر کول صابُنس تہٕ قلمُک تمنک منز ۔ چنانچہ تمو لیوکھ کاشرِ زبانۍ ہنٛد گرامر ۔ (شبد امرت) سنسکرت پاٹھۍ ۔ اکھ دورانس لیوکھ خان غلام محمد خان پوپل زئی صابن اردو پاٹھۍ کاشرِ اکھ گرامر تہٕ امہِ پتہٕ کینژ کاہ میر سیف الدین تاربلی صابن فارسی پاٹھۍ "رسالہٕ اصوات کشیر" یُس کاشرس صوتیاتس متعلق چھُ تہٕ و نہٕ چھُنہٕ چھاپ گومُت ۔

## حاتم تلہٕ وانِنٛد دلیلہٕ (گریرسن تہٕ شٹاین)

یوتان کاشرِ دلیلہٕ کتاب "حاتمز تلہٕ" ہنٛد توٗلُق چھُ ۔ اکھ سلسلہ منز چھیہ کنھہ یاد تھاونۍ لایق زِ لکہِ ادبہٕ کنۍ چھیے کاشرِ زبان ہیکھو لایق ۔ ادیہ شارن منزٕ اسن یا نثرس منز ۔ یوہے وجہ چھُ زِ امہِ جزن پھیُر یورپی محققن تہٕ ادیبن ہنٛد توجہ پانس کُن ۔ یہٕ چھ اکھ دلیلہ کتاب لیچھ گوڈ نولز صابن

---

۱؎ متی سنز انجیل (باب ۴) ۲؎ کاشُر سنز خیال نہٕ رہبر صفحہ ۲۸

۱۸۸۵ ء یس منٛز چھیہ [۱] ووت جایہ جایہ تہٕ کرین پٔرِتھ دلیلہٕ جمع۔ یمن دلیلن سیتی
چھاپین کاشرِ محاورٕ تہٕ کہاوژ تہٕ انگریزی ترجمہ سان۔ اَمی آیہ پتہٕ بیاکھ کتاب
کشیر منٛزٕ لکہ دلیلہٕ (Folk tales of Kashmir) ناووٕ۔
۱۹۱۲ ء یس منٛز لیچھ سٹاین صابن پٔرِتھ اکھ کتاب یوس گریرسن تہٕ تکٕ پنٛڈتن
مشترکہ کوشش سیتی ۱۹۲۳ ء [۲] یس منٛز چھاپ سپنٛز۔ سٹاین کاین آسیہ دلیلہٕ
اکس مشہور دلیلہ گرٕ سٕ حاتم تلہ واُنی نشہ بوز مژ۔ تَوسے اوٚا لکھ کیتابہ
"حاتمز ٹیلز" ناو تھاوینہٕ تہٕ لندنس منٛز آیہٕ چھاپ کرنہٕ۔ اَمیک نتیجہ دژاو یہ
زِ باقے وارییہن اَدیبن گیہ اوکُن گل تہٕ ۱۹۳۲ ء یس منٛز لیچھی پنٛڈت آنند کول
بامزائین کاشرین محاورن تہٕ پٔریژن سیتی وابستہ کیتھہ لوکچہ مۄکچہ کتابہٕ یم چھاپہ
سپدیمژ چھے۔
.یورپی لکھارین ہٕنٛدِ ڈٕسہ لیکھنہٕ آمژ کتابہٕ چھے رومن رسم خطس منٛز۔
اندازِ بیان چھُ سلیس تہٕ صاف۔ جُملن ہٕنٛد ترتیب سنبالُن چھُ کمے یٔہس مدِ نظر
تھاونہٕ آمُت۔ زبان چھے روزانہٕ بولنہٕ ینہٕ واجینٛژ تہٕ مُروجہ کاشر زبان۔ تحریرس
منٛز تہٕ چھُ ہٕشے انداز ورتاونہٕ آمُت۔ یُس دلیلہ گوٚر زبانہِ وَنُن وزِ ورتاوان چھُ۔
"حاتمز ٹیلز" کتاب چھے صرف دلیلن پیٹھ مُشتمل۔ بیٚیہ چھُنہٕ اکھ لکہ کاتھہ
پٚیٚنہٕ۔
(۱) کاشِرو پاٹھو جامٹری (رام جو در)
یوسہٕ کتھہ بڈشاہ صابس پٮ۪ند آیمہ صدی منٛز فکرِ نرے یہ نہٕ تتھ پیٹھ عمل

---

۱، ۲ یہ سٕنہ چھہٕ رہبر صابن کوشر نثر کتابہ منٛز۔ ڈیپارٹمنٹ جموں و کشمیر کلچرل اکیڈمی
ہٕندِ ڈٕسہ چھاپہٕ یژمژ "کاشُر لکہ کتھ" کتابہ ہٕندِس گوڈٕنِس منٛز چھہٕ یہ سٕنہ بالترتیب
۱۸۸۷ ء تہٕ ۱۹۱۷ ء

کرناوین سعہ ڈرایہ کُنو ہمہ ہندی منز تہ کھوجیہ تہٕ اَتہ چھےٚ اَکہ صحی تالیمی اوٚصولہ کینٛہ وزن دار مانہٕ یوان۔ یانہٕ تالیمہ ہُنٛد گرٛنڈ ہینٛتھ مادری زبانی منز دینہٕ یِیہ۔ وِہیٚ کوٚ کشیر منز یوت توجہ اَتھ دیُن گوٚ ژھ تیوت آسنہٕ دینہ تہٕ اَتھ سعٚ ییٚنہ سیاسی تہٕ سماجی وجوہات۔ تاہم کرٕ کینژو داناہو وقتہ وقتہٕ کوشش زٕ اَتھ کنہِ پیٚٹھ گژھہ عمل سپدُن۔ یمَو منز داناہن منز اوس اکھ پنڈت رام جو دریُس ڈوگرہ مہاراجن ہنٛدِس زمانس منز تالیمہ ہنٛدِ محکمک ڈایرکٹر تہٕ شہر خاصک وزیر وزارتھ اوس۔ اَمو کرٕ یانہٕ اَکھ جامیٹری کتابِ منز تیار یمنہ منز کینژہ ہنٛز یادی سچایی آسہ۔ کتابہ ہُنٛد ناو چھُ "تحریر اقلیدس بزبان کشمیری" یہ کتاب چھےٚ ۱۸۷۶ یس منز تیار تہٕ چھاپ سپدیمژ۔ کوشش چھےٚ کرنہٕ آمژ زِ شبہ سادہ پاٹھو گژھن جامیٹری ہنٛدی اوٚصول لیکھنہٕ ییٚنہٕ۔ مثلن "ییٚمہ ترکوٚنہکو زِ کوٚنٛج آسن یانہٕ واٚنی سومُو۔ تیمن دوٚن یانہٕ واٚنی سوموٚ کوٚنجن منز ییٚلہ شبوٚ دٕ زٕ لگہِ تہٕ گژھن یانہٕ واٚنی سومہ۔" یمہ خہ نیک مضمونہٕ خاطر کرٕ جان تہٕ دیہ وُن انداز بیان چھُ ورتاونہٕ آمُت تہٕ کوتاہ شوٚد کوشر چھُ یہ باسان۔

(ز) گوٚنہٕ زُ پڈ (نوشعانی)

۱۹۲۱ یس منز لیکھو پروفیسر نوشعانی صاحبن دیوناگری رسم خطس منز کینژہ برامرٕ اَچھر زان' ناوُک۔ تہٕ آمہ پتہٕ ہیٚیہ لوکٕ لوکچہ کتابہ اکثرک موضوع اوس حساب تہٕ کتابہ اوس ناو "گرٛنز دیہ" ییٚمس کتابہ اوس موضوع یہ زِ "ہیچناوُن کیٚتھہ کنُو گژھہ".

(ج) مذہبی نثری ادب

کشیر چھےٚ دیہات پرٛاہ۔ ییٚتہ چھُ مختلف مذہبن ہنٛدہ وقتہٕ حبان اَثر نہٕ آمت۔ یہ اَثر چھُ کاشرن ہنٛدِس مزاجس تہٕ معاشرتس پیٚٹھ سپدیمُت.

کاشُرٕ یونہٕ چھُ پتہٕ پَتہٕ بیٚنہٕ بیٚنہٕ مذہبَن ہُند لولہٕ مَنَس لاے گومُت۔ ہندومت اُسی تَن
یا بودھ مذہب، اسلام اُسی تَن یا عیسائی مذہب بیٚنہٕ آیہٕ پَرتھ اُکس بیٚشمَن
مَنٛز جاے کرٕنہٕ۔ بیٚنہٕ تبلیغہٕ خاطرٕ تہٕ یاسیٚو بیٚنہٕ ہٕندِس مَیدان تنگ تہٕ مسلمانَن
مختلف عقیدٕ تھاوَن والیٚو اسیٚو شیٖر وٕ شکر تھٕنتھ روزان۔ وۄن گوو جادٕ
یہَن اثر چھُ بیٚنہٕ ہندومت، بودھ مذہب تہٕ اسلامُک تکیا۔ یہند کو مانَن
والی چھ کشیٖرِ مَنٛز بارٕ نیٚبدس اندر بسان۔ مسلمانَن ہندی مختلف فرقہٕ، شیعہ
سُنی، ہیٚندٕ ہند فرقہٕ، آریہ سماج، مہاسبائی، سِکھ، بیٚنہٕ ساریٚنی دٕرکشیٖر
مَنٛزس مَنٛز جاے۔ درویش، ولی، ساد، گور، سید، برٛہمن، پَرتھ اُکس میول بیٚنہٕ
شیٚہجار۔ یہ کیٚتھ نظرٕ تل تھاوتھ گو زٕہ بیٚنہٕ کہ ادبُک وار یاہ حصہ امی قسمُک
آسُن۔ مذہبیات، روحانیات، اخلاقیات بیٚنہٕ علمَن بیٚہِتھ گرٛاہ کتابہٕ لیکھنہٕ
امٕ آسٕنہٕ یمہٕ تو فیتس یاد پیٚچھے۔ باقی ادبُک ذخیرٕ کوتاہ چھُ نتہٕ، تِمہٕ نِسبتہٕ
دٕچھو مُلہٕ چھُ شکرزٕ نو تہٕ چھُ کیشہٕ نتہٕ کینہٕ۔ وۄن گو بیٚنٛزٕ یہٕن زٕ سہٕ چھُ شاہ
ادب زٕ انگو یا نے نظمس مَنٛز۔ نثرس مَنٛز چھیٚنہٕ ثبوت کینہہ۔ انجیل مقدس کہ ترجمہ
(بیٚمبتُک ذکر ستہٕ چھُم) علاوہ یمٕ قرآن شریفُک ترجمہ کرنُچ کوشش تہٕ۔ انداز چھُ
زٕ یتھ کوشش آسن بَدشاہ حداہ بدنہٕ نہ مانہٕ تہٕ سیٚز مرٕ تہٕ سمجھٕ ممکن چھُ زٕ کامیاب
نہٕ ماسیتن رو زہرٕ مگر یمَن ہُند کانہہ پےٚ پناہ نہ آسنہٕ کِنہٕ ہیکو نہٕ یمَن متعلق کینہہ تہٕ
وَنِتھ۔ قرآن شریفک ترجمہ یَتھ نو شتس ہُند اسہ پےٚ پناہ تہٕ تم چھ
مختلف حوالو کس گوڈ میرد اعظم خاندانہٕ کِنہٕ عالمَن ہیٚندِ دسہ سیٚز مرٕ جناب
پروفیسر جامعہ صاحبن راے چھے زٕ یتھ کوشش ہُند ابتدا سپد، وُہمہ صدی
یونہٕ۔" وُہمہ صدی یوانی چھے کاشرٕ اردو ہیٚو چھ، پَرٕ وُنیٚو زون زٕ نثر لگہٕ حرف
گرٕ کلی و یوہ یارس تہٕ بس۔ اما یوز اُتھو وقتس مَنٛز یوکرستان ہُند کاشر عیسائی

لڑیچرٕ چھُ چھتھ کینژن مسلمانن ظلوٕمن زٕ کاشرِ پاٹھۍ اگر اسلامی احکام لیکھنہٕ ییِن تہٕ شاید ڈلن نہٕ یِمن خبر لوکھ۔ تویٚ کٔنہہ یتھ صدی ہندِس گوڈس منز اکھ کھوژ کٔنو مولوی صدیق اللہ حاجنی شِنز تہٕ عبدالاحد ناڈمپہ شِنز مذہبی منظومات چھاپ تہٕ ییِنہہ کٔنو آیہٕ "کاشرِ مسلہٕ کتاب" نثرس منز لیکھنہٕ یتھ منز سوال و جواب کِس صوٗرتس منز کینہہ اسلامی مسلہٕ لیکھنہٕ آمتۍ چھہ۔ یمن علاوہ کوٗر امی زمانہٕ منز واعظ کشمیر مولوی یحییٰ صابن قرآن کریمہٕ منز عمہ سیپار باحاورٕ کوشُر ترجمہ یُستی چھُ وننہٕ یوان زٕ اُمتھو زمانس منز کریو نہال پورکۍ مشہور عالم درویشن (محی الدین خانن) قرآن کریمس کاشرِ پاٹھۍ ترجمہ یُس کرٕ تان جھنت گارن وُنتام تُورِ لۆبھو۔[۱]

قرآنک کاشُر ترجمہ

اوتار کرشن رہبر چھُ زمانہ مشخص کرنہٕ ورأی مولوی یوسف شاہ صابنہ کرُمُنہ قرآن شریفکہ کاشرِ ترجمک ذکر کران لیکھان زٕ "قرآن شریف کاشرِس منز بہیرِ نیچہ کوشش چھےٚ آمہ یٚہ ونہہ وادیاد شیبز نہٕ۔ مولوی احمد شاہ جامعی صابن چھُ آمہ کہ اکہ حیصُک ترجمہٕ کوٗرمُت"[۲] یہ چھےٚ یاد تھاونی لایق کتھ زٕ مولوی احمد شاہ جامعی صابن یتھ حصس ترجمہ کوٗرمُت چھُ سُہ چھُ غلام محمد نور محمدنہٕ ڈمو چھاپ شیدمُت۔ تہٕ نور محمد صابن چھُ آمہ کیس سرنامس منز یتھ کوششن ہند ذکر کران لیکھمُت زٕ "یمہ یرٕ ونہہ اُمس یتھ یرٕ کامہ اندر گوڈنچ سبقت کٔرمٕژ جناب میر واعظ مولوی یحییٰ صابن نور اللہ مرقدہٗ تمو اوس صرف ییتھہ سیپارٕ پارہ عمس کاشرِ پاٹھۍ ترجمہ کوٗرمُت۔ یہ سیٚ چھاپ اُس سپُز منز نیمہ پنٕہ اوس اسلامیہ ہائی سکولکۍ سابق ہیڈ ماسٹر جناب غلام محی الدین خان صاحب نہال پوری ین ساری سے قرآن مجیدس بزبان

۱؎ کاشرِ نثرٕچ کتاب۔ پروفیسر حاجنی صفحہ ۱۱ ۲؎ کاشُر نثر۔ خیال تہٕ رہبر صفحہ ۱۳۱

کشمیری ترجمہ کوٚرمُت یُس از تام بلکل زیرِ پردٕ روٗد تہٕ علماء کرامن تہٕ اوس نہٕ تمہِ کیس طباعتس اِجازت دِتمُت۔ تمہِ پتہٕ کوٚر جناب مولانا میرواعظ مولوی یوٗسف شاہ صاحبن پارٕ عم ـــــــ دوبارٕ مزید تفسیرِ چ وضاحت کرِتھ، معانی تہٕ فوائد ہُرِ راٚوِتھ، معترضن ہندین اعتراضن جواب دِتھ شایع یعنی پیٚسہ وٗنی کینژس موجود چھےٚ۔"[۱]

میرواعظ مولوی یوسف شاہ صاحبن کوٚرمُت قرآن شریفک سہ ترجمہ یُس از پروٚنہہ ژٕ ترٚے وری شایع سپُد تھ لوکن پروٚنہہ کُن آو چھُ اکھ سِلسِلہ مٕز بیٚیہ تہٕ کینژہ کنی نیٚنہٕ کرٛان۔ اَتھ مُج گوڈٕ کنی پرِ تھ یوسہ اُردو پاٹھی میرواعظ مولانا محمد فاروق صاحبن لیچھی مٕژ چھےٚ، لوگ مٕسِّ صاف پاٹھی یہ پتہٕ زِ یم کوشش چھنہٕ وُہم صدی ہُند نی شوٗرُو گژھان بلکہ چھےٚ کنوٚہمہ صدی مٕزٕ ہے کرنہٕ آمٕژ۔ لیکھِت چھُ: "لگ بگ ہتھ وری[۲] بروٚنہہ کوٚر ساٚنی جدِ امجد حضرت مولانا محمد

---

[۱] کاشر ترجمہ چار تقریبًا ہتھ صفہ ۱۳۱ تہٕ ۲ اشپٚنک نے کوٚ ۱۸۷۳ ہس منٕز ہیو۔ مگر وَنُن چھُ پوان زِ اَمہِ خاطرٕ آسہ اَمہِ نہٕ بروٚنہہ کوشش شوٗرُو گامٕژ۔ مولوی محمد سُبحان ناوِ اَکھ بزرگن اوس پوٗر قرآن شریف ترجمہ کوٚرمُت۔ سُبحان صاحب اوس زِ کہ کاٚشر تہٕ پتہٕ اوس عرب گژھِتھ کُنہِ تان بسکین دربنیومُت (شاید مکہ شریفہ یا مدینہ شریفہ) تمی اوسُن یہ ترجمہ لیچھمُت۔ خبر اَس تہٕ کاٚشی۔ بیٚیلہ پنڈت جواہر لال نہرو ہندوستانکہ گوڈنِکہ وزیرِ اعظم دورس عرب گیہِ تمن دِنکھ یہ تَنہٕ ڈالرِ پاٹھی تہٕ دوپُکھ یہ ترجمہ چھُ اور چھی کُنہِ تان زباٚنی منٕز۔ لہٰذا اَنِیو تھ تہٕ پانس ستو۔ پناچہ تمو اوٚن یہ پانس ستی پور فارسی خط ہیو۔ وچھتھ سوٗز کھ عثمانیہ یونیورسٹی حیدرآبادکس دارالترجمہس رکھتھ تان پاٹھی اَتِ کُنہِ کشمیرِ ہندِ تمہِ وقتکہ وزیرِ اعظم بخشی غلام محمد صاحبن سوٗز صاحبزادہ حسن شاہ تہٕ اَتہ ناوِن ساٚری یہ ترجمس فوٹوسٹیٹ کاپی تلِتھ۔ پتہٕ دِیُتھ پروفیسر حاجنی صاٚبس اَکھ نظر ثانی کرنی۔ حاجنی صاٚبن (یاہ قیبِ بروٚنہہ لکھِنہ پیٚیہٕ

یحییٰ شاہ میرواعظ کشیر نور اللہ مرقدہٗ صابن یمِن شاہ ولی اللہ صابنہٕ خاندانُکۍ شرف
تلمذ اوس تہٕ یِم صرف دٕہ پوٗ واسطو حضرت شاہ عبد العزیز محدث دہلوی رحمتہ
اللہ علیہ ہِندۍ شاگرد اسی، کأشرِ پانٛژھو قرآن شریفُک ترجمہ کرُن شوٗروٗ، عام
طریقہ تہٕ رِواج تراوِتھ کوٗر تمو گوڈٕ ترٛیہہ سپارٕ ترجمہٕ امہ کِنۍ زِ عام مُسلمان
خۆصوٗص مشیدن ہٕنٛدۍ امام صاب چھہٕ امی سپارٕ ہٕنٛدۍ لوکٕٹۍ لوکٕٹۍ سوٗرٕ
نمازٕ منٛز پرنہٕ خاطرٕ یاد کران۔ اَتھ تھوو تمو "نور العیون فی ترجمہ عم یتساءلون"
ناو۔ تِم گئے ۱۳۰۷ھ یس منٛز حجس تہٕ ۱۳۰۸ھ یس منٛز واپس یِتھ شَدید
جوأنی اندر بیمار گٔژھتھ تہٕ ہندا اِنتقال تہٕ یہ مبارک مشن روٗد تِتھۍ تکمیلس"۔
ہیتھ وُری پتیٚم زمانہ گوٚ لگ بگ کُنہٕ ہمہ صدی ہٕنٛد اکھ ٹیٚم دٕہل۔

---

(ہیٚتھ ترجمہ صفک باقٕے فُٹ نوٹ:) کرینہ سیٹھا کوشش زِ امہ خاطرٕ گوٚژھ اکھ
بورڈ بنُن۔ مگر تہٕ آونہٕ بامُل تہٕ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛدۍ تمہ وقتکۍ سیکرٹری
علی جواد زیدی صابَن کرو صاحبی صاب سیٹھا مُشکلہ سیتۍ اَتھ کِنۍ پیٹھ
اکادمی زِ بخشی صابنی مرضی نظرِثانی تھاوِتھ دِین تِم کُنۍ زِ اَتھ نظرِ گُزر گوٚڈنیُک
سپارٕ الم آیہ صاحبنی صابس حوالہ کرِتھ۔ تہٕ نظرِ گُزر دِنہٕ پتہٕ روٗد اَتھ ترجمس
اَکھ حصہ موجود تہٕ ترٛیشِ حصہ بدلیوس۔ نظرِثانی پتہٕ بیٚیلہٕ یہ سپارٕ واپس
کلچرل اکیڈیمی واتٕ۔ تِمو وُچھ بخشی صابس آدیٚنٕ۔ باقٕے سپارن
نظرِثانی کرناونک تہٕ پتہٕ پُکلِم ترجمہ چھاپ کرناونک پروگرام آونہٕ راونہٕ (شاید
آوے زِ اصلی ترجمہ چھُنہٕ معیأری تہٕ نظرِثانی کرناوِتھ تہٕ زِ اصلی مُترجمہ سٕنٛد
سیٹھا کم حصہ اَتھ منٛز یا ما آسہہس بچیہ گیشہہ وجہ) یہ اوس صرف ترجمہ
عزلی عبارژ روٗمتے تہٕ یہ عبارت لیکھنہٕ آسن نظرِثانی کرن وألس مٔنۍ۔
ترجمہ قرآن شریف۔ میرواعظ مولوی محمد یوسف۔

یانے ۱۸۷۰ء یتہٕ پتہٕ۔ یہ چھُ قریب قریب سُہ زمانہٕ ییٚلہِ بائیبلہٕ ہُنٛد کاشُر ترجمہ نستعلیق رسمہِ خطس منٛز چھپیوٚ۔ اَمہِ سِلسِلہٕ دوٚیِم کوشِش کٔر غلام محی الدین خان نہال پوٚری صٲبن۔ یہ سپُد اُمہِ ہیٚم صَدی شوٚرو گژھنہٕ برونٛہہ کینہہ اَمہِ پَتہٕ ؟ تتھ چھپنہٕ کینہہ نوٚ بوٚت۔ ترٛیِم کوشِش چھےٚ میرواعظ مولوی یوسف شاہ صٲبن کٔرمٕژ۔ اَتھ چھُ جامعی صٲبُن بیان تہٕ گواہ تہٕ پانہٕ مولانا یوسف شاہ صٲبُن یہ بیان تہٕ "مےٚ اوس اَزی کہٕ برونٛہہ وارِیاہ وٕری شوق تہٕ پراد زِ یہٕ لیکھہ ہا پننہٕ نٮ۪س جد بزرگوارٕ سٕندِس طرزس پیٹھ سٲری سےٚ قرآن مجیدس ترجمہ کٲشری پاٹھی۔ چُناچہ تتھ اوس مےٚ شوٚروٚ تہٕ کوٚر مُت کشیرِ اَندر مگر ہجرت تہٕ ترکِ وطن کرنہٕ سعہ کیہہ روٚدی نہم اوراق تہٕ اَجزا وطنسےٚ اندر ۔"[۱] باسان چھُ زِ یہ کوشِش چھہ وُہِم صَدی شوٚروٚ گژھنہٕ پتہٕ کرنہٕ آمٕژ۔ برونٛہہ کرنہٕ آمٕژ آسہ ہا۔ چھاپ سپدِ تھ آسہ ہا لوکن برونٛہہ کُن آمٕژ۔ یتہٕ چھےٚ کٲمٕژ سپاسی دوہ لایو بزی۔

اَتھ سلسِلس منٛز چھےٚ بیاکھ کوشِش پیر غلام محمد حنفی سوپوری صٲبنٕ نادر ہیٚنٛزلایق۔ مےٚ دیٛتُن تسٕندِس بچےٚ ہٕنٛزِ کُتب خانس پھیٛر۔ سُہ چھُ اَکھ جان شاعر تہٕ اوسمُت۔ یِمَن لیچھو مٕژن دوٚیِمَن کتابَن منٛز چھُ سُہ یِمَنٕز پانس مُفسرِ قرآن تہٕ لیکھان۔ اَکِس جایہ چھہ یِم شارمیلان ؎

پاٹھو خمہٕ داینٛ پنو مےٚ در تحریر
اوٚ تم کاشرٕ زبانی رٕت تفسیر[۲]

پانٛژن وٕری ہت اندر باذن اللہ
ختم کٲشر کوٚرم کلام اللہ

تہٕ بیٚیس جایہ ؎

پیر حنفی محمد عالیشان
زاہلِ ایمان مُفسرِ قرآن[۳]

---

۱۔ ترجمہ قرآن شریف۔ میر واعظ یوسف شاہ ص ۲، ۳ بوستان کشمیر قلمی مسودہ از پیر غلام محمد حنفی سوپوری۔

تمو چھُ یِنہ اَتھ لیچھِ منز     اَکس کتابہ "تحفہ محمدی" کس

اَکس حِصس پیٹھ یہ یاداش لیکھو مُت۔ "تفسیر قرآن بزبان کشمیری بہ

تصنیف غلام محمد حنفی عفی عنہ بہ یوسف شاہ میر واعظ سرینگر معرفت

رمضان ڈار محمد ڈار ہانڈہ ہاجی سوپور محلہ کرالہ ٹینگ برائے چھاپ کردن"۔

یہ کتاب چھپنے تھہ ہیندِ وارِ ثن نِش منے وچھمژ تہٕ یہ یاداش تہٕ یاتھ پورمُت۔

بیٹس اَکس جایہ چھِ یِنہ اَکس کتابہ منز لیکھان ؎

مُفتیو عالِمو کرِکھ تصحیح     دُچھتھ کاشُر قرآنہ کے تشریح [1]

در سرینگر عالِم و آگاہ     میرِ واعظ چھُ یُس تِ یوسف شاہ

تموپئ از پئے طبع نیوُمُت     چھُ زِ نعمانؔ [2] نہ چھاپ یِتھ مِیوُمُت

یِموبیانو تلہٕ چھُ نناں زِ یہ تفسیر چھُ یاتھ ورِیو اندر لیکھنہٕ

آمُت۔ سوپورِکی رمضان ڈار تہٕ محمد ڈار ہانڈہٕ ہانزو واتناولیو یہ تفسیر

چھاپ کرنہٕ خاطرٕ مولوی یوسف صابس نِش کینہہ نہٕ؟ اگر واتناوِیو کیہہ تمو کتہٕ

لیکھو یہ؟ یِم زِ ضروری سوال چھِ یادٕ گژھان یِمن ہُند جواب یا تہ دا

صائب زانہٕ یا مولوی یوسف صائب یا رمضان ڈار تہٕ محمد ڈار۔ شارِن ہُند

بیان چھُ واضح یہِن۔ اَتہٕ چھِ تِم لیکھان زِ مولوی یوسف صابن ہسا چھُ منے

نِش یہ تفسیر نیوُمُت۔ اَتہٕ چھِ نہ تِم لیکھان زِ منے چھُ تِمن کانہہ اَتھ سوز

آمہٕ پتہٕ زانہٕ کھوٚدا۔

یِیمہٕ ساتہٕ تِمو غلام احمد جِیدّ سِند لیکھمتہٕ منظوم فارسی خلافت

نامُک کاشُر ترجمہ کوٚر تِمو اوس قصہ امیر حمزٕ لیکھو مُت۔ خلافت نامس منز

---

[1] بوستان کشمیر قلمی مسودٔ از پیر غلام محمد حنفی سوپوری [2] یِمو چھُ حنفی تخلص سیتی سیتی نعمان تخلص تہٕ ورتوومُت۔

چھہ لیکھان ؎

وۄنتھ قصہٕ حضرت حمزٕ بوٗر　　　تھوٚو ۄتھ تحفا اُنتھ فیقن حوٚصلہٕ

قصہ امیر حمزٕ چھُ تیمو ۱۶ مارچ سنہ ۱۹۲۴ء دوہ غلام محمد نوٗر محمدس چھپاوُنہٕ خاطرٕ دِیتمُت۔ ننہٕ ہندین واریٛن نِش چھُ غلام محمد نوٗر محمدن اَمی رنگُک لیٛتھو کھمُت قصہ امیر حمزٕ ُک رسید موجوٗد۔ تیہٕ خلافت نامس پتہٕ چھُ تفسیر قرآن شریفس متعلق یہ شار میلان ؎

بہ تا عظیم و تکریم راہ صواب　　　کوٚرُتھ کاشُر تفسیر اُم الکتاب

اَمہ تلہٕ چھُ یہ ظاہر سپدان زِ یہ تفسیر چھُ ۱۹۳۰ برونٹھ برونٹھے لیکھنہ آمُت۔ ییٚلہٕ لوٗگ گٔیہ اَمہ منز کانٛہہ حِصہ اَتھہ۔ حرف رَف مسوٗدُک اَکھ ورق ترجمہ کرنک آسے چھُ یہ زِ آیہ یتھہ آیہ چھُ مادٕ لیکھنہٕ آمُت۔ ترجمہ چھُ سادٕ تہٕ سلیس بٔتھ "مادرا اِذا آلکم تموٚ سِوا یم حرام چھےٚ تِم یہ ییٚتھ اَت تیتنغو بجیہ چھُ حلال تُہُندِ خاطرٕ زِ نکاح ژھانڈِو پانہٕ موآلِکم پننہ مالہٕ سیتی۔"

کاشِر مسلہٕ کتاب

کاشُر مسلہٕ کتابہٕ چھےٚ یتھہٕ پأٹھۍ ترٛییہ: (۱) شیعن ہنٛز مسلہٕ کتاب معراج صلاح منہاج فلاح " یتھہ تیم عام طور " کاشُر کتاب " وَنان چھہ۔ (۲) سنیٛین ہنٛز مسلہٕ کتاب یتھہ " کاشُر مسلہٕ کتاب " چھُ ناو تہٕ شرع محمدی مگر میون خیال چھُ زِ یِم مسلہٕ کتابہٕ چھےٚ زٕ، اَکھ سُنیٛن ہنٛز تہٕ بیاکھ شیعن ہنٛز ــ کاشُر مسلہٕ کتاب تہٕ شرع محمدی چھُ اَکی کتابہٕ ہنٛد دوٚن ناو۔

شیعن ہنٛز مسلہٕ کتاب چھےٚ " اسلامی فلسفہ، فقہ تہٕ شرعی مسلن ہنٛد اکھ معمولی خزانہٕ ۔۔۔۔ یہ کتاب چھےٚ دوٚن جلدن منز تہٕ اَمِکی مصنف

چھہٕ الحاج آغا سید محمدؐ موسوی مرحوم ییم زٕ کشیرِ ہٕنٛدۍ اکھ بزرگ عالِم تہٕ مذہبی رہنُما آسۍ۔ تِم آسۍ بڈگامہٕ روزان تہٕ تِمن گوٚو ۲۸ شوال ۱۳۵۰ھ اندر وفات۔۔۔۔ اَمہٕ کتابہٕ ہٕنٛد گوڈنیُک حِصہ چھُ ۱۹۰۸ء مَنٛز اسلامی پریس لاہور چھاپ سپُدمُت۔ یہٕ چھُ ۱۷×۲۷/۸ سایزکین ۳۶۶ صَفَن پیٚٹھ چھاپہٕ۔ دوٚیِم حِصہ چھُس ۱۹۰۹ء مَنٛز مرحوم علی بخش کربلائی سٕنٛز نِگرٲنی تَل مُفید عام پریس لاہور چھاپنہٕ آمُت۔ اَمیُک سایز تہٕ چھُ یوٚہے تہٕ صَفَن ہُنٛد تعداد چھُ ۲۵۰ یہ حِصہ چھُ شیعہ فِقہُک ترجمہ۔۔۔۔ رسم خط چھُس سُہے پرٛون فارسی اَچھرَن مَنٛز کٲشُر لیکھنُک طریقہ۔ عبارژ چھِس عربی تہٕ فارسی لفظ بِسلہٕ پأٹھۍ۔۔۔۔ اَتھ اَندر چھِنہٕ کانٛہہ کُنہِ وِزِ ہنا وَنہٕ وٲتہِ۔ عربی روزمرٕ، آب، پاکیزگی، وضو، غُسل، مسجد، نماز، حج، زکات، میراث جہاد، خاندان۔" اَتھ عبارژ چھےٚ تمہٕ زمانُک مروج کِتٲبی کٲشُر "وچھِتھ چھُ اَیوتُے زِ کٲشرِ زبٲنۍ مَنٛز اوس نہٕ تِمہٕ بدلہٕ لفظ وٕتُر موجود۔ اصلی چھُ امکو مصنف تمہٕ زمانچہِ رٕیتہِ موجوب پننہِ عربی تہٕ فارسی دانی ہُنٛد اظہار کرنس کیتہٕ ہا مجبور آسی مٕتۍ۔"[2] نمونہٕ چھُ یہٕ " قرض ژٕنُن چھُ مکروہ، مگر ییٚلہِ حاجتا آسس قرض دِیُن چھُ سنت حق تعالیٰ چھُ در قرآن تِمہٕ بابت ترغیب کوٚرمُت زِ خوٗبی کرِو اَکھ اَکِس مدد کرِو بردستی زِ خُدا چھُ دوست تھاوان نیکوکارن قرض دِنُک ثواب چھُ ژوٚر صدقہ دِنہٕ کھوتہٕ۔"[3]

"کٲشُر مسلہٕ کتاب" لیکھنہٕ کِس زمانس متلق تہٕ چھُ عاجنی صاحبُن خیال زِ یہ اوس وُہِمہ صدی ہُنٛد ابتدا۔ رہبر صاب چھِنہٕ اَتھ وارہ کینٛہہ

---

۱، ۲، ۳ نیب، شمارہ ۳ عربی نامہٕ چ کٲشر کتاب۔ شاہد بڈگامی تہٕ ادارہ۔

کڈان۔ تمہ چھِ لیوُتے لیکھان زِ" ۱۹۴۷ء وارِیاہ برونٛہہ چھپےٚ" کاشُر مسلہ
کتاب" تہٕ ترتیب دِنہٕ آمُت۔ یہِ کتاب چھےٚ سوالہٕ جوابہٕ کِس صورتس منٛز تہٕ
نماز، زکاتھ، حج بیتر موضوعن چھُ جان پاٹھۍ واش کڈنہٕ آمُت۔ امہِ پتہٕ
آیہِ شرعِ محمدی (کاشُر مفتی) برونٛہہ کُن یہِ کتاب چھےٚ وارِیاہ معتبر دستاویز
برونٛہہ کنہِ تھاوِتھ کاشرس منٛز لیکھنہٕ آمُت۔"[۱]

میون خیال چھُ زِ" کاشُر مسلہ کتاب" تہٕ" شرعِ محمدی" چھےٚ اَکے
کتاب زِ چھپیہٕ۔ ممکن چھُ تِرا مکو مختلف اڈیشن ووچھمہت ما آسہ یہِ زانُنہٕ آمُت
مےٚ یُس اڈیشن امہِ کتابہِ ہُند ووچھ تتھ چھُ لیکھتھ:" کتاب الاسلام یانے
کاشُر اڈ مسلہ کتاب موسوم بہ شرعِ محمدی"۔ یہِ گژھ غالبن امیُک تازٕ اڈیشن
آسُن۔ امیُک چھاپ سنہٕ چھُ ۱۳۸۳ھ یانے از برونٛہہ بہہ ترواہ ؤری
چھپےٚ مژ چھےٚ دِلہِ ہنٛدِس" اعلا پرنٹنگ پریسس منٛز۔ اَتھ اندر چھُ عبادتہٕ
تہٕ امکو بُنیادی مسلہ درج آسنہٕ علاوہ، پاکی، چاہ، آب، وضو، تیمم
غُسل، عقیقہٕ، شکار، نکاح ہوین عنوانن متعلق مسلہ۔ روزٕ، نماز، زکات
فطر، حج، تہٕ قبر، پاکی متعلق مسلہ تہٕ ورثہ ناوہٕ تہٕ آہی نکاح کِس عنوانس تحت
آمتو مسلہ لیکھان لیکھان چھُ کشیر منٛز نکاحس متعلق لاگو سپد یمنہٕ اکہ
قانونُک ذکر کرنہٕ بیس ۱۳۴۸ھ مطابق ۱۹۸۵ بکرمی لاگو سپد۔ امیُک
مطلب گو یہِ زِ یہِ کتاب چھےٚ از برونٛہہ لگ بگ شیتھ ؤری لیکھنہٕ آمژ،
نتہٕ اگر یہِ اڈیشن ترمیم تہٕ اضافہٕ یمنہٕ شایع سپد تیلہ امہِ تہٕ برونٛہہ۔ مگر
ییٚہ منٛز چھےٚ یقینی زِ ۱۹۲۵ء برونٛہہ چھپنہٕ ہرگز تہٕ۔ کوشش چھےٚ آمژ کرنہٕ
زِ لیکھنُک انداز تہٕ زبان گژھ عام فہم آسن۔ کاشرِ منٛز رسم خط چھُ

---

۱۔ کاشُر نثر۔ خیال تہٕ رہبر۔ صفحہ ۳۲

علامژن ہُنٛد اوسنہٕ تِمن دۄ مَنٛز وۄنۍ جٕدٕ دپہے۔ کُنہ کُنہ چھےٚ کانٛہہ آواز
ظاہِر کرنہٕ خاطرٕ تِمزٕ کام ہیٚنہٕ آمٕژ مگر خاص کوشِش چھےٚ یہِ زِ مثلن ژۄداہ
بجایہ چودہ، خاطرٕ بجایہٕ خیٚطر، چھکہٕ بجایہٕ چھوٚک بیٚیتر استعمال کوٚرمُت۔ عبارژ
ہُنٛد رنٛگ وُچھنہٕ خاطرٕ دِمٕ یہِ مثال " اگر کانٛہہ شخص دۄن جاین ہُنٛد مَنٛز
دۄہن روزٕ نیچ نیت کرِ مگر ییمہٕ زِ مقام آسَن پانہٕ وان تیوت دور زِ اکہ مقامٕچ
بانٛگ آسِنہٕ بیٚیس مقامس کیتھہٕ بوزان۔ شہ چھو مسافری"۔

پروفیسر محی الدین حاجنی صاٮ۪ب چھُ بیٚیہٕ اکہ کتابہٕ ہُنٛد ذکر تہِ کوٚرمُت
یَتھ چھُ ناو " رسالہ منظومہ فی الفرائیضن " ترجمہ کار چھُ محمد انور رفیق۔ ترجمہ
چھُ کاشرِ پاٹھی سپدمُت تہٕ یہِ مسودٕ چھُ بقولِ حاجنی صاٮ۪ب " ونستان یہِ شرعٕچ
محکمس اندر روزِتھ گومُت"۔

یِتھہٕ کنۍ چھُ کاشرِ ادبُک اوٚلیُک دور انٛد وٲتان خبر کیٛژ کتابہٕ آسن
ترجمہٕ تہٕ لیکھنہٕ آمژٕ ییٚمہ ہُند پتہٕ نہٕ آسنہٕ کنۍ ییٚم ادبی تأریخس منٛز گٔژھ راونہٕ
ہیٚچنہٕ ییٚتھ۔ ییٚم ہیٚکہٕ نہٕ ہیٚرتھ؟ اگر میٚلن تہٕ کرٕ؟ امہ چھُ بہرحال پیارٕن
تہٕ ژھانٛڈ کٲر کران روزُن۔

# کاشرِ نثرُک دوٚیم دور

یوٗت دوٚے گژھ زبانی ہیٚند یا ادبُک کانٛہہ خاص دور ہیکہٕ نہٕ کٔنہہ خاص وٕری ہیٚتھ مشخص کٔرتھ ہیٚتھ تکیاز امہ خاطرٕ چھُ ماداں برونٛہہ کُن ہموار شیٚد مت آسان تہٕ حالات بٲدٕ گٔمتؠ آسان ۔ زبانی یا ادبہٕ کِس مامِلس منٛز چھُ تاریخ، سیاست، اقتصادیات بیتر ... عاملن منٛز تہٕ چھُ بیی سپدان ۔ تاہم چھِ باضٕ اوقات ژھٕنتھ اقات سپدان یم ہمیشہ کینٛہ تیٚتھ پٲٹھؠ اثر تراوان ییٚمہٕ زاسہ چھُ اتھ وقتس اکھ خاص دور کہ ابتدا ہُنٛد ناو دیوان دِیُن۔

کاشرِ زبانی ہنٛدِس نثرکس تارٟخس منٛز اگر اکہٕ پاسہٕ یورپی ادیبن ہنٛز کوشش ۱۹۲۸ء تام جاری روزان چھےٚ ( یہٕ چھُ سہ وٕری ییٚلہٕ جارج گریرسن صاحبن " اے مینول آف دی کشمیری لینگویج " کتابہٕ چھپیان چھےٚ ) تہٕ دۄیمہٕ طرفہٕ چھُ ۱۹۲۳ء پیٚٹھے منٛز سرینگرکِس اسلامیہ ہائی سکولس منٛز " تصرفِ عنصریٔ ہنٛزِ صفائی " ہیٚنٛدِس موضوعس پیٚٹھ اکھ ہُکُٹ ڈراما سٹیج سپدان۔

کاشرِ ڈراما نگٲری ہنٛد گوڈ چھُ یوٗتے ڈراما مانٛنہٕ یوان ۔ تہٕ تۄیے چھُ اوتار کرشن رہبر صاحب امی وٕری ییٚتھ ساںنہٕ ڈراما ہیکہٕ بدس کانٛہہ دٔسلابہٕ کران۔ ڈراماکِس سلسلس منٛز اگرہٕ وٕری نوٚو زمانُک گوڈ مانٛنہٕ تہٕ بیہ پوٗز کاشرِس نثرکِس سلسلس منٛز ہیکہٕ بہٕ نیوت اہم مانٛنہٕ ییٚتھ زامو کٔھرٲوِو یوٗتے وٕری نوٚو زمانچ کرتا میرُک کُن۔

ممکن چھُ یہٕ ڈراما آسہ یہے تیٚمیے راس لیلا پار ٹین ہیٚشہٕ اثرُک

نتیجہ ییٚمۍ مہاراجہ پرتاپ سنگھنِس زمانس منٛز یوٚر ییتھ راس گٔنڈٕن ہیوٚت تمۍ اوس۔ ژرِکہ اوس یہِ اثر ہندوستان خوٗ صۄصَن اتہٕ کِس شمٲلی حِصَس منٛز کرنہٕ آمُت پارسی تھیٹر کیو ڈراماہو تروومُت۔ ییمہ ڈراما اسۍ احسن لکھنوی، طالب بنارسی تہٕ آغا حشر کشمیری سنٛدۍ لیکھو متۍ آسان۔ واریاہو کٲشرۍ لُکو اسۍ ییمہ ڈراما ییمن جاین وُچھمِتۍ تہٕ تِمَن تہٕ اوس ییتھی ڈراما کرنُک شوق پٲدٕ گومُت۔ بقول اوتار کرشن رہبر" نتیجہ دژاو یہٕ زِ گاو کدلہٕ اَیار آیہٕ بلکل بنڈس سیتۍ اکھ پیشہ ور ڈراما کمپنی کھولنہٕ[1]" ییٚمیُک بٲنی بقولِ پران کشور وہ پہ لال در (وکیل) وُچھ[2]" اَمہ ڈراما کمپنی ہنٛد ذٔرۍ یِہ سپُد مُمکن زِ ییٚنہٕ کاہہ کٲشُر ڈراما گُلی کیہ آسے حشر، احسن تہٕ بیتاب سنٛدۍ لیکھو متۍ اُردوٗ ڈراما سٹیج کرنہٕ۔

اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہ زِ کشیرِ منٛز چھُنہٕ اَمہ برونٛہہ ڈراماہیچ رِواجے آسمُت۔ اَمہ کِر آسنُک پَے چھُ اَسہِ مختلف تارِیخی حوالو سیتۍ بڈشاہ صٲبنِس زمانس منٛز تہٕ میلان۔ بوٗدی بٹہٕ تہٕ مشہوٗر" زٲنہٕ پرکاش" ڈراماہیچ شہادت چھِ مشہوٗر مورخ شریور تہٕ ژوان تہٕ اُتھ " اَمہ منٛز صاف ڈراما" وَنان۔ اَمہ تہٕ برونٛہہ تھٔدیم پے چھُ یہِ میلان زِ کشیرِ چھِ سنسکرتس تہٕ واریاہ ڈراما دِتی متۍ۔ کلہنن تہٕ چھُ "اندر پربھا" ہِشہ مشہوٗر گنہٕ رینہ ہُند ذکر کوٗرمُت۔ بڈشاہ صٲبنہ زمانہٕ چھِ سے اَکی وقتہٕ ۹۴ باوہاون واجنہ گنہٕ ریٚنز تارا اسمُت۔ تہٕ تِنہٕ پیٹھ چھُ یہ فن (یکہ رے مرثسے شکلہِ منٛز بہی) ییٚتہِ کیو بانڈو پرژھرا وُچھ تھوومُت۔ ییمہ ییٚتہِ متۍ پیشہ ور ناٹک منڈلی۔ یِن ہندس صوٗرتس منٛز گامہ گامہ تہٕ شہر شہر پھیرتھ" مذہبی قصہ کہانیہ لوکن برونٛہہ کنہٕ ڈرامٲیی صوٗرتس

---

۱۔ کٲشُر نثر۔ خیال تہٕ رہبر۔ صفحہ ۳۲   ۲۔ کٲشِر ڈرامُک ارتقا۔ پران کشور سون ادب۔ ۶۳

منز پیش کران" آمہ، یتہٕ ہیٚتو یِمو مذہبی موضوعہٕ ہتو علاوہ سمأجی موضوع تہٕ دہأتی زندگی ہیٚچھ تہٕ ناٹکہ کٔرِی۔ بقول پران کشور " دٔپان چھہ زِ یِمہ وقتہٕ مہاراجہ گلاب سنگھ کشیرِ ہیٚچھ قأبض سپد، تمی کٔرِ یِیٚتہٕ کینہہ گامن ہٕنز میشِر نظم و نسقچ صٔحی وأقفیت یِمو ہے لوک ناٹکو زٕنٛ حأصل " یِمن بانڈن منز اُسی واہہ مشہور کٔرِتہٕ اکنگاہکہ تہٕ یِمہٕ ہیٚتہٕ جمسیہ تہٕ پلہالیہٕ تکو بانڈ سیٚٹھا مشہور۔

پارسی تھیٹرکہ ذرِیعہ یِہ کرنہٕ آمتین ڈرامہن ہٕندِ اثرہٕ ہیٚم ڈراما کشیرِ منز اُردوس منز کرنہٕ آسے یِمو کٔرِ دارٕ وارٕ یِم حالاتھ۔ یادہٕ زِ کأشرِ زبأنی منز تہٕ سپُد لوٗکن ڈراما لیکھنک تہٕ سٹیج کرنک شوق پأدٕ۔ بٔعضے ڈرامہن ہٕندِ تقلیدس منز تہٕ ٹیکنیکس ہیٚچھ آ ۔ بیٚنہٕ گوہ ڈینیک کأشُر ڈراما لیکھنہٕ! امیک ناو اوس "سٹیج تھہٹ" تہٕ لیکھن وول اوس نند لال کول۔ امہ ڈراما پتہٕ گو بیٚیتہٕ کأشرٕ ڈراما لیکھنُک تہٕ سٹیج کرنُک اکھ باقأیدٕ سلسلہ شورٗ۔ یہ اوس سنہ ۱۹۲۹ عیسوی۔

## (اَلف) ۱۹۲۹ء تا ۱۹۴۷ء

میأنی کٕتو چھہ امی وٕری یتہٕ ہیٚچھ کأشرِ نثرُک بدس کال یا موجودٕ زمانہٕ شورٗ گژھان۔ اَتھ چھُنہٕ یوٗتے یوٗت وجہ زِ یہ ڈراما آو لیکھنہٕ بٔلکہ چھُس اکھ بوٚڈ وجہ یہ زِ سیأسی بیدأری ہیٚنز لہرِ لہر آیہٕ قومہٕ مُلکن منز گۄنٛہٕ یِمہٕ صدی ہٕندِس نصف اکرس تہٕ خٲصکر صدی ہٕندِس اتس منز امہ صدی ہٕندِس آخری زٕہٕ ہاکن منز شورٗ کٔرِ ترِشیٚ، تمہ پتہٕ اثر ہیٚوٗتن ہیٚنہٕ ہیٚنہٕ کشیرِ وانُن تہٕ ۱۹۳۱ءیس منز دراو وارٕ نوٗن۔ لُکن منز سپُد قومیک احساس پأدٕ۔ پننِس رأوی میتِس ثقافتی سرمایس ہیٚنکہ وُنی دِ تہٕ پنینِ ب اَدبس تہٕ زبأنی کُن کلِ کٔرِ۔

تاہم چھُہ اَمہ وِزِ پیٹھ ۱۹۴۷ء تام اُردُہَن وَرٕہیَن ہُنٛد یہِ
زمانہٕ نِیٚنہِ خوٗصوٗصییتہٕ وَنہٕ دٲرِ یاہ مختلف۔ اَمہ وَقتٕکۍ ڈرامانہٕ چھِہ ۱۹۴۷ء پتہٕ
لیکھنہٕ آمتیو ڈرامہٕ ہیو نِشہ بڈٕلن نِشہ لیکھنچہ کوشش نہٕ روز نٕہ یا فنایہ عبارتی
نہٕ تشریح ادبہ کیٚن باقیہ قِسمن کُن تہٕ لوگ تِمن پیٚٹھ تیٚژھ توجہ۔

## کٲشُر ڈراما "ستیچ کہوٹ" تہٕ ڈراما تحریک

کٲشرِس منز لیکھنہٕ آمتہ "ستیچ کہوٹ" ڈرامہٕ کہ مُصنف نندلال
کول منہ اوصاب چھِہ ۱۸۷۷ء یس منز زامتو تہٕ ۱۹۴۰ء یس قریب ترییہ گیہ
پیٹھ عالمہ۔ تِہنٛد لیوکھمت یہِ ڈراما چھُہ "اکھ دھارمک ڈراما" یتھ سائنس
اُدیس منز سو پی حسنیتھ حاصل چھُے یُس پٔزن امانتہٕ سنس "اندر سبھا"
ناوکس ڈرامہٕ ہیس اُردو ادبس منز چھُے[2] یہِ اوس مرحوم نندلال کولن
پارسی تھیٹرنہٕ نمہ وَقتہ کہو اُردو ڈرامہٕ ہیو نیٚنہ متاثر سپنہ تھ لیوکھمت
مگر اَتھ پیٹھ چھُے سنسکرت ڈرامہٕ ہُند تہٕ چھاپ تہٕ۔ بلکہ یہِ وَنُن چھُہ
زیادہ مناسب زِ اَتھ منز چھُے دوشونی ٹیکنیکن ہُنٛد جوش یُس میلہ ون
تہٕ اَمہ ڈرامہٕ کہِ ڈائیلاگ چھِہ آغا حشرسنٛدِس طریقس پیٹھ لیکھنہٕ آمتہ
تہٕ کردار چھِہ تِمچھے کنہ نیٚن ہندِ باتن ہُنٛد شدت شاعرن منز پیش کران۔
مگر اَتھ منز چھُہ کردارن ہُنٛد تصور خالص سنسکرت ڈرامہٕ ہُنٛد ہیو۔[3]
اَتھ ڈرامس منز چھُہ راز ہریشچندر ہُنٛد پُٹرٕ یادس تہٕ نامہ امنہ

---

[2] ستیچ کہوٹ چھُے مزاحہ کنہ اکھ ردیک Ryeh تخلیق یمیکۍ
کردار لوپ ڈرامائی فند و علاوٕ ین منیہ لیہ منز پانے وُزان چھِہ (کٲشر
ڈرامہک ارتقا۔ رتن لال شانت۔ کٲشر شیراز۔ دسمبر ۷۳ء) ۲ء کٲشر نثر
خیال تہٕ رہبر۔ صفحہ ۳۳۔ ۳ء کٲشر ڈرامہک ارتقا۔ پران کشور۔ سون ادب ۷۳ء
صفحہ ۸۸

ہنز دلیل ڈراماٹی انداز وشنہ آمژ۔ ہیشہ یہ بزرگ خطرٕ ٹیڈرازس باسیو تہٕ اُمو مُنڈ گے
وسواس دوٗر کرنہٕ باپتھ وانتو وشوامترن ہینیو ژھلو سینتو ہرشس چنیدٕ
بیچھنس۔ عیال رٲونھ لوٗگ دِتن تہٕ بھٹوٲچھن۔ مگر یزٕ ژوٗن تہٕ یمہٕ خچھر
گو وشوامتر بانے پشیمان، تمبہ زنتس باسیو ہرشس چندر یزٕ پرِشیہ
ڈالُن نا ممکن۔ اَمہ ڈرامہٕکہ کردار چھِہ ڈائیلاگن ہُنڈ ذریعہ پننین جذبن
تہٕ ایحساسن ہُنڈ بامعنی پاٹھی ہیکان دِتھ۔ اَمِچ زبان چھِے سنسکرت
آمیز مگر کوشش چھِے یہٕ کرنہٕ آمژ زِ مجموعی تاثر گوٚژھ شوٗوِس کٲشرِس
ہنز روزُن۔ اَتھ منز چھِہ باتن ہنز سعہ روایتھ قایم تھاونہٕ آمژ، یوسہ
اُردو ڈرامہٕ ہن تلہ کرِ فلمن منز تہٕ دَرِتھ گیہ۔ نندلال کول صابن چھِہ یمن
باتن ہُنز خاطرٕ موقعہ تہٕ محل پٲدٕ گوٚرمُت تہٕ یہ باگتھ چھُہ واجہ ہُنڈ کرٲکھ
پاٹھی جرٕ تھ باسان۔

پرتاپ میگزینُک کٲشر حصہ

۱۹۳۶ ءٕ یس منز گوو سری پرتاپ کالجہ کیو پروفیسرو اَمہ کالجہ کِس
" پرتاپ " میگزینس منز کٲشر سیکشن شروٗع تہٕ یتھ کنہ گیہ کٲشرِ زبٲنی منز
کٲشرِ نثرٕ لیکھنچ تہٕ چھپنچ روایتھ سیتو صحافتچ روایتھ تہٕ پٲدٕ۔ ونہٕ
چھِہ یوان زٕ یہ روایتھ اُس اَمہ بروٚنٹھ پٲدٕ سپٕز مژ۔ بقول صوفی غلام محمد
" گوڈنچ لٹہ یم کوشش کٲشرِ زبٲنی منز اخبار کڈنہٕ خاطرٕ کرنہٕ آیہ تمہ کرنہٕ
کٲشرِ یو علی کر کِرِ عیسائی مشنری یو کرٲلہ بار تہٕ درو گِجن کِس مشن ہسپتالس

[۱] دپان گوڈنچہ لٹہ چھِہ پرتاپ سنگہ نِس حُکو مَتس منز محمد تکیہِ رفیقی ین گاشہ
نارٕک ناووٚک اخبار کوڈمُت تہٕ پتہٕ آسہ تمٕ ہندس اُردوٗ اخبار جہانگیرس منز تہٕ
کٲشرِ کالم آسان۔ گوڈنیک چھاپمت نمبر ہُنڈ کینہ رفیقی تس تہٕ چھِنہ نشان۔

منز عیسائی مشنری یوٗ اوس بمارن ہندِ خاطرٕ کُل چھاپس منز اکھ کاشُر
اخبار کڈان۔ اَتھ اخبارس منز اوس مشن ہسپتالن ہنزن کاروائین ہُند
حال درج آسان۔ بییہ اوس مذہبی تبلیغہ خاطرٕ وارِیاہ کینہہ لیکھتھ
آسان۔ یہ رود تیتس کالس جاری ییتس کالس ڈاکٹر نیو تہٕ ڈاکٹر ارن
زِندٕ آسی"۱ یہ کوشش چھےٚ تاریخٕچ لایق۔ وٕنی گو یہ روز صرف بمارن
ہندِ خاطرٕ تہٕ یہ اخبار رود تمنے تان موجود۔ یہ تاپ میگزینک خلیفہ اوس
اَمہ کھوتہٕ وُسی۔ رسم خطس پیٹھ اوسنہٕ وُنہٕ اتفاق سپدمُت۔ لہٰذا
اوس اَتھ میگزینس "اوٚڈ حصہ نستعلیق تہٕ اوٚڈ دیوناگری خطس منز چھپان"۲
افسوس چھُ یہ زِ "وُنہٕ اوس یہ سیکشن ڈنجہ بیہہ نےٚ ییلہ کس تام عقنو فرنگو
گنڈونُن رِتھ کھوت تہٕ میگزینہٕ اندرٕ آو کاشر سیکشنے وُڈ اونہٕ۔"۳
یَنہٕ پَتہٕ چھُ یہ واریاہس دہرکہ بییہ شورو۔

باقے ڈراما

۱۹۳۸ء یس منز چھوپ حبہ کدلکو علی محمد بک سیلرن دون جلدن
منز تارا چند بسمل (۱۹۰۴ء تا ۱۹۴۸ء) سُند لیوکھمُت ڈراما "ستنیچ ورتھ"
اَنیچ کہانی تہٕ چھےٚ ہرِش چندر نی۔ لیکھنُک انداز تہٕ ٹیکنیک چھےٚ رِوایتی پانے
"ستیچ کھوٗٹ" ڈراما ہیچ ہش۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ اَہندی ڈسی کینہہ لوکٕ کٕچ ڈراماہ تہٕ ٹیچ
کھوٗٹ، رامہ اوتار اکہ نشرن بیتر تہٕ لیکھنہٕ آمتہٕ تہٕ کول صایُن تہٕ جھہ راحمن
راج تہٕ 'ساوِتری ستیہ وان' ہوی ڈراما لیکھہ ہتو۔ یمن سارنے ڈرامہن ہُند
ٹیکنیک چھُ ہیوٗے۔ البتہٕ بسمل نین ڈرامہن ہنزِ زبانی منز چھےٚ روانی تہٕ ہنا
شعور زرہ

---

۱۔ کاشرِ زبانی منز صحافتُک لوٗکٕ رکان صوفی غلام محمد بسون ادب ۵۹ء ۲،۳ کاشر
نشریچ کتاب۔ پروفیسر حاجنی۔ صفحہ ۱۲۔

کأشُر ڈرامہ "گرٛیسہٕ سُنٛد گرٛ"

اَمی وٕری سٕپُد پروفیسر محی الدین حاجنی صابن لیوٗکھمُت ڈراما "گرٛیسہٕ سُنٛد گرٛ" نوٚن۔ "یِمیکہِ گٔمہٕ ڈرٛنکوٚ کیٚنٛہہ حِصہٕ ۱۹۳۸ء یس منٛز پرتاپ میگزینس اَنٛدر چھپیہٕ۔ کیٚنٛہہ وٕری گٔژ حصہٕ ڈراو یہٕ ڈراما قسطہٕ قسطہٕ رسالہٕ "گُلریزس" منٛز تہٕ اَمہٕ پتہٕ چھپیہٕ اَمیکُنہٕ ایڈیشن وُنستان"[۱] اَمہٕ کِس مَوادس نِسبتھ چھُ اَمیُک مُصنِف پانہٕ لیکھان۔ "شاید چھُ کاشرِس نٔثرِس منٛز یہٕ گوٚڈُنیُک اکھ شہ عملی پایہٕ پھٔر ییتہ منٛز ہاونہٕ چھُ آمُت زِ کتھہ کٔنہِ چھُ بیچارس رزاق بٔٹس پننہٕ زٕ ژھوٚٹہٕ تہٕ لیڈر ساہوکار، تہٕ چکدار، حۆکومتھ تہٕ باقی طفیل شالی تارکھ ہاوی ہاوی وٕنہٕ والان تہٕ نٔنہٕ ژٕمہِ سونتہٕ تہٕ، ہردٕ نیتھ ہاوان۔"[۲]

اوتار کرِشن رہبر چھُ اَتھ مُتعلِق لیکھان زِ "گرٛیسہٕ سُنٛد گرٛ" چھُ بیٚشکھ سون گٔمہٕ ڈرٛنیُک جدید ڈراما۔ اَمہٕ ڈرامہٕ ہٕنٛز ٹیکنیک چھےٚ تِمہٕ ٹیکنیکہٕ نِشہٕ بلکل مُختلف یمہٕ زن نندلال کولن، بِسمِلن، شرماہن یا دِلسوزن ورتأوِمٕژ چھےٚ۔ مکالمہٕ چھِہ فطری تہٕ جان۔ موضوٗع لحاظ تہٕ چھُ یہٕ ڈراما پتمیو ڈرامہو نِشہٕ اکھ خاص نُندبلی ہاوان۔ اَتھ ڈرامہس اَنٛدر چھِہ تِمہٕ نظارٕ اکھ بہترین تصویر موجود ییلہٕ جاگیر دأری کشیر منٛز زوٗرن پیٚٹھ اُس تہٕ گریٖبس بیچارس پیٚٹھ رنگہٕ نار۔"[۳] عبدالاحد حاجنی سُنٛد وَنُن چھُ زِ "یہٕ ترٛشے عملی ڈراما چھُ حاجنی صابن شیکسپیرِنس ٹیکنیکس پیٚٹھ لیوٗکھمُت۔ اَتھ منٛز چھِنہٕ کردار بنے زُو تہٕ واقاتھ غلط بیلاربط منٛز چھُس ڈینجر پہن تہٕ مکالمہٕ چھِس "فطری تہٕ جاندار" آسنہٕ باوجوٗد کُنہ کُنہ جایہ تقریر ہوی عبنتھ گژھان۔ کیٚنٛہہ کمزوری آسنہٕ باوجوٗد چھُ یہٕ ڈراما کاشُر

---

۱، ۲۔ کأشُر نثرُچ کتاب۔ پروفیسر حاجنی صفحہ ۱۳۔ تہٕ شیرازہ راے چھپے ۱۹۶۱ ہیچ۔

۳۔ کأشُر نثر خیال تہٕ رہبر۔ صفحہ ۳۵۔

ڈرامایس تواریخس منز اَکھ مسلہ کنٔہ تہٕ آمہ پٮ۪نہٕ چھُ کو نشرُ ڈراما اکھ اہم موڑ ژٹان۔ موضوع تہٕ ٹیکنیک دٕشوٕے لحاظہٕ چھُ یہ دکھ اِنہٕ۔ اَز تام اگر کاشرین ڈرامہٕ ہَن منز مذہبی یا دھارمک تہٕ تاریخی تہٕ لوکہٕ کتھہٕ وَننہٕ یوان آسہٕ۔ وں لے زندگی ہندی مسلہ پیش کرنہٕ تہٕ پنُن اونٛد پوٚکھ ہاونہٕ۔ اُتھہٕ وقتس منز لیکھی غلام نبی دلسوز مرحومن یُس نٹکھ پٔر سرینگرک روزن وول اوس (١٩١٦ تا ١٩٤٧) تہٕ صرف پنٛژٕ ہیے ڈرامہٕ ؤہر موٗد، شودٕ، لاٰل مجلوٗن تہٕ شیرین فرہاد ناوٕکی کتھہ لہٕ کٹھو مع کٹھ ڈراما۔ یِم ڈراما کرٕکھ "راج پال کمپنی" رکارڈ۔ فنی تہٕ ٹیکنیکی لحاظ اُسی یِم سیٹھا کمزور۔ مکالمہ اُسکھ جان تہٕ ڈراما اُسو مختلف سینن (منظرن) منز باگراونہٕ آمتۍ۔ ٹیکنیکس پیٹھ چھُکھ پارسی تھیٹرکین اُردو ڈرامہن ہُند اثر۔ یامنے منزٕ منز کہ جذبن ہنز شِدَت ہاونہٕ خاطرٕ بٲتھ استعمال کرمتۍ۔ یِم بٲتھ چھِنہٕ نندلال کولنہٕ "ستیچ کہوٹ" ڈراماہکین بٲتن ہندی کر پاٹھی موقعہٕ محل وچھتھ لیکھنہٕ آمتۍ اکثر جایَن چھِنہٕ حسب حال باسان۔ زبان چھُنے ہنا پُر تکلف۔

پنڈت نیل کنٹھ شرما صابن (١٨٨٨ —) تہٕ لیکھی ١٩٤٠ ہس آس پاس نَو ڈرامہ نشرس منز[2]۔ بلوامنگل تہٕ ستہ بینہٕ واسہٕ دَتا۔ ستہ بینہٕ واسہ دَتا چھُ مشہور سنسکرت ڈراما نگار بھاسہٕ سُند آزاد ترجمہ۔ اَمِک ٹیکنیک تہٕ چھُ سُے یُس نندلال کول، تاراچند بسمل، نیل کنٹھ شرما تہٕ دلسوزن

---

١ اَکھ ہیکو اُسو کٲمہ کیس موضوعس پیٹھ کامہ کین کیتشرن کردارن ہُند بحث وِنیتھ ڈراما نہٕ۔ حاجنی صاب اُسو تمہ وقتہٕ جمہ مقامی یا ملکی ڈراما چہ رَوٕنِش سبے ہیر۔ (کاشرِ ڈرامہک ارتقا شانت) ٢ سیلہ کلچرل محاذ اکہ نوٕ ڈراما تحریک پرید کران اوس۔ یہ پنٛژہ روز سرینگرس منز برابر چلان۔ (کاشرِ ڈرامہک ارتقا۔ شانت)

ڈرامہن منٛز چھِ زبان چھس مناشوٗز۔

گوڈنیُک ہفتہ وار کٲشُر اخبار "گاش"

یُوہُے وَرٕی اوس بیٚیہِ کشیرِ منٛز کٲشرِ پٲٹھۍ گوڈنیُک اخبار[1] ڈراو۔ اَتھ متعلق چھُ پروفیسر حاجنی صٲبن وَننٕی زِ "یِمَن وَرٕین اندر کشیرِ منٛز ایجی ٹیشن سَخ زور ژٕھ تہٕ پرونین اوس آزادی ہٕندین تحریکس منٛز اَدٕ کھوٚتہٕ اخبارن کُن جاۓ شوقُن بڑٕ یومنٹ۔ لیکن ہُند شوق تہٕ تیٚمہ کوڈ مہجوٗر صٲبن تیٚمہٕ سُند فرزند[2] رشید ناوِ گوڈنیُک اخبار "گاش" ییتہِ وُچھانی وارِ بہَن کٲشرِ ین یاد ییٚیہِ زِ اَمہ چھُ ہنٛز لٹریچر تہٕ ہنٛز ادب تہٕ ہنٛز زبان"[2] بقول اختر محی الدین صاحب محمد امین ابن مہجوٗر سُند دُنُن چھُ زِ سنہ ۱۹۴۷ عیسوی اور یور آسے مولانا ابوالکلام آزاد سرینگر کیتھ تام کیتہ پیٹھ ترٕژ تہٕ تِمو شیخ صٲبس زِ آیا کٲشرِ زبٲنۍ منٛز چھا کینٛہہ اخبار نیران کینہ نہٕ۔ بیٚیہِ یُوز کھٕزِ کٲنٛہہ چھُ کینہ نیران تِمو کوٗر تاجُب دُوبچھہ تِلو تام ہٕیکینہ کٲشرِ ین لگ منٛز سپدِ ییٚمہ زِ کتھ پٲدٕ گژھہ تھ لُو تان تہٕ ییٚتہِ چہ زبٲنۍ منٛز ییٚتہٕ اخبار نیرِ۔ یہ بوُز تھ کر شیخ صٲبن مہجوٗر صٲبس نِش اَمہ کتھہ ہنٛز ذکر تہٕ مہجوٗر صٲبن ہیوٚت اخبار کڈُن ذِمہ[3]

اَمہ اخبارُک گوڈنیُک پرچہ ڈراو ۱۳ ساوُن سنہ ۱۹۹۷ ب مطابق ۱۰ آشر سنہ ۶۲۱ کشیری۔ بعد وار دفعہ سرینگر پیٹھ۔ یہ اوس ہفتہ وار، ییٚمُک اوسُس محمد امین ابن مہجوٗر تہٕ ایڈیٹر پلوامہ تحصیلک نازیم گاش روزن وول حفیظ ناوی اکھ زُوٗنا۔ اخبارُک ناو اوس "گاش" یہ اوس ترمہ ان حقیقت پیٹھ

---

۱ء وننہٕ چھُ یوان زِ اَمہ برونٛہہ چھُ ییٚژھ کوشش سپٕدمژ۔ اَکھ بیٚیہِ پرتاپ سنگھنِ وقتہٕ محمد امین رفیقی ین گاش ناوُک اخبار کوڈ تہٕ ییٚتہٕ اُردو سیٚت رٕوی اخبار جہانگیرس منٛز کٲشُر کالم چھپیمہ (کٲشر شیرازہ دسمبر ۲ء تبصرہ ہون ادب ۵۹ء)

۲ء محمد امین ابن مہجوٗر۔

چھپان۔ یمہٕ ڈٔنکس صفحس پیٹھ اُس عوٲمی مُشرٕ میون دوہن کالمن منٛز مہجور صاٚبنۍ غزلا آسان تہٕ دٔچھنہِ تہٕ کھوورکس کالمس منٛز مُقامی خبرٕ۔ دوٚیمس صفحس پیٹھ ایڈیٹوریل تہٕ جاے اکھ مُراسلہ تیٚلہِ کانٛہہ لۄکُٹ مضموٗن۔ ترٛیمس صفحس پیٹھ دٔچھنہِ کنہِ نیصفس عوٲمی گامہ بابت ہیٚنٛد باپتھ صاف ہوا صحت، بیترِ موضوعن پیٹھ اکھ مضموٗن تہٕ کھوورِ کنہِ أکس کالمس منٛز جنگس پیٹھ تبصرٕ تہٕ دوٚیمس منٛز "اُسن تہٕ گنٛدُن" موضوعس پیٹھ چاٹھ بیترِ۔ ژوٗرِمس صفحس پیٹھ بٔنگچہ خبرٕ تہٕ اشتہار بیترِ۔ قیمتھ تمہِ زمانہٕ ترٛیٚے پونسہ۔ چھپان اوس پانٛژ ہزار۔ ڈیان ییمہِ دوہہ منٛز اُس نہٕ کُنہ اُردوٗ اخبارس تہٕ کینٛہہ ششتھ علاوٕ سرکولیشن۔ کینٛژن کالن ہیٚوٚتھ اکھ ساس چھاپُن تہٕ ییٚتھ کنہِ بنیوو یہ کشیر ہیٚنٛد لۄو اخبارن منٛز اکھ۔ حالانکہ نہٕ اُسیس حکوٗمت کانٛہہ مدد دِوان تہٕ نہٕ کُنہ جماعژ ہٕنز سرپرستی۔ رسمِ خط تہٕ اوس نہٕ خاص پٲٹھۍ مُقرر تہٕ سہل۔ کاتب اُسی نہٕ مِلان تہٕ کاغذ اوس نایاب۔ اوتار کرشن رہبر صاٚبنہِ وننہِ اوس یہ عیسوی سنہ ۱۹۴۱[1]۔ پوٚز میانہِ حسابہٕ چھُ یہ ڈیان ۱۳ اگست ۱۹۴۸ء۔ پروفیسر حاجنی صاٚبُن وَنُن چھُ زِ 'کاشُر' یہوو أکس وۄرۍ پتہٕ اندرٕ اندرٕ بے قدری ہِنٛدِ اتہٕ کنہِ منٛز نابوٗد گژھُن[2] اُتھ چھِ تِم وجوہات دِوان زِ "تامتھ لۄکہ ساٚری پرٛونۍ اُردوٗ اخبارن یتہٕ کٲشرکہ کینٛہہ مستقل شوقہٕ والۍ اسان تہٕ ینٛجن پیٹھ رٔٹ ہیٚن تہٕ کوتاہ بالخصوص یٚیلہٕ نہٕ ڈوگرہ حکومتن زنہٕ یہِ نیب اُس زِ کٲشُر زبان گژھہ چھپنہٕ"[3] اختر محی الدین صاٚبُن بیان چھُ زِ یہ روٗد "ترٛین وُرین ناسازگار حالاتن منٛز تہٕ

---

۱۔ کاشُر شیرازٕ۔ اگست ۱۹۶۴ء ۲، ۳ کٲشرِ نثرِچ کتاب۔ پروفیسر حاجنی۔ صفحہ ۱۲۔

باقاعدٕ ہمان نیران تہٕ ترقی لبان۔" اَمہِ کیٚنٛ وشعہ گژھنچ ذکر کران چھ اختر
صاحب لیکھان زِ "جنگ تیز گژھنہٕ کنہِ گوٚو اخبارٕ کاغذ نایاب تہٕ چونکہ کاش
کین مالکن اوس نہٕ خوٚد کوٚنٛسہٕ نیشہِ اثر رسوٗخ تہٕ اَمہِ کنہِ نیٚنہٕ یمن
کاغذ میسر۔ نتیجہ درا یہِ زِ کاشُر زبٲنۍ ہُند یہ گوڈنیُک اخبار سپُد
بند۔"٢٦ او تار کرشن رہبر صاحب تہِ چھِ اَتھ کتھہِ تائید کران۔ اگر اَمہِ چہ
خریدارن ہِنز اعداد و شمار نظرِ تل تھاوو تہٕ یِم صحیح مانو، تیلہِ چھُ اَمِکہ
بند گژھنُک وجہ کاغذچ نایابی باسان۔

## کٲشِر ڈراما "بَنٛدٕ پٲتھر" تہٕ "ودوا"

۱۹۴۲ءس منٛز آیہِ سنجیدٕ پٲٹھۍ یہِ کوشش کرنہٕ زِ تھیٹر تہٕ
ڈراما گژھہِ کلچرل تحریکہِ ہُند اَکھ اہم حصہ بنُن۔ ژُرس ہندوستانس سیٚتۍ سیٚتۍ
اُس کشیرِ منٛز تہٕ قومی تحریک پوٗرٕ طاقتس پیٚٹھ۔ ہندوستانس منٛز اوس انڈین
پیوپلز تھیٹر، لوکہ ناٹک تہٕ ڈرامہٕ ذٔریعہ لُکن منٛز سیاسی بیدٲری پاداہ
کران۔ یِمنے دوہن آیہِ مشہوٗر اداکار بلراج ساہنی کشیرِ۔ تِمَن اُس
ییٚتہٕ چہ تحریکہِ آزادی سیٚتۍ دلچسپی۔ تِموٚ کٔر ییٚتہِ کین اُدیبن نِش ییٚتہِ
سٹیج شوٗروٗ کرنچ خاہش ظاہر تہٕ ییٚتہِ سپز IPTA ہٕچ شاخ قایم۔
IPTA ہس متعلق اوس تہٕ ہندوستانچہ حکوٗمت کُو شُبہان ظنہٕ۔ خیال آو کرنہٕ
زِ ییٚتہِ دِنہٕ حکوٗمت یہِ شاخ قایم کرنُک اجازت۔ اَمہِ کنہِ گژھ اَتھ
بدل کانہہ ناو تھاونہٕ یُن۔ مگر گوڈٕ یِیہِ اَکھ ڈراما سٹیج کرنہٕ تہٕ یمیہ
دوہہ یہِ لوکن ہاونہٕ یِیہِ اَمی دوہہ یِیہِ انجمن بننُک اعلان کرنہٕ۔

---

٢٦، کاشُر شیرازٕ۔ اگست ۱۹۶۴ء

ڈراما خاطرٕ آیہٕ مُسوَدٕ لیکھنٕچ کامٕ مرحوم پہ یمیناتھ پردیسی سُند مہ نتھاونٕ رٕتمو لیوٗ کمہ "بتہٕ ہٕر" ناوٕ اکھ ڈراما۔ تیمَن دوہن اُس پرتھ چیزس پابندی تہٕ موموٗلی کنہہ خاطرٕ تہٕ اوس سرکارس اجازتھ ہیوٗن پیوان۔ ڈراماہک مُسوَدٕ اوس سنسر سپدان۔ چنانچہ بیٚیلہ اَمہ ڈراماہک مُسوَدٕ ہارچ کرِشن دَر گورنرس ہاوُنہٕ آو تمہٕ ڈیٖٹ نہٕ یہ ڈٕنھتہ پیہ سٹیج کرنُک اجازتھ زِ اَتھ منٛز چھےٚ حکوٗمتس خِلاف بغاوٗ نیٖر کرنٕچ کوٗشِش لیٚینہٕ یوان۔ یہ چھےٚ یاد تھوَونِ لایق کنہہ زِ اَتھ ڈراماہس اوس نہٕ سیاستس سیٚتۍ کانہہ تعلُق۔ یہ اوس کمہٕ لین ہِنٛز زندگی مُتعلق۔ بہرحال نتیجہ دٕراو یہ زِ یہ مُسوَدٕ روٗد مُسوَدٕے۔ ١٩٤٤ء یس منٛز سپدی بیٚینہٕ سدھارسمتی ڈرامیٹک کلب تہٕ نیشنل ڈرامٹک کلب قایم یموٗ کاشرِ بٹن منٛز سماجی سُدھار پاُدٕ کرنٕہ خاطرٕ کیٚنہہ کاشرۍ ڈراما سٹیج کرٕی۔ یمَن منٛز اوس اکھ "وِدوا" ناوُک ڈراما۔ یتھ منٛز موٚنٛدٕ زنانہٕ ہِنٛز دردناک کنہہ ہاونہٕ آمٕژ آسہٕ۔ یہ اوس اکھ سوشل ڈراما۔ ٹیکنیک اُسِس پرٛأنۍ۔ منٛز اُسِس باگتھ تہٕ برنہٕ آمتۍ تہٕ بیٚیہ تہٕ کینژہہ فنی خامی آسس موجوٗد۔ مگر زبان صاف آسنہٕ تہٕ شُشتھ پیٚٹھ۔ رہبر صابنہٕ وننہٕ مُطابق آو 'بتہٕ ہٕر' ڈراما ١٩٤٥ء ہس منٛز لیکھنہٕ یانے 'وِدوا' ڈراما پٔتہٕ۔ مگر یہ اَتھ[2]

---

(١) کاشرِ ڈراماہک ارتقا۔ پران کشور سون ادب ١٩٦٤ء[2] سرینگر کیو کینژ مخصوص ثقافتی اکاہیو کوٚرنہٕ کلچرل محاذ دِک لوٚو ڈرامائی تارٕ قوٗ بوٗل تہٕ تمہ بدل روٗد یہ نعم صرف پارسی قسمکیو ڈراماکران تہٕ وچھان۔ نظرا اُس قدیم صنوٗ رٕوٗ رمگر باشوٗ عوٗرتہٕ خود صلہ بخش۔ یمَن لِکھارِن منٛز گٔیہ یاسین کشمیری (وِدوا) شمبھو ناتھ کول (اولاد) دینا ناتھ (ستہٕ راتھ) سداماجی (مِلژار) نہٕ تریلوکی ناتھ وشنوی (چِترا) مقبوٗل

کشور صاحب ییٚلہِ دِ بنتہٕ ہٕر، ڈراما سٹیج کرنہٕ خاطرٕ اجازت۔ نہٕ میلیٚنچ کنہٕ کران چھہٕ تِمم چھہٕ وٕنان زِ" ییٚمہٕ کنہٕ آبہٕ ١٩٤٤ ہَس منٛز بیٚیہٕ ڈرامہ تاریخ شوراہ سپدنہٕ برونٛہہ ختم کرنہٕ"۔ ییٚمہٕ سیٚتہِ بہٕ ننان چھُہ نٕہ یہٕ چھُہ 'وِدوا'، ڈراما برونٛہہ لیکھنہٕ آمُت۔ اَکھ دور اُسُس سپدِی بیٚیہٕ کینٛہہ ڈراماتہٕ۔ مگر تِہُنٛد ی مُسوٚدٕ چھِنہٕ آمہٕ کنہٕ قٲبلِ ذکر زِ یِمو سیٚتہٕ چھِنہٕ کاشُرِس اَدبس منٛز کانٛہہ اِضافہ سپدان۔

## زِ سوانحی کتابہٕ

دٔق چھُہ وُہمہٕ صدی ہنٛدِ گوڈنکی حصک آسان زِ لاہورٕ چھپے شیٚر کلبولہ روڈس پیٚٹھ وافہ دین محمد الیکٹرک پریسس منٛز زِ کتابہٕ کاشرِ پانٛچھِ نثرس منٛز چھپان۔ یِمو منٛزٕ چھےٚ اَکھ آسان لل دیدِ ہنٛزِ تہٕ بیاکھ شیخ العالم سٕنٛزِ زندگی مُتعلِق تحقیقہٕ ورٲے تذکرِ صوٗرتس منٛز سیٚتھہِ پانٛچھِ بوٗزِ کہٕ میٚتہٕ تہٕ تِہنٛدے پانٛچھِ چھِہ لیکھنہٕ آمٕتہٕ۔ اَکھ کاشُرِس چھےٚ فارسی تہٕ عربی لفظن ہنٛزِ بِلہٕ پھش اُزِی کرِ کھِنہٕ تہٕ جادٕسے یٕہن۔ حالاتِ زندگی چھِہ مختلف عنوانن منٛز پاگرادینہٕ آمٕتہٕ۔ مِثالہٕ پانٛچھو لل دیدِ کتابہٕ منٛز ذاتھ نامہٕ، شادی تہٕ خانٛگی تکلیف، گوٚرُ دٕ جِیٚس سیٚتہٕ ملاقات۔ پتہٕ خانہٕ کیٚس ٲرہمنس سیٚتہٕ ملاقات بیترِ۔ لل دیدِ ہنٛدِ ین کاشرِ ین واکھن ہنٛدِ س استعمالس سیٚتہِ سیٚتہِ چھُہ فارسی شارن ہنٛد استعمال تہٕ مختلف جاین سپدمُت۔ یہ چھُہ سوانح یا سیرت نویسی ہُنٛد کاشرِس منٛز گوڈنیُک نقش تہٕ بُوہے نو مؤنا ہیو۔ اَلبتہٕ واقعاتہٕ پرکھاوِتھ لیکھنہٕ چھِہ خوصوٗصیژ ہٕنٛزِ کمی چھےٚ یہٕ باس دوان زِ مُصنفن چھِنہٕ خاص میحنت کٔرمٕژ۔

# کٲشرِ نثرُک ترٛیُم دوٚر

## ۱۹۴۷ء پتہٕ ازتان

۱۹۴۷ ہَس منٛز کھوٚت ہِندوستانس منٛز آزٲدی ہُنٛد اَفتابہٕ تہٕ دۄن مُلکُک ہیٚتھ ٹُن کٲشرٕ اوٚنہٕ بُن۔ باقے ریاستَن سٟتۍ سٟتۍ پٮ۪ٹھ کشیٖرِ تہٕ پیٚوٕ تہٕ یٮ۪تہٕ پیٚوٕ شخصی حکومتہ خٲتمہ سپدِتھ یٮ۪تہٕ کینہہ لُکَن ہٕنٛز عوٲمی حکومت قٲیم۔ پننہٕ زاجایہٕ تہٕ پننہٕ مُلکُچ یوسہٕ ماے لُکَن منٛز وارٕ وارٕ گٔنان آیہٕ اُس تمہٕ رٚٹ پکہٕ باٹھ دِلَس منٛز جاے تہٕ تمہ سٟتۍ سٟتۍ گوٚو پننہٕ پرٛتھ کُنہِ چیزُک شرٕ ہُران۔ تمہ اُس تمہ وٲری لُکہ ہٕنٛز وون اُس ہیٚنٛز۔ تنہٕ اوس مقصد آزٲدی پرٲوِنہٕ خاطرٕ بےشُمار لُکو تکلیف تُلۍ تہٕ وارٕ ہیٚو پیٚنٛز پان چھپہٕ دِتۍ۔ وون اوس امہِ کھوتہٕ تہٕ بوٚڈ مقصد اَتھہٕ رٲچھ کرٕنۍ تہٕ زٕنگہ زٕنگہ مُلک ترقی کرناوُن۔ غار مُلکی اَدبہٕ کہ مُطالعہٕ سٟتۍ اوس وارِیہن مُلکَن ہٕنٛز زبٲنۍ تہٕ ادبچ ترقی ہٕنٛز زان گٲمٕژ۔ ہِندوستانچَن باقے ریاستَن ہٕنٛزَن زبانَن تہٕ تِمَن منٛز موجود ادبُک اندازٕ اوس پیٚوان۔ پننہٕ زبٲنۍ تہٕ ادبَس پرٛچھر دِنُک طور طریقہ اُسی بدٕرکٕنہٕ آمُت تہٕ امہِ کین وسیلَن اوس سام ہینہٕ یوان۔

آزٲدی اُسی پانس سٟتۍ کینہہ مسلہ تہٕ اَنِمٕتۍ۔ مثالہ پاٹھۍ ملک تقسیم سپدنُک مسلہ تہٕ اَتھ سٟتۍ واتہٕ ہٕنٛدناوَن وٲلۍ باقے مسلہ، آبٲدی ہٕنٛز اَدلابدلی ہُنٛد مسلہ ریفیوجیین ہُنٛد مسلہ، آباد کٲری یانے لُکھ نوٚو سرٕ بساونُک مسلہ، نٔوۍ اَکچھ روٗٹ کرنُک مسلہ، نوٚو آیین بناونُک تہٕ سُہ لاگو کرنُک مسلہ، مُلکہ کہ

بچاوُنک مسلہ بیترِ یِم مسلہ اُسو نہٕ ہندوستانس سے درپیش ییلہٕ کر کشیرِ نہٕ یکباز
یلیہِ چھُو پیٹھ اُس نہٕ ہندوستانچین باقے ریاستن ہٕنٛزِ سے ہش ییلہٕ کر تمہ نشہِ
مختلف پہن۔

اُسیہ اوس وُنہ کشیر ہِنٛدِ مستقبلُک فٲصلہٕ کرنے۔ قبٲلی حملہٕ سپُد
کاشُر لُکو ہُوُرٕ پانٕٹھی پننہِ ریاستُک بچاونہٕ بہٕ بچاد کران لگو واریاہ لُکھ
اَتھ چھِپہِ۔ یِمن منز اوس تحریکِ آزادی ہِنٛد مشہور مجاہد و رمُلیشگ محمد مقبول
شیروانی سرفہرس۔

(۱) ڈراما

کشیرِ منز ییٛہہ ڈراما تحریک ۱۹۲۹ء پیٹھے منز شُروٗع گمژ اُس تہٕ پیٹھ
۱۹۴۲ء یس منز اکھ منظم تحریک بنے مژ اُس تمہ خاطرٕ اُسو وون حالات سازگار
چنانچہ قبٲلی حملُک مقابلہ کرنہٕ خاطر بنیو وِہنٛزِ ادبی تہٕ تمدنی سطحس پیٹھ نہٕ اکھ
محاذ اَتھ اوس کلچرل فرنٹ ناو۔ یمیہِ کہ اہتمامہ ۱۹۴۷ء پننہٕ گوڈنیُک کاشُر
ڈراما "شہید شیروانی" لیکھنہٕ تہٕ سٹیج کرنہٕ آو۔ ڈراما چھے چونکہ وُچھنُک
دا چھنُک چیز آسنہٕ کنہٕ کہو متاثر کرنُک اہم ذریعہ۔ بیہ لہٰذا آیہِ ادبہٕ پیٹھ
اَتھ قیمتس کُن حبادٕ کِل کرنہٕ "شہید شیروانی" ڈراما لیوکھ مرحوم پریم
ناتھ پردیسی صٲبن تہٕ بقول پران کشور صاحب "یِہ اُسو قبٲلی دامپور
زکلچرل محاذکین فنکارن تہٕ ادیبن ہٕنٛز اکھ جماعت کیہ بلا خوف و خطر ڈول
کھیٛنزن تنہٕ شہید شیروانی ہٕنٛزِ حالاتِ زندگی تہٕ شہادتُک پورٕ تفصیل دُ کرہ منز" (۲)

---

(۱) یہ لیوکھ پریم ناتھ پردیسی ین (۲) کاشُر ڈرامہُک ارتقا پران
کشور۔ سون ادب۔ صفحہ ۹۳۔

——— اَمہِ پَتہٕ رٔیتو کھٔنڈٕ ہی سپُد یہ ڈراما سٹیج۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ یہ
اَو جلدی منز لیکھنہٕ۔ لہٰذا اُس نہٕ اَتھ منز ٹیکنیکی پوٚختگی[۱]۔ گو مواد اوس
کاٗفی جان...... اَمِکو مکالمہٕ اَسو سیٹھا زوردار تہٕ کردار نگاری اُس
رژٕ "[۲] ٹیکنیکی اعتبارٕ اوس نہٕ یہ مختلف بلکہ تمی سلسلُک اَکھ گنڈ
یُس نندلال کول صاٮ۪بن "ستیہ کہوٹ" لیکھِتھ شوٗرٕ و کوٗرمُت اوس
حالانکہ اَمہِ وِزِ اوس پروفیسر حاجنی صاٮ۪بُن "گرٕ ہسو شُند گرٕ" ڈراما تہٕ
نوٗمونہٕ کِنہ موجوٗد یتھنہ منز نوٚو ٹیکنیک اوس۔ شہید شروانی" ڈرامس
منز اُسو باٗتھ۔ شاید جادٕ تاثرٕ پاۍدٕ کرنہٕ خاطرٕ "باتو خاطرٕ آیہِ situations
پاۍدٕ کرنہٕ۔ یہ چھُ غالبن گوڈنیُک ڈراما یمکِہ باتھ مصنفن نہٕ بلکہ بیۍ اَکی
شاعرن لیکھو"[۳] یہ اوس مشہوٗر شاعر مہجوٗر۔

ڈراما تحریکہِ ہِند داٮ۪رٕ کامُت تام واتنادنہٕ خاطرٕ دیُت کلچرل محاذن
اوپن ایر تھیئٹر (Open air theatre) قاٮ۪م کرنس کُن توجہ۔
یُس سیٹھا کامیاب روٗدنہٕ گامہٕ کِہن لُکن ہِنٛز زندگی تہٕ تہذیبن مُسلن مُتعلق
آسے وارِیاہ لِعہ کیٚژ لِعہ کیٚژ ڈراما تہٕ شتری زبأنی منز لیکھنہٕ تہٕ تمی زبأنی
منز تمہِنے بروٚنہہ کنہِ پیش کرنہٕ۔ تمو وِ چھِ یمن منز بنیٖن "سعہ کھَڈ وہ کھَن
ہُنٛد پرتو" تہٕ یہ نوٗرُ کھ فِکرٕ زِ چھو گوٚمت کیا چھِ ہانہٕ خاطرٕ کران۔ یمہِ فِہِن
ڈرامہن منز چھِ "[۴]" "زمین چھےٚ گر یسی شِنز" تہٕ "ڈالر صاٮ۪ب" بینٛز

---

[۱] اَتھ منز اَس یہ پوٚختگی نکیاز اَمیک مجموٗعی توٚشر اوس پراگنڈا کاشر ڈرامہک اِرتقا، رتن لال شانت کاشر شیرازہ دسمبر ۷۳۔

[۲] [۳] کاشر ڈرامہک ارتقا۔ پران کشور سون ادب ۶۳ صفحہ ۹۳۔

[۴] تہٕ "ڈالر صاٮ۪ب" روٗدی نہٕ زیادٕ کامیاب نِنہ۔ یمہِند مقصد تہٕ اوس اکھ خاص قسمُک پروپگنڈا۔
(کاشر ڈرامہک ارتقا رتن لال شانت۔ کاشر شیرازہ۔ دسمبر ۷۴

بوان۔ یِمَن کینٛشرَن منٛز شوٗت فن چھُپِتھ یوٚت زِ پرٛد پیگینڈا چھُ۔

۱۹۵۱ءیَس منٛز لیوٗکھ پنڈت جگن ناتھ ولی صابٕن اَکھ ڈراما "زوٗن" یہِ اوس حبہ خوتوٗنہِ ہٕنٛدِ زندگی مُتعلق یُس بقول اوتار کرشن رہبر "چھُپِتھ وُنیکِس تان سٹیج سپدمُت نہٕ چھُ اَکھ شعر سامرتھ۔ یہِ چھُ سٹیج کیو لوازِماتو کِنہِ وارِیاہ ور' واقعاتی طورِ تہٕ چھُپِتھ یہِ ڈراما حبہ خوتوٗنہِ ہٕنٛزِ اصل زندگی سیٹھا مثیٖل کھسوان۔ کینٛہہ کتھہٕ چھےٚ پننہِ بوز شوتر حساب اَفسانوی رنگس منٛز پیش کرنہٕ آمژٕ"[2] یہِ چھےٚ یاد تھاونی لایق کتھ زِ حبہ خوتوٗنہِ ہٕنٛزِ اصل زندگی تہٕ وَجوٗد تہٕ چھُپِتھ تاریخ کِس اَنس منٛز وارِیاہ واضح لیا زا کنہٕ ہینٛکہا یہِ ڈراما تمہٕ سیٹھا مثیٖل کھسِتھ تمہٕ علاوٕ چھُپِتھ یہِ کامیاب ڈراما نِگار ہیٛکہِ تارِکِس سیٹھا سیٹھاہ یٕکھتہٕ تس چھےٚ کینٛہہ تہٕ کینٛہہ رنگ آمیزی کرنی وۄر کرٕنی پیوان۔ ڈرامس گوٚو کینٛہہ فنی تہٕ ٹیکنیکی کمزوری چھُس کرنی وۄر۔ مکالمہ چھِس کُمہ کُتیہ زِٹھو پٕہن تہٕ سٹیج سہو کرٕنہ چھُپِتھ یُور پاٹھو مدِ نظر تھاونہٕ آمژ۔ یہِ ڈراما سپد اَمی وری چھاپ تہٕ۔ ۱۹۵۳ءیَس منٛز یُس سیاسی انقلاب آو تمہِ نِشہِ وۄبیٖنہ زندگی ہینٛدِس پرٛتھ شوبس سیٹھی سیٹھا اَدبس پیٹھ تہٕ اثر۔ جشنِ کشمیرِ سیتو لوگ ڈرامہٕ ہس بیٛیہ چلے جاو تہٕ اَکھ سلسلہ منٛز یُس گوٚو ڈُنیک ڈراما یِیُتھ سٹیج کرنہٕ آو سہٕ اوس دینا ناتھ نادِم صابٕن لیوٗکھمُت منظوٗم کاشُر ڈراما "نیکی تہٕ بدی" یُس ہندوہنٛدی سوٗکوٗل کھوٗٹہ کو پیش کوٚر۔ یہِ اوس Symbolic یانے علامتی انداز کک تہٕ موضوع اوس

---

۱۔ حاجنی صابٕنۍ وَنٕنۍ چھُہ یہِ سپد سٹیج (نشریچ کتاب۔ صفحہ ۱۴) ۲۔ کاشُر نشر خیال تہٕ رہبر۔ صفحہ ۵۳۔

ماے تہٕ موٗجب ؤنِتھ۔ بقول پران کِشور "اَمہِ ڈرامُک مسوٗدٕ اوس کأفی جاندار۔"[1] یِمن دوٚن سٟیژو کأمِل صابن لیوٚکھمُت ڈراما "حبہ خوتوٗن" تہٕ سٹیج۔ کأمِل صابن اوس یہِ ڈراما بڈٕ پٔہ میٚحنتہٕ سان لیوٚکھمُت تہٕ "مواد جمع کرنس منز کأفی میٚحنت کٔرمِژ۔ اَمہِ ڈرامُکۍ ڈایلاگ تہٕ کردار نِگأری چھےٚ اَرٕ۔"[2] مگر اَتھ منز آیہٕ کینٛہہ ٹیکنیکی خأمی[3] ـــــ اتھ دورانس یِمو اَدیبو کأشُر ڈراما لیکھو تِہم چھہِ نأدِم تہٕ کأمِل صابنِس علاوٕ پروفیسر حاجنی، نوٗر محمد روشن، علی محمد لون، اختر محی الدین، سومناتھ زتشی تہٕ پُشکر بھان۔

نوٗر محمد روشن صابن اوس ڈراما "چور بازار" ۱۹۵۰ء پیٹھے منز لیوٚکھمُت یتھ منز نفاخورن، ذخیرٕ کرن والین تہٕ بلیک کرن والین ہِنٛدِ کرتوٗت ظأہِر کرنہٕ آمٕژ چھہِ۔ یہِ چھُ لوٚکٕٹ ڈراما ٹیکنیک کِہ لحاظٕ پروفیسر حاجنی صابنِس "گرِیسہ شُد گرٕ" ڈراماہس ہیوٗ۔ فنی لحاظہٕ تیٚنہٕ تعبوٗت لٔس مکالمہ چھِس حسبِ حال، موخصر تہٕ چُست۔ یہِ چھُ نومبر ۱۹۵۵ء کِس "کونگ پوش" رسالس منز چھاپ گومُت یُس کلچرل کانگریس کِہ ذریٚعہ بہٕ نیران اوس۔ کلچرل کانگریس دِ کلچرل فرنٹ چُھٹنہٕ پتہٕ بارسس۔

۱۹۵۵ء ییٚس منز سیپِر پیٚتہٕ لوٗکن شہلابہٕ نِشہ بچاونہٕ خأطرٕ اَکھ منظم تحریک شروٗع گٔیہ، یمہ ہیوٚکو منتہ کرتھ لُکن ہِنٛدِ اَتھ وایہٕ ہنہ تہٕ پٔتھ نیچ مقصد اوس یہِ زِ لُکھ گژھن پنٕنۍ زمین زرا اتھ بچاونہٕ بابتہٕ یانہٕ ہمہ شتہ کرنی تہٕ رضاکارنہٕ پانٕژ کأم ژھیہ میٚینٛز۔ یتھنہٕ کیہ فنت کارو تہٕ دیتہ اَتھ منز مدد۔ تِمو لیکھو سنجیدٕ تہٕ مزاحیہ ناٹکھ۔ علی محمد لون صابن "وزچھِہ سأنی"، نوٗر محمد روشنن "نوٚو ہمسأیہ"

---

۱، ۲، ۳ کأشِر ڈرامُک ارتقا۔ پران کشور۔ سون ادب ۶۳ء صفہ ۹۸،۹۹

کامِل صٲبنٕ "پگہہ چھُ گاشدار" تہٕ پُشکر بھان صٲبنٕ "تن ترٛاخ" ییم اَمہِ
ڈرامہ نگٲری منز اکھ نوٚو ہیٚچھ بارسس یِنک نتیجہ۔ "وِز چھےٚ سٲنی" "پگہہ چھُ
گاشدار" تہٕ "نوٚو سمسار" چھِ یِک عملی ڈراما۔ ییم ترٛشوے سپدۍ ۱۹۵۵ؑ ہس
منز ادارے لالہ رُخ سرینگرٕ کہِ طرفہٕ "گٹہ کنجہ" عنوانہ کتٲبی صورتس منز چھاپہٕ
ییم ڈرامہ چھِ فنی لحاظہٕ ہنا ڈٕری۔ کیٚنژن نٔے نظارن منز چھُ سوٚرُے پلاٹ مکمل
گژھان۔ کُنہ کُنہ چھُکھ ریڈیٲیی رنگ ہیوٚ۔ ٹیکنیکس اندرنہٕ چھُکھ نوٚو
"وِز چھےٚ سٲنی" ڈراماہس چھِ ترٛیشہ حصس عنوان دِنہٕ آمِتۍ۔ مثلن شہلابہٕ
برٛوٚنٹھ، شہلاب، شہلابہٕ پتہٕ تہٕ تامیر۔ یہِ ٹیکنیک چھُ بلکل اکھ نوٚو
تجربہٕ باسان۔ "پگہہ چھُ گاشدار" ڈراماہس تہٕ چھِ ژور حصہ تہٕ ترٛیشہ حصس
چھُ ناو شعل۔ ییم ڈراما سپدۍ باقاعدٕ پاٹھۍ سٹیج تہٕ اداکارن ہنٛدِ مِحنتہٕ تہٕ بین
کرنہٕ کیٛو دوٚو یمیوٚ خاطرٕ خواہ انتظام ووٚ کیٚنہ [illegible] گامن منز بڈٕ مقبول۔ ییم آیہ ژھیمہ
گامن منز گِندنہٕ یِمنہٕ شہلین ہنٛد نظیر ادمی بیمن [illegible] بیک وقت "اَمہ اکھ
داد داد ساسن لوکھ سیٹھا ہیٚکہ [illegible] ساں دِچھان"

اَمہ علاوٕ بیاکھ ڈراما چھُ اختر محی الدین صٲبن "شیشہ تہٕ سنگستان"
اکھ تہٕ چھُ [illegible] پنٕنہ کٲری۔ یوٚنہ سستی چھِ [illegible] تہٕ یہ چھُ دوٚین
منظرن ہنٛد اکھ کامیاب عملی ڈراما۔ اہم کردار چھِ نمبردار، غفار لون تہٕ گامہ ناوِد۔
سٹیج [illegible] ٹیکنیک کینٛہہ چھُ [illegible] غفار لون چھُ نمبردارس
نیچوس رحمانس [illegible] زِشہ چھُ غریب [illegible] سبب [illegible] کرُن یِوان غفار
لونہ کوٚر چھہ تٔلی آسان لوٚ محنت نمبردارنس نیچوِس رحمانس [illegible] مگر [illegible] کینٛہہ
ہیکان کٔرِتھ۔ اَتھ منز چھُ ٹیپ یوان تہٕ گامچ بوٚڑ بٲگی سستی [illegible] سستی چھُ غفار لون
تہٕ پنٕنی ترٛیس لاران۔ "کانٛسہ ہتھیر ڈوٚلی وسہ تہٕ پیری"۔ وَنان وَنان چھُ رحمان اَخرچ

رُکاوٹس منز کامیاب گژھان ۔ مگر ہنٛزٕ پان چھُس چھپیہ ڈیٚنٛ ہیوان ۔ اَتھ منز چھےٚ کأمی زندگی ہٕنٛزِ حیان عکأسی میلان یوٚز مکالمہ چھُکھ کُنہِ کُنہِ جایہ شہرٕ دارٕ شُند باسان تہٕ کُنہ کُنہ پُر تکلف اندازس منز کأمی بَناونہٕ آمٕتۍ۔ عأجنی صأبٕنٛ "باوا جنٛتوٗ" ڈراما چھُ جأگیر دارن خلاف کاشتکارن ہٕنٛزِ بغاوژ ہُنٛد اِظہار۔

اَمہِ زمانٕکۍ بلتہٕ ڈراما چھِہ اختر محی الدین صأبٕنٛ "نستہٕ ہُنٛد سوال" تہٕ "آین ہور جنگ"، پُشکر بھان صأبٕنٛ "ہیرو مچامہ"، رادھے کشن برارٕ وُ شُند "یا ہو"، پُشکر بھان تہٕ سومناتھ سادھو صأبٕنٛ "گرینڈ ریہرسل" تہٕ سدا ماجُن "ملراز"۔ بینٛز اختر صأبٕنٛ "نستہٕ ہُنٛد سوال" سپُد ۱۹۶۱ ءکِس جشنِ کشیرِ منز سٹیج تہٕ بقولِ پران کشور "یہ اوس Symbolic ڈرامہ - اَمیُک Tempo اوس سیٹھا سوٗت تہٕ کردار نگأری کمزور۔ اَمیُک پلاٹ تہٕ اوس کأشرِ زبأنۍ کِنۍ نیٛو۔ وٕنۍ پریٚچھو باسان اَمہِ علاوٕ چھِنہٕ اَتھ کانٛہہ فنی خأمی۔" "آین ہور جنگ" ڈرامہُک پلاٹ چھُنہٕ وُنۍ پر منظر کشی چھےٚ کشیرِ ہنٛدِس ماحولس سیتۍ رَلان۔ تہٕ باقے فنی تہٕ ٹیکنیکی لحاظہٕ تہٕ چھُ جان۔ یِمَو پتہٕ لیوٚکھمت سجوٗد سیلأنی سُند "پھند باز" تہٕ بھوشن بیتاب سُند "بٹیہ پھیٚنٹو بامن" تہٕ "للہ وُن امار" تہٕ چھِہ بیٚکھی ڈراما۔

اَمہِ پتہٕ لیوٚکھ جیا لعل جلألی اَکھ ڈراما "ہی مال"۔ یَمیُک پلاٹ کشیرِ ہنٛدِس لُکہ ادبہٕ کِس اَکِس واقعہس پیٹھ تیار کرنہٕ آمُت چھُ۔ کُنہِ کُنہِ چھُ یہ اَصل قصہٕ نِشہٕ دوٗر باسان شاید سٹیج مشکلو کِنۍ۔ کردار نِگأری تہٕ ڈائیلاگ چھِہ

---

۱ ایمِس منز چھےٚ سماج تہٕ سماجی کردارن ہٕنٛز ہوبہو تصویر کشی سپدیمٕژ تہٕ باضے فرع تہٕ باضے انسأنی داد کرد وہکھ تہٕ کمزوری پیش سپدیمٕژ۔ صوٗرتن ہُنٛد تناو، کردارن ہنٛد ٹایپ، ردِ عمل چھےٚ یہنٛز خصوٗصیت۔ (کأشر ڈرامہُک اِرتقا۔ رتن لال شانت، سہ ماہی شیرازہٕ دسمبر ۷۳ء)

جان۔ کوشش چھےٚ کرنہٕ آمٕژ زِ کلاسکل شکل گژھِہ برقرار روزٕنۍ۔ عمل یا اَنگ بجایہ
چھُ لفظ پأٹھۍ استعمال سپدمُت تہٕ منظر چہ جایہ دُچھ۔

۱۹۶۴ء برونٹھ اوس لیوکھمُت علی محمد لون صأبن مشہوٗر انجنیئر
"سُئیا" ہِکس بیچھِ اَکھ ڈرامایتھ ۱۹۶۴ء کِس سالانہٕ ڈرامائی مُقابلس منز
بہترین مسوٗدٕ قرار دنہٕ بیتھ کلچرل اکیڈیمی جموں وکشیر کہ طرفہٕ گوہ ڈنیکُ ینامہ دِتہٕ
آو۔ اَتھ ذکر سپدنہٕ برونہہ پہن نکیا زٕ اَکھ چھےٚ یتہٕ لون صأبن دوٚیمہ لَٹہٕ نظرِ دِژمٕژ
اَتھ زمانس منز لیوکھ شام لعل سادھو صأبن اَکھ تأریخی ڈرامایتھ
۱۹۶۶ء بس منز 'قومی یک جہتی' عنوانس تحت لیکھنہٕ آمتین بین ریاستی
مقابلہ کین ڈرامامسوٗدن منز بہترین کأشر ڈراما آسنہٕ خأطرٕ مرکزی حکومتکہ
سائنٹفک، ریسرچ اینڈ کلچرل افیئرس شوبہٕ طرفہٕ ساس روپیہ ینامہ میوٗل۔
یہ چھُ ژٕ ون ایکٹن پیٹھ مشتمل عملہٕ تہٕ نظارٕ خأطرٕ چھُ انگریزی لفظ ایکٹ تہٕ سین
استعمال سپدمُت۔ اَمہ ڈرامہٕ کۍ کردار چھِ بیربل دَر، عبدالقدوس، داسہ کاک
خواجہ مُنور شاہ' (بیربلنیٚ زنانہ) دید (تسنٛز نوش) سعہ نہٕ کاکنۍ' (تسنٛد نیچوٗ) رحم
کاک، سردار عظیم خان تہٕ سردار جبار خان (کشیرِ منٛدۍ گورنر) تہٕ باقے۔ اَکھ
منز چھُ پٹھان عہدُک ظُلم تہٕ کأشرن ہُنٛد لکن ہنٛز سعہ کامیابہ کوشش یوہ سہ
تِمو بیربل دَر تہٕ رہنمائی منز کشیرِ منٛز پٹھان راج ختم کرنہٕ خأطرٕ کٔر، ہاونہٕ آمژ۔
بیربل دَرُن پٹھان گورنرس بُتھہ پھرن تہٕ پننٛ نیچوٗ سکوٗتا نیش ریگمال بچاوتھ
تِمن مدد ہیتھ پٹھانن شکس دِنۍ، تسنٛدس یارس عبدالقدوس سُند بیربلن عیال
بچاونہٕ باپتھ پننہٕ پان چھپہ دِنُن، بیربلنہِ زنانہ ہُنٛد زہر کھیوٗن بینہ واقعہ
چھِ بڈٕ جان پأٹھۍ پیش کرنہٕ آمتۍ۔ یمو اَفسانن منز تأریخی تہٕ ڈرامائی رنگ
پأدٕ کرنہٕ باپتھ چھِ یِمن کُنہ کُنہ جایہ میلہٕ مِش تہٕ تراوٕنہٕ آمژ۔ مثالہ پأٹھۍ کینژہ

کِردار چھِ مُصنِفن پانے گرٕمٕتۍ، تِم گیٚ بیٖربلُن گرمعہ منشیو غفار، عبداللہ پنڈتھ
تحصیلدار، شیخ محمد جمال بیٖنتھ۔ تارِیخی واقع چھُ یُتھے یوت زِ بیٖربلن کرٕ
سِکن سیٚتی تارِ کانیچ نٔب پٹھان ژٕ لراوُن ییٚتہِ۔ ہالیہٕ جمہ کرنس پیٚپٹھ گیہ پٹھان
گورنرس تہٕ بیٖربل درمیان تلخ کلامی یا ہُما ثُما۔ بیٖربلن کوٚر گریستہ ہُند پاے تہٕ
گورنرس کوٚرُن جواب بیٚتہِ واقعاتچہِ تارِیخی لحاظہٕ ثابت سپدان۔ باقے چھُ بینتہٕ وُنیہ
ریوایت زِ بیٖربلن پیٚش رقم سۆمبرو ونت اوس سۄ اوسُن گرِ کھیو مُتہٕ تہٕ گورنرس
اوس بال تھچھٕ مادان۔ بہرحال مُصنِفن چھُ پنُن مقصد پیٚش نظر تھاوِتھ (سۄ
گوٚ قومی یک جہتی) یِمن واقعاتن ہندِ رِین سنکھ دِوٗنی متھ تہٕ یِہی چھُ ناٹک غلطی
باسان۔ اَمہ ڈرامہ سیٚتی چھُ دارٕ پاٹھو نتان زِ ہیٚندین تہٕ مُسلمانن کوٚت میلہٕ تار
چھُ بیٚنین وٕتھن وقتن اوسمُت۔ تۄہنتھ چھُ فدا گو جاریُن بیٖربلنہ عیالہ غاصرِ جان
دِیُن سیٚتی چھُنہ پلاٹہ غار غلطی تہٕ باسان تہٕ گوٚ ہُنہ مُسلمان یار چھُ پنُن زنگ دواں
ہنگر بیٖربلنہ زامتثر چھُ عمداً چوک لاکھ تہٕ پنُن پان پیوٚر کرنہٕ باپتھ اصل خبر
واتناوان تہٕ پتھے پیٚشہٕ گفتار کرنا دان۔ بیٖربلُن کِردار چھُ قصد پایہ کہن انسانہ سُند
ہویتہ آمُت۔ پیٚتھے پایہٕ عبدالقدوسُن تہٕ اماپوز عام طور کاشرِین ییٚمِن کِردار چھُ
سۄ تہٕ چھُنہ زۆر تھاونہ آمُت یانے "چڑھتے سورج کی پوجا" پوزٕ سے۔ پوز دٕ
یہ چھُنہ صرف کاشرِ ینٛ ہُند کِردار بلکہ اکھ عام انسانی کمزوری تہٕ عام طور اکثر
و بیشتر انسانن ہُند کِردار روزِ گوٚ تارِیخ چھُ ثابت کران زِ یہ چھے خاص کرٕ
کاشرین ہنز کمزوری۔ یِم چھِنہ صرف ژٕلہِ ونین برونٛہہ برونٛہہ تہٕ لارِ ونین پتہٕ پتہٕ
بلکہ ژٕلہِ ونین تہٕ برونٛہہ برونٛہہ تہٕ لارِ ونین تہٕ۔ اَتھ ڈرامہس چھے انگریزی ناٹکن
ہنز پیٚتھ ٹیکنیک۔ پلاٹ چھُ کافی چُست تہٕ مکالمہ مختصر تہٕ برمحل۔ یہ چھُ جنوری
۱۹۶۷ء یس منز پانژن ہفتن ہندِ تیدادس منز سرینگرا ندر پرینٹنگ پریس

منٛز چھاپ کوٚرمُت۔

۱۹۵۸ءس پیٚٹھٕ لوٚگ اَدبہٕ کین باقی شوٚبن سیٖتۍ سیٖتۍ ڈرامہٕ کس تہٕ پوٚچھر۔ ریاستچہِ کلچرل اکیڈمی ہِنٛز کوشش چھےٚ اَتھ سِلسِلس منٛز تأریفن لایق۔ اَکہِ ذٔری یہِ سپٕز ڈراما مُسوٚدن ہِندۍ تہٕ پیشکأری ہِندۍ مُقابلہٕ۔ تہٕ اوٚل بیٚنہٕ والین ڈرامہن میلی یِتا پہ۔ یِم ڈرامہٕ سپدۍ یِتہٕ کتأبی شکلِس منٛز چھاپ تہٕ ٹیگور ہال بٔنیہٕ سیٖتۍ پیٚیہ سٹیج وِزِھے تہٕ دوٚر۔ تہٕ اکثر تہٕ بیشتر ڈراما سپدۍ ذأتی سٹیج تھہر گام آیہِ مختلِف جاین کلچرل تہٕ ادبی انجمنہٕ بارسس۔ یِمن سیٖتۍ متعلق فنکار و ڈرامہٕ کس فنس پوٚچھر دنس کُن کل کٔر۔ یِتھین ڈرامہن منٛز کرو اَسۍ مِثالہِ بأپتھ اَکِ نگامہٕ کِس محمد سبحان بھگتنۍ ڈراما پوٚز اَپُز، بیٚنہٕ چھُہ بیٚنہٕ وُن تہٕ تقدیر، علی محمد لونُن ڈراما تقدیر ساز تہٕ موتی لعل کیموٗ صأبنۍ "ہاوس" بیتر پیش۔ "پوٚز اَپُز" ڈراما چھُہ ۱۹۶۶ءس منٛز، "بیٚنہٕ چھُہ بیٚنہٕ وُن" ۱۹۶۷ءس منٛز تہٕ "تقدیر" ۱۹۶۸ءس منٛز کشیر بھگت تھیٹر اکہِ طرفہٕ ٹیگور ہالہٕ پیش کٔرتہٕ محمد سبحان بھگتن چھُہ لیکھمُت ہِشی نمٕت ۱۹۶۴ء پیٚٹھہٕ۔ "پوٚز اَپُز" ڈراما بٔرِتھ لیکھِتھ ہُو بیٚیہِ تہٕ کیٚنہہ ڈراما۔ اما پوٚز تھٕنز جِندور تھ چھےٚ ادبی تہٕ ٹیکنیکی طور کم پایہِ"۲؎ مگر یوٚتام بیمہِ ڈرامہک نوٚکتہٕ چھُہ "یہِ اَس اَکھ کامیاب کوشش۔" اَتھ پیٚٹھ تبصرٕ کران چھِہ موتی لال کیموٗ صأب لیکھان: آزأدی آیہِ، عوأمی سرکار آیہِ بارسس۔ تہٕ ککہِ ذہنن ہُنٛد تبدیلی سیٖتۍ رُلن مگر گۄڈنیُک رؤد پرأنی آیہِ ترایہِ سیٖتۍ منصوبہٕ بندی کٕرتھ نۄو کٔرد۔ اَتھ سیٖتۍ گیہِ تقسیم دِنہٕ تہٕ۔ پوٚز اَپُز کٔرتھ ہیچ نوٚ ترقی نوٚ انجامہٕ۔ ترأنی جاگیردارانہٕ رسمہٕ ہِنٛز گلیتھ مگر نوٚ بِہ ہیبتھ زُلم، سرکہٕ بنے یہِ، گُڈل بنیہِ یہِ۔ ٹھیکہ دأری گیہِ عام۔ بٹکہ تہٕ کورپچھ گیہِ تقسیم تیزی سان بھقیل گیہِ پأدٕ۔ انگریزی لفظ فراڈ گو عام۔ سرزمیچ رؤدی پیٚٹھ۔

---

۲؎ گۄڈٕ کیتھ "تقدیر" ڈراما از محمد سبحان بھگت۔

کھڑ ٲنِنۍ گیہٕ عام۔ کردارٕچ بلندی رُوز خاب، کردارٕچ پستی گیہٕ نوٗمودار مگر پوٗز
چھُ پوٗزُے اَما پوٗز اَپزِس تھٔرِ پوٗز اَپزٕ رٔود وٕڈٕ رٕوٕ پیٹھ ہٕشدی زٕ طرف۔ بُتھرٕ تہٕ
بُتھٕ ییٚہِ کتھ چھُ پوٗز اَپزٕ ڈراما دیہاتی زندگی ہٕنٛدِ منظر پیش کران کران وٕژھناوان
یہ ڈراما چھُ گریسی ماحولس سائنس سماجس تہٕ سوچس پیٚٹھ نوِ دورٕچ تبدیلی ہٕنٛد
اثر بُتھُو تہٕ ہمہ کھٕڑو ہاہسہ ہیٚتھ۔"[1] یہ چھُ اوٗک عملی ڈراما[2] اَتھٕ پٔنٛن سپُنن مٔنز باگراوِتھ۔
ٹیکنیک چھُس عوامی مومنٕ کیٚژ رٕنہٕ ییٚنہٕ والین کِنکِہ ناٹکن ہٕنٛز۔ اَمہ ڈرامہٕچ
مرکزی خیال چھُ یہ زِ پوٗز چھُ پوٗزُے تہٕ لوٗ زُے روزِ۔ پلاٹ چھُس ژھوٚٹ، ماحول
یہ زِ علی مٲگرے چھُ اَپزُے یارانہٕ لاگِتھ رزاق میرس روٗہ ہیٚتھ اُکھ شَٹھ دوہ زَم
ہیوان۔ تہٕ لوٗ تس تَلمٕ ہیوان۔ سُہ چھُ جَجس نِش داوا کران۔ تحریرا چھُنہٕ آسان
کیبشہہ تہٕ آخر چھُ سُہ پانے جَجس نِش اقرار کران زِ یہٕ دارس ہار۔ علی مٲگرے
تہٕ رزاق میرس علاوٕ چھِ اَتھ مٔنز اہم کردار اَہمتیر زنانہٕ مال دیدٕ تہٕ زیبہ آپہٕ تہٕ
علی مٲگرِنۍ ٹینچوُ حسیہ کوٗل تہٕ۔ روٗسُل بٔٹھ تہٕ رٔیشہ پوٗلاد چھِ ضمنی کردار تہٕ
چوٗکیدار، اکھ بٔلی کردار، یس بغأر تہٕ پلاٹ مکمل چھُ ییٚتھ کِنۍ روٗسُل بٔٹھ تہٕ۔ اَمہ
ڈرامہٕک پس منظر چھُ تیٚتھُے بیٛتھ عاجِنی صابہٕ از برونٛہہ دوہ پیٚٹھ تژہ وُری
تہٕ اَمہ ڈرامُک سٹیج سپدُن تہٕ برونٛہہ وُری تژہ ہرلیکھنہٕ آمُت یہ ڈراما "گریسی
سپدِ گرکس چھُ۔ واقاتن ہٕنٛدِ لحاظہٕ چھُ یہ اَصلہٕ نِشہٕ دوٗر۔ یہ ہون زِ کام
چھِ اَز تہٕ واریاہ ییٚتھ پوٗز کُنہٕ ییٚتھ کھور کھوٕ تہٕ ییٚتھ کھور گامس مٔنز تہٕ چھُنہٕ
یہ سپدُن دِلس ویژان زِ تٔلہٕ پَتہٕ پیٚمہٕ کاٗتسہ ہٕنٛدِس آنگنس مٔنز تہٕ چوکیدار لاگِس
ہاتھٕ تٔلہٕ کُل ژٕ ٹینچ۔ علی مٲگرےنِس تہٕ رزاق میرنِس یارانہٕ لاگنس تہٕ چھُنہٕ تأثر

---

۱۔ اکھ ڈٕ کتھ "تقدیر" ڈراما (محمد سبحان بھگت) ۲۔ کردار اڈوجان (باقی بروٚنٛہہ صفحس پیٚٹھ)

لکان ۔ تہٕ ژٕ ٹھنس تیٚنہٕ ۔ رزاق میر چھُ اوٚساموٚسا وُچھنہٕ وراے تِیتھ مِنٛز رفٕ یِس اُتھ شٕھ کٕڈِتھ علی مُحمد گرے یِس دِوان ۔ اَمہٕ سٕاتہٕ کیٚنہٕ چھُ شہٕ آسان ؟ نیٚشِد کرِنہٕ کوٚمُت ۔ یِمہٕ انسانٕک گرٛیوس رزاق میرٕ مدِنہٕ آمُت چھُ تِمہٕ انسانہٕ کِس گرٛہِستِس آسن رو ہیِس اُتھ شٕھ نہٕ تہٕ نفاوِ تِھندِس ؟ ییٚنہٕ چھُنہٕ دِلِس وِیژان زِ کالہٕ دیہٕ اَکھ شخص رو ہیِس اُتھ شٕھ کاٹسہٕ وہ زخم تہٕ پگہہ کرہ یِس نہٕ شہٕ بیٚیِز کٔنہتہٕ نہٕ واپس ۔ ییٚنہٕ سَپدِ داواتہٕ مُدعا علیہ کرٕ پانٕنی پانٕنے ہیُٚر مِیٚڑہٕ اِنفرا زِ بہٕ دارِس ہٕار ۔ مکالمہٕ نہٕ چھُنہٕ تہتھو بیٚتھو اَکھ آسِنو گرٛتھو ۔ کیٛنہہ مکالمہ چھِ تِرٛونٹھ پروفیسر حاجنی صاٛبنہٕ "گرٛیسو شُندگرٕ" ڈراماہکو باسان ۔ مثالہٕ پاٹھو اَمہٕ کِس گوڈنِکِس مَنظرس مِنٛز ۔ رزاق بٹُن تہٕ اَمہٕ شرٛز گرواجنہٕ ہٕنٛد مکالمہٕ تہٕ پوٚز اَیِنٛز ڈراماہکہٕ گوڈنِکہٕ انگکُ علی مُحمد گرے نہٕ مال دِیُٛد ہٕنٛد مکالمہٕ ۔ یِمہٕ خامیہٕ مدِ نظر تھٔاوِتھ ہیٚکو اَتھ حرف اَکھ ناکام کوشش وٕنِتھ نہٕ زِ کانٛہہ جان ڈراما۔

"ییٚنہٕ چھُ بیٚنہٕ وُن" ڈراماہس چھُ ١٩٦٧ ء یِس مِنٛز ڈراما مقابلس مِنٛز جموں کشیمر چہِ کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛد گوڈنیُک ینامہٕ میوٚلمُت۔ بقولِ موتی لال کیمو" یہ ڈراما چھُ ساہن کامَن مِنٛز (نہٕ شہر نہٕ چھُنہٕ اَمہٕ نِشنہٕ بچِتھ کینٛہہ ) سوٚر ملیتھ ژوٚر بٕنِتھ کرِتھ پھیرِ وٕہن ٹھکن کامیابی سادٕ ۔۔۔ ۔ یوٚدوے اَسہٕ وہمی تہٕ فضوٗل کتھن پیٹھ عقیدٕ کرن والی آسوٚنہٕ ۔ یانہٕ عمل نژاوِتھ پیہرن فقیرن

---

( یُتھ مہٕ صفیکہٕ فُٹ نوٚٹُک باقی ) تہٕ اَدٕ ناکار ۔۔۔ واقہٕ چھُ سوٚت سوٚت واہرنہٕ یوان۔۔۔۔ زبان چھے کردار نِگاری کٔفی اَتھہٕ روٹ کران ۔۔۔ رِوایتی اَدبی ڈراما بناونہٕ کھعتہٕ چھےٚ تِہنٛدِس موضوعس پیٹھِس بِکھارِ یِشِد دُسو لگہٕ ناٹکُک یِکھ عمر ترِ دِنہٕ سیٚتھو واریاہ ووہ دِلچسپ وومید ۔ ( کاشُر ڈراماہُک ارتقا ۔ رتن لال شانت ۔ کاشُر شیرازہٕ دسمبر ٧٣ ء )

ہُنٛد دامانہٕ رٕٹِن وٲلۍ آسوٚنہٕ، بنیہٕ مشالیت، ہوپِنہٕ سیاسی تہٕ سمٲجی ژھَکَن ہِنٛدِ زوالٕچ منٛز
پھَسِتھ حَتہٕ لٲگ آسوٚنہٕ تیٚلہٕ چھُکھ یہِ بنہٕ وُن یہِ اَکھ نانکس منٛز احدٕ مُلِک کِردارس
بنان چھُ۔ اٲسہٕ مِیکون کانٛہہ تہٕ ٹھَگ پرزنٲوِتھ۔[1] امہٕ ڈرامہٕکۍ اہم کِردار چھِ احد مُلِک
تہٕ شرِ دوٚیِم زنانہٕ جانہٕ، بنیہٕ مشالی، درویش تہٕ احد مُلِکُن گوڈنِچ زنانہٕ ہُنٛد بچہٕ
ستار تہٕ مددگار کِردار رزاق ڈار، گوٚز، غلام تہٕ خالہٕ جُو۔ یِمَو الہٕ تہٕ بانٛد چھِ اضافی
تہٕ غٲر ضروٗری کِردار۔ پلاٹ چھُ ژھوٚٹ، یُتھ یہِ زٕ احد مُلِکِنہٕ زنانہٕ چھِ فقُس چھُ
اَولاد ہُنٛد سٕنگ اَدٕر زوٚے آسان۔ تہٕ اَکھ درویش چھُ نیٚبر نوو ناوے کرِتھ تِمہٕ
آنگنَس منٛز۔ اَتان نہٕ پورٕے تِمَن ناو ڈٕنِتھ پَزِتھ بیہہ ناوان۔ کھیوان چیوان تہٕ
رٕٹان نہٕ کینٛہہ۔ یتہٕ چھُ کِبِتِسٕ کالی پیوان تہٕ عبادتھ کرنُک بہانہٕ کرِتھ راتس گژھے
زوٚن کُٹھِس منٛز۔ روزان نہٕ موقعہ وُچھِتھ سارے ٹھیٚشِتھ پیٚٹھ ہیٚتھ ژلان
یِتھے پٲٹھۍ چھِ بنیہٕ مشالی ستارُن مُنٛزِم بور لاگِتھ جور پیٚٹھ نیوان۔ ستارس چھِنہٕ
یِمَن کُتھَن سِتۍ برابری آسان تہٕ شہ چھُ نوو زعانہٕ پزر نادِتھ مٲلِس امہٕ سادگی
نِشہٕ باز روزنُک بانٛد بانٛد کران۔ پتہٕ چھُ آخر درویش تہٕ بنیہٕ مشالی دوشوے
رٕٹنہٕ یِوان تہٕ تِمَن تنبیہہ کرنہٕ یِوان۔ یہِ نہٕ چھُ اَکھ عملی ڈرامہٕ ترٕٹن سینَن پیٚٹھ
مُشتمل۔ ٹیکنیک چھِس پورٕ اَپُر۔ ڈرامہٕ کھوتہٕ حیات۔ مرکزی خیال تہٕ رٕژھ، دِلُس
بیہہ وُن۔ منظر نہٕ کِردار فطری یِمَن منٛز بیشتر ہِنٛد بناوٹ چھِ باسان زٕ احد مُلِکس
تہٕ جانہٕ چھِ بے حد کھوتہٕ تہٕ جاہدٕ سیدِ ہادِ نہٕ یِوان۔ اَکھ حَد ستان ہیکِنہٕ کانٛہہ
اعتقاد اوٚن گژھتھ زرٕ پیٚیِس نُور ہیٚتھ آسنَس نِشِہ ٹھاو درویشَس
ہاوِتھ۔ نہٕ ہیکِہ کانٛہہ ٹھگ یوت بیوقوف آسِتھ زِ پنٛنِس اشناوس سٕتۍ دِیہ

---

۱۔ گوڈنِکتھ "تقدیر" محمد سبحان بھگت۔

تَشنٛدٕس گرٕ گرٕژھ درویشی ہاوِنہٕ۔ ستارٕن کردار چھُ جادٕ فطری باسان۔" اَتھ
ناٹکس منٛز چھےٚ دۄن پیٖرن ہُنٛز کشمکش تہٕ۔ اَکہِ طرفہٕ احد مُلہٕ سُند نیچوُ اَچھ
کاش اَسِتھ نوٚ عقیدٕ ہاسٕچھ بیٚیہِ طرفہٕ احد مَلِک پیٖرن تہٕ فقیٖرن ہُنٛز ٹھگی لبہ
یُژھ یژھ برٕن وول۔ یوٚزٕ اَپُز ڈراما کھوتہٕ چھُ "پیتہٕ چھُ بنہٕ ومن" ناٹکس
منٛز ڈرامائیت جادٕ۔ یوٚزٕ اَپُز چھُ سوٚت سوٚت پکان کلائمیکسس کُن مگر "پیتہٕ
چھُ بنہٕ وُن" چھُ تیز تیز یِدٕی ژراوان پکان"۔[۱]

"تقدیر" ڈراما چھُ "موضوعٕ کنہِ" یوٚزٕ اَپُز، ڈرامہس نِشہِ مگر ڈراما
نگاری کنہِ ہتھٕ زٕس ہیچھ۔ یہِ چھُ اَز کالچہِ کاشُرٕ زندگی ہُنٛز عکاسی کرتھ کینٛہہ وۄپاچھ
پُنزٕ رنہٕ پیش کران۔ اَوے کنہِ روٚد یہِ سٹیجس ہیچھ اَکھ یادگاری ناٹک بنتھ
عائے گِر دارانہٕ نظام اَند واتنہٕ پتہٕ تہٕ گژھ تہٕ نٔو مول ہیم اَز کل کس دورس منٛز ہتھِ پہٕ لن
[illegible] ہتہِ ہیٚتھدِن زپہٕ منٛز وۄنلےپہٕ۔ یہِ ڈراما چھُ اَکس ہتھِ پہٕ شنٛز تہٕ
اَکس سِیدٕ سادٕ گرٕ پیسو شُنٛز کتھ۔

یہِ ڈراما چھُ کینٛہہ ہیچھ پوٚچھ کتھ تہٕ نشنٛراوان تہٕ
سیچھا سوٚن طنز کران۔ یہِ ڈراما چھُ ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد تہٕ پاس دوان زِ آزادی آیہٕ
بہارِنے نکٔن ہُنٛدِ خاطرٕ ساٰرے پیٚیے مُلکس خاص کرِتھ سون مُلک زراعتی مُلکھ
آسنہٕ معہ کیچھ گوٚ ژھ گرٕ ٹوٚپس امنکٕ بجرٕ تہٕ موٚدریر حاصل کرُن۔ مگر نشنٛر تقدیر
رودٕ تِوٚے وقتنہٕ کیٛت ہتھِ پلن اَتھ نتہٕ نِمہ اَتھ یموٚ سرکاری کرسی پرٕاؤ۔ یہِ کتھ
چھےٚ سیچھا نوٚبی سان "تقدیرس" منٛز ڈرامائی صورژ منٛز پیش سپدان۔ اَمہ
ناٹکُک پرٕ ژھ کانٛہہ کردار زنتہٕ چھُ گُنہِ نتہٕ گُنہِ طبقچ علامتھ۔ زبان، کردار نگاری،

---

۱۔ محمد سبحان بھگت نہٕ "تقدیر" ڈرامہ ہیچ گمہ ڈٕ کتھ (موتی لال کیمو)

تہٕ پلاٹھ وٚہراوُنہٕ رٕکنہٕ چھُ یہِ ڈراما نقدٕ پایکُ"۔ اَمہٕ ڈراماہکۍ مرکزی کردار چھہٕ اسد کھانڈے رٲنشہ بُڈٕ، اَحدی ڈار بیٹیرٕ تہٕ مددگار کردار گُلزار، موتبر، فرضی دید، تھانہٕ دار، رام چند تہٕ دٲمہٕ جوٗ بیٹیرٕ۔ لُڈی شاہ چھُ اَکھ فضوٗل تہٕ بُلی کردار۔ ڈراماہُک مختصر پلاٹھ چھُ یہِ زِ اَکھ اَزٕ بوٚڈ شخص اسد کھانڈے چھُ پنٕنۍ جاداد ہُرراوُنہٕ بابتھ اَکِس نِے پُتر رٲنشہ بُڈس پنٕنۍ نیٚچوٗ اَکھ تھٕ منگنہٕ دِتھ زمین جاداد اَمۍ سِندِ ناوِ کرناوان تہٕ پَتہٕ چھُس بیٚیِس اَکِس گرٕ پیسو تِس احد ڈارس جاداد بیہہٕ تُور پیوان۔ تس چھےٚ آسان گنی کوٗر تہٕ اسد کھانڈیُن چھُس آسان رقم بقایا۔ اَتھ زانِس منز چھُ اسد کھانڈے احد ڈارس اَنان تہٕ زبردستی چھُس پنٕنۍ لوٗکٕچ تہٕ لفنتگہ نیٚچوٗ گلزارس برٕونٛھہ رٲنشہ بُڈس منگنہٕ دیتمُت آسان چھُس، گرہٕ بیٚہہٕ دوان رٲنشہ بُڈس تہٕ چھُ نیٚٹ کرٕنی ہٕرزٕ ھان تہٕ احد ڈارس تہٕ۔ مختصر چھُ احد ڈارس سیٚتۍ تناز پیوان۔ کَتھ چھےٚ ملسٕنس تان پیوان، تھانہٕ دار چھُ پیوان مگر کاروٲیی کرنہٕ بجایہ چھُ تِس احد ڈارنہٕ کوٗر بیہہٕ تُور پیوان۔ شہ چھُ اسد کھانڈیس اَتھ شکھتہٕ رسہ بیہ دِتھ اَمِس کوٗر معہ کلاوان تہٕ تِس پانس سیٚتۍ کران۔ ڈراما نگارٕن چھےٚ اسد کھانڈیُن تہٕ باقیٚن ہُنٛد کردار تیار کرنس منز جان میہنتھ کرمٕژ۔ منظر نگاری تہٕ چھُس شوٗبہٕ دار تہٕ مکالمہ تہٕ جاندار تہٕ رٕتی۔ پلاٹھ نہٕ وٚیہ دُن۔ یوٗز نتیجہ جایہ چھےٚ ذرا جلد بازی کامہ ہیٚنہٕ آمژ بیٚنہٕ احد ڈارس رٕشتہٕ خاطرٕ زبردستی چھےٚ کرنہٕ یوان۔ تہٕ پوٚتس چھُ یہ مسلہ اَتھ راوُنہٕ خاطرٕ تھانہٕ دارس احد ڈارنی کوٗر پسند ییٚنک قصہ گرُن پیوٗمُت یُس اَمہٕ ڈرامہٕ کِس پلوٗس لاجمٕز ڈٕج باسان چھےٚ۔ ڈراما چھُنہٕ اَتھ پنٕنہٕ آیہ فطری تہٕ قدرتی انداز منز برٕونٛھہ پوٚکمُت باسان۔ بہر حال یہ چھےٚ اَکھ جان

---

۱ محمد سبحان بھگت نہٕ "تقدیر" ڈراماہچ کوٚہ ڈٕکتھہ۔ (موتی لال کیموٗ)

کوشش۔[۱] یِہم تٔرشوِے ڈرامہٕ چھِ کتٲبی صوٗرتس مَنٛز ۱۹۷۲ءیَس منٛز پانٛژن ہتٕن ہنٛدِس تیداد س مَنٛز جموٗں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ ماٲلی مدتہٕ سٟتؠ خود مُصنیفن پننِہ دٲسِہ "تقدیر" ناوٕ چھاپ سپٕدی مٕتؠ۔ ۱۹۶۷ءکِس "سون ادب" سوٚمبرنس مَنٛز یُس جموٗں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ طرفہٕ ترٛیشہٕ وٕری چھاپ سپدان چھُ، چھُ علی محمد لون صٲبن ڈرامہٕ "تقدیر ساز"[۲] تہٕ شٲمِل۔ یِہٕ ڈرامہٕ دوٚیہ ٹیگور ہالس مَنٛز سٹیٚج سپُدمُت اوس، کشیرِ ہنٛدِ اکھ مشہوٗر صحٲفی شمیم احمد شمیمن تہٕ اوس یہِ وُچھمُت۔ پننِس ڈراو اُردوٗ ہفتہٕ وار "آیِنہٕ" اخبارس مَنٛز اوٚس پیٚٹھ تبصرٕ شمیم صٲبن لیوٗکھ زِ "اَز گوٚسٕے کشیرِ ہنٛدن ادیبن پیٚٹھ اعتماد بحال"۔ اَتھ ڈرامہٕ کِس مَنٛز چھِ ژٕنج یادٕ ہی شخصہ کردار، سیکریٹری، دُرگا داس (سرکٲری افسر) داوٗد لاہوتی (اخبار نویس) سیتا رام سالم (ادیب) سید صٲب (سیٲسی لیڈر) بیگم آغا (سوشل ورکر) سلام دین (ٹھیکہ دار) ترٛشتہٕ نوجوان تہٕ اکھ زنانہٕ مرکزی خیال چھُس یہِ زِ سانہٕ سماجُک، پرٛتھ کانٛہہ فرد چھُ ژوٗر، بد دیانت، خود غرض تہٕ ملبوٗس نال، دوٚیمِس وعظ پران تہٕ یانہٕ تہٕ تمہٕ پیٚٹھ عمل کران۔ یِلاٚ چھُس یہِ زِ۔ اَکِس ہالس مَنٛز چھُ آزاد خیال ناوٕ اکھ انجمنُک جلسہٕ سپدان یتھ مَنٛز پیٚٹھ کتھہٕ وَننہٕ آمتؠ

---

۱۔ آزٲدی پتہٕ کر کٲنٛسِک اِنسان چھُ "تقدیر س" مَنٛز مزاجہ کِنہ اکھ اجتمٲعی فرد۔ یہِ چھےٚ کٲشُر ڈرامہٕ کہ اِرتقاہس اکھ نوٚو صدوٗ پیٚٹھ زِ اجتماعہ پیٚٹھ ووت کردار فردس تام (کٲشُر ڈرامہٕ کہ اِرتقا۔ رتن لال شانت۔ کٲشُر شیرازٕ۔ دسمبر ۸۳ء)

۲۔ علی محمد لون چھِ یمہ تقدیر سازی مَنٛز سماجی ریاکٲری وُرُن نکِتہٕ بایِتھ اکھ نوٚو فارم استعمال کٔرِتھ نوین ملنے یِن ہنٛز گُنجایش پادٕ کٔرمٕژ۔ (کٲشُر ڈرامہٕ کہ اِرتقا رتن لال شانت۔ کٲشُر شیرازٕ۔ دسمبر ۸۳ء)

کردار شریک سپدان چھہِ۔ یِم چھہِ ساری اَمہ انجمنکہ ممبر آسان۔ یِم چھہِ اکہ اکہ دہقان تقریر کرنہٕ۔ پننِ بحر تہٕ پننہِ قوتِ بازی باونہٕ۔ مگر یُسے یُسے کردار دہقان چھہِ۔ بوزن والیو منز چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ بقول دہقان تہٕ تَس کیٛتھہ سوال پرٛژھتھ نشگہ کران۔ بوزن والین چھےٚ خبر آسان زِ یِم چھہِ ساری ژور۔ یہ ڈراما چھُ کشیر ہٕنٛدِ اکہ خاص وقتکہ سماجُک آینہٕ تہٕ اتھ منز چھےٚ ترٛژھ حقیقتھ بیان کرنہٕ آمژ۔ ییٚمہ خاطرٕ جان دِل گوہ ردیچ منوّر رٕکھ چھےٚ۔ یہ چھُ صرف اوٚک عملی پاٹھہٕ، بلکہ چھُس منظر تہٕ اکُے۔ مکالمہ چھِس کافی زوردار۔ کردار نگاری منز چھےٚ پوٚر فن کاری باونہٕ آمژ۔ پلاٹس چھُنہٕ کُنہ تہٕ ڈیٖچر باسان۔ یہ چھُ پننہ قسمُک اکھ منفرد ڈراما۔ ییٚمیُک ٹیکنیک تہٕ بلکل جدید چھےٚ۔ ۱۹۶۹ء یس منز سپٕد موتی لال کیمو صابُن لیوکھمُت ترٛیٚن ناٹکن ہُند اکھ مجموعہ چھاپ۔ یِم ترٛشےٚ ناٹکھ چھہِ نخہ دتر نوو، مانگے تہٕ منزلی نکہ۔ یِمن ڈرامہن منز چھےٚ پتھ کھورٕ گامٕکین طبقن ہٕندین مسلن ہٕنٛز تصویر کشی سپٕز آمژ تہٕ یِمن ہٕندس استحصالس تہٕ اَمہ کین طور طریقن پیٹھ طنز کرنہٕ آمُت۔ یِم ڈراما چھہِ سانی ماحولکہ پاٹھ داوار باسان۔ کردار تہٕ چھِنہٕ دوہیر۔ یِمن ہٕنٛز ٹیکنیک چھےٚ بانڈ پاٹھرس سیتی رلان۔ وٕنی گوٚو یہ چھےٚ یِہنٛز ترقی یافتہٕ صورت تہٕ اتھ منز پاٹھ سپدن واجنین نوین ترایکن کُن اشارہ کران۔ یِتھین ڈرامہن ہٕنٛد سیتو چھُ Open air تھیٹرس جاد شعرہٕ ترتھ پراوُنُک امکان۔ تکیازِ یِمن منز چھےٚ سٹیج سہولیتن ہنٛز زِ یِم ہیٚکن کُنہ تہٕ جایہ کھُلہ مَیدانس منز پیش کرنہٕ یِتھ۔

۱۹۷۰ء یس منز دراو جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛد ذٔرِ یہ چھپن والہ کاشُر شیرازُک ڈراما نمبر، اتھ منز چھہِ کُل شے ڈراما چھاپ سپدیمٕتۍ۔ علی محمد لون صابُن "جاری پاٹھر"، موتی لال کیمو صابُن "وگرٕ لُیے"۔ فاروق مسعودی صابُن "کالیچ پاٹھر"۔ اختر محی الدین صابُن "شیشہ تہٕ سنگستان"، پُشکر بھان صابُن

'اَب نۍ ٹوٹھ بب تہٕ ٹوٹھ'، یِنۍ سجود سیلأنی صأبُن 'دارٕک پوٚن'، ییم ہیکَن ژورشوے ریڈیو ڈراما گنِتھ۔

یمو منٛز چھِ 'شیشہٕ تہٕ سنگِستان'، اختر محی الدین صأبُن ۱۹۶۰ ء برٛونٛہہ لیوکھمٕت تہٕ اَتھ پیٹھ آو بیٚیہِ گٕنہٕ لیکھنہٕ زِ امیُک مقصد کیا اوس۔ باقے ڈراما ہین ہینٛز ٹیکنیک وُچھتھ چھِ جاٛرأنی سپدان زِ اَتھ سِلسلس منٛز کوتاہ چھِ اَسی برٛونٛہہ پکٕمٕت۔ خوٚصوٗصن جأری یا پتھر نۍ، کالج یا پتھر ناٹکن ہینٛز ٹیکنیک وُچھتھ۔ یِمو سیٚہہ جدید بیٚتھ اَسہِ شأیری تہٕ افسانس اَندر وُچھان چھِ، تیم ژھاے چھے یِمن منٛز تہٕ نظرِ گژھان۔ کردار کم نۍ زِ درجن واد، پلاٹ ژھوٚٹ، مکالمہ موخصر، سٹیج لوازِم موٚمولی۔ تہٕ اَمہ کھٕنہٕ ہٕکم سامانہٕ سستہٕ پوٚرٕ یا گھو تہٕ ہاوُن یِہ مُصنفَن یُرِ چھِنہٕ لعہٕ کیٛٹ کنِتھ۔

جأری یا پتھر ناٹکس منٛز چھِ صرف ترٛےٚ کردار۔ زٕ مَرد تہٕ اَکھ زنانہٕ۔ یہ چھُ ڈرامہس منٛز ڈراما۔ مسٹر جمال تہٕ مِس سحاب چھِ اَمِکۍ مرکزی کردار ییم سٹیجس پیٹھ اَکہِ خاص ڈرامہ ہیچ اداکأری کرٕنہٕ یِوان چھِ مگر۔ یژھان چھِنہٕ تہٕ کرُن ییمہِ خأطرٕ تِم سٹیجس پیٹھ آمت چھِ۔ یِمن چھُ پنُن پان بأندی وانس منٛز۔ پنٕنیٚن منٛز گرفتار باسان۔ یِم چھِنہٕ تِم حرکژ کرٕنہٕ یژھان۔ تِم مکالمہ وَنُن یژھان ییم ہدایت کارن ہیٚنۍ چھنٕ وۍ مہتر چھِ۔ ییم چھِنہٕ "آدم تہٕ حوا" ہِندۍ کردار پیش کرُن یژھان بَلکہِ پنٕنۍ کِردار۔ ئمنٛزۍ منٛزۍ چھُکھ یاد پیوان زِ اَسی کمہ خأطرٕ چھِ سٹیجس پیٹھ مگر اَکھ زِ جُملہ بوٗلتھ چھِ تِم بیٚیہِ پنٕنیٚن خیالن منٛز راوان۔ ییم چھِ سٹیجس پیٹھ پرٛڈیوسرس تام بکٕنہٕ دِوان نہٕ تماشہ وُچھن والین ہِندِ پروا کران تہٕ نہٕ پنٕنہٕ

---

ء ا کیشرو نبر ہلیو پتہ سٹیشنہٕ ریڈیو پیٹھ "آدم حوا تہٕ ابلیس" ناوٕ نشر۔

نوکری ہُنْد۔ اَمہ ڈرامُک مرکزی خیال چھُ یہِ زِ یِم ساری انسان چھِہ اداکار تہٕ یہِ دُنیا چھُ اکھ سٹیج۔ اُسہِ یِتھان چھِہ تہٕ چھینہٕ کرنہٕ خاطرٕ آزاد۔ اُسہِ چھِہ مصلحتن تہٕ مجبوریَن، عقیدَن، رسمَن تہٕ رِواجَن ہٕنزَن بیڑین منز بند۔ ہدایت کارٕ سٕنزٕ موہ چھِہ منز یہِ سہ کرناوُن یِژھہ تہٕ چھِہ کرکاوان اگر تہٕ کرو یہِ پننہٕ مَن وِنہٕ تیلہِ ہیکو نہٕ دُنیہِ ہٕنزِس منز اکھ دمہ تہٕ گُذرِتھ، ساٗنۍ زندگی بنہِ مُشکل۔ اَمہ ناٹکُک کردار چھِہ اَژی کہ دُنیہِ بہہ کرٕ اضطرابہٕ بُزی گٔمتۍ۔ مگر تِمَن چھُ یہِ شوٗعوٗر آمُت زِ اَسہِ کیاہ چھُ گومُت۔ تِہُندِ کو ساری تھہار، چھِہ ختم گٔمتۍ تہٕ ساری ڈٕکھو نیرِتھ ژٕلی مٕتۍ۔ تِم چھِہ گُنہ بغاوژ ہیٚکھ تہٕ مجبور سپدان مگر خیر چھُکھ زِ حاصل ہیہ نہٕ کینْہہ۔ ییتھ کِنہ چھِہ یِم کردار بلکل فطری، ماحول مٕنٛجی تہٕ اصلَس نکھہ۔ مکالمہ سیٚٹھاہ ہیے جان تہٕ فنی خامیوٗ نِشہِ وارٕیاہس حدس تام صاف۔ زبان حسب حال تہٕ کردارن مناسب۔ اَمہ لحاظ چھُ یہِ موجوٗدٕ زمانکہ کاشر ادبُک اکھ بہترین نمونہ تہٕ کاشر ڈرامہٕ ہٕنزِس منز تھٲوِنہٕ لایق۔

فاروق مسعودی صابُن "کالج پاٹھر" چھُ ٹیکنیک کہ لحاظہ لوٗن صابتس ڈراماہس ہِیو نکھہ۔ یتھ چھُ جدید ٹیکنیک پادٕ کرنُچ اکھ کوشش۔ اَتھ چھِہ صرف ژور کِردار۔ اکھ ہدایت کار تہٕ تریے اداکار۔ ہدایت کار چھُ منزی پانہٕ تہٕ ہدایت کاری سیتۍ سیتۍ اداکٲری کران۔ یِم تریے کردار چھِہ تریے کالج لڑکہ۔ پران کشور چھُ ہدایت کار سٕنز کٲم کران تہٕ مکھن لال صراف، پیارے لال ہندو تہٕ راٗچھر بلِ ترتیب بشر، بھوشن تہٕ لطیف بنان۔ یِم چھِہ سٹیجس پیٚٹھہ ییتھ ہاوِتھ یاوتہ بیٚیہ کٲم پانہٕ کران تہٕ ڈائیلاگ شوٗدٕ کران۔ صرف ژور کردار، سٹیج لوازم تہٕ موسیقی۔ مرکزی خیال چھُس دیوالہٕ زد نظام تعلیم تہٕ کالجَن منز نوجوانَن ہٕنز بے راہروی۔ اَتھ پیٹھ چھُ ڈراما نگارَن کامیاب پاٹھۍ طنز

کوٚرمٕت۔ یہ چھُ تیمہٕ قسمکہ ماحولُک اکھ یِس ییٚتہِ دوٚیمین سماجی تہٕ سیاسی ادارن تہٕ اَمہٕ کِس ماحولس مان مانٛنی ساپنن تالیمی ادارن منٛز اُمٹھ دٕہن ؤرِی ین دُچھینہٕ یِوان اوس۔ پلاٹھ چھُس یہِ زِ ہدایت کار چھہ دوٚن ترٛین اداکارن سٹیجس پیٹھ ڈراما کرنُک ہدایتھ دِوان۔ تہٕ تِمم چھِس منٛگ کرات زانٛسہ سیٹھا گژھ اکھ کالج کورِ ہنا تہٕ آسِنی۔ یِی ونان ونان چھہ ترٛشوٚے وارِ وارِ پننہِ بازِری عشق تہٕ جنسی گژھہٕ ہِنٛد باس دِوان پننین ڈایلاگن منٛز۔ یِمن ڈایلاگن ہنٛدِ ذریعہ یِہ چھُ ننان زِ یِمہٕ زمانُک عشق کیٚتھ چھُ تہٕ فلمن منٛز ہاونہٕ آمتیو عشقیہ طور طریقو کوٚت ناکارٕ اثر چھُ ترٛوومت تہٕ لول کیتھ پاٹھو چھُ لبت دِین ہٕنٛتھ گوٚمُت۔ یِمو ڈایلاگو پیٹھ چھُ تِم پننین پروفیسرن ناو تہٕ رِیٹھ کڈنس پیٹھ واتان تہٕ کانٛہہ پروفیسر چھینہٕ مچھہٕ ترٛاوان۔ کانٛہہ ستار پسیلہ، کانٛہہ مَعہ مَیہ گرٛٹ، کانٛہہ آبہٕ ڈَیہ، کانٛہہ آوت جاوَت، کانٛہہ پٔتر ژٕتر تہٕ کانٛہہ تیرِ دار ونان۔ اَتھ منٛز چھہ کلاس روٗمُکہ منظر تہٕ پروفیسر سینٛز لرٛکن ہنٛد واسطہ ہاونہٕ یِوان، ہڑتال کرنہٕ کیٚمِن بہانن پیٹھ غور رسید ان تہٕ چھیکرس ناجایز پاٹھو امتحانس منٛز پاس گژھنکی تھٕل سوچنہٕ یِوان۔ اداکاری دوران چھہ تِم پانہٕ وانٛنی اکھ اَکِس ہٕنٛدِ اول وانگن تہٕ نوٚن کڈان یُس پلاٹُک اکھ حصہٕ بنان چھُ۔ یہ ڈراما تہٕ چھُ بڈٕ جان۔ کردار، منظر، مکالمو کُنہٕ رنٛگو چھینہٕ ژھوٚرٕ تھٕ۔ یہ چھُ اوٚلک عملی پاٹھر تہٕ یہ چھینہٕ منظرن منٛز باگرِتھ۔ منظر چھہ پلاٹھ برونٛٹھ نیٚکنہٕ سیٹھا پاگی بانٛنے بدلان۔ یہ چھُ جدید طرزُک اکھ کامیاب وافاتی ڈراما۔

پشکر بھان صابُن ڈراما "اُب تہٕ ٹوٹھ بب تہٕ ٹوٹھ" چھُ اکھ مزاحیہ ڈراما ٹیکنیک لحاظہٕ تہٕ نوٚو وے۔ اَتھ منٛز چھہ صرف ژور کردار، زنار دھن

ٹِکہ لال، (تٔمِشد مول) زالا (تٔہِنٛز زنانہٕ) تہٕ بٔڈٕ (تٔمِشند نیچُو) اگرا اُسو لۆریٖ ڈراماہَن ہٕنٛز ٹیکنیک مَدِ نظر تھاؤ تیٚلہِ ہیٚکوٚ اَتھ صرف اَکھ جٕلکی وُنِتھ۔ مگر یوٚتان اَتھ منٛز یوٗر پأٹھؠ ڈرامہ نگارَن سٕنٛد مقصد شٔرٛد پرا وُنُک تٕعلُق چھُ۔ یہ چھُ اَکھ ڈراما۔ پلاٹھ چھُس یہ زٕ ٹِکہ لالَس چھُ پننہِ نوشہِ سیٚتی ہٕنٛز سُہ چھُ پننِس نیچوِس زالہ دِلٕنس وَنان۔ یُس اَکھ کلرک چھُ تہٕ تھکِتھ ژھیٚنِتھ بیٚتھ گرٕ واتان چھُ، اَتہٕ چھُس ہٕنٛشہ ہیٚہرٕ سٕنٛد ہما شما وُچھِتھ چاے تہٕ پٔشدٕ نیٖران۔ اُسو لایِق گٔژھِتھ چھیٚ یہ زٕ سُہ چھُ ٹاٹھِ لٕکی بٔڈٕ رویہ دابہٕ سان زنانہٕ کُن گژھان یوٗز اُمِس نِکھ وأتِتھ چھُسنہٕ کُنہی پھوران۔ تہٕ اَتہٕ یہ سُہ کران چھُ تہٕ چھیٚ صرف اداکأری۔ اَتھ ڈراماہس تہٕ چھُ سٹیج لوٗازِم موٗمولی تہٕ کُنہِ تہٕ جایہ ہیٚکہِ گٔندنہٕ یِتھ۔ پلاٹھ چھُس چُسُت تہٕ مکالمہ چھُس مزاحیہ تہٕ طنزیہ آیہ برمحل۔

وُگرٕ ئے، ڈراماہُک مرکزی خیال چھُ اَکھ سمأجی بدعتہ، داج دوٗر کرنس کُن لُکَن ہُنٛد توجہ پھِرُن۔ اَتھ منٛز چھِ صرف ترٛےٚ کردار، مَرد، زنانہٕ تہٕ تٔہِنٛز کوٗر سیٹیج لوٗازِم موٗمولی۔ پلاٹھ چھُس یہ زٕ اَکھ شخص چھُ پننہِ کوٗرِ خانٛدر کٔرِتھ وار یاہ مقروٗض سپدان۔ کوٗر چھَس آسان ڈاکٹری ٹریننگ کرنأوِمٕژ۔ تیٚوٗت تنگ دَس چھُ آسان زِ بازٕرِ منٛزٕ چھُنہٕ نیرُن بٔہران۔ دفتر نیرُن وِز چھُ اَکہ دفہ یہ اخبارس منٛز وُچھان کمہِ تان لیڈی ڈاکٹرِ نٕعوٕ دکشی کٔرمٕژ یہ چھُ یِمنہِ فِکرَن آسان زِ یہ اسرار طریقس منٛز چھِ اُمِس پننہِ کوٗر بڑوٚنہِ کنہِ یادٕ گژھان۔ خبرا اترا پٔرِتھ چھُنے کوٗرا اُمِس وأرِی وکٕ سأری ستم وَنان تہٕ آخر خاوندٕ سٕنٛد سکوٗٹرٕ ژھانڈنٕچ ذِکر کران۔ مَرد چھُ سکھران شرارتہٕ سان زِ سُہ منٛز ہمہ جواب۔ کوٗر چھیٚسنہٕ گژھینہٕ دِوان۔

تہٕ اَتھو اندر چھےٚ غائب گژھان۔ مردس چھےٚ ژلان کرٕ کھ نیرِتھ۔ زنانہٕ چھیٚس یوان تہٕ تسلی دِوان۔ خاطر مرد چھُ نیران دفتر گژھنہٕ باپتھ پلوٗ بدلاونہٕ۔ زنانہٕ برٛونہہ کنہٕ چھےٚ کوٗر خاطر گژھان۔ تہٕ تس کستان وٕنسہ برٕ زنٹ نکھہٕ الِنہ خاطرٕ رو پیہٕ ہاتھ کھنڈ منگان۔ مانجہ کوٗر چھےٚ دوٗنکہ دوٗ نکھ کران تہٕ اَتھو منٛز نیران نیبر۔ زنانہٕ تہٕ چھےٚ گژھکھ ژلان نیبرِتھ۔ مرد چھُ اَندرٕ کُنھ نیران تہٕ زنانہٕ چھیٚس ہینٛز گاڈیلہٕ وَنان۔ مردس چھےٚ دفتر نیرٕت ورٕ زنانہٕ وَنان زِ شوٗہ ہیٚندِ اَنی زِ خبراہ۔ یِم منظر چھِ ماوان زِ نعمہ دکشی کرٕن وٲجینو چھےٚ زنٛ اَہ منٛز کوٗرٕ۔ نیم چھِ توٚے بانیران تہٕ ڈراما چھُ بیٚے شوٗنکو پاٹھو یہٕ پے دِوان زِ سہ گژھ اَہ شرٕے کوٗر آسِنہٕ۔ یہٕ ڈراما تہٕ چھُ بلکل نوٚو ٹیکنیک۔ پلاٹھ چُست نوٚو انداز ووٚرنہ۔ مکالمہ برجستہ، منظر نگاری حسب حال، یِم کردار چھِ شہر گمہٕ گرٕ نظر گژھان، ٹیلو کرٕ چھِ یہٕ ژھیٚٹھ گامن تمان تہٕ وٲژ منٛز۔

سجود سیلانی صابن ڈراما چھُ دارٕک پوٗن۔ اَمکو مرکزی کردار چھِ البرٹ سمتھ تہٕ جیمز لوتھر، انسپکٹر، بیگم جمیل، باسکر ناتھ تہٕ جمیل احمد سارجنٹ تہٕ عزیز چھِ مددگار کردار۔ پلاٹھ چھُ یہٕ زِ۔ اَکہ ہوٹلہ منٛز چھےٚ منیجرس اَکہ کمرٕ منٛز گوٗلی چلنچ آواز یوان۔ سہ ییٚلہ تتھ کمرس منٛز واتان چھُ تتہ چھُ اَکھ لاش پیٚتھ وُچھان تہٕ بیا اَکھ کُرسی پیٚٹھ، بیگم جمیل ہندس اَتھس منٛز چھُ پستول وُچھان۔ یہٕ چھُ اَمی ہٕندہ ہٕنٛز شک لاگان۔ پولیس چھُ اَنہٕ ناونہٕ یوان تہٕ سارے چھُ بیانہٕ ہینہٕ یوان۔ شکھ چھُ سیدان بیگم جمیلہ پیٚٹھ تامتھ چھُ جمیل احمد یوان تہٕ تشتشرٕ اَکہ کنہٕ تہٕ سہ چھُ راز نتان زِ البرٹ سمتھ تہٕ جیمز لوتھرن چھُ اَکھ اَکی مُشند خوٗن کوٗرمُت۔ اَمی ہکس شرابس منٛز زہر چاوِتھ تہٕ بیکو پستولہ سیتی ہر چاون وول۔ بیگم جمیل چھےٚ گوٗلی چلنچ

لیکھمت آسہٕ تِمو منٛز ووٚچھ میٛ کینٛہہ کتھ لون صابن یانٕے وَنہٕ مرٛ مثالہ پاٹھۍ
اَمہٕ کِس موضوعس مُتعلق "سُیَّہ چھُ اکھ تواریخی ڈراما"[1] تہٕ کانٛہہ تاریخی واقعہ
ڈرامہس منٛز اَنُن واٖلِس قلمکارَس کیٛاہ مُشکل چھُ۔ پٔزۍ تھ تواریخی موضوعہٕ سۭتۍ
پاٹھۍ اوس یہ موضوع تہٕ فنہٕ کِس میزانس منٛز واٖلُن مُشکل تہٕ محنت طلب۔"[2] خود
سُیَّہ سٕندس اَمہٕ ڈرامہٕچ مرکزی کردارچہ مُتعلق چھ لون صاب لیکھان
"سُیَّہ سٕندس بابتھ چھُ سیٹھاہ کم تواریخی مواد دٔستیاب۔"[3] تہٕ یہمہٕ کتھ
تس نشہٕ بتھ وٕنہٕ یوان چھُ تِم چھِ یمے زِ "سُیَّہ اوس نہٕ انسان سُہ اوس
دیوتا۔ سُیَّہ اوس انسان عرس منٛز یانہٕ اَنٛ ییتی۔ سُیَّہ اوس حکیم۔ سُیَّہ
اوس انجنیئر۔ سُیَّہ اوس وِدوان۔"[4] تسٕندِس بٛجرس مُتعلق چھُ تِمو وٕنمت
"وٕہتھ تو بو کرنس منٛز چھُ سُہ اَسہٕ ووٚنہٕ تہٕ وٕنہٕ ہاوکھ۔ اَسہٕ چھیٖ یہ مسلہٕ اَنزراو
منٛز وِہرتہٕ تِمو وٕ توٚ پکان۔ یہمہٕ سُیَّہ مَن اَتہٕ کاہ شتھ وری ترٛونہٕ ہٹھ
ژھٕتیچہ منٛز آسہٕ۔"[5] یہمہٕ ساتہٕ لون صابن اَمِس شخصس بٲبتھ ڈراما لیکھن
ہیوٚت تِمی کیٛاہ مقصود نظر ٲس؟ یمی زِ سُیَّہ گوو ژھا اکھ انسان لیٛنہٕ یُن تہٕ
زِ دیوتا۔ سُہ چھُ لیکھان۔ "کلہنس بٲبتھ تہٕ کوٚرُم شک۔ تِمی سٕندۍ واریاہ بیانہٕ
باسیم یا تہٕ غلط نتہٕ زٕ اُنتھ ماٖ غلط طریقس منٛز پیش کرنہٕ آمتۍ۔
سُیَّہ اوس نہٕ انسان سُہ اوس یانہٕ اَنٛ ییتی۔ یہ کتھ ؤرژھم تہٕ ہمہٕ ہنکیا زٕ
چھٕس یانہٕ مادہٕ پرست"[6] تہٕ بیٛیس جایہٕ "بٕ اوس سُیَّہ بہٕ شخصیتہٕ
اکھ آدم زاد پرزنا وُن پٔرژھان۔"[7] یا "کلہنہٕ سٕندِ بٲبتھ اَز تاملہ پتھ
تواریخ نویسو، عالمو تہٕ تحقیق کرن والیو سُیَّہ ہس بڈِ کھعتہٕ بڈِ القاب
دِتی مگر یمن القابن منٛز چھِ سیٹھاہ کم انسانی حیثیت نظرِ گژھان انسان

---

۱ تا ۷۔ سُیَّہ ڈرامہ۔ علی محمد لون۔ (لیوٚت منظرٕ)

شُبیاّ چھُ یِمَن القابَن ہِنٛدِس گۄلِس منٛز غاےٚب گژھان۔ یہٕ اوسُس یہِ گۄمٕژِکھ
مِثاےٚ وِچھِ شُبیاّ سٕنٛز شکل بد کٔڑنی پیٚژھان"[1] اٰخر کتہٕ اوّن لون صابَن یہِ
مواد؟" شُبیاّ ڈرامہُک بُنیادی مواد چھُ کلہن سٕنٛز راز ترنگنی منٛزٕ نیٚنہٕ آمت
مگر اَمہِ ڈرامہٕچ بُنٛیادی کوٗنٛڈ چھُ مصنٔفن سُنٛد تفسیر تہٕ تبصرٕ"[2] باقے مُشکل
رکیٚتھ کُنہ کٔرِتھ تمِیُک حل؟ "کیٚنٛژھہ تواریخی کردار نیٚتھ کٔرتھ میٚے یلہٕ نے واریاہ کردار تخلیق
.... تکیا زِ یِمَن کردارَن ہِنٛدِ مدتہٕ عرصہٕ منٛز میٚے بنیٚوو کتھ شُبیاّ سٕنٛز انسانی صوٗرتھ
شنٛو کٔڑِتھ"[3] کردار نگاری ہِنٛدِس سلسلس منٛز چھِ اَمہِ علاوٕ تمہ لیکھان "یِمَن
کردارَن سیٚتھ میٚے یہِ خوٗش کوٗرنہٕ ہیوٗکُم کٔرِتھ۔ اَکِس فنکارَس چھُ کانٛہہ فن پارٕ
تخلیق کرنہٕ باپتھ اَمہِ قسمٕچ رعایت دِنی وارٕجِب"[4] یوٗتام اَمہِ ڈرامہٕکہ ماحوٗلُک
تعلُق چھُ تمہ چھِ لیکھان زِ "میٚے چھُنہٕ پنُن کُنہِ سہ ماحول تہٕ فضا ڈولمُت
یُس زن کلہن سُنٛد بیان پٔرِتھ ذہنس منٛز وۄتلان چھُ۔ اکہِ خاص قسمُک
دیومالٲئی ماحول چھُ بیٚیتھ ڈرامہٕس منٛز لبنہٕ یوان۔ ہِنٛدو تہذیبُک گوٗن گوٗن
اثر"[5] یوٗتام اَتھ ڈرامہٕس منٛز کردارَن ہِنٛدِین مکالمَن منٛز استیمال
کرنہٕ آمژ زبٲنی ہُنٛد سوال چھُ لون صابُن وَنُن چھُ زِ "کردارَن ہٕنٛز زبان تہٕ چھے
ییٚم چیز نظرِ تل تھٲوِتھ اَز کہِ کاشُر نیشنہ رٔنٛزھ کھٔنٛڈ بروٗن ہاش ٹھوٗنہٕ آمژٕ"[6]
شُبیاّ اَکِس انسانہٕ سٕنٛدِ حیثیتہٕ پرٛزناونہٕ باپتھ اوٚ ہِنٛدِ یہِ ماننہٕ باوجوٗد
زِ "کلہن چھُ اَکھ باکمال شاعر.... تمہِ سٕنٛدِ بیانہٕچ جادوگری میٚے بیچھ
تہٕ زبردس اثر تہٕ یہٕ ہیٚچُوکھُس نہٕ اَمہِ جادِکہِ اثرٕ تلہٕ نیرِتھ"[7] چھُ تِمَن
یہِ داواہ زِ "تو نہٕ چھِ واریاہ چیز میٚے اَکِس حقیقت پسند فنکارِ سٕنٛز نظرِ وُچھی ہیٚتھ

---

١ تا ٧ شُبیاّ۔ علی محمد لون (پیش منظر)

مِثالہٕ بأپتھ کوٗر نہٕ میانٮ۪ دِلَس پیٹھ گوارا زِ شُسِیا ہُن کیا چوٗتہٕ ماجہِ ہُنٛد دۄد۔ اَدٕ سۄہ
مأج کوٚنہٕ ٲسِس چھینڈان۔ مےٚ چھاوٕ نو وُشہ تَس ڈٮ۪کہٕ ہٮ۪چہ ہُنٛد دۄد"[1]۔ شُسِیا ڈرامہس
مَنٛز چھُ تمہِ ہِشہِ ماجہِ ہُنٛد کردار تہٕ بڈٕ اہم۔ اَکھ مسبتہ چھِ لون صأبُن وَنُن زِ
"نوٲرِ بچہٕ تلہِ چھُ نشان زِ شُسِیا پرٕہوو ماجہِ"[2] تہٕ سُے چھُ وجہ زِ "مےٚ چھُ بیٛتہ
ڈرامہس مَنٛز اُمی سےٚ ڈٮ۪کہٕ ہٮ۪چہ ماجہِ ہُنٛد کردار زیادٕ پوٚشہٕ راوہٕنچ کوٗشش کٔرمٕژ"۔[3]
تہٕ یوٚتان ڈرامہکہ مقصدُک تعلُق چھُ، یتہٕ مُصنف ہُنٛد گژھ چھُ زِ "امہِ مَنٛز چھُ
اَکھ طرفہٕ لول بٮ۪یہ طرفہٕ غرضن، اَکھ طرفہٕ آرام بٮ۪یہ طرفہٕ تکلیف، اَکھ پاسہ
اَکھ خاموش تہٕ پُرسکوٗن گرٕہستی دۄیمہ پاسہ گُڈٕ تہٕ گرٕیٹھ مہمنسہٕ، اَکھ اَنٛدٕ
دِل دۄیمہ اَنٛد دِماغ، اَکھ کشمکش یُس سانِہ کٲتسہ تہٕ دِلہِ وٲلس
اِنسانس اَنٛدر دۄہ تلہٕ میون ڈراما چھُ یمہِ کشمکش ہاوٕنچ اَکھ کوٗشش۔"[4]

اَمہِ ڈرامہُک مرکزی خیال چھُ کٔشیرِ سٕنہٕ لأبن ہِشہِ۔ بوٗر بادی زِندہ
بچاونہٕ خأطرٕ مستقِل تہٕ پائیدار حل ژھانڈُن یُس شُسِیا وٕنیتہٕ سٕنہٕ رِدتہ پیش
کران چھُ۔ بلائِس چھُ موخصر پأٹھی یہ زِ اَکھ چھینڈأج چھےٚ اَکھ دۄہ ہیٚرٕ وَنہٕ ڈُنِس
ڈوان اَکھ زاتشہِ لبان۔ تہٕ خاوٕندس وُنہِ تَس گرٕ نوان۔ تہٕ چھےٚ آسان
بنہِ اولاد، ہانٛچھہٕ مگر اُمِس چھُ دۄہ وَسان۔ تہٕ اُمِس بچِس چھےٚ رچھان پرٕوان
نیٚتھ کران تہٕ پنُن چھُ یِہ لکہٕ ہٮ۪نٛزہِ بچہ پرنأوِنہٕ مِوان۔ سہلاین ہِشہِ تنبأہی
دُچھتہ چھُ فِکرٕ گرٕ ہان تہٕ آخرٕ چھُ وَنان زِ مےٚ نِش چھُ امہِ ہُنٛد حل۔
کہتہ چھِ واتان اوتمہ ورمہ پادشاہس تان سُہ چھُ وزیر ہُنٛد دول دِنہٕ باوجود
اُمِس مَنٛکہ ناوان۔ لُکھ چھِ اونان وَنان زِ شُسِیا چھُ پاگل۔ شُسِیا چھُ اوٚتان
وٕنیتہ ہِشہِ ہٹٕروے کران تہٕ آخرٕ پادشاہس سۄن اچھأندٕر، سۄہ ہر دیارٕ ماہ مسبتہ تان و

---

١۔ شُسِیا۔ علی محمد لون (پوٚت منظر)

اُندرٕ برناوان تہٕ ویٚنِتھ اندر یتھٕ زِن جایَن واتناوِتھ ویٚتھ منٛز چھکان۔ اعلان چھُ
کرنہٕ یِوان زِ یُس یہِ کَڈِ تہٕ چھُ تَسُند سُے۔ تِکھ چھِ یِتھ کُنٛ ویٚتھ ہُند ملبہٕ بہٕھٕن
کھالان تہٕ ڈٔری باو چھُ پاژنہٕ یِوان۔ سَنان تہٕ آب چھُ وَسان سیٚتی چھِ ویٚتھ ہُندِ کر
بٔٹھی نِہ لھدان۔ یِتہٕ چھُ جشن مناونہٕ یِوان۔ یِتھ منٛز شیباہس یٚیزتھ تہٕ
معمول ہُران چھُ۔

اَتھ ڈراماہس منٛز چھِ اہم کِردار سونتر دھار[1]، چنڈال، گَور، شیبا[2]
چندر کانتا، راز اونتی ورمن، وزیر تہٕ جے دیو، لون صائبن چھُ چنڈال تہٕ
اہم کِردارن منٛز شُمار کوٚرمُت مگر یِم ٲسی کینہہ چھُ سُہ اَکھ مددگار کِردار۔ اَمہ
علاوٕ چھِ زٕ زنانہٕ، زٕ گور، ترٛیشے مَرد، ترٛے موٗرزِ تہٕ اکھ یار بہ وول
مددگار کِردار۔ خاموش کِردار چھِ کینٛہہ درباری، مَرد تہٕ شُری۔

سٹیج لوازم تہٕ چھِس نہٕ مُشکل۔ ڈراما چھُ ینہٕ ایکٹن تہٕ سینن بٲگنے
علن تہٕ نظارن منٛز بٲگراونہٕ آمُت۔ یہِ روایتی ٹیکنیک چھِ ختم کرنہٕ آمٕژ۔
ڈراماہکی ساری نظارہٕ چھِ لایٹ (نگاش) تہٕ پردٕ نیٚ ہٕنٛدِ ذٔرِیہٕ بدلان۔ مُشکل منظر
ہیٚم سٹیج کرنس منٛز دِقت گرٕ تھ، چھِ تراونہٕ آمتی تہٕ تِہُند باس چھُ صرف
مکالمن ہِندی ذٔرِیہٕ دِنہٕ آمُت۔ مِثالہٕ پٲٹھٕ شیبا سُند ویٚتھ منٛز دیار
تراونا وِنی تہٕ سوٚن چھکراوُن یا ویٚتھ ہُند یاز کرُن۔ یِم منظر چھِ مکالمن
ہٕنٛدِ ذٔرِیہٕ یِتھ پٲٹھٕ نَنہٕ راونہٕ آمتی۔

---

۱ سونتر دھار چھُ سوٗترٕ دھار تہٕ، وَق تہٕ تہٕ، شیبا مالہ پرٛوِتھ تھاونک اژھین
پنٕ تہٕ" (کوشُر شیرازٕ، دسمبر ۷۴ء۔ تبصرٕ روٗسُل پوٚمپُر) ۲ شیبا چھُ تہٕ فرد
مگر سیٚنی چھِ وارِیاہ گرٕ گلی سماجی تہٕ عوامی ادارن ہُند سنگم تہٕ اجتماع
تہٕ۔ (کٲشُر ڈراماہُک اِرتقا۔ رتن لال شانت۔ کوشُر شیرازٕ ۷۳ء)

" گوٗر :- اکھ ونان شُیتیا ہِن لُٹھو رازٕ اوٚشتی ورِمن تُشُند خزانہٕ ...

اکھ گوٗر : اکھ چھینہٕ ییٚکھنے متان، تیٚہنٛدِس وٕنِنس منٛز چھُے کانٛہہ

نٕتہٕ کانٛہہ پزر آسان۔

گوٗر : بے شک .... صرف یوٗتے یوت پزر زِ شُیباّ چھُ ناوِ منٛز

سامٕہ تُہٕ دیٖنارٕ واٗلِتھ آبہٕ بُرٕزی کران .....

بیاکھ گوٗر : مےٚ زن ترٚٲونہٕ تہٕنٛز کٔنٛہہ فِکر .....

گوٗر : .... شُیباّ چھُ ویٚتھِ منٛز رۄہ چھیدٕ تہٕ سۄن تراوان، لُکن

ہاوِ ہاوِ تراوان .... تہٕ ونان .... دٔریاو ویٚتھِ منٛز تہٕ

یہٕ سۄن کھاٗرو !

بیاکھ گوٗر : مگر امیُک فائیدٕ؟

گوٗر : .... یہٕ زِ لُکھ گژھن آبس ووٚشہ تراوِنی تہٕ دیٖنار کھالِنہٕ

بابتھ امیُک ژوٗک تاتھ زِ لیچھ کھارِنی ...."[۱]

لون صٲبن یہٕ داواہ زِ "مےٚ گٔو شُیباّ سُنٛز انسانی صورتھ نِشہِ چھینہ

پوٗرٕ پاٹھی مُنٛجٕتھ[۲] سُہ چھُنہٕ یہٕ گٲیِل ہِژاونس منٛز کامیاب گومُت مِثالہٕ پاٹھو

گوہٕ سُند لوکٕٹی شُیباّ ہس وٕنُن زِ "شیٖرا اسہِ چھُ لُکھ بے خبر لاگان"

تہٕ تُسُند جواب زِ "دِنہٕ گوٚنہٕ آلو" چھُ یہی ہاوِتھ دِوان زِ "سُہ اوس انسان

مُرس منٛز پانہٕ اللہ ییتی" سُہ انسان ہا دِنہٕ خاطرٕ چھُ لون صٲب تُسُند ژٔندر کانٛہہ

---

۱؎ شُیباّ - علی محمد لون - صفحہ ۱۲۴ ۲؎ اکھ [illegible] شخصیتھ

چھےٚ شُیباّ ہس وٕلِنہٕ یِوان ۔ جلالہٕ سان چھُ سُہ گرا گٕدس سیٖتو، گرا ماجہ

سیٖتی تہٕ گرا سۄنٛتر دھارِس سیٖتو ہمکلام سپدان ۔ (اکاشوُد

شیٖرازٕ سنہٕ ۱۹۷۳ء)

سیٚتؠ موحبت تہٕ خاندر ہاوان یا موٚزوٗرٕنؠ سیٚتؠ یہٕ مکالمہٕ "اٰمِس ڈٲنؠ ہُو تہٕ
چھُس اِنسانے، کینہٕ چھُس نہٕ پھوٗٹمُت ۔ مےٚ تہٕ چھےٚ اٰمؠ سٕندؠ پٲٹھؠ گرٕ بارٕ
مٲج، آشنؠ یِس سنتان چھےٚ زینہٕ وول" یا یہٕ جملہٕ کلاٰم "تٕندر چھےٚ مٲج
بنن واجینؠ، یہٕ چھُس مول بنن وول، ماجہ چھےٚ شیٚچھ سوزمٕژ۔ دوٗہ شوٚئے چھےٚ
وارٕ بے ۔ مگر یہٕ چھُس نہٕ وار ۔ میون دِل، میون رُح چھُ تہٕندِ بابتھ کرٚیشان
ہاے میانؠ بدنصیبی"۔ [۱]

شیٚیا سٕندِ کردار چھُ اٰکِس دانا، حوصلہٕ وٲلِس، مُحکم یرادٕ کِس
تہٕ یاہمُہتھ انسانہٕ سٕندِ ہاونہٕ آمُت ۔ تتھٕے پٲٹھؠ ماجہ ہُنْد کردار نہٕ چھُ ہندِ یا یِک
راجہ اونتی ورمن سٕندِ تہٕ اٰکِس نیک تہٕ دگ دار پادشاہ سٕندِ ۔ عام لُکن ہُنْد
نِشہٕ تہٕ وچھتھ آسُن گژھِ ۔ زبان گژھِ اٰمہٕ کھوتہٕ عادی یُہن اٰزکہٕ نِشہٕ وکھر
آسنؠ ۔ بلاشُبہ چھُس چُست تہٕ مکالمہٕ نفیس ۔ کینژہ خٲمیو باوجود چھُ یہٕ
کٲشرِس ادبس منز اکہٕ اضافہٕ ہیٚتھ بیٚہنہٕ تھاوان ۔ اتھ چھُ ۱۹۷۳ ییس
منز ساہتیہ اکیڈمی ہُنْد ینام میوٗلمُت"۔ [۲]

۱۹۷۲ ہس منز سپُد موتی لال کیموصٲبن ییکھو منز ڈراما
چھاپ ۔ دوٗہ شوٚئے کلچرل اکیڈمی ہٕنْدِ مدتہٕ ۔ یا ثرن یا ثرن ہنن ہٕنْدِس
تیداد منز ۔ اٰکِس چھُ ناو "ژھاے [۳]" بیٚیس "لل بہٕ دراییس لولرے" چھاپ
بہ چھ ڈِلایٹ پرنٹنگ پریسس منز سپدمٕژ یا نہٕ کیموصٲبنی ذکرہٕ یہٕ ۔ "ژھاے" ڈرامس

---

۱۔ شیٚیا ۔ علی محمد لون ۔ ۲۔ وچھتھ لوٚبت منظرس منز تھاوِتھ چھُ شیٚیا اکھ
جان تہٕ پرٚزُن لایق تاریخی ڈراما بنیومُت" (کاشر شیرازہٕ، دسمبر سنہ ۱۹۷۴
تبصرٕ روشن پونپیر) ۳۔ یہٕ سپُد گوڈٕ "یلہٕ روکھوٚت" ناوِ ریڈیو پیٹھ نشر۔

مُتعلق چھُ بانہٕ تہٕ ہُنٛد نُن زِ یہِ چھےٚ "ترٛین انگن منٛز اَکھ تاریخی ٹریجڈی"[1]۔ اَمہ ڈرامہٕچ مرکزی خیال چھُ یہِ زِ راجہ للتادتیس کیٚشِ تہٕ رکشہ جان نثار عیٚنچہ چھےٚ اَسہِ منٛز شہِ کوتاہ باہ سمکھ بادشاہ اوسمُت چھُ ہستی ہیتہٕ زِ تیمہ زمانہٕ رکشہ تہٕ وہم پرستی چھےٚ اَسہِ منٛز۔ پلاٹھ چھُ یہِ زِ راز ہنٛز سوخوجن چھُ آریانک دیشس کُن حملس نیبرٕ آسان۔ پوٚز اَمہ برونٛہہ چھُ راز ہُنٛد گجندر ناوُک ہوٚس مَتان تہٕ بیٚلیہ چھُ ونہٕ نٕری کنہ لشٹھ دار تارُکہ کھسان۔ فوج چھُ پس پیش کران، کیٚنہ چھےٚ بادشاہس تان ہاتان۔ مگر مُہم چھےٚ دکیہ یوان تہٕ چھپکرس چھُ فوج بڈ ناساز گار حالتس منٛز۔ وَلنہٕ یوان تہٕ بوٚرباد گژھان۔ اَمہ ڈرامہٕکی اہم کردار چھِ بھوپت، گُندرٕ، رکھپال، راج ماتا، منجرکا، بُڈ، وردمانُ بھکشو، سروجن متر، راج گُرُو تہٕ مددگار کردار بُرہمن تہٕ کینٛہہ سپاہ۔ ٹیکنیکہ نُقطہ نظرٕ سیٹیج سہولژ وکنہ چھُ لوُن ہائِبنیس شُبیا، ڈرامہس نچھ منظر نگاری چھےٚ تیمہ کھوتہٕ جان۔ کردارٕ ہنٛز زبان تہٕ تِمنٛد زمانس سیٚتھا نکھہ باسان تِہُنٛد ذکر اَتھ ڈرامہس منٛز چھےٚ۔ مثالہ پاٹھی "تمہ پرانہ وشنہ بونس جاے، بیٚیلہ پرُو کھیٚٹہ سری بیٚیہ اَسہِ وُتھ لبو، نیلچ زبن ڈیکھان —— یوٚدوے میانہٕ دہنی بیٚیٹھ دہ ہزار سپاہ سٕنہ"[2]۔ کردارٕ منٛز چھےٚ منجرکا اکس وفادارٕ نارٕ ہُنٛد نوٚ نمونہ یوہسہٕ پیٚنس پرٕنس زٕنہٕ پوٚز اکران چھےٚ۔ ہُنٛد کردار چھُ مارِ ہُنٛدرٕ چھی کردار یوہسہٕ پیٚنیس پیٚچھوس گُنہٕ تہٕ قِسمتس بیٚیٹھ فوجس سیٚتی گژھن مانان چھےٚ۔ بیٚیہ پاٹھی سپہ سالار وردمان، سپاہ، بھوپت تہٕ گُندرٕ بھکشو، راز ماتا تہٕ راز گُنہ جاے چھےٚ کردار نگاری ہنٛز کمزوری لبنہٕ یوان سپاہ چھُ وفادار تہٕ جان نثار ہاونہٕ آمُت، لیکن ہنٛز توہم پرستی یوہسہٕ تیمہ

---

١ و ٢ ژھاے۔ (موتی لال کیمو)

زمانہٕ کہ سماجچ اَکھ ٹاکارٕ تصویر چھےٚ۔ رازٕ ہُنٛد پرادٕ چھُ اٹل۔ یُس ہرگز نہٕ ڈلان چھُ۔ لگن چھےٚ رازٕ ہٕنٛز دیوی شکتی پیٚٹھ پزٕ ہٕنہٕ ییٚنہٕ چھُ توہم پرستی ہُنٛد اکھ ثبوت بوٚنہٕ“۔[1]

کیموصابٕنٛ چھُ بیٚہ ڈراما ۱۹۶۶ء یس منٛز لیوکھمت تہٕ ییٚنہٕ چھپ اَتھ منٛز منٛز اِصلاح کران روٗدمت۔ امہِ کیٚس موضوعس متعلق چھُ نشُندوُن بیٚہ زٕ "ژھاے چھےٚ اکھ ٹریجڈی۔ اکہِ دقیچ۔ اکہِ سماجچ ٹریجڈی یُس اعتقادس، منٛز دھاپہ تہٕ پزٕ پیٚٹھ زندٕ چھےٚ روزان، موضوعٕ لحاظٕ چھےٚ یہٕ ازکالچ ٹریجڈی“۔[2] مصنفہ سٕنز مجبوری چھےٚ یہٕ زٕ "یوٗد وے سٕہ ییٚتہٕ کاٚنٛہہ دلیل پیش کرٕ یا توارِیخ منٛز کانٛہہ دلیل نہٕ ہتہٕ ادب تخلیق کرٕ سٕہ چھُنہٕ ہم کالکہٕ اثر نشہٕ بچتھ ہیکان“۔[3] امہِ کیٚس موضوعس متعلق چھُ لیکھان "یہٕ ناٹک لبہِ منہ موکھ پوٚمے کلہن سٕنزِ راج ترنگنی ہُنٛد اکھ شلوک ہٕ آکرٕ بناوُن۔ المادتہٕ یُس کشمیر پیٚٹھ فوج ہیتھ ڈراوگو آریا تمہ، دیشہ کین شیٚتہٕ صحراوٕن منٛز فنا۔ ڈپان نتہٕ ما نہٕ دلتن زٕنٛدے ژھُنتا یہٕ پیٚٹھ پان بکلہن مانان زٕرازٕ للتادتیس امس دیوی شکتی (بالافطری طاقتھ) ہیمہٕ نٕے دیوی شکتین پیٚٹھ یُس از کالس روزٕ زندٕ تس کوسہ جاے چھےٚ ٹریجڈی وِرائے“۔[4]

کیموصابٕنٛ لیوکھمت دوٚیُم ڈراما "للہ بہٕ دٕرایس لولرے" یہٕ سپد ۱۹۷۲ء یسے منٛز چھاپ۔ اَتھ متعلق چھُ پانہٕ تہٕ ہُنٛد وَنُن زٕ "یہ چھُ اکھ سوشل ڈراما۔ امیُک موضوع چھُنہٕ باسان کیٛنہہ نوٚو بلکہ دٕرناوِ نہٕ آرتھ چھُ ضروٗر

---

۱۔ موتیچ ژھاے "درم ایشور تہٕ رٔ چندر طاقتن پیٚٹھ پزٕ ہٕنٛچ ژھاے چھےٚ ساٚری سے ڈرامہس پیٚٹھ اند وند۔ نہٕ چھُ رازٕ ہٕنٛد کرشمہ پزان نہٕ چھُ رو کھسان (کاشُر ڈرامہُک ارتقا۔ شانت بشیراز، دسمبر ۱۲، ۳۱، ژھلے۔ کیمو۔

نوٗو۔ اَمہ کِس پلاٹس مُتعلق چھہ لیکھان ز " یہ ناٹکھ چھہٕ اَکِس خاص طبقس سیٚتۍ
تولُق تھاوان۔ دوٚیمہِ درجُک طبقہٕ، چاہے سُہ کُنہِ تہٕ فرقُک آسہِ۔ کُنہِ خاص
مُلکس منٛز روزن وول چھہِ تتھہ طبقس ہیوی مسلہٕ آسان مگر کرٕ کوٗشش زِ یِہ کر
اَمہ طبقُک اَکھ خاص رنگ پیش تہٕ تتھہ مسلس پیٹھ یُس اَز کل اَتھہ طبقس
درپیش چھُہ یتھہ خاص رنگ پیش کرنہٕ موکھ تہٕ اَتھہٕ ناٹکس زیادٕ سنجیدٕ دِیہٕ
موکھ پیٛیہ مگر اَکھ ٹریجڈی لیکھنۍ۔ اَمہ ڈرامُک مرکزی خیال چھُہ یہ زِ داج
چھُہ اَکھ بدبختی۔ اَمیُک شکار سپدِتھ چھِ باضے اوقات کیٚنٛژن خود کشی تہٕ کرٕنۍ
پیوان۔ ڈرامہ نگارن چھےٚ یہ کتھ واضح کرنچ کوٗشش کٔرمٕژ زِ بتھ یادی ذِمہ داری
چھےٚ یہ بدبختی قایم تھاونہٕ خاطرٕ سانی۔ اَگر سانِس کورِ ہولےٚ چھُہ پیٛیہ ساتہٕ گوٗبرٕ مول
آسان تہٕ اَگر سانِہ کورِ موجی چھےٚ پیٛیہ ساتہٕ گوٗبرٕ مأج آسان۔ گیہے مأج تہٕ گیہے
ہُشِ۔ اَکےٚ کرداس گیہے کورِ تہٕ گیہے نوشِ۔ پیٛلا چھُس یہ زِ بچہ سپدِ فیشنک۔ تلاش
کران کران چھِہ زِ بأژ تتھہ ساری پیٛسے تاوَنس کھیٚتھ دوان یُس ییمن کورِ خانہ در
کرنہٕ سیٚنی پیٛیو۔ اَکھتو منٛز چھےٚ مأیس پینٛژ کورٕ ادرواتان تہٕ وأبدِ کو ساری ستم
باوان۔ خاوندٕ سپدِ سکوٹر تہٕ ٹرینگ ہارژ ہارنہٕ۔ ہیرِ سپدِ تنخاہ پذیرہ دوٚیم
دوٚیمہِ ہیٛنی۔ ہمشیرہ سپدِ ڈاکٹری کرنس پیٹھ راضی نہٕ آمُن بینٛژن۔ مول چھُہ اصلیتھ
مولوہ کرتہِ نیران مگر کورِ چھِس نہٕ گرٕ ہیتہٕ دوان یہ وِزِ ساتہ زِ یہٕ اثرٕ راوٕ پیسورٕ
پاسےٚ۔ اَکھتو منٛز چھُہ اَکھ اخبارٕ سیٚتۍ نشان زِ کمیٚتان لیڈی ڈاکٹرٕ چھےٚ خود کشی
کٔرمٕژ۔ اَتھہ پیٹھ چھِہ بأژ زِ تجسس کران۔ مرد چھُہ دفتر نیرنہٕ خاطرٕ پلو بدلاونی
پیوان تہٕ کورِ چھےٚ ماجہ برونٛہہ کنہِ پادٕ گرٕ ھان تہٕ نس کیاہ ہتان پرزنٕ ڈکھ
والنہٕ خاطرٕ رِوہٕ بیہ منگان شنگان ساری ستم وَنان۔ دوٚیمس اَنگس منٛز چھُہ

---

١ ۔ للہٕ ڈرابس لولرے ۔ موتی لعل کیمو ۔ گوڈٕ کتھ ۔

نوشہ ہُندہ ہشہ ماہرس سِنتوٕ وانٛروٕ گرٛدٕرناوٕ بیان سپدٕ مُت تہٕ تہنٛدین رتھن ہُندہ حال ہاوُن آمُت ۔ اَتھ منٛز چھُ جادہ ہشہ ہُندہ ترٛ کہ چار میلان ۔ یمن چھےٚ اکہ دوہہ نوشہ شلی ییتھ پننہ ویسہ ڈاکٹر لیلایہ ہشہ نہ خوٗدکشی ہشہ دلیل ونان ۔ سوٚ چھےٚ سخ بانٛسر آسان ۔ امی مجبوٗری چھُ ڈاکٹر یوسف حارٹ اٹیک غلط ریپوٗرٹ دیاونوومُت آسان زِ تس میلن ہیکہ یوٗنٛسہ ۔ سوٚ چھےٚ اتھی پریشانی منٛز آسان تہٕ گرٕونان زٕ تمی اوس زہر کھیوٚمُت مگر یمےٚ دیوٗد غلط ریپوٗرٹ ہش تہٕ ماہرٕ چھُ پانٛسہ یوان تہٕ پننٕ سلوک بدلاوان ۔ یتہ چھےٚ اَمِس نوشہ زانہہ تنگ کران ۔ تیٚ یمِس اَنکس منٛز چھےٚ ڈاکٹر للہ عالیشان ییتھ ماجرہ ہندِ ستم باوان تہٕ زہر کھیوان ۔ یتہ چھےٚ سو پانٛسہ تہٕ پننٕ دوہہ زہر باوان ۔ منٛز ٹیکھ کڈان تہٕ زالان یتہ اَتھ ان شوٗنکن کمرس منٛز ۔ مجموعی آسان موٗہرِ شا امہ ڈرامہ گوڈنیک اَنگ چھُ برٛونٛہہ "وٚگرائے" ناوٕ تشیر اَنکس ڈرامایس منٛز چھاپہ سپدمت پوٗرٕ ڈراماچہ شکلہِ منٛز ۔ اَتھی چھِ ترٛے اَنگ ہیر اوتہٕ آمتی تہٕ ترٛےٚ عملی ڈراما بنوومتی۔ امہ ڈراماہچ ٹیکنیک چھےٚ جدید ٹیکنیکس منٛز بیاکھ قدم برونٛہہ ۔ یتھ متعلق کیمو صاحب لیکھان چھِ زِ امیک Technique آرتھ چھُ ملے بانٛدٕ پاٹھر نیٚش حاصل کوٗرمُت یتیٚ کاتھہ گنڈن گوٚ کُنہ تہٕ وزُ اکھ تہٕ زیاد کردار چھُ اَنکس منٛز پیش کران ..... وُچھوٚ تہٕ یمہ ناٹکک پرٛیتھ کاتھہ اَنگ چھُ پانس منٛز مکمل ناٹکہ تہٕ ترٛشوٗے اَنگ یکجا پیش کرتہٕ کنہ نبہ اَنگ جادٕ تسنٛدبیر[1] ییتھ ڈراما ہس منٛز چھُ پرٛدٕ اکھ "ناوک اکھ نوٚو چیز ۔ یانے ڈراماہکی کردار چھِ پننٕ تہٕ پننہ کامہ ہُند تعارف گوڈٕ میتھے کران یمہ سیتی ڈراما سمجنس مدد میلان چھُ ۔ یہ ڈراماہ میکہ اکہ عجیب پھیر بتھ سیتی کامیڈی ییتھ بقول

---

۱۔ لل بہٕ ڈرائیس لولرے ۔ موتی لال کیمو (گوڈٕ کتھ)

کیمو صاحب "بوٗدوٕے یِنہ ناٹکس ییہِ پرٛوا اکھ ژٕٹنہٕ تہٕ محبوٗبنہٕ ورائے کرن گنڈن گژھِ الگ الگ کردار پیش تہٕ آنگن ہنٛز ترتیب روز ییتھ کنۍ۔ ترٛیم انگ بنہٕ گوڈٕنیکُ انگ، اکیُم انگ بنہٕ دوٗیُم انگ تہٕ دوٗیُم انگ بنہٕ ترٛیُم انگ تیٚلہِ بنہِ یہِ ڈراما کامیڈی ۲۵"۔ کیمو صابن چھُ ینہٕ اتھ متعلق کتھی وونمت زِ ییمشیکُ گوڈٕنیکُ انگ چھُ زاہ کُنہِ چھپیومُت ٹیکنیکی نوٕرٕ، موضوعُک پٔزر، ماحولُک اصلیت تہٕ برجستہٕ مکالمہ چھِہ اتھ اکھ دلچسپ ڈراما بناوان ۲۶۔ ییمہِ دورٕکو بانفی ڈراما چھِہ رہبر صابن "چترا" تہٕ سجود سیلانی سُند فرشتہٕ ۲۷ مسکہ صوٗرتھ، سعد نہٕ پچھرُ، کوہ لِکھعہ نہ کھول سردے۔ چھاپ سپدیمتین ہیمن ڈراماہن علاوہ چھِہ ریاستس منز وارِیاہ ادبی تہٕ ثقافتی انجمنہٕ ڈراما لیکھان تہٕ سٹیج کران۔ کیٛنہہ شہرس منز تہٕ کیٛنہہ گامن منز مثلن بڈگامہٕ، شوپیِنہٕ، اننت ناگہٕ، ویجہ بہارٕ، ترٛہگامہِ، بیشٕ پورٕ، کریرِ بیتیرٕ۔ رنگ منچ ڈرامیٹکہ کلب ہریسنگرہ تہٕ حلقہ ارباب ذوق وٕرمُل یا کلچرل ٹرسٹ وُرِ حلکو ہندِ فورم چھِہ ڈراما کین مقابلہٕ منز تہٕ حصہ نِوان۔ امہٕ علاوہ چھِہ کالجن تہٕ سکولن منز تہِ ییتھی ڈراما سپدان ۲۸۔

## اوپیرا

کوشُر ادب کرنو گوڈنچہ لٹہٕ دینا ناتھ نادم صابن ڈراماس اکس ژوٗژن صنفس سیتۍ زان۔ سہ گو اوپیرا۔ یہِ سپُد ۱۹۵۳ء یتہٕ ییٚلہ نادم صابن "بوٗمبر یَمبرزل" اوپیرا لیوٗکھ۔ امیُک مرکزی خیال چھُ سامراجی سازشن

---

۲۵ لل بٔہ دٔر ایس لولرے موتی لال کیمو (گوڈٕ کتھ) ۲۶ کیٛنہہ ڈراما چھِہ سٹیجی ہٕتی سپدیمتۍ، مثلن اوتار کشن رہبر سُند "تلاش" تہٕ "بٔہ چھُس ژٕوار" ۲۷ یہ چھُ جان نشاطیری علاوہ کمہ دراز نگاری ہنٛز اکھ الگ مثال تہٕ تواریخی لحاظ کاشرِس شرا کھنگ میل۔

ہیٚنز ناکامی۔ بوٚمبرس تہٕ یمبرزلہٕ ہیٚندِ رِوایتی عشق ہنٛز یاد بناوِتھ چھہٕ یہِ اوپیرا لیکھنہٕ آمُت۔ یہِ چھُ علامتی یانے Symbolic ڈرامہ۔ اَمکۍ کردار چھہٕ بوٚمبر، یمبرزل، گُلِ لالہٕ، ٹیٚکہٕ بٹھو، وِڈکیٛوم، ہرُد تہٕ طُفان۔ یمے علامتی کردار چھہٕ لُکن ہنٛز نمایندگی کران۔ پوش چھہٕ بیٚنکۍ لُکھ تہٕ ہرُد تہٕ طُفان شرانگیز تہٕ جنگ باز طاقتھ۔ بقول پران کشور "اَمِچ شاعری، اَیٚنگ تقسیم، اَمِچ کردار نگاری مدِ نظر تھاوِتھ چھُ یہِ اوپیرا یمبِنہٕ کس ڈرامہ کس تواریخس منٛز ترتھ اَکھ تخلیق یمتھ پیٹھ اَسہِ ہمیشہ ناز کرُن گژھِ۔ یہِ اوپیرا چھُ کاشرِس ادبس منٛز اَکھ سیٚٹھاہ بوٚڈ قدر اضافہٕ۔"[1] گوڈنچ لٹہ آو یہِ ۱۹۵۳ء یس منٛز سٹیج تہٕ پتہٕ مارشل بلگانن تہٕ مسٹر خروشچیوف یورپہٕ وزہٕ۔ جشنِ کشیر شوٚروٗ سپدنہٕ پتہٕ لیوکھ دینا ناتھ نادِم تہٕ نور محمد روشن صابن بیا اکھ اوپیرا "ہیٚمال ناگہ رائے"[2]۔ ییٚمیچ بنٛز یاد سائنی اکھ لوک کہانی چھےٚ۔ یہِ اوس ڈراما شہیدٗ وپلیے تہٕ اوپیرا ترین پیٚنز ہنٛز بِلہٕ وین، ٹیکنیکس منٛز آسس واریاہ خامی۔ نادِم صابنۍ بیٚیہ ترٛے اوپیرا چھہٕ "شہِلہٕ کُل"، "سفر تہٕ شہجار" تہٕ "ودیٚتھ"، یمن منٛز تہٕ علامتی ہنٛدی توسی ییم بوٚمبر یمبرزل منٛز پیش سپدی۔ راہی صابن "بیٚیلہٕ لول موتس پتہٕ"؟ چھُ موضوع لحاظ پیٚٹھہٕ اوپیرا نکھ۔

## ریڈیو ڈراما

ریڈیو کشیر سرینگرچ کوشش چھےٚ اَتھ سِلسلس منٛز قابلِ ذکر۔ یہِ ادارہٕ قائم سپدنہٕ سیتی گو اَدۍ ین ریڈیو خاطرٕ ڈراما لیکھنک ظہون

---

۱ء کاشرِ ڈرامہک ارتقا۔ پران کشور ۲۷ "یوٗتام ٹیکنیکہ چ خاطرٕ میو پود
یوٗتام چھُ تتھ منٛز ادبی حُسن"۔ کاشرِ ڈرامہک ارتقا۔ رتن لال شانت۔ شیرازہٕ ۲۳

چنانچہ ریڈیو ڈراما یوسہٕ ڈرامہٕ چ اکھ اَنگےٚ ذاتھ چھےٚ گیہ یِیتہٕ تہٕ مقبول۔ اَتھ منٛز چھُ بہٕ خیال یِوان تھاونہٕ زِ ساعرٕ اداکٲری گرٛزھ ڈائیلاگن تہٕ آوازن اَندرےٚ سپدٕنۍ تکیازِ یہِ چھُنہٕ وُچھنہٕ یِوان ٲلۍ کہِ چھُ بوزُن یِوان۔ اَتھ چھہ جادٕ، زور مکالمےٚ بیچھہٕ ٹھراونہٕ یِوان تہٕ مختلف کیفیژ چھےٚ آوازن ہٕنٛدِ ذٔریعہٕ پیش سپدان۔

ییمو اَدیبو ریڈیو خاطرٕ کٲشرِ پاٹھۍ ڈراما لیکھۍ تہٕ لیکھان چھہ تِمن منٛز چھہ پریم ناتھ پردیسی، علی محمد لون، اختر محی الدین، امین کامل، سومناتھ زُتشی، نور محمد روشن، سومناتھ سادھو، بنسی نردوش، صوفی غلام محمد اُمیش کول، پُشکر بھان، ہردے کول بھارتی، ڈاکٹر شنکر رینہ، سجود سیلانی تہٕ پروفیسر ہری کرشن کول صاحب بیتر ناوہٕ ہیٚنہٕ لایق۔ یِم ادیبو ریڈیو خاطرٕ لیکھنہٕ آے تِمن منٛز چھہ نادم صابُن "وُسیچھنہ"، کامل صابُن "بوٚمبرٕ تہٕ لولرٕ" تہٕ "گُگر بیت"، مظفر عازم صابُن "شُہنی کسر" تہٕ "ٹٹہ لوب"، راہی صابُن "ییلہٕ لول موتس چھِوَر" تہٕ یِم ڈراما لیکھنہٕ آے تِمن منٛز چھُ علی محمد لون صابُن "اَکہ آش سوٗر"، "پہان"، "غدار"، "تاز کہ بیٹھہ کان"، تہٕ "میانہٕ جِگرہ کرٕ داد دہٕ بتھ"، پریم ناتھ پردیسی سُنٛد "قُدرہ گوجوٲرۍ"، امین کامل سُنٛد "دیدہ پرانۍ"، سومناتھ زتشی سُنٛد "وِجہ داو"، نور محمد روشن سُنٛد "مسکین بڈٕ"، صوفی غلام محمدُن "بیچھہ کُنٹھ"، بنسی نردوش سُنٛد "اَجل"، "اَچھ گاش" "ہوٗنۍ لوٚٹ"، پُشکر بھان صابُن مزاحیہ ڈراما "ہیر و مہامہ"، موتی لال کیموٗ سُنٛد "حرم خانکُ اَنہ"، شنکر رینہ سُنٛد "ہردٕ"، ستار شاہدُن "انہاری آرسان"، اختر محی الدینُن "آدم چھُ عجب ذات"، رتن لال شانت سُنٛد "ییلہ پَن روٗد" تہٕ سجود سیلانی سُنٛد "تاشنہ کوٗر" تہٕ گاشہ تار" بیتر کٲشرِس نثری ادبس منٛز

اَکھ اضافہٕ تہٕ کردار نگٲری کیو نفسیٲتی عکٲسی لحاظ ساٖنہٕ اَدبُک سرمایہٕ۔[1]

## ترجمہٕ ڈراما

پَرٕ زبانَن ہٕندین ڈرامہٕ ہَن ہٕندی ییم ترجمہٕ کٲشرِ زبٲنۍ منٛز سپدۍ تِمَن منٛز چھہٕ گرودیو ٹیگورنِہٕ ترٛیَن ڈرامہٕ ہَن ہٕندی ترجمہٕ 'قربٲنی'، 'مالنی' تہٕ 'چنڈال کھٹ'، یِوان ییم نور محمد روشن صابَن کٔرۍ تہٕ 'قربٲنی' ناوۍ چھپیہٕ کِتٲبی صورتس منٛز گورنمنٹ زنانہٕ کالج سرینگرٕ کہِ طرفہٕ ۱۹۶۱ء یس منٛز۔ ٹیگورنین بیٚیہ ترٛیَن ڈرامہٕ ہَن ہٕندی ترجمہٕ سپدۍ ۱۹۶۲ء یس منٛز ساہتیہ اکیڈمی دِلہ ہٕندِ طرفہٕ 'ترٛییہ ناٹک' ناوٕ کِتٲبی صورتس منٛز شایع۔ یِمَن منٛز اوس اکھ "مُکت دھارا" یُس لون صابَن کٲشرس منٛز ییٚژھرٕ۔ بیاکھ "وہٕ نِلِ گُلالہٕ" یُس ترجمہٕ اوس نور محمد صابَن کوٚرمُت تہٕ بیاکھ اوس کامل صابُن ترجمہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھہٕ ٹیگورٕ سٕندی بیٚیہ ڈراما 'راز تہٕ رٲنی' تہٕ 'ڈاک گر' تہٕ کامل صابنۍ کٲشرس منٛز ییٚژھرٕ مِیٚنۍ۔ غلام نبی فراق صابَن چھہٕ معہ لیئر سٕندِ 'دی کیٹ بگمر اے جینٹل مین" ڈرامُک ترجمہٕ کوٚرمُت۔ ییم اُسی لِکھ کیٚچھ لٹہٕ کِتھ ڈراما۔ یِمَو علاوٕ سپدۍ ۱۹۶۲ء یس منٛز ساہتیہ اکیڈمی دِلہ ہٕندِ طرفہٕ ہینرِک اِبسن سٕندین زٕ ون ڈرامہٕ ہَن ہٕندی کٲشُر ترجمہٕ شایع۔ اکھ چھہٕ وائیلڈ ڈکٕ یُس اِبسنَن ۱۸۸۴ء یس منٛز اَکھ نوٚیِس ٹیکنیکس منٛز لیوٚکھ تہٕ یتھ اَندر حقیقت نگٲری ہٕند شاعرانہ حُسن چھُ۔ اَمیُک ترجمہٕ کوٚر سوم ناتھ زتشی صابَن یہٕ چھُ پانژن ایکٹن ہٕند ڈرامہٕ تہٕ اَتھ اَندر چھہٕ وُہ اکوُہ کردار۔ کامِل کران ترجمہ چھُ بڈٕ فنکارانہ اندازس منٛز کٔرِتھ آمُت۔

---

۱۔ کٲشِرِ ڈرامُک اِرتقا۔ رتن لال شانت (کٲشُر شیرازٕ دسمبر ۷۳)

زۄ بٕم ڈراما چھُ گوسٹ یُس ہینرِک ابسنن ۱۸۸۱ء یس منٛز لیوٗکھمُت چھُ تہٕ یمہِ سٟتۍ یوٗرپ کِس ڈرامٲیی اَدبس منٛز اکھ باپُھٹہٕ سپُد۔ اَمیُک ٹیکنیک تہٕ چھُ بلکُل اکھ نوٚو تجرُبہ۔ یہِ چھُ اعتبر محی الدین صٲبن کٲشرِس منٛز چھیرمُت تہٕ کوشش چھےٚ کرنہٕ آمٕژ اصل رٕچ گوٚنٛژھ برقرار روزٕنٕچ تہٕ زبٲنی ہشنٕ گژھن ہس نہٕ کانٛہہ خٲمی روزٕنۍ۔ اَتھ اندر چھُ فرسودٕ اخلٲقی قدرٕن پیٹھ مزاحیہ انٛگس منٛز زبردس طنٛز میلان۔ اوتار کرشن رہبر صٲبن گولڈسمتھُن انگریزی ڈراما 'شی سٹوپس ٹو کانکر' یان پٲٹھۍ کٲشرِس منٛز پھیرمُت۔ یتھ نانک سٕنگمہ نادلہ 'بوتر پاپی تہٕ زیدیو رچھ' دیتمُت۔

۱۹۷۳ء منٛز سپُد شوکت انصاری صٲبنہٕ دٕسۍ جان گالزوردی سُند ڈٕ عملی المیہ ڈراما 'جسٹس' یُس اکبر علی ین کٲشرِس منٛز پھیرمُت چھُ، کوہِ نور پریس سرینگرس منٛز چھاپ سپدِتھ شایع۔ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈمی کوٚرُس چھپایہ بیترِ ہنٛدِس خرچس منٛز مٲلی مدد۔ جان گالزوردی یس چھےٚ انگریزی اَدبہٕچ خدمت کرنہٕ خٲطرٕ اعزازنہٕ تہٕ دِنہٕ آمُت تہٕ نوبل پرایز تہٕ۔ جسٹس ڈرامس منٛز چھےٚ عدالتہٕ کین زٲوِی جارٕن ہنٛز کامیاب تصویر میلان۔ فوتوٗتی بارِیکی وکیلن ہنٛد پران زُلُن، ژوٗر بٕ بنتھ تہٕ شہادژ پیش کرنٕچ دولابہٕ اکھ اکھ چیز چھُ اَکھ اَنس منٛز نظر گژھان۔ شہباز پریمی (اکبر علی انصاری) صٲبن چھُ سبطٲ مصنفہ سان امیُک ترجمہ کوٚرمُت۔ ناجی منور صٲبن تہٕ چھُ شیکسپیر سُند رُجولیس سیزرٕ، ہیوٗ المیہ ڈرامہٕک ترجمہ کٲشرِس پٲٹھۍ کرنٕچ جان کوشش کٔرمٕژ۔

انتون چیخوف چھُ روٗسک مشہوٗر ادیب تہٕ ڈرامانِگار۔ تٔمسُند اکھ ڈراما پھیرِتھ کٲشرِس منٛز جناب رتن لال شانت صٲبن ڈرامہس چھُ ناو 'ترٛیٚ بینہٕ'

موضوعس منز بے یوت آسہ دوشوئی صورتن منز چھُ افسانہ صرف نوُن فکشنس لور آسان مکمل نوۄرس پٮ۪تھ۔ شیرازٕ کس اَتھ شمارس منز چھِ کم از کم ژور افسانہ تمہ یوٚتہٕ مکمل نوۄرک پے ڈیت...... گوکہ اَمہ نوۄرک دس اوس اختر محی دینن تہٕ اُمیش کولن ترو نیٚتھٕ تُلمُت تہٕ اَکہ نوۄ وَتہ کُن اِشارٕ کوٚرمُت تہٕ اِنسانی کِردارک بِلترتیب نفسیٲتی تہٕ فکری پہلوٗک باس ڈیُتمُت مگر یتہٕ ہاٹھس منز گوٚو تہٕ باس حقیقتس منز تبدیلٕ" تہٕ یُس افسانہٕ ۶۷ یس منز ھتھنہ پیو تمہ ڈیت گوڈنیتھے پرٛون کُریٹھی شکھرشانو بوٕن دأرتھ، پننین بیانن تہٕ وضاحتن منز، کِردارنِگٲری تہٕ حالتٕ وِہرتھنے منز، زبانی تہٕ باوتس منز کرٕ بیمہ باضابطہ تہٕ عبٕرتھہ بُولِہتھ اَکھ الگ وَتھ اِختیار...... تُہس افسانس منز چھُ ٹاکارٕ پٲٹھۍ لیکھن وول کِردارٕ سِند کھہ تہٕ حالتٕ مازان۔ زور چھُنہ کِردارٕ سِندین نخرن پیٹھ بلکہ حالتٕ ہیٚنزٕ ڈکھنہ پیٹھ دِنہٕ یوان یتھ منز اِنسان ہینہٕ اَمُت چھُ۔ پننۍ مین ذہنۍ پٮ۪ندہٕ ہن ذرکین منز ریٚمہ نٮ۪ہج اِنسانی سماجس سوٗ نچس منز لبنہ یوان چھِنے تمہ تلہ چھُ یمی نشان زٕ اِنسان چھُ پانہٕ پننہ حالتٕ ہُنٛد خالق آسنہٕ بجایہ اَمیک شِکار بنان۔ سماجی تبدیلین سیٚتۍ ہیٚوٗتن زٕتنہ اِنسانی شخصیتٕ ہُنٛد زونتہ یُن تارُکھ ژھیتہٕ گرٛھن تہٕ سُہ پرٛون باکمال فرد روٗدنہٕ گُمی اِنسانہٕ سُنٛد وٕچھزار معہ کلیوو تہٕ حالاتھ، گیٚہ اُمس غالب۔

پۄرانیس افسانس منز چھِنہ یہٕ ژ ینہٕ وٲنی۔ بلکہ نِردوش چھُ تہٕ اَمہ حقیقتٕ ہُنٛد شعور ہاوان۔ مثلن 'اجل' افسانس منز چھِ اِنسانی لاریٚچ کتھہ جان اِشارتی مانے پرٛاوان۔[۲] مگر ہم عصر شعور چھُنہ لیکھن والس تہٕ اَوے چھُنہ سُہ

---

۱۔ ڈاکٹر شیرازٕ افسانہٕ نمبر کاشر افسانہٕ از تہٕ پگہہ رتن لال شانت) ۲۔

"صمدس تہٕ چھِہ باسان زٕ خبر کیٛتھ آسہ گومُت نگار۔ ساری بچھے یہ تہٕ وُنی گرٛژھ گچھے ہارٕ ہرگاہ افسانہ یہٕ نے آسہ ہے کوتاہ رٛتہ گیوو؟" (کاشر افسانہٕ کنہٕ چھُ۔ ہریکرشن کول)

اندس پیٹھ پَرِتھ وۄلِس وۄہہ کٔڈِتھ نہٕ نشہٕ باز یوان[1]۔ ہردے کول بھارتی سٕندِس "آبنوٗسُک رۄلُر، چکرِچ مٔش، ہلہٕ ہُند دۄہہ" ہوٚس مشہوٗر اَفسانن پیٹھ چھِ یہِ رلے دِنہٕ یوان۔" راوی سٕندِ خاطرٕ چھنہٕ ہرِیش اہم یا بدر اسہ کوٗر بُلی کہ ہلہٕ ہٲشِر چھنہٕ سیستہٕ مانوس گژھِتھ وُنہِ موپوٗس مشینی ماحول ییتہ مَنز رکردار یاں پرزناوِنچ تہٕ بدِ کڈنچ کوٗشش کران چھُ مگر شہ چھنہٕ ہیکان کڈِتھ وَہرِ نہٕ ییتھ۔ حالانکہ چھِ بہرحال سٔرس۔ اَفسانہٕ چھُنہٕ کانٛسہ کردارٕس وارواریہ وُنُن وتُن تلان تہٕ اندواتان واتان کردارٕ سٕنٛد روہہ نخ نہٕ روہہ سے گٕنڈنی بل دِتھ بڑو نٹھ کُن ژاوان۔۔۔۔ سائنس تہٕ ٹیکنالوجی یوٗتاہ انسان اَکھ اَکس نکھہ اَوٚن تیوٗتاہ چھُ انسانن باپسان زٕ ریاکاری ہُنٛد پردٕ چھم مُبتہ پیٹھ ٹلن۔ نوٚو اَفسانہٕ چھُ نہٕ سماجی تہٕ بیٚیہ ادبی ریاکاری وۄہہ ہٕقبو دِوان[2]۔" ۱۹۶۷ ءٕ کِس منز شیرازہٕ کِس اَزہٕکِس کٲشُر افسانہٕ نمبرس، منز چھپیومتین توٚ افسانہٕ نِچ نمایندگی کرن والین اَفسانن مُتعلق چھُ تسٕنٛد وُنُن زِ "فاروق مسعودی سٕنٛد نبیٹھ موموٗلی، افسانن ڈیبٹ وٚرگہٕ ہاوِتھ زِ بچن تہٕ کنتھ کتابی اصلاحیہ رکردارن تہٕ واقہٕ ہُنٛد کوتاہ ژھرِ پر چھُ آسان، تانچھ (ہری کرشن کول) افسانن ڈیبٹ روایتی پیرایس منز پرانہٕ تہٕ نوٚ سوچن نیہہ تہٕ ژٕلہٕ دِنہٕ زِندگی ہُنٛد تضاد دلاور اندازس منز ہاوِتھ، اختر محی الدین وُنی "گھہ تاپچہ گھہ مشعل" افسانس منز موموٗلی لفظن منز یدٕ کنتھا زِ لفظس روہ ماہنے تہٕ منوش دُنیا نٕ لیکھیا اُکٕتلفٕظ دُترس منز؟ رتن لال شانت سٕنٛد "ژھایہ گیتھ" اوس اَزی کہ ژیچ ذہنی کشمکش ایماندار اسلوبہٕ کِس روٗپس منز پیش کران.

---

۱۔ ۲۔ کٲشُر شیرازٕ۔ خاص افسانہٕ نمبر (کٲشُر افسانہٕ از تہٕ پگہہ۔ رتن لال شانت).

تہٕ أتی باسیو نقادن زِ یُس کوشُر افسانہٕ اوّت تانی پیٛنہٕ ینن جادی ہ نکلن پانٕنے
بنٛد گومُت اوس تہٕ پیٛنہٕ نیو کھٔڑِ یو پامے روئِٹ گومُت اوس یُس تہٕ ہیٚیوٗتن
بڑو نِشہٕ ٹھ پکُن۔ بنسی نِردوشن تہٕ چھُ اَتھ شمارس منز ینیہٕ ہموار حقیقت نگاری
نِشہٕ لوٗب ہیُتھ پیٛنہٕ نیو زوالنوٗ منز نیر نک سُشز گران باسان تہٕ پِنُن مَرُن ہیو
تیٖز طنز مژران۔ نِردوشنو، اختر نی یا باقی پیٚٹھمو افسانہٕ اَسو اوّت تان وقتہٕ
کس گتھس سیتو سیتو ژھانٛڈنہٕ وٲینہ بدلہٕ بٹھِن پیٚٹھے بہٕ ہتھ کٲمنو تہٕ
ڈٔری یاوس ناس تراس دِوان"[۱] تہٕ چھیکرس چھُ یِمَن "۱۹۶۷ء سنہ اکھ ٹاکار دُوت
لیٚسنہٕ یِوان۔ اکھ وکھ چھے توٚس حقیقتس کُن نِرِ وٕہرا اوہتھ دِوان تہٕ بیٚیس
چھُنہٕ یہ بدلی یا نۍ نا ونکُ اشتیاق"[۲] تہٕ یِنہٕ کیا چھے اَز کٲشر افسانُک حالتھ؟
"تُہِ لہجہ کِس کٲشرس افسانس منز ہیٚیتہٕ لحاظ زٕ رمہٕ رُخ، ہری کرشن کول
اختر محی الدین تہٕ رتن لال شانتنی کینٛہہ افسانہٕ چھہ رِوایتی رنگ رٔوپ مگر موضوع
دوٚپ تہٕ مقصدٕ لحاظ أزی کہٕ تِمیٚو وُکھنے کران۔ مثلن ہری کرشن کولن دِ شماشان
تہٕ أراگ، اخترن دِگیے تاچھ گیہے شہل' تہٕ شانت سُند مُنُ پِنُن ییگیہ، بیاکھ
رومہٕ رُخ گو تیٚمین افسانن ہُند ہیم ہییٚتر رنگہٕ تہٕ نٔوی نٔوی چھیہ۔ فاروق مسعودی
سُند کی بیشتر افسانہٕ چھِہ ییتی ییہُند روٗپ چھُنہٕ رِوایتی بیانس تہٕ افسانو
عنصرس بندٕ"[۳] فاروق نِس 'من تہٕ لیون' تہٕ 'نرگہٕ ند' افسانن مُتعلق چھُ اوٚہند
خیال زِ "یِمَہ پیٚرِ یتھ چھے رِوایتی ذہنس دِتن الگان تہٕ لنس تالہِ کھسان۔
سوال چھُنہٕ زِ حقیقی طور چھا یِتھو واقعاتھ سپدان۔ مطلب واقعاتی طور چھا
یِم افسانہٕ تیٖزر باسان، شاید کرِ سائنس ساجس منز بلکہ سوال چھُ یہ زِ یہٕ کیٛشرچھا

---

۱،۲،۳ کٲشُر شیرازٕ افسانہ نمبر (کٲشُر افسانہٕ۔ اَز تہٕ یِگیہ۔ رتن لال شانت)

سماجِچ حقیقتھ چھےٚ تمثیلُک پٔردٕ تُلِتھ اَسہٕ برٛونٛہہ کنہِ تھاونُک کُس ذٔریعہ
کورٛ لِکھارِیو استعمال، یا وَنو زِ سوال چھُنہٕ موضوعُک بٔلکہ ہیٚیژ ہێنٛد اسلوبُک
ییم اَفسانہٕ چھِ مُلہٕ حالتی situational یِمن افسانن منٛز چھُنہٕ
کردار اہم روزان۔" اَمی سٕنٛدِس 'الفتح' افسانس مُتعلق چھُ ونان زِ یہ چھُ
رٕنٛیشوارِ ہٕنٛدِس رٕنٛیشِس ذٔہنس تہٕ نیتس ژامتین کیٚمین زیٖردٕستٕ کرٕ تصویر کرک
بیاکھ روٗپ۔"[1]

پروفیسر ہری کرشن کول سٕنٛدین کٔرفیو اَفسانن مُتعلق چھےٚ اَمِنٛز یہ رٲے
زِ "یہ چھُ پانہٕ کانٛہہ وُہ ہدایت دِتہٕ بغٲر نوجوانن ہٕنٛزِ ٲلِس سیتیٚ بُھلاونٕ گے
ژُرژان یہ نوجوان چھُنہٕ پانہٕ کانٛہہ تیٚتھ قدم تُلنس تیار یُس تس وُکھ ہاوِہے
تہٕ برونٛہہ کال سہل بناوِہاہے تس چھِ مٲلی سٕنٛد ہیٚتھ کالُک ہیل بوگن تہٕ ییٚتھ
کال تہٕ اَز کالہٕ چہ اَتھ جیٚبِھ منٛز ہیٚنہٕ یِوان۔"[2] اَمی سٕنٛدِ "تاپھ" افسانُک کردار چھُ
اَکھ ییٚژھٕنی بٕڈ یعہ پیٚنٛہٕ نابرابری، ناہمواری تہٕ شَر ہیٚتھ نہٕ آسنس سام ہیٚنس
پیٚٹھ مجبور کٔرتھ آن چھےٚ۔ انسانس منٛز چھےٚ ہیٚتھ بَدل رُجحان بَدل۔" دَہ
آنہٕ ششےٚ آتہٕ" چھُ اَکِس سمٲجی نۄسورِس پیٚٹھ طنز۔ تمثیلُک کردار" باجِنہٕ تنگ
نظر، کمینہٕ، ژٕھلہٕ گورٕ بینہٕ ہُن دِلہٕ کین گنٛدٕ ٹن منٛز گرفتار لیٚنہٕ یوان چھُ پُتہ
چھُہ اَتی بے وُقوفی ہٕنٛدِ ہُن حدس تام سیٚبوُد تہٕ ژٕ تس پیٚٹھ نشکہ کرٕھان
مگر منٛز چھان چھُنہٕ بٔلکہ تماشہٕ وُچھن والین سیٚتیٚ سیٚتیٚ پانہٕ تہٕ اَسان۔"[3] لِکھارِ
چھُ پانہٕ پیٚنہٕ ہُن افسانن مُتعلق لیکھان۔" یہ میٚ گُذریوومُت چھُ تِمہٕ خاطرٕ میٚکِن
نہٕ میانیٚ اَفسانہٕ میانِس اَنٛدری پکِھس سیتیٚ لٔطیٖ تہٕ۔ نوتہٕ چھِ میٚ پنٛنی افسانہ

---

۱، ۲، ۳ کاشُر شیرازہ ۔ افسانہٕ نمبر (کاشُر افسانہٕ ۔۔۔ یکہ، رتن لال شانت)

چھِ ٹاس کرِتھ پھِٹرِن پٕرھان ..... ہیٚتنک یہِ چار چھِ کیٖشرِن کاشرِن افسانَن منٛز اہم تہٕ سوٗرٕ سے فنی حُسن چھُ اَمی سیٚتھ زوٗ تان۔ مثلن اَکھ عُریان کَتھ تہٕ پگاہ (ہری کرشن کول) ٹھوٗر (رتن لال شانت) اَنہٕ گٹہٕ منٛز نِنہٕ کَتھ (اختر محی الدین) اَنہٕ گٹہٕ چھ ڈوٗباز کھٕنٛجہ تہٕ زٕ کرہٕ دیوٗہ (ہردے کول بھارتی) یِمَن افسانَن منٛز چھےٚ حقیقتھ لکھار سٕنٛز ذاتی نَظر بنان تہٕ افسانہٕ اکھ ووڈ یا اردٕ پ بینٛشنگہ ہیوٗ بنان۔" ہمیش ہُنٛد یہ وِچار اگر سوٗ نٛچھ سمجھتھ زٕ نۆ یہ یہ ہیٚکہِ "کیٖشرِن بۆ ڈِمانے تہٕ بیٛاہ اَفسانَن تانی دانتہٕ اَتھ۔ اقبال فہیم سُنٛد "نہ کَتھ نہ مانہٕ منٛز مطلب" چھ سیٚٹھا کوٗشش یِوان تہٕ تِہِ کہِ بٕ آمُت مگر اَفسانہٕ نِگار چھُنہٕ کیٛتھہٕ وَنٕ پٕرھان یا پٕلہِ یاوان باسان۔ یہ پکہٕ نرٛشنےٚ سوالیہ نِشان تہٕ ڈیشن چھُنہٕ افسانہٕ کینٛہ ڈیپس کانٛہہ سفر بخشان۔

پروفیسر رتن لعل شانت سُنٛد افسانوی مجموعہ "اَچھر الِیٖن بیٛچھٕ کوٗہ" تہٕ پروفیسر ہری کرشن کول سُنٛد "پتہٕ لاران پرٕبتھ" سپٹمبر ۱۹۷۲ ہس منٛز چھاپیہ۔ یِم افسانہٕ ہیٚمن مجموعَن منٛز چھِ نِمو منٛز اَوبھِ چھٕ کیتہ وار یِہن ہُنٛد تذکرٕ کرِتھ۔

۱۹۷۲ یس منٛز پیٚنٛز بیٚنٛہ زٕ افسانہٕ سوٗمبر تہٕ چھاپ۔ اَکھ چھےٚ پروفیسر شام لعل سادھو صابنۍ "قصہ صاحب" تہٕ بیٚیہ غلام حسن تسکین سٕنٛز "حارٕ نو تاکھ"۔ سادھو صابنِس قصہ صاحبس منٛز چھ تیٚنٛہے افسانہٕ لکھارِس مُتعلق چھُ ڈاکٹر حبیب اللہ حامدی صاحب لیکھان "افسانہٕ نِگارس چھےٚ حقیقت شناسی نظر، سماجس منٛز یِم تضاد، بے ربطی یا کھری کانٛہہ چھےٚ

---

۱۔ شیرازہ کاشُر ۳، ۲، ۱۹۷۱ افسانہ نمبر، کاشُر افسانہ اَز تہٕ پگاہ (رتن لال شانت)

تھ چھِ ہم پرٛدٕ تُلان"[۱] تہٕ اَہنٛدِ ین افسانن مُتعلق "یُس لب لہجہ یِہنٛدِین اَفسانن ہُنٛد رنگ دِوان چھُ یِتھ خٲرجی حقیقتُک ہُنٛد فنکارانہٕ تخلیق و نوٗ[۲] سُہ چھِ قصاص، دٛندگ تہٕ اَدر زٕٹ اَفسانن ہُنٛد نوٗان"۔ یہ وَنُن زِ یِہنٛدِین اَفسانن ہُنٛدِس کرتس تہٕ واقاتن ترتیب دِنس منٛز تہٕ چھُ داستانن ہُنٛد اثر کُنہ تہٕ کینٛہہ وِیُوہُٹھ ہیٛو ۔ ۔ ۔ ۔ ۔تمہِ دٔنیٚلی، مزاح تہٕ طنز اَکھ اَکس سیٚتۍ اَبساوِتھ چھِ زندگی ہُنٛدِ ین کیٛنٛژن تُہنٛز بادی حاملن ہبے نقاب کران"[۳]۔ "دٛندگ" چھےٚ اَکِس تسٕ زنانہٕ ہُنٛز دلیل یوسہٕ خاندارٕ سٕنٛد توجہ درکار کنہ ہُنٛدِس سوۍ تٕہنٛدِس دٛندس کُن وُچھتھ اَمِل دٛند کڈناوِتھ اَکِس اناڑی ڈاکٹرس اَتھہِ دٛند لاگناوان چھےٚ تہٕ ہمیشہ خٲطرٕ دٛندگس مُلوہِ ہیوان چھےٚ۔ "سوٗنٕتہٕ واو" افسانہٕ چھُ سانین زانہٕ وِینن عٲلِمن تہٕ اَدیبن ہُنٛد عِلمی ثمک زٕوٕک نُمٕنہ راوان تہٕ تہنٛد اپُز ظاہر تُلِتھ نوان۔ یِمَو افسانو چھِ اَدٕ دٕس منٛز تہٕ۔ ہیٔتُک لحاظ تہٕ دوٛیمو فنی لوازمو رِنٛز ہیکو یِم افسانہٕ رِوایتی اَفسانن سیٚتۍ شامل کٔرِتھ، یِمو افسانو ۱۹۶۷ء پیٚس تان لیکھنہٕ یِوان اُسو۔ یِم تہٕ آسن تیِمنے دوہہ مُن لیکھنہٕ آمتۍ تہٕ یِنہٕ یہِین چھاپ سپدیمتۍ۔ غلام حسن تسکین سٕنٛز افسانہٕ سوٗمبرنہٕ منٛز چھِ ژٕ وداہ اَفسانہٕ اَمیچ گوڈٕ کَتھ منٛز چھِ پرٛوفیسر حاجنی صاحب لیکھان زِ تسکین صٲبن چھِ "کٲشرِ سماجُکۍ کیٛنٛہہ تیِتھۍ کردار نٕشنو کڈِ متۍ یِم سانہٕ معاشرُک مستقل حصہ دار چھِ۔" ٹیکنیکی لحاظہ چھِ یِم افسانہٕ تیِمو اَفسانو نِش بلکُل وکھر یِم از کلٕ لیکھنہٕ یِوان چھِ یا ۶۷ پیٛتھ لیکھنہٕ آے۔ نوِ تراپہِ گژھنہٕ سیٚتۍ چھِ یِمن کانٛہہ واٹھ۔ ووہں گو حقیقت بیانی رِنٛز چھےٚ ووہ پرٛ یِہنٛدِ موُل چھِ سانس

---

۱، ۲، ۳ قصاص۔ گوڈٕ کَتھ۔ شام لعل سادھو۔

سماجس منز بسنٕو، کردار چھِ تِمے یِم اَسہِ زانوکھ۔ پرانہٕ ٹیکنیکٕکۍ اَسِتھ تہٕ چھ یِمن منز صرف "ڈ تٕر ثبوت"، یِنہٕ اَکھ ذاتھ تہٕ مالہٕ مہرازٕ اَفسانہٕ۔ اَکِس کھوتہ اَکھ، "چھُ چھا پٹھ۔ حسب حال چھِ باسان تعاکہ، "چھٹھ" تہٕ ہیٚکہ اَفسانَن ہندِس زمرس منز یِتھ۔ "لیتھ" اَفسانس منز چھُ اَکھ سنجیدہ مزاج شُلہٕ حاٹبن کمال طنزیہ افسانُک حیان نوٗ موٗنہٕ۔ "شبر کیٛھ آسو" تہٕ "انٹرویو" چھِ موٗموٗلی اَفسانہٕ۔ ۱۹۷۳ءَس منز پیٚیہ بنسی نردوش صٲبن ترٛییم افسانہٕ سوٗمبرن "گرداب" تہٕ بازرٕ یِتھ ییِہ پٹھ یِمن کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ میوٗل۔ اَتھ منز چھِ بیشتر افسانہٕ تِمے یِمن کُن کیشرن جاین اِشارٕ سِیدان چھُ۔

اَفسانہٕ سوٗمبرنہٕ علاوٕ یِم اَفسانہٕ ۱۹۶۷ءَ پیٚٹھ یِوکُن مختلف رسالن منز چھاپ سپدی تِمن منز چھِ اختر محی الدینٕ ہٕنز ہٹ ک، اُژیک دوہ، کاشِ چھُ کوٗلے، اَنہٕ گٹہٕ منز نِنہٕ کٔنتھ، جاگدی زال، ژٕ ہے چھکھ ژٕ ہے چھکھ نہٕ ٹائمز، کامل صاٹبن ہردٕ واو، بنسی نردوش لوٚمبریچ تہٕ ترٛییم ارمان، علی محمد لون سُنٛد مَدان سرتہٕ منش، شنکر رینہ سُنٛد کیٚنٛہہ رٔژھ کیٚنٛہہ چھیٚپرٕ تہٕ ہا پُھتہ، تاج بیگم رینزو ہُنٛد راجہ تہٕ کھٹی تلاو، ہردے کول بھارتی سُنٛد ژکرٕ ویوٗہ، اَنہٕ گٹہٕ چھِ ٹوپاز گھنچہ تہٕ ہمزاد؛ رتن لال شانت سُنٛد گگر، ییخ؛ ہری کرشن کول سُنٛد دِونا تہٕ ڈاکن، اَکھ عُریاں کٔنتھ، حالس چھُ رودٕل راگ دٕ ارٲگ، شام لال سادھو سُنٛد جلوٗس؛ اوتار کرشن رہبر سُنٛد نروان؛ فاروق مسعودی سُنٛد ژھلباز، سغراتھ، شِینہٕ مأتی، ترلوک، خود ذات نامہٕ، کوہ قافس پیٚٹھ پٔری، چمن تہٕ ہیرو، غلام رسوٗل سنتوش، پیوٚر، غلام نبی شاکر سُنٛد ہانٛٹھ، اَکھ سوال، داغ، آدم تہٕ حوا، سیٚکہِ صحراوک دِونا۔ گلشن مجید نی ترٛیشے اَفسانہٕ "سہ"، "کنُتو"، "میانہٕ خوٗفچ کٔتھ"، رتن لال

مجوٗ سُنٛد پرٛژھینٛی، ژاچھ تہٕ ژٕلج دگ، ژٕ بیٖش، امر مالموہی سُنٛد ژس ژسن تہٕ ہوس، برج پریمی سُنٛد دُدٕو، ژھایہ گیتو۔ بشیر احمد بشیرن بلا عنوان، واریہو وِپن سپتو، لو ٹھ، گوپال کرشن عرضبیگی سُنٛد ڈُنٛد ڈاکٹر بشو جی کرنٛڈی کاٗمی سُنٛد دُژیوٗت، رشید نازکی سُنٛد اٗیہٕ تہٕ عکس، غلام حسن تسکین سُنٛد تصویر، سفر بیتر شامل۔

۱۹۶۷ ءَ پتہٕ افسانہٕ نگارن منٛز شامل سیدن واٗلی چھ گلشن مجید، رتن لال مجوٗ، امر مالموہی، بشیر احمد بشیر، بشیر اختر، عابدہ احمد، ایم نساء، عبدالاحد حاجنی، صوفی غلام رسول، شمس الدین شمیم، غلام محمد زاہد بینز

جموں و کشمیر کلچرل اکیڈمی ہٕندس ژٕرِ پتہٕ وارکاٗ شیرازس کِس خاص افسانہٕ نمبرس منٛز ییم افسانہٕ چھاپ سپدی تِمن منٛز چھ ژٕ ہے چھکھ ژیے چھکھ، تو تیم ارمان، شمشان واراگ، نروان، ژکرولوہ، یخ، کوہ قافس ہیچھ پری جن تہٕ ہیرو، پیوٗر، کھٹی تلاو، آدم تہٕ حوا، نژ بیشن لو ٹھ، تصویر علاوٕ غلام نبی سُنٛد بیٚڈ نمبر سداہ، چمن لال ہکھو سُنٛد جنگ بشیر اخترن ازنیقا، روشل پوٹھیری سُنٛد برانٛہ ژھایہ، عابدہ احمدن لوٗت آلو، ایم نسایہ ہُنٛد پراگاش، عبدالاحد حاجنی سُنٛد یاد، جگرناتھ ساگر سُنٛد دیپ، جواہر کولُن بسٹن ہیش، شمیمن ترٛائے سو لہر، زاہدن ژھایہ چھ صوفی غلام رسولن ہیون کار ہیون بار، تہٕ مہاراج کرشن ماواسُنٛد ہیٹانی شامل۔

---

۱ء کاشر ہفتہ وار اخبار "چمن" تہٕ چھ ۱۵ جولائی ۱۹۷۴ ءَ افسانہٕ نمبر کڈان، یتھ منٛز نروان، شمشان واراگ علاوٕ منصور سعد تہٕ واری سُنٛد [illegible] تہٕ ہیندر راتھہ غلام نبی بابا سُنٛد دُژیوٗت، مہاراج کرشن ماواسُنٛد (باقی برونہہ کنس میتھ)

اَتھ سوٗمبرَنس منٛز ہینہٕ گمہٕ ڈِکھنہٕ منٛز چھہٕ محمد یوٗسف ٹینگ صاحب لیکھان زِ ۱۹۶۷ء پیٚیٹھٕ اَز تام " بدلیوو کاشُر شاعری ہنٛدی پاٹھۍ کاشُر افسانکُ رنٛگ تہٕ ، سانیو پوٚھنہٕ کار افسانہٕ نِگارو منٛز چھےٚ کینٛژن ہنٛز آواز سۄہ تیمٕژ تہٕ کینٛہہ چھہ دُنہٕ پوٚر جمہٕ خمہٕ سان پننِس فنَس پرٛیزلاوان ، مگر نوٚین اَفسانہٕ نِگارَن ہنٛز پوٚرٕ پننیو چھےٚ برٛونٛہہ کُن آمٕژ تبدیلیس منٛز ہُر گیوو جانےٚ اَماپوٚز اَمہٕ خوٚتہٕ تہٕ جادٕ اہم مامِلہٕ چھُ درپیش آمُت تہٕ گوٚ زِ اَفسانہٕ پرکھاوٕنکۍ معیار چھہٕ بدلیمتۍ تہٕ اَفسانَس مُتعلق چھےٚ سوچَس منٛز اَکھ کیفیاتی Qualitative تبدیلی آمٕژ"[۱] ۱۹۶۷ء پتہٕ کین یمن اَفسانن منٛز ہینٛد نادٕ مےٚ پیٚیٹھٕ کٕنہٕ منٛیوٚت چھہٕ کینٛہہ افسانہٕ تِم یمَن مُتعلق رائے ژرائے پیتَھ مین صحفن منٛز دِنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ باقیو منٛز چھہٕ کینٛژن مُتعلق کینٛہہ اِشارٕ پیتھٕ پاٹھۍ ، شنکر رینہ سُنٛد افسانہٕ 'ہاپُٹ' چھُ " نسَن مرٛدٕ سُنٛد افسانہٕ لیُس اَکس کورِ لبی ہنٛز برجستہ جوانی چھاوُن چھُ ژھان"[۲] رینہ صابنہٕ " پوشہٕ بُھلےٚ دار زبانی چُھنہٕ تسُنٛد موضوعس سٟتۍ کینٛہہ مطابقت آسان"[۳] واقعاتَن وُچھتھ دِنہٕ کہٕ آیہ اَفسانہٕ " یمَن منٛز کاتھہٕ راز آخرس پیٚیٹھ چھُ نوٚن نیبران تہٕ پرٛن وول چھُ ووچھ ہیش کڈان"[۴] چھُ اختر محی دینُن ہٕنٛک ، علی محمد لون سُنٛد 'مدن سر تہٕ منوش' تہٕ

---

(پیٚتھ مہٕ حصفکہ فُٹ نوٹک باقی) " میانی رانٛٹس" فاروق مسعودی سُنٛد " اَکھ دستاویزی افسانہٕ" سجود سیلانی سُنٛد باپاری" روٗشُل پونپُر سُنٛد " ژور سنے مگر آسیہ " تہٕ آفاق احمدُن " ووگراُمے" شامل چھہِ۔ یموٚ منٛز چھہٕ کینٛہہ جدید اَفسانہٕ۔

۱ء کاشُر شیرازٕ خاص افسانہٕ نمبرٕ گٕمہٕ ڈِکھنہٕ محمد یوٗسف ٹینگ ۲ء ۳ء ۴ء کاشُر اَفسانہٕ کتہِ چھُ۔ ہری کرشن کول (کاشُر شیرازٕ۔ مارچ ۱۹۷۴ء)

ہری کرشن کول سُنٛد "دِوتا تہٕ ڈائِن"[1] اختر صابُن "ژٕے چھکھ ژٕے چھکھ،
چھُ پُژھ تہٕ بٕے پُژھی درمیان اَکھ کشمکش، وَرتاو چھُ نوٚو۔ بنسی نردوش
سُنٛد "ترٛیشہ" ارمان چھُ اَکھ طویل اَفسانہٕ۔ موضوٗع چھُس نوٚو مگر قائِلہ بَرٛونٛہ
شمشان وٲراگ (ہری کرشن کول) تہِ چھُ زیوٚٹھ اَفسانہٕ۔ یَتھ نِشہِ صرف یوت
چھُ نتان زِ کانٛسہِ موٗردٕ پیشرٕ ے وِز چھُ مَرُن یاد پیوان۔ ماحول چھُ اَزُک
رہبر صابنِس نروانس منٛز چھُ "کھاربِس" گوتم بُدھ لٲگِتھ پیٚنتہ زمانُک
نوٚو موازنہٕ کرُن پیوان۔[2] موضوٗع چھُس اَزیُک ٹوٚکھ زِ سماج تہٕ اَزکِ دوٚکھ
دأدی "اَنہِ گٹہِ چھِ ٹوٚپاز کھٔژھ" (ہردے کول بھارتی) "منٛز چھُ مُرژن ہُنٛد
اَکھ بیٹہٕ اَرن کھٔرا گرٕ دھان تہٕ لکھاری سُنٛد مُدہٕ ہیک اَکھ اَثر پأدٕ کرتھ ہان
پیٹھہ کٔنہٕ چھپے۔ "اکھ شاعری ژھانٛپہِ دوٚتلان"[3]۔ رتن لال شانت سُنٛد
افسانہٕ "بیخ" چھُ اَکہِ خابُک ہیوٚ اَثر دوان۔ وَرتاو چھُس نوٚو۔ بیچیر۔ (غلام
رسول سنتوش) چھُ ژرانی آہ لیکھنہٕ آمُت۔ موضوٗع چھُس سُے یُس
تانٛترک آرٹس آسان چھُ۔ تاج بیگم رینزو ہُنٛد "کھٹی تلاد" چھُ صرف
اَکھ بیانیہ Description افسانہٕ۔ غلام نبی بابا سُنٛد "بیڈ نمبر
سداہ" چھُنہٕ موضوٗع کِنہ نوٚو تہٕ نہ ورتاوٕ کِنہ مگر چھُ اَکھ جان افسانہٕ۔ بشیر
اختر سُنٛد "ارتقا" چھُ اَکِس فلمی شوکیس پس منظرس منٛز انسانہٕ سُنٛد
ارتقا ہاوان۔ یانے ڈارون تھیوری۔ بشیر احمد بشیر سُنٛد "لوٚتگ" افسانہٕ
نہٕ ہیکون ۱۹۶۷ء برونٛٹھ کینہہ افسانن منٛز شامل کٔرِتھ۔ چمن لال ہکھو

---

۱۔ کاشُر افسانہٕ کتھ چھُ۔ ہری کرشن کول (کاشُر شیرازہ۔ مارچ ۷۴ء)
۲، ۳۔ کاشُر شیرازہ، افسانہٕ نمبر (کاشُر افسانہٕ اَز تہٕ پگاہ رتن لال شانت)

سُندٕ "جنگ" چھُ اَکھ زیچھٕ زیوٚٹھ اَفسانہٕ یتھ منٛز واقعہٕ ہیٚنٛز دۄکھنہٕ چھےٚ دٕریٚنٛتھ گژھان۔ غلام نبی شاکرُ سُندٕ "آدم تہٕ حوا" چھُ نوٚین اَفسانن ہٕنٛزٕ سٟتۍ شامِل کرنہٕ لایق۔ رتن لال مجوٗ سُندٕ "تریش" چھےٚ وِشوامِترٕ تہٕ میٚنکاہٕ ہٕنٛزٕ علامژ جنسی موضوعس پیٚٹھ نوٚ قسمُک اَکھ مختصر اَفسانہٕ۔ روٗپُل پوٚنٛشیٚرُن "برٛانٛٹھ ژھایہٕ" چھُ صرف یہٕ بتاوُن جملہٕ اَفسانس کُن نوٚان "چھُکھ کیٚنٛہہ تہٕ، بیٚتھ کریو ختم، تِلہٕ ہیٚکن تا یہٕ کٔنۍ اُکنہٕ"۔ اوٚلہٕ تا چھُ یہٕ اَکھ خاب۔ یہٕ جملہٕ نٕے آسِس یہٕ بَنہٕ خوٗد کلامی۔ ایم نساء سُند "پراگاش" چھُ داجُک بدلتھ مشاوِرنچ حوصلہ افزائی ہُنٛد روایتی اظہار۔ عابدہٕ احمدُن "پوٗت آلو" چھُ نوِ آیہ سیٚٹھا مختصر اَفسانہٕ۔ عبدالاحد حاجنی سُند "یاد" اَفسانہٕ چھُ لولہٕ کِس موضوعس پیٚٹھ پوٚ نتُس یِنِس ہیٖرو سلیم صٲبَس ژوٗرٕ میوان۔ غلام حسن تسکین سُند اَفسانہٕ "تصویر" چھُ اَفسانہٕ لیکھنٕچ جان کوشش۔ نوِس موضوعس پیٚٹھ نوِ آیہُک اَکھ مختصر اَفسانہٕ۔ جگن ناتھ ساگرُن "بیپ" چھُ وقتٕکہِ بیٚپیٚکُ نقشہٕ۔ ٹیکنیکہ کِنۍ چھُ یہٕ موٗلی اَفسانہٕ۔ اقبال فہیم سُند "گُنہ ذات" چھُ فاروق مسعودی سِندِس وَنہٕ یِدِس پیٚٹھ لیکھنٕچ اَکھ کوشش مگر اَتھ منٛز چھیٚنہٕ سُہ پوٗرٕ پٲٹھۍ کامیاب باسان۔ غلام محمد زاہد سُند "ژھانٛپھ" چھُ مختصر اَفسانن منٛز لیوان۔ یہٕ چھُ اَکِس یونیورسٹی سٹوڈنٹ سٕنٛزٕ کُنتہ پیٚس گُذر ژوٗر (سمگلنگ) کریتھ جیل چھُ گژھان۔

پنڈت ہری کرشن کول چھُ کٲشُر اَفسانکہِ مُستقبلہٕ نِشہٕ ناوومید۔

---

۱۔ کاشُر شیرازہٕ (...) اَفسانہٕ نمبر (برٛانٛٹھ ژھایہٕ - روٗپُل پوٚنٛشیٚر)

تِیُتھ اکھ مضمونٕ یُس عنوانے چھُ یہِ زِ "کأشُر اَفسانہٕ کتہٕ چھُ"، سُہ چھُ کأشرِ ین اَفسانن ہٕنٛدِس بیٚنِس ذخیرس منٛز صرف کیٚنٛہہ افسانہٕ ژٕتھی گنٛزراوان یِمن سُہ اَفسانہٕ وَنان چھُ "میون مطلب چھُنہٕ یہِ زِ کأشرِس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ جان اَفسانہٕ لیکھنہٕ آمٕت۔ اخترمحی دینُن 'آدم چھُ عجب ذات' تہٕ 'ممتہ کُتھ'۔ امین کأمِل سُنٛد 'آغاز'۔ ہردے کول بھارتی سُنٛد 'آبنو شک رٕ ڈلر جگیرج مِش' ملہ ہُنٛد دِہ۔ فاروق مسعودی سُنٛد 'تُشنہٕ مأنی'۔ رتن لال شانت سُنٛد 'ٹھوٗر' ہری کرشن کول سُنٛد 'کرفیو'۔ گلشن مجیدن میانہٕ خوٗنہٕ فج کتھ تہٕ بیٚیہ تہٕ کیٚنٛہہ اَفسانہٕ چھِ فنہٕ تہٕ مانے لحاظٕ سیٚٹھا اہم تخلیقہٕ۔ مگر یِمو اَفسانو کأنٛسہ چھِہ؟ تُلِس منٛز کتہٕ تہٕ یِمنے پیٹھ ناز کرُن چھُ یِنٛس پانٛس دوکھہ دِنس برابر۔۔۔ یہِ گو تصویرُک اَکھ رُخ بیاکھ روٗخ چھُ یہِ زِ کأشرِ یو اَفسانہٕ نِگارو ہٕنٛزِ تِمہٕ معدوٗدے بیٚشٕف۔۔۔ اخترمحی دین چھُ منٛزے منٛزے کانٛہہ اَفسانہٕ لیکھان، مگر سومناتھ زُتشی، علی محمد لون، امین کأمِل، بنسی نِردوش، صوفی غلام محمد، اُمیش کول، ہردے کول بھارتی، تاج بیگم رینزو، بیترِ یِم ساری چھِ ژھوپہٕ کٔرِتھ ونیہِ چھُ یِوان زِ ہرگاہ یِم ژھوپہٕ کرن؟ یہِ ہری کرشن کول، فاروق مسعودی، رتن لال شانت، غلام نبی شاکر، ہیٚو نوٚوی اَفسانہٕ نِگار آیہٕ مأدانس منٛز۔ ٹھیک گو۔ مگر سوال چھُ کیا یِم تہٕ چھا باقاعدگی سان لیکھان؟۔۔۔ یہِ سورُے مدِ نظر تھٲوِتھ وُنی تو کأشرِ اَفسانے چھُ تہٕ کتہٕ چھُ"[۱] کول صأبن اَمہِ مو یُوسی پتہٕ چھُ کأشرِ شیراز ک خاص اَفسانہٕ نمبر نیٚبران یتھ منٛز لگ بگ نہن اَفسانہٕ نِگارن ہٕنٛدی اَفسانہٕ چھاپ سپدان چھِ۔ اخترمحی الدینُن

---

۱) کأشُر شیراز، مارچ ۷۲ء (کأشُر اَفسانہٕ کتہٕ چھُ - ہری کرشن کول)

پہیچھ مہاراج کشن ماداہس نام، نوٲے تہٕ تہٕ پرٲنی تہٕ تیم نہٕ یمن متعلق ونہٕ آوٕ زٕ "لیشف چھکہ ہیٚتر ہتر" تہٕ تم نہٕ یموٚ نوٚ افسانک نقش ذہنس پیٹھ بیٚہنوٚ. امہ کنہٕ چھُ کاشُر افسانکُ یکہہ گاشدار باسان. یُس دوٚیمہ اَکھ خاص افسانہ نمبرس منز کیمہٕ افسانہٕ تیتھو چھہِ یمن کول صاٲبس ہیوٚ افسانن ہُند نقاد افسانہٕ ونہٕ، مگر وُچھُن چھُ یہ زِ کاروان رکیوٕ؟ کوشش ژھوکہ یا؟ خلوص روٗدتا؟ ونہٕ گنتھ کاشہِ نےٚ یا؟ یمن سوالن ہنٛدی جواب چھینہٕ حوصلہ پھٹراون وٲلی.

فنکی میار چھہِ بدلان مگر اَسہِ ماینہٕ کنہٕ اکھ ساتُک میار یا پیمانہ یہٕ تھ وقتہ کیس ادبس لاگُن تہٕ کنہٕ خاص وقتیچ کھوٹ پرٛیچھ زمانہٕ کِس فنس دِنی. اکھ زمانا اوس بیانیہ افسانے اَسہِ پسند کرنہٕ یوان، تمہٕ پتہٕ ترقی نہٕ تمہ پتہٕ، تیمن دوہن آسہ پادشاہ کتھ. بیاکھ دور آو ییلہِ شعورِچ رَو فنس منز زاییہ. یتہٕ دوٚیمہ یہ ہاسہ چھُ وافہن ہنٛد دل گیٚتُن. از چھہٕ ونان افسانہٕ گرشہ حالتی آسُن Situational. دوٚین گوٚ ازکہ پیمانہٕ پتھِنم ساری افسانہٕ مینو کتھ تم ہِن ساری کال کھاتس ترٛاوِنی. یتہٕ وقتہ اوس دُرہی یا یہ ہنٛد بیزار تہٕ تیوٚتے معمولی یوت از ژے چھک ژے چھک سیٹھاہ معمولی چھُ.

## ترجمہٕ افسانہٕ

کاشرِس نثرس منز پیدہٕ نہٕ افسانہٕ تخلیقے یا تی بلکہ ترجمہ تہٕ آے کرنہٕ. یِتھہ اکھ ترجمہ سومبرن چھُ شام لعل سادھو صاٲبن "شاہکار" یُس جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی ہنٛد دسہ حال حالے چھاپ ہیٚتر. اتھ منز چھہِ اٹھن افسانن ہنٛد ترجمہ یموٚ منز روٗسی (دے چھُ یزر وُچھان

(لیو ٹالسٹائی)، شرط انٹن چیخوف) ژ، انگریزی (گلیہ میو ٹھہ، او ہنری؛
مارکھیم، سٹیونسن) اَکھ فرانسیسی (نیکلس، موپسان) اَکھ بنگٲلۍ (کابلی
وول، ٹیگور) اَکھ تلگو (واوِطفان، پی پدما راجو) اَکھ ہندی (تیمہ اوس وُنمُت
چندر دھر گلیری) شٲمِل چھِہ۔ سادھو صابُن چھُنہٕ انگریزی اَدبُس پیٹھ سٕنٛز نظرٕ تہٕ
یِم اَفسانہٕ چھِہ جادٕ ترٕ تِمو انگریزی پیٹھٕ ترجمہ کٔرِمٕتۍ۔ کٲشرِس منٛز تہٕ چھُ تِمن
جان دَسرَس۔ اَمہ کِنۍ چھِہ یِم ترجمہ اصلس وارٕ پاہ نکھہٕ۔ مشعل سلطانپوری
تہٕ چھِہ پیٹھٕ پاٹھو کیشرٕ ذن کلاسیکی اَفسانٕن جان ترجمہ کوٚرمُت۔ مگر یِم چھُپنہٕ
وُنہٕ چھاپ سپدمُت۔

## ناول

کٲشرِس منٛز کوٚر ناول لیکھنُک وُسلابہ حبیب کامران صٲبن۔ تِمو ہیٚتٛس
"ذات مُبترات" ناوی ناول لیکھنو۔ اوتار کرشن رہبر صٲب چھِہ وَنان زِ "۱۹۵۴
—۱۹۵۵ عیسوی کِس وقتس منٛز لیچھِ ہیمو "ذات مُبترات" ناوٕ کٲشرِ ادبٕچ گوڈنیچ
ناول۔ مگر اچانک ۱۹۵۶ یِیتہٕ آیہ کامران صٲبنِس مزاجس منٛز خبر کیا تبدیلی، تِمو
ترٲو ادبی مجلسن منٛز شریک سپدُن۔ تِمو ترٲو لیکھُن ۔۔۔ ۱۔ اَکھنٕے یہ کیتھہٕ لیبو چھُنہٕ
اوسکھہ نہٕ کوٚر کُھد پنٕنیو اَتھو ضٲیہ۔ ذات مُبترات تہٕ گیہ اَتھو سیٹھہٕ فنا"۔ نوٗر
محمد بٹ صٲب چھِہ لیکھان۔ "تِمو ژھینو سعہ ضٲیہ کٔرِتھ تہٕ بیو لُھٹھ وَنن ژھایہ"۔[۲]
بہٕ ہیکہ نہٕ یہ وَنِتھ زِ تِمو لیچھے یہ پوٗرٕ ناول کیتہٕ حرف
اَمِکۍ کیتہٕ حصہٕ اَمہ ناولہٕ ہندٕ گوڈنیُک باب چھُ رسالہ "کونگ پوش" کِس
جولائی ۱۹۵۵ اکس شمارس منٛز چھاپ گومُت۔ یہ باب پٔرِتھ چھُ نشان زِ اَتھ

---

۲۔ کٲشُر نثر۔ خیال تہٕ رہبر (گوڈٕ کتھ) ۲۶ دود دگ۔ اختر محی الدین

منز آسیہٕ سماج واد نظریہ پس منظر بنیومُت۔ اَتھ بابس منز چھُ زِنی موٗزوٗرن ہُنٛد واقعہٕ بیان سپدمُت یمہٕ مِنٛز چھُ مرکزی کِردار باسان۔ زبان چھےٚ شوٗزٕ تہٕ صاف باسان۔ اسہِ ہیکوٚ کامران صابس کاٗشرِ ناولہٕ ہُنٛد ذِس تُلن وول وَنِتھ۔ مگر پوٗز آسے بوزوٗ اَکی اصلی بانی کار چھِ اختر محی الدین صاب۔ ۱۹۵۵ءٕ پتہٕ لیوٚکھ یمو "دود دگ" ناوِ اَکھ ناول۔ بقولِ اوتار کرشن رہبر یہ چھُ اَکھ زیٖٹھ افسانہٕ یتھ اندر عبدالغنی تہٕ راجن جنسی عشق تہٕ تِمہ صابن زوال وہرِ ہنا وِنہٕ آمُت چھُ[۱]۔ راجہٕ تہٕ عبدالغنی چھِ اَکھوٚ زٕ بُنیادی کِردار۔ اَمہِ ناولہٕ ہنٛز زبان چھےٚ آسان، سادٕ تہٕ شوٗز۔ واقعاتن ہُنٛد بیان چھُ رُت۔ فاطمس آہ تراسیہٕ ٹوٚکھ۔ تمِس کھوٚت نِمِس وشلُن۔ تہٕ تھوکہِ سیتو آیس یتھے خوٗنہٕ پینشراہ، تِمہ دوٚن تہٕ کاٗتسہِ، دِمہٕ پرکرس اُس سالس، پرٕژھ کُنہٕ کرِنی گیتہِ مِنٛد چھہِ۔ تِمہ ڈیٖت پھیرتہٕ توٗرِ شاند تہٕ شوٗنیجہِ۔ سالرنوٚ کرٕ پانہٕ واٗنی کیتھ زٕ ٹِرِیس معصومیٖ سیٖنز کوٚہلے آسنکُ تِشہِ چھُسن[۲]۔ اَو پتہٕ لیوٚکھ امین کامل صابن "کٕنٛڈ منز گاش" ناوی اَکھ ناول۔ بقول اوتار کرشن رہبر "یہ چھےٚ قبالی حملہٕ کِس پوٚت منظرس منز پھانچھلان[۳]"۔ اَمہِ ناولہٕ ہنٛد اہم کِردار چھےٚ فاطمہ۔ یہ چھےٚ اَکھ ماشرٕ باے آسان۔ ڈوٗنی چھس آسان زمکہِ اُتی چھس آسان اَکِس خوٗجہِ کُنِس سیتی عشق۔ یتِمہِ ساتہٕ قبالی ورمُل امان چھِ تہٕ چھےٚ بوزان زِ اَمو سے خوجہِ کُنٛڈ مُنٛد مول چھُ قبالین وَتھہٕ ہاوان، یَس سیتی اَمِس عشق چھُ۔ قبالین ہنٛدِ بن کرتوتن ہُنٛد اوسُس پے لوٚگمُت

---

۱) کاشُر نثر۔ خیال تہٕ رہبر (گوڈٕ کِنہ) ۲) دود دگ۔ اختر محی الدین۔
۳) کاشُر نثر۔ خیال تہٕ رہبر (گوڈٕ کِنہ)

تہٕ پٕھہند تٕرٕٹھ بُرزٕن اوسُن وُچھمت۔ فاطمہ چھےٚ آسان نتیمہ کرٕچ گوڑٕ بیمٕ گُتشپٕر ہٕنٛزِ تحریکِ آزادی منٛز جان قربٲنی چھےٚ دِژٕہمٕژ آسان۔ اَمہ کینٛہہ چھےٚ اُمس ہیٚنٛنِس عاشقٕ سٕنٛزٕ یانے حسیبہ لالیٚنہٕ نفرت گژھان۔ یہ چھےٚ اُکس تٕہنٛزِس نفرٕس کرس منٛز جاے دِوان یُس اُمس سٕتۍ کھران اوس تہٕ ییٚس لُکھہ ترٛٲوِتھ آسۍ وَتان۔ اُمس چھُ رام کرشن ناو آسان۔ ییٚتھ وٕکتس منٛز یہِ لیکھنہٕ آیہِ ترقی پسندی اُس طیٚبِس پیٚٹھ تہٕ سوشلزمُک سٕرُن اَثرٕ اوس ییٚتہٕ کین ادیبن ہندِس ذیٚہنَس پیٚٹھ۔ لہٰذا گوٚژھ اَمہ دورٕکین افسانن ہٕنٛزٕ بٲگٕ اَکھ پیٚٹھ تہٕ سوشلزٕمٕچ چھاپ آسٕنۍ مگر تہٕ چھےٚنہٕ درٲصل چھُ اَمیُک موضوع حُبِ وطن، ہندو مسلم اتحاد تہٕ جنگ بازن ہِنٛزِس خبردار رونٕکُک اِشارٕ۔ یہ چھےٚ اَکھ نیم رومانی ناول۔ ہیٚنٛنہٕ وٕقتٕچ حیان تصویر۔ بقولِ نور محمد بٹ "اَمہ ناولہٕ ہُنٛد قصہ چھُ پرٛٲون یانی فنی لحاظٕ سٕتۍ تو لُکھ نقاداں۔ مگر ناول نویس چھُنہٕ تو تہٕ وٕقتٕچ مرکزی حقیقتھ مُنٛراوان۔"[1]

اَمہٕ پتہٕ چھُ لیکھان علی محمد لون صاحب پنٕنۍ ناول "اَسۍ تہٕ چھِ انسان" یہ چھےٚ پروفیسر حاجنی صاحبنی کنۍتھ "ریوٕر تمیٚچ اندازٕچ کتاب"[2]۔ اَمہ ناولہٕ ہُنٛد مرکزی کردار چھُ لطیف یُس کردارس سٕتۍ تہٕ پٔرانِس سٕتۍ امرناتھ یاترٕ آں گژھان چھُ۔ باقے کردار چھِ شمیش، سام جی، ساہنی بیتر۔ اَمہِ علاوٕ گُرُہ والی، ڈانڈٕ والی، موزور، سیٹھ، لالہٕ، پاتری، مرد، زنانہٕ، شرکہ ہوٹلہ والی، وٕتہٕ ہاکی، وانہٕ والی وغاریہ۔ ناول چھُ اُردوٕچن کیٚنٛژن ناولن

---

۱؎ سون توٗ ادب۔ نوٗر محمد بٹ (سون ادب ۶۵۹) ۲؎ کاشرِ نثرٕچ کتاب
پروفیسر حاجنی۔ گوڈٕ کنۍتھ۔

ہندی پاٹھی مختلف عنوانن منز باگراونہ آمژ۔ مثلن پہلگام ، تیاری ، قافلہ لاوارث لاش، شیشس ناگنج زون، وۄق چھ ژلہ ون، خاب یا بیداری تہ درشن --- "لطیف چھ دراصل نادلہ ہند مُصنف۔ یمہ نادلہ منز تہ چھےٚ مرکزی حقیقتہ لیبہ یوان نہ چھ عظیم مقصد یلہ سوشلزم ہیتھ یوان۔ سام چیس یا باقے ڈانچہ موزورن سیتی یوسہ ہمدردی فنکارس باگہ گژھان چھے تمہ چھنہ سوشلزمکس تصورس سیتی براہِ راست کینہہ واٹھ ، یہ چھ تمن موزورن ہنزِ زندگی ہند کنہ گچھر ہیم گوسامن تہ باقے یاژرین ہنز وقتی صنوزورہتہ یادہ کرنہ خاطر ہیم سکھنی ژالان چھ۔ سام چیس بیس تصور لطیف نس ذہنس منز وۄتلان چھ سُہ چھ فنکارس ہند ذاتی مشاہدہ۔[1] رہبر صاب چھ ونان ز" از تام یہ تنقیدا اتھ پیٹھ سپد تمیک تراوس یہ نیران ز یہ چھ رپورتاج۔ یہ چھنہ ناول۔ مگر حقیقتہ چھےٚ یہ ز ناول لیکھنچہ ٹیکنیکہ تہ چھےٚ واریاہ یمہ اندر رپورتاج ٹیکنیک تہ اکھ چھےٚ۔ اُسی تہ چھ انسان، چھےٚ یہ اد کینہہ ناول ہیچ منز یمہتہ زیہتھ پاٹھی واقعات ہندس ترتیبس سیتی سیتی کردار پھیہ لیکھا چھلنہ تہ کاڈ کڈتھ ونہ گژھہ یہن تہ چھنہ ہیوکمت سپدتھ۔ یہ اسۍ تہ چھ اسہ لطیف تہ سام چیچیز کردار متاثر کران۔ یمن کردارن منز چھنہ سہ دیوی دونہن ہنزہ ہنز شان ہتو نسبتہ آمژ لیسہ دکھہ منز گاش، نادلہ ہنز ہیروین تھاوان چھےٚ"[2] لون صاب چھ امہ چہ گوڈ کنتہ منز پانہ لیکھان۔ "ہیو بہ واقعات نہ سیتی ییہ ہے نہ یمتہ نادلہ منز اکہ ادبی چیز ک ہیوورنگ ہیم

---

۱۔ سون نووادب۔ نور محمد بٹ (سون ادب ۵۹) ۲۔ کاشر تنقید۔ خیال تہ رہبر (گوڈ کنتھ)

ادبی خوٗلہٕ خط پاؔدٕ کرنہٕ باپتھ ہیوٚ مےٚ لہازا وارِہن جاین کردارن ہُند
نفسیاتی تجزیہ پیش کرُن تہٕ وارِہن واقاتن پیٚٹھ اکِس باشعوٗر انسانٕ
سٕندی پاٹھۍ تبصُر کرُن مےٚ چھُ باسان یہ تہٕ نےٚ کرٕ ہا تیٚلہٕ یُتھ ہےٚ یہ ناول اکھ
سوانح   بیٚیمہٕ ناولہٕ ہُند موضوٗع اوس بیٚیمہٕ چیزُک تقاضہٕ کران زِ یہِ گوٚژھِہ
ٹیکنیکہٕ کِس کُنہِ خاص سانچس منز پیش یِیہٕ کرنہٕ۔ لہازا سپد تمہٕ ہُند یُن یِن
شاید یہِ کتھ موٚحسوٗس زِ کُنہِ چھُ یتھ منز اکہِ ریوٗرتاژُک تہٕ کُنہِ اکہِ سفرنامُک
ہیش ٹیکنیک وٕزنہ اونہٕ آمژ مےٚ چھُ ذاتی طور یتھ کتھہِ پیٹھ یقین زِ موضوٗع
گژھِہ نہٕ ٹیکنیکُک تابع بناونہٕ یُن بلکہ گژھِہ موضوٗع پانےٚ پنٕنۍ ٹیکنیک
ترتیب دِوان بڑونٛہ پکُن۔ لہازا چھےٚ نہٕ ٹیکنیکس پیٚٹھ کُنہِ قسمُک تنقیدی ژھ
گنجایشی روزان۔ سطیف نِس کردارس متعلق چھُ لیکھنہٕ یوان۔ "شہ
اوس نہٕ ہیڈ ماسٹر شہ اوس اکھ لکھٲری ہنوٗ منٛت لیٚس پنٕنہٕ لیکھنہٕ سیٚتھ
پنٕنۍ رِیٛڈتہِ چھُ پالان تہٕ سیٚتو چھس یہ خاہش تہٕ آسان زِ شہ گوٚژھہ
پنٕنیو افسانو تہٕ ڈرامہو سیٚتو زندگی منز خوبصورتی ہُرراوٕنۍ[2]۔ "گشی منظر
ہُنٛز مثال چھےٚ یہ " بہارن منز باگ چھُ پھلہٕ گام اکھ لوکٹ موٚکٹ
دارِ ہن ہِش بوزنہٕ یوان۔ یتھ منز باگ نالہٕ پیٚدر چھُ پننیو رحہ تہٕ پنن پکن
نہٕ کتین سیٚتو چھاوان چھاوان وسان، تیز رفتاری سان، دوان تہٕ
دوران تہٕ اُہندین وٹھن پیٚٹھ چھُ سفید پوٚس جمع گژھان[3]۔ کاشرِ ن
ہُند عقیدٕ زِ ھوٗ ژھُر چھےٚ یتھ زِ سامہٕ چھےٚ چھُ بوب جیٚس پٕنٕنۍ نیچوِ سٕند
مرنُک قصہٕ یتھ پاٹھۍ ونان۔ "تکھہ اسہِ مہاراج صابس دپان ملکس تراو

---

۱، ۲ تہٕ ۳ اسوٚ تہٕ چھِہ انسان۔ علی محمد لون۔

..... تمۍ سٕ اُس پادشاہی کرٕنۍ تقدیرس پیٹھ چھٕ سُہ کنٛہہ نٔراوہا ملک
.... اَدٕ تمۍ سٕ بیٚلہ شہر کیو جبر اوّن تمۍ دِیُت فوجس حُکم تہٕ لکن آیہ گولہ
چلاونہٕ اَدٕ مشیانہٕ بدنصیبہ آومیون غفارنہٕ اُتی خبر کیتھ کُنہ وَلنہٕ تہٕ پیٚنٛس
نیٚو ہٕس پُترٕ پرٛیِتھ کرٕتھ میونے شکس لدٕ طالع نبہ مہراج صاب بس کٔیا خطا اوس[1]
اَمہ ناولٕکہ مۆضوع چھُ امرناتھ یاترایہٕ ہٕنٛدِس پسِ منظرس تٔر۔ سانہ سماجکیو
کیٛنٛہہ اہم پہلو تہٕ تمو راوٕنی تہٕ تمہِ منٛز چھُ ناول نوٚیس کامیاب سپُدمُت
غلام نبی گوہر صابنین ناول "مُجرِم" سٔپُز ۱۹۷۰ء یَنہٕ پَتہٕ چھاپ۔
یہ چھپیٚو قونونہٕ کیٚنٛہہ زاوِیہ جارن بیٚہ پیٹھ اَکھ طنٛز۔ انصافس پیٹھ تہٕ اُس
طنٛز اَگر پوٚت تس مُلزم برٕی گژھہ ہانٛہٕ ووٚن گوشہ چھُ تمہِ سانہٕ برٕی گژھان۔
بیٚلہ شہ پاگل خانس اَندر آسان چھُ ووٚنتمُت۔ یہ یٔمن تہٕ ہیٚکہ ؤننہٕ بیٚنٛہ زٕ
تٔنٛدیِس پاگل سٔپدنس منٛز چھُنہٕ انصافُک کانٛہہ فوٚصور۔ سُہ چھُ پیٚرس
ننٛبر گژھینہ کیٚنٛہہ تہٕ ہاجرٕ ہرنہٕ پاگل گژھان۔ مرگہٕ چھعوٕکہ کھو[illegible] چھُ
تس شرم دارٕی ہُنٛد چھعو کہ دٕماغس خرابی پادٕ کران۔ یہ ناول چھپیٚو ہائی
کوٚرٹس منٛز اَکِس قتلہٕ کیسہٕ کِس مُلزمس سیشن کورٹُک کہ طرفہٕ دِتی متس
سنگین سزاہس خلاف اپیل بوزنہٕ کہ منظرہ پیٹھ شوٚروٗ گژھان تہٕ ہائی
کوٚرٹس منٛز مختلف گواہن ہنٛدیو بیانو تہٕ اَتھ کیسس متعلق دوٚیمو شہادژو تہٕ تحریری
Documents سیٚتۍ وٕننہٕ یوان تہٕ بروٚنٛہہ پٔکان۔ آخر چھُ ہائی
کوٹ سیشن کوٹس یہ حُکُم دِتھ مثل واپس کران زِ مُلزم سٕنٛد جُرم ثابیتھ
کرنہٕ خاطرٕ چھِنہٕ پوٚرٕ شہادژ ہینہٕ آمژ تہٕ ساری گواہ ٹرٕی متی۔ اَتھ گژھن

---

[1] مجرم۔ غلام نبی گوہر۔ صفحہ ۲۹۳، ۲۵۴

بیٚنیہ زٕ گواہ ترٛٲوِ۔ ییم زٕ گواہ چھِہ ہاجرٕ عاشق بَشہ لالہ تہٕ تِہُنٛد موہنیو سُلہ جُوٚ۔ بشیر احمد چھُہ ہاجرس سیتۍ کاتِھ نو لُکھ آسنس بلکل بیب کران مگر منشی وکیلن ییٚلہ ہاجرن المارٕ منٛز تازٕ تازٕ لٕب مُرش چیٚھوٚ، بشہ لالس پرٛوٚتھ کٔرنہ عدالتس منٛز پٔرِتھ موکلاوٚ۔ بَشہ لالہ آو شٔشدر، راٲیلہ سۭندۍ پاٹھۍ ٹاس کرِتھ پہتھر لابنہٕ [1] تہٕ سُہ آو ہسپتال داخل کرنہٕ۔ سُلہ بَیس نِشہٕ آیہ عدالتہ منٛز جرح کرنہٕ پتہٕ اَکھ چیٚھٹھ یوسہ تمۍ اسد شہینہ کرٕ حبلہ بنہٕ زانہ منٛز گٔٹھ میٚرٲس۔ تہٕ حبلن اُمن ہاجرنہٕ نشانہٕ بیچھٹھ تِلتھ بنیہٕ زانہ منٛز بتھاوٕ منٛز بیٚتین گو ٹھکُن جج چھُہ بنٕن فاصلہ دِوان وَنان زِ "ییٚمہٕ چیٚھٹھو چھےٚ ییٚمہ مُقدمک فاصلہٕ [2] مقدمس متلق چھُہ بنیس فاصلس منٛز وَنان زِ" یہ واقعہ چھُہ از برونہہ پانژٕ وٕری سپُد مُت، مُلزمس چھُہ بنیو کُور ہاجرنہٕ دِیتھ مارنُک فرد جرم عاید کرنہٕ آمُت۔ یہ الزام اوس ییٚتھ عدالتن مُلزمس خلاف ثابت گومُت تہٕ اُمس اوس سزا دِنہٕ آمٕژ۔ تمہ فاصلس خلاف سپُز آزیل عدالت عالیہ ہس منٛز اپیل تہٕ سُہ فاصلہ آو پھُٹراونہٕ مثِل آیہ بنیہ یوٚرۍ واپس مگر ہدایت آو ییتھ عدالتس دِنہٕ زِ پیٚر بشیر احمد تہٕ سُلہ جُو گژھن زٕ گواہ عدالتہ کِن شاہدن ہنٛز کرِتھن منٛز طلب کرنہٕ ییٚن۔" [3] "یہ دستاویز چھُہ سہ چیٚھٹھ یُس واقعہ سپدنہٕ برٛونٛہہ پہٲن ہاجرن بنیس مالس مُلزم احمدس لیٚچھمٕژ چھےٚ۔ [4]

جج چھُہ یہ چیٚھٹھ حرفہٕ حرفہٕ پران۔ یہ چھےٚ ہاجرنٕ چیٚھٹھ بنیس مٲلۍ سۭندِ ناوٕ۔ اَمیچ گٔنٛزتھ جملہ چھِہ ییم: "کمنہٕ دِزہ ...... کرِم تہٕ باوٕتھ زِ تہٕ کمۍ اَندرِ کاژن کھیس ...... مےٚ ہشیو نتۍ گمایہٕ غالب گژھن زٕ ..... اَرِچ دَگ

---

۱، ۲، ۳، ۴ مجرم۔ غلام نبی گوہر ۲۵۴، ۲۹۳، ۲۸۸، ۲۹۲۔

گرٚژھہ نہٕ ژٕلتے تہٕ ساری سیٚتے قبیلس ٹانگہٕ دِیاوِنی . . . . بشیرس چھے یہٕ کیٚنٛہہ قوا صنوَر . . . . اکہٕ طرفہٕ چھُس مالِ ماجہ ہیٚنٛز فرمان بردأری ہٕشند فرض بیٚیہ طرفہٕ چھُس میٚٹھون سر یہ . . . . سُہ چھُہ بضد پنٕنے قبیلہٕ رچھنس بیٚیہ تٕہٕ بیٚنس مألِس ماجہ ہٕنٛدِس یاٗدس دٔب دِنٕک پراد کرٕتھ . . . . نہ چھُہ مےٚ پیٚرن ہٕنٛدِ یاٗدن لوٗٹھ کرنٕک وسہٕ بوان تہٕ نہ ہیٚکہٕ یہ ژٕرِتھ ژٕ ژھہٕ روزٕ ہم نارٕ اٗمن . . . . بٕہ چھُس ژٕلتے نیٚش دوٗر ژلان . . . . یور واپس پھیٖرُن نہ صرف مُشکل چھُہ بلکہ ناممکن . . . . یہ قدم میوٗن چھُہ پوٗن بیٚرٕتھ رٕچھُن وول"[1] چھٹھو پرِتھ چھُہ جج فأصلہ دِوان ز" اَمہٕ چیٖز ہٕنٛزِ روشنی اَندر چھُہ سُہ بٕہ ملزم بٔری کران"[2]

اٗتھی پیٚٹھ چھے ناول اَند واتان۔ اَتھ ناولہٕ مُتعلق چھُہ کیٚنٛژن اَنٛزِ وِینن نقادن ہٕنٛد یہ وَنُن ز" یہ ہسائے چھے عدالتہٕ منٛز اَکھ مِثل ییٚنہٕ اٗمژٕ تٕتھو نقل کرنہٕ آمٕژ۔ ناول چھے یہٕ کیٚنٛہہ" ناول پرٕتھ چھُہ اٗہنٛز بٔڑ کیٚنٛہہ پیٚٹھ اُسُن بوان۔ لوٗ ژے بوزو یہ چھے کأشرِ بأنۍ منٛز پیٚنٛز اثنٕ ہنٛج گنہ ٹھیٖج ناوَل۔ ادبیت چھے اَمہٕ ناولہٕ ہٕنٛد رُح۔ واقعاتن ہٕنٛز ترتیب چھے شاندار۔ تہٕ کأمِل صأیتے کیٚنٛہہ" کیٚنٛہہ وَنُن وول چھُہ پَرٕن وأرِس اَند پیٚٹھ آ تُھکس تان یانس سیٚنہٕ بٕکپاوان۔" تُجسُس چھُہ ناول موکلنس تان قأیم روزان ییٚکیا زٕ اَمہٕ بختشیج جنو یاد چھے سمٕہ شیٚتھو بیمہٕ سہٕ اَمہٕ مُقدِمٕک فأصلہ بُزان چھے۔ ناولہٕ ہٕنٛد مرکزی خیال چھُہ یہ زٕ عدالتس منٛز چھُہ بٔے گوٗنہٕگن تہٕ سزا لگان، اَلغرض مرکزی خیالہٕ کِس لِفافس وٕرلتھ چھُہ بیاکھ خیال زِ سأنِس سماجس منٛز چھُہ رسم تہٕ رِواج یِمنٛین لُکن خود کُشی کرنس پیٚٹھ مجبوٗر کران تہٕ یوٗدٕ پاکٕٹ پوٗتُلل چھُہ لُتہٕ معہٕ

---

۱، ۲، ۳ مجرم - غلام نبی گوہر ۔ صفحہ ۲۹۵، ۲۹۶، ۲۹۸

کرنہٕ یوان۔ پسِ منظرس منز چھُ طنز، سماجس منز طنز، قونونس پیٹھ طنز عدالتس پیٹھ طنز تہٕ سرکاری محکمن ہنٛز کارکردگی پیٹھ طنز۔ یہِ طنز چھُ نیٚنہِ شونہِ بٕہ۔ یہِ چھےٚ اَمہِ وِسے مُصنفہٕ سُنٛز دٲنِشِ ز عدالتس چھُ ذبح خانہٕ ونان تہٕ ہاوِتھ دِوان زِ یِہ کیٛتھہ پاٹھۍ چھُ ذبح خانہٕ۔ "یِیتہِ زَن چھہٕ نیم ساری اَدٕ لکھٕ شیٚتیر ذبح خانہٕ پیٹھہٕ زِنہٕ پان لیکھہٕ دان ژلان تہٕ دوران۔ اُف! انومن وٕتہِ پدٕن چھُ آدم رنٛگہٕ سیمنٹ کرِتھ چارسو چھےٚ آدم مازٕ ج بدبوے۔ یہِ گوٚ انسٲنی نیٚتک ذبح خانہٕ" یِمن لفظن منز چھُ اَکس پٔرِس انسان دوس مُصنفہٕ سُنٛد رُح بولان، اَکس فنکارٕ سُنٛد رُح۔ یہِ مُلکھ چھُ اصل جایہِ فِٹ کرِتھ۔

وطن کُن لیڈرہٕ نیم زون کھین ہیتھ
بجو انصاف کُن بافات مُلہ ماہ سیتھ
ژھٕکن دِژ مات سانیو پلسہ والیو
وکیلو ژٕ اوکہ میتو سُند ژور چھی ہیتھ

نجح سُندِس فٲصلس منز تہٕ چھُ پلسس پیٹھ طنز میلان۔

"میانِس دانِشتس منز چھےٚ پولیس اَکھ فریق عدالتس نِش بجہٕ کہ انصافچ مشینہ ہٕنٛد اہم پُرزٕ۔ یٕیلہِ یہِ پُرزٕ غلط کام کرِ۔ لازمی چھُ ساری مشینہ ہٕنٛز ییکہِ غلطہ۔"[۲] نادلہ ہنٛز دلیل چھےٚ معہ شعر یہِ زِ احمد اللہ ہیٛنٛز کورٕ ہاجرہ چھےٚ پننِس ہمسایس نورالدین پیرنٛس نیٚچِوِس بشہ لالس سیتۍ لول بٲگران۔ دوشوٕنی چھُ پانہٕ وانۍ خاندر کرنُک پرارٕ۔ مگر بشہٕ لالس چھنہٕ گرِ مالن کینٛہہ ماہ بڈِ خاندانک تہٕ بٔھرز دار ژھُنٛد تہٕ کینٛہہ ماہ اَمیر آسنہٕ معہ کھتہٕ یہِ ناہنزہٕ زِ احمد اللہ ہیٛنہ میلنہٕ

۱، ۲ مجرم۔ غلام نبی گوہر۔ صفحہ ۱۶۰، ۲۹۰۔

داج کبتھ، ہاجرِ چھےٚ زہر کھیوان، قتلُک الزام چھُ تیٚمِس ہاجرَس لگان تہٕ تس چھُ سنگین سزا دِنہٕ یِوان۔ یانٛدرِ وہرِ چھُ شہ اپیلہٕ سیٚتی بری گژھان تہٕ ہاجرِ تہٕ مرنُک اصل واقعہ نتشان۔ یہ ناول چھےٚ "اَسہِ تہٕ چھہ انسان" ناولہٕ ہنٛدِ یاٚٹھو عنوانن منٛز باگرِتھ۔ ۴۳ ہن عنوانن منٛز مثالہٕ یاٚٹھو، پین تہٕ باپ، کنہٕ اَچھ کاش، انسان، اولاد، راز، گیٚنٛڑ کار بیتر۔ واقعہ نگاری ہٕنٛز مثال چھےٚ یہ " یہ ژایس برٛ شیوٗ دُسے، کُھٹیک براوس یِنٛدٕ مسےٚ دِیُت کھڈِ تعہ تہٕ لعونہٕ آلو، مگر بیٚلہٕ نہٕ سعہ ہُمشارے گیہ مسےٚ زون نیٚنٛڈرِ راہ سس کوٗب تہٕ کرِ کہٕ ناد نلچُھ۔ مگر بیٚلہٕ نہٕ سعہ نونہٕ بیدار گیہ مسےٚ دِژ برٛس اَکھ زنٛتہٕ اَکھ اُمس اَنٛدرِ ہاتھکل تہٕ سہٕل سہٕل آو نہٕ برٛ مُشرا ونے، چھیکرِ مس آیہ ہاتھل نیٚرِتھ تہٕ برٛ کہٕ دوٗ لتھ۔ برٛ ہیٚتھے ژایس، ہاجرُ چھم پنٛنس وتھر نس مپیٹھ شوٗنکیتھ زن تہٕ بنتہٕ دبہٕ چھہٕ نیٚنٛدرِ، مسےٚ کرنو مس گرِ کھنچہ گوٗرِ گوٗرِ تہٕ بیٚلہٕ سعہ ہُمشارے گیہ مسےٚ تُمس بُنہٕ پیٹھ ڈُرن ٹھوٗد، وِ چھس میٹھ تھاوِ مس اَدتہ۔ نیٚنٛدرِ تہٕ اَس وارِ ہنٛدہ کھہ ہش نیٚلے مرٛ:" وکیل ژاو اَنٛدر تہٕ گرِ کھنٛڈ گرِتہ چھتھ دِژاو اَسمانی رنٛگہ دِسنا راگنٛڈ مِتھ تہٕ نوٗ تیلہٕ کشمیر ک پشرِ تلہٕ کے سوٗٹھا لا گیمتہ زن تہٕ اَز نوٗ و یاوُ نا اوسُس آمُت اکوٹھ کیٚن دوہن پتیٚنٛدن منٛز اَیتہ زِ تراٗ وِتھ تہٕ نسنہٕ ہنٛدِ مس تیٚنتس پیٹھ عائچھ تھاوِتھ اوس پنسہٕ لہٕ ہیٚنٛدِ مس براندس پیٹھ دوٗر۔ سیٹھا دوٗر، ہرمعہ کھ دوٗر مُدے گنٛڈِتھ۔ زنتہٕ ہرمعہ کھ کیس تیٚنتاعلس پیٹھ اڈہ برٛ ژھاین ہنٛزِ لوچہٕ ٹکہٕ ہاجرَس سوٗرے[۶]

۶۔ مُجرِم۔ غلام نبی گوہر۔ صفحہ ۱۶

پیپر باوان اَس، یُس تہٕندِ موتُک زِ چھیپِتھ راز اوسُ[1]" جذباتن ہیٚنٛد اِظہارُک بہترین نموٗنہٕ چھہٕ ہاجرہٕ بشیرس لیچھمۍ خط تہٕ پینس ہالی ہیٚنٛدِ ناواہ لیچھی مژٕ سعہ چِٹھۍ یوسہٕ مُقدمُک فیصلہ بنیو "میانہٕ پژھ ہیٚنٛد اَستانہٕ۔ مےٚ چھُم اَز تام یژھ ہشر دِشہ چاپٕنس داماتس گنٛجہ مژٕ ........ یتہٕ کائنٛسہٕ ہیٚنٛدِس خاندانی وِقارس توہین گژھیم تویے چھس مژٕ رُک یہ وُمہ وٗن اَلاو سپینہ کیس تو ندرس منز دَم چھُٹھ کرِ ہنٛ[2]" اَمہِ ناولہٕ ہُنٛد حول چھُ اُزمُک شہر سماجُک ماحول۔ مکالمہ چھِس رٕتی تہٕ جزئیات نگاری یژھ پُر تاثیر۔ یہ ناول پٔریتھ باسیوو مےٚ زِ ' ذبح خانہٕ تہٕ نوٗبٔیہ ہیٚنٛدی قاتل ناوک زِ عنوان چھہٕ یتھ منز اضافی۔ اگر یہیم آسہٕہٕن نہٕ پلاٹ اوس تتہٕ مکمل یموٗ چھے پلاٹس منز ڈیچر انٛمتٕ۔ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ چھُ لکھاری فنکاری ہاوُنس منز یوت ہمس گژھان زِ ناولہٕ ہیٚنٛدین واقعاتن ہیٚنٛدِ اصلیژ سیتھ چھُ اَثر پیوان۔ اَمہ علاوٕ چھِس کُنہٕ کُنہٕ زبانی ہنٛز غلطیہ تہٕ۔ "گلشن صاحبنیہ لنجہ اکی ہسے مالہ منز پژ دِیتھن[3] ہیو جملہ۔ گرٕ باژن منز یہ ناول پرٕن پرٕ چھےٚ یتھ جایہ بڑیک ہش لگان۔" عمہ لالہ اوس پلنٛگس پیٹھ بیٹھی لیشقہ تل شونٛگتھ۔ یتھ اوس عمہ لالن گُلشنہٕ تہٕ لیڈر بیٹھی چھہٕ پنٛڈ ابیزار[4]۔"

گوہر صابٕنیو بیاکھ ناول چھےٚ "مبدٕل" یوسہٕ ١٩٧٣ ءیس منز چھاپ سپُز۔ اَمہٕ ناولہٕ ہیٚنٛدی مرکزی کردار چھہٕ امین صاب تہٕ جلیلہٕ شاہ صابٕنۍ

---

١، ٢، ٣، ٤ مجرم - غلام نبی گوہر صفحہ ٩٨، ١٢٥، ٢٥، ٢٧٨

محمودٕ۔ امین صاحب چھِ کرٕ ایس شاہ صاحب نِسے مکانس منٛز یِسان مگر دوٚن
گرن چھِنہٕ بانہٕ واٚنی بیگہٕ آپہٕ (شاہ صابنۍ زنانہٕ) تہٕ طوطہٕ (امین صابنۍ
زنانہٕ) ہنٛدِ وجہ سٟتۍ گرٕ چھنہٕ تہٕ نہ کانٛہہ تولُقہٕ۔ یہٕ تولُق چھُ تمہِ واقہٕ پیٛٹھہٕ
ہیوان یَتھٕ دوٚگرٕ چُھن بییٚلہِ جلیلہٕ محمودس کالج بٔسہٕ منٛز لُڑکن نِشہِ بچاوان
چھُ۔ دوٚشوے چھِ زٕ مختلف تہٕ عجیب غریب کردار۔ محمودٕ چھُ لولہٕ پٔژ تہٕ
لولہٕ بٔرٕ ژرٕ مگر اُمہٕ سُنٛد لول چھُ جذباتی تہٕ جنسی آیِک۔ جلیلُن لول چھُ افلاطونی
قسمُک۔ دوٚن گرن ہنٛدۍ تولُقات چھُ یُتھ ناہ نزدیک یوان زِ جلیلس
تہٕ محمودس چھُ خاندٕر سپدان۔ جلیل چھُ یرٕ ژھان محمودس موٚرٕ ژ ہنٛدۍ
پاٹھۍ پوٚزا کرُن مگر محمودٕ چھِنہٕ بیٛ تاب آسان۔ دوٚن چھُ دۆر سپدان
عدالتس منٛز چھِ تنسیخ نکاحُک داوا ایِر سپدان۔ بیگہٕ آپُن بابہٕ پھرٕ
مجید چھُ ہیر تِھن تیز راوان۔ بیگہٕ آپہٕ ہمت مالہٕ ہن چھُ خیال آسان زِ امیسۍ
ہیٚمہِ مجید سٕنہِ خاطرٕ ہمت نیمچھر۔ جلیل چھُ سارِنے الزامن انکار کران۔ ڈاکٹر
ریوٗٹھ چھِ ہمیشہ یوان یِمہٕ تلیہٕ بہٕ نَنان چھُ زِ محمودٕ چھنہٕ وَنہٕ انہٕ ریش۔ تہٕ پَتہٕ
زِ جلیل چھُ "جان نہ ژھ ہنٛد مرد" کیس چھُ عدالتس کَیِوٕ رنِلان اٟتھو
منٛز چھِ جلیلن دوٚس موتی تہٕ محمودنی وٕس مینا بہٕ نیاے اَنز۔ راونس منٛز مدد
کران۔ ہموٗ دوٚ یُو تہٕ چھِ مٕس ملِے خاندر کوٗرمتے آسان۔ موتی چھُ زنانہٕ
سیٚتہ جلیلنس دۆر اکِس ٹیٚکلس منٛز نِوان تہٕ انہٕ تس مجبور کرٕ تہٕ گٔنٛتلہ
شرابہٕ چاوان تہٕ پَتہٕ اکِس پوٚٹنہ سِیتھ ژراوان جلیل چھُ "زٕ تُشہٕ وۄمرٕ منٛز
گوڈٕ نیچہ لٔبٕ اکی سانہٕ یکہٕ وٕتہٕ کرٕ ژٕ راٗیہٕ" چیوان۔ تہٕ پتہٕ بییٚلہٕ بوٚٹھو
نقلی مٕس تہٕ پُھتہٕ تھوٗدٕ تِلان چھِنہٕ سوٚ چھِنہٕ آسان محمودٕ۔ مرکزی خیال

---

۱،۲ میکل۔ غلام نبی گوہر صفحہ ۱۵۸ - ۵

چھُس صرف یہِ زِ جنس چھُ بُنیٲدی جذبہٕ۔ پلاٹ تہٕ موضوع کنہِ چھےٚ یہِ "مجرم" کھوتہٕ وُسہو پایہٕ ناول۔ ادبیت چھُس "مجرم" کھوتہٕ جادٕ، منظرکشی، واقعہ نگاری تہٕ جذبات نگٲری پانہٕ پننۍ مثال۔ "اکہِ طرفہٕ چھُ اَتھ باغس ترکارہ ہنٛدِ باپتھ پانژھہ شٔے چھینہٕ تہٕ منز باگ پوٚت بَر سٕیُود مخمل ہتان ہیو ویٚہرِتھ سبزارُک اکھ ژُکل اکھ۔ اَتھ دٔرمیٚنٛز گلس آسہٕ ژھوٚ پاسے عربی اٲلِف ہِشہٕ ژٕ ورنالہٕ، یِمن منٛز رنگ برنگۍ پوشہٕ رُوٗنہٕ آمتۍ آسہٕ۔ اکس میٚژِ رنگہِ کاگد وَرقس پیٹھ سبز خطٕ گلزار چ عبارت تہٕ عبارتس اَنٛدۍ اَنٛدۍ سوٚنہٕ سٕندِ ہنٛد ٲری موٚنٛد حاشیہٕ۔" واقعہ نگٲری "محمودس چھُ باسان زِ سارۍ نظر چھےٚ تٔمۍ کُن وُچھان، سوٚ چھےٚ وُشلان تہٕ وُزلان، تٔس چھےٚ یاد اوٚنہٕ کورِ ورق پھِرنہٕ، پۄان تہٕ موکھ وُشلنس ہُر تیزان۔ تٔمۍ ژٔر اوٚ بینۍ شرم ہنٛز کٲر بوٚن کُن اوٚیزان۔ نظر گنجن پننین مانز۔ کھوٚرن سیٹھا تہٕ دٔر لَگیٚتھ چھُ پنُن موکھ وُشلُن بیٚمین نظرن کُن گھٹِتھ تھوان۔"[1] "وٲسی جاف تھٲتھ گرِ بیٚیلہِ یمی ژاپہٕ مشاین تنیٚ چھتہ لد اِحساس ستۍ بنیہ چھیٚر اَتھ سیتۍ پھش چھٕش دِنہٕ، کشتہٕ تہٕ کشانہ کشان وٲتھو مشاعٔری احساس رِکنیہ۔ میٚلۍ آدو وٕہٕ ند کیٚن ٹھیلن گمِشہ مُژراونہٕ۔ پیٚتہٕ بیٚیلہِ میٚلۍ وہٕ ندچہِ ببر ہنٛد خوش بوے دٔراوٕ اسِس ژٔھرِ ہیتھ تہٕ ماز۔"[2] "شہٕ اوس آمہٕ نرم تہٕ زٲد و لیر چھُشہٕ سیٹھا اتھ تصویر کِس بُمہ کمانس دُمہ تنیر دوان، ییتھ کنۍ خالِق ازلہٕ پشر رنگین غزلہ ہُنٛد گوڈنکہِ ماری منٛد مصرعک گوڈنیُک الف خطِ طُغرا مَس منٛز عاشق مزاج کاتب اکارچہ گرہو تہٕ سیٹھا گران چھُ۔"[3] ("شاہ صابنہِ آمہ بلۍ ویٚہ گرٕ یکہِ زن کو" جلیل احمد تہٕ

---

۱، ۲، ۳۔ میثل۔ غلام نبی گوہر ص ۵۱، ۱۴۴، ۸۵۔

مرزٕ ینٛدر ہشارٕ نہٕ محمود تہٕ۔ یُہ سہ اُکس وارِیاہ پکھ مژس مسافرس ریٚاہ تھو
تھکمِتھ مخملی صوفہٕ پٮ٘ٹھ کُس نرم ڈٕاکس سیٚتۍ عشقہٕ پیچان ہُندمس اثبر چھیٚرن
وُہر یٖتھ اُس تہٕ گیہ چھانٮ۪برزن ییمن اویزان کوہِ کلن لۍ دِتن۔ اَمہ نژو اکھ
سبز مخملی صوفہٕ تھرس پیٹھ کلہ تھ کُن اَویزان ہیو۔ شُرا و تہٕ کِس سبزارس
پیٹھ اُس مُرٕ جھ یأتی ڈ بسبر رکنہٕ تہٕ رسہ وسان[١]۔ اوتان اُس اکھ کنھ مگر
کُنہ کُنہ جایہ چھِ سیٚٹھا اِحتیاط ورتاونہٕ باوجود جنسی جذبُک اظہار۔ پرٕ تھ
کوٚہ تَہ تہٕ ییٚتھ منظر جان، صحی، تہٕ صحت مند مذاقس پیٹھ بار۔۔۔ اَمہ تل
بےٚ اختیار یأتھ صوفہٕ پیٹھ اکھ نرم ملائیم لوکٹ شاند گوٚ تہٕ تہٕ الغایب روٚشن
وُچھس سیٚتۍ۔ وونہِ یُس سٕسرتہٕ ییٚمی کران ہیس مدیہ اچانک شب لیلہ یِن
نظرن سیٚتۍ۔

" یہ وونہِ چھ سٕسر یُس کاڈ کڈ تھ بالغ گژھنہٕ۔۔۔۔ اکھ وسپہ رس
تہٕ پیٚنس سیٚتۍ ہیو مُتھ یہ شاندٕ گوٚ ٹروکس اکھ منزٕ یأتی لاچہ تیر تھ۔ بدنہٕ
کُس اُکس انگس زن ہُرے بیس دگ۔ سخ دگ، کنھ تان پھیلان
اُس یاکہ دگ۔ پھٹنس اوس آمُت[٢] ـــــــــــــــــــ " غارشوٚ عورّی
یأتھ تلن پتھ نرم ڈلپ شاندٕ گوٚ تہٕ سیٚنہ چھ دگر ڈیٚنن ہیتھ۔۔۔۔ چیر
وارِیاہ چیر۔۔۔۔ وُچھ تلہ تلن تہٕ ڈمبنچ ہیو گومُت تکی یہ نہار ہریٚ ڈیٚنتن
بامبرسان ہیوکُن بۍ تھ۔" یہ دوٚن مےٚ بڑونتھ زلیل تہٕ محمود چھ اکھ اکس
نش سیٚٹھا مختلف ییم مکالمہٕ وُچھتو۔ " محمود وُٹھ تشبیاہ تہٕ بامبر ہش
ہشِن ہٕنز کمن غوطن تہٕ دوٚ لاین چھکھ سُنتھ" ـــ " یہ چھس امارٕ کِس کعبس
طواف کران" ـــ "تہٕ چھا تھیام لی شوٚ یہن اندر فونو فول پھیران" ـــ یہ وُچھس

١۔ ٢۔ ٣۔ میثل۔ غلام نبی گوہر۔ صفحہ ٣٠، ٣٢، ٩٠

پٮ۪ٹھ پرکٮ۪س مأرِ قَتلس دام دِتھ پانہٕ نِشہٕ بے خبر سپدان ..... جلیلُن بُڈ
کردار مُصنفن کوٚرمُت چھُ سُہ چھُنہٕ حقیقتس نِش باسان۔ یُتھ اکھ کردار
چھُ "مِلاپ" کِس ایڈیٹر زنبیرس اکِس ناولہٕ "چِترکار" منز تہٕ نظرِ گژھان۔
یِمو کردار چھِنہٕ رَتہٕ مازکی باسان یِم چھِ فرشتہٕ ہیوٗ لگان۔ لہٰذا چھا صلیبتہٕ
نِشہٕ دوٗر۔ محموٗدن کردار تہِ چھُ اکِس جِنسی مریضن زنانہٕ ہُنٛد ہیوٗ باسان۔
امین صابُن، شاہ صابُن، طوطُن، بیگہٕ آپُن، مجیدُن، ہینا ہُنٛد تہٕ
مۆتیُن کردار چھُ اصلیژ نِش۔ مکالمہ چھِ رَتی۔ مگر کُنہِ کُنہِ جایہ چھُ مُصنفُن
اندریُم شاعر بیدار گژھان تہٕ مکالمن پٮ۪ٹھ کرُن ڈالان۔ تشبیہہ تہٕ استعارہٕ
چھِ نوٚوی تہٕ جاندار۔ اُکھ ناولہٕ منز چھےٚ سمازِچ جان عکاسی۔ بوٚڈ حِصہٕ چھُ کالج
لایف ہاوِنہٕ خاطرٕ استیمال سپدمُت، یُتھ موضوع تہٕ چھُن کلچرل اکٹوٹین ہُنٛد
بیانہٕ باپتھ۔ تنہٕ سپدن والہٕ مشاعرک چھُنہٕ پلاٹس منز کانٛہہ خاص جنوٗرِ دِتھ
باسان۔ ییٚمہٕ شاعرانہٕ زبان تہٕ فنکارانہٕ بیان ہٕتھاوٕ اُکھ ناولہٕ ہمیشہٕ زندٕ۔ گوہر
صابُن چھُ "بٮ۪ن ناو" ناول لیکھِتھ بیٚیہ تہِ کیٚنہہ نام لیکھان۔ یہ ناول چھےٚ
وُنہِ چھاپ گژھن۔ مےٚ چھُ اکھ کیٚنہہ حِصہٕ پَرِمتی یہ آسہِ کأشرِ ناولہٕ
ہُنٛدِس تأرِخس منز اکھ نوٚو موڑ۔ اَز تان یِم ناولہٕ لیکھنہٕ آیہٕ تِم چھےٚ چھرا
واقعاتی تہٕ یِمن منز چھےٚ سپاٹ حقیقت پسندی کأم ہینہٕ آمٕژ۔ 'ہیُل' ناولہٕ
منز چھُ ہنا فرائڈ ہُنٛد نظریک عکس لبنہٕ یوان۔ تِتہٕ چھےٚ کأشرِ ناول وُنہٕ تیٚتھی
ییٚنہٕ اُردوٗس منز پریم چنٛدنہٕ ناولہٕ چھےٚ —— "بٮ۪ن ناو" آسہِ علامت پسندی
تہٕ جدید ناولہٕ ہُنٛز ہاوٕنی لایق مثال۔

۱۹۷۲ء یس منز بیپہٕ بنسی نردوش صابنِیُن ناول "اکھ دوٚر" تہٕ
چھاپ۔ امہ ہُنٛدِ وُننہٕ چھُ کُنہہ ڈٕ آمیٚتُن ناو "دِیتھ چھےٚ گوٚژان آگرے" اوسمت۔

بییمہِ کنِہ یہِ نشان چھُ زِ یہِ چھُنہٕ رتہٕ شرٕ "موہ کہ جار" ناولہٕ ہُند نوٗو رچھ "موہ کہ جار" چھُ دراصل تیمن نِشہِ وُنہٕ موجوٗد چھاپ سپدِتھ نہٕ۔ ییمہ ناولہٕ ہُند پلاٹ چھُ اُردوٗ ادیب مرزا محمد ہادی رسواہٕ "امراو جان ادا" ناولہٕ نِشہِ پان۔ بنڈ پور کیس اکس بیمار کاشکار پتھرٕ کوٗر نگینہٕ چھےٚ شہر ینِس ماُلِس (یُس دُرِ غہ گژھن ہسپتالس منز انڈور آسان چھُ) سمکھنہٕ کھسان تہٕ پور چھنہٕ واپس وسانہٕ۔ یم چھ زِ یہِ آسان گرِس بنیہِ نہٕ کانہہ۔ کرٕ چھُ گژھان دُجارِ۔ نگینہٕ چھےٚ دُرالِن ہندِس اکھس منز لگان تہٕ ہمیشہٕ چھُس کھوٗن پیوان مول چھُس ہسپتالس منز مران۔ اُمس چھ ینِس اکس خریدارس بلبدرس سیتھ جادِ نو لُکفات پادٕ گژھان۔ دوشوٕنی چھےٚ اکھا اکس منز دلچسپی تُلان۔ بلبدر چھُ اکھ ریٹس آسان۔ نگینہٕ چھےٚ گرہٕ کھوٚرِ آسنہٕ کنہِ ژور تھاونہٕ یِوان۔ بلبدرس چھُ وننہٕ یِوان زِ سعہ ژٕج۔ نگینہٕ چھےٚ دوہ پوٗر گژھتھ ہسپتال داخل گژھان۔ بلبدر تہِ چھُ جایہِ جایہِ اُمس ژھانڈان تہٕ آخر اکہِ دوہ یہِ بیمار گژھتھ ہسپتالس واتان، اتہِ چھ دوشوٕے سمکھان۔ بلبدر چھُ نگینہٕ نِس بچس (یُس اُمہِ سُندُے آسان چھُ) تہٕ نگینہِ نس پتھ کرٕ آنان۔ تس چھُ کرٕ بارٕ، شُرِ بابژ ژراوِنی پیوان۔ تہٕ آخر چھُ سہ ہنیہِ پننہٕ جادادِک مالِک بنان۔ اُمی شیترِ زمانہٕ راجہ رینچ چھےٚ تس سورُے پُشران۔ ناولہٕ ہُند مرکزی خیال چھُ "ہندو مسلم اتحاد" محمد دینُن تہٕ تیشدِس جکدار گمینہٕ پتھ توٗلُک۔ بلبدرنس موہ منوٗر غنی جوٗن تہٕ اکس موہ نُڈ دھمہ وٕنی ہُند نوٗلُک۔ باپہٕ بلبدرُن کردار چھُ یہی ہاوان۔ مرکزی کردار چھُ نگینہٕ۔ یہِ چھےٚ تمہِ وقتچ کتھ ییلہِ یینہٕ تہٕ شہرس منز کُنہِ کُنہِ جایہِ ہیشہ سپدان اوس۔ (اُز آسنا تہٕ وونی گو ژور ژھیپیہ آسہ) یہِ چھےٚ اکھ سپاٹ قسمچ واقعاتی ناول۔ وونی گو یہِ چھےٚ پتھرٕ یا اُٹھ اکہِ دوہ ہیچ

تصویر بیٚلہٕ ہیٚبِشدِک تہٕ مُسلمان نوصبہٕ کہٕ نارٕ نِشہِ دوٗرٕ اُسو۔ لکھارِس چھُ
پیٚمہِ زمانٕچ نِشہِ ہِسہِ شنہ وٗری پتہٕ گژھتہ تٔتھی سماجس منٛز یُن پیوٗمُت
تہٕ تیٚمہِ سماجچ عکاسی کرٕنۍ پیٚیہِ۔ یہِ چھےٚ پٔزٕ کٔنہِ ہیمتُک کٲم۔ یُتھ مُشاہدٕ
تصوٗرس منٛز کرٕتھ، تتھ پاٹھۍ پیش کرُن زِ یہِ باسہِ عملی مُشاہدٕ چھُ، نازبفت لایق
کردار نِگٲری چھےٚ اصلس نکھہٕ تہٕ صحی۔ کتہٕ پیٹھ، محمد دین، بلبدر، غنی جو، صدیق
جو، طوطہ، سار، شادٕ سارٕنۍ ہُند کردار چھُ باسان شِہہ ہیتہٕ وول،
پھیرِوُن۔ مکالمہ موقعہٕ مطٲبق تہٕ جاندار، منظر کشی تہٕ جذبات نِگٲری چھےٚ
ہِنٛدنتہٕ سان کرنہٕ آمٕژ۔ وٕنہِ گوٚ یتھ جایہِ از ناوِل لیکھنک فن وٕتمُت
چھُ تیٚمہِ حسابہٕ چھےٚ یہِ کُنوٗ ہمہِ حدی ہٕنٛز ناوِل باسان۔ تمی زمانہٕ کہِ گامٕچ
تصویر۔ تمی وقتہٕ کیٚن گٲمی۔ ین حُمند سنزٕ پٔزٕ "سارٕنۍ ہُند اندازٕ اوس
زٕ اُمس چھےٚ زٲوِج کٔستر۔ اَتھ بیمار چھےٚ لاگ تہٕ کرٕتھ تہٕ اُسو نہٕ گامہٕ وٲلی
اُمس نِشہِ بیہتس ہراسہٕ کران۔ بیمارس نکھہت کرٕنۍ اوس گونٲہ۔" دین
محمد اوس کوٕرِ ہشیر ماپہٕ "گامس منٛز شرٛ یتھ چھتھ ون کاسہٕ پاکہٕ ناوِچ پاکہٕ ناوٕ وو
قسمہٕ قسمہٕ چہ خمیر بُہرِن تِشِس اٮ۪نتھ دوہہ دوہہ کڈان۔ وقتُک عکاسی
"گامن ہنٛز حقیقتہٕ کٮ۪نژھے، شہرس منٛز اُسو لکھہ نِنگے تہٕ نبیتھ نسی ہٕنٛز پٕٹھِر
پھیران۔ مسلہٕ اُسو دارِیاہ۔ مگر یمن مسلن اوس سنان خال کانہہ کانہہ
یِس ہاکس تنِس صوٗرتھ آسہٕ ہا تیتھ گرس منٛز اُسو اُری ڈُرو مرد تہٕ نر
زنانہٕ ڈیٚہرا اوبتھ سعہ کھالہٕ نیٚندرا ہِ ژراوان۔ ڈیوسارٕ ی کماوُن تہٕ سعو مراوُن
تنیہ اُس نہٕ گنجٲیش تہٕ۔ اکس ہیٚپٹھ اُسو پانژھہ پانژھہ تہٕ ریلان۔ زٕچے
زن لکہ ہینکھ، شکایت اُس نہٕ ملالہٕ اوس نہٕ، دِلچ کتھ اُس نہٕ بہل ہیل

---

۱، ۲ اکھ دور۔ بنسی نردوش صفحہ ۵، ۶

وُٹھِن پیٹھ اَنِتھ، زِٹھس اوس تہٕ روبہٕ پٕژ بُس ؤسہٕ اوس اَتہٕ رس منٛز اعتقادس تہٕ تقدیرس ہتھِچھ کرٕتھ خودا یہ شُشد ٹکرانہٕ کران"۔ واقعہٕ نگأری ہٕنٛز مثال چھےٚ یہ۔" ٹھوٚد وٕتھ ییٚلہٕ سارٕے پٕنٕ بُتھ اَنس منٛز وُچھ تمُو ژٲو اَچھ نظر نگینس پیٹھ تہٕ بیاکھ پانس۔ زٕن تہٕ اوسُس کلہٕ ٹھپس منٛز یند مگر اَمہٕ سیتی یہ سہٕ شکل ڈرایس تتھ کُن وُچھتھ باسیوس اَندرٕ کنہٕ کُنہٕ ہیوٚ زٕن تہٕ آس لعہ کہٕ چار وایس۔ کُنی ژھال دِتھ بیہتھ ٹیچھرَ تہٕ لٔژن نگینہٕ بنِتہٕ کو چھہٕ منٛز۔ نگینن کھییٚہ ومٕٹھ ہیش، ہائے کیا گوم۔ پیتہٕ سأ اوِرٕ اَژ کاٹھہ" .... نگینہٕ وُژھ اَمس، یورچھاتو مہٕ وُنی کیٚن کاٹھہ پوٚژھ بینہٕ وُل سارٕن ووٚنُس کُنس تَل اَکھاہ۔ کیتِیا' تہٕ اُژھ ٹھوٚد۔ ٹھوٚد وٕتھ ووٚتُنس۔ ژٕ کہو زِ چھکھ بانبران۔ ژٕ پرار .... نگینس اوس باسان زٕن تہٕ شام وق چھہٕ تہٕ سُہ چھےٚ مدھومتی ہٕندس پیٹھ ہارٕ نا یہٕ کرا یہٕ منٛز آبس منٛز کھورٕ تھاوِتھ پان شہلاوان تہٕ اَتھو منٛز چھہٕ اسمانکٕ نیجر بوٚن زمینس پیٹھ وٕسِتھ سأری سےٚ متھینہٕ آمٕت تہٕ دوٗر چھہٕ چیتر نارکس جنگلس منٛز گُتام گیون لہرژاوان۔" تشبیہن ہٕندِس استعمالس منٛز تہٕ چھُ نوٚہر:" اَتھ موٚ جبتمس منٛز اوس تژر تہٕ تاو اَسِتھ تہٕ شہلتھ تہٕ نرمی پرژھ ژھیٚلیہ تِشس پیٹھ سمے میٚترس گوڈنکیس شینس آسان چھےٚ

——— سوٚ سوٚندر مال ییمہٕ شُشد بدن تیٚھسے کُنہٕ پیٚزلوٗن، پژوٚن تہٕ ملائیم

اوس بیتھ کُنہٕ مدھومتی ہٕنٛز ٹروٹ گاڈ چھےٚ آسان، کُنڈٕ روٚستے ———

نیٚوُل اَسمان اوس چھِلِتھ چھوٚ کیتھ ہیند وندکرٕ میوٚ گومُت "کیتھہ خامی اَسِتھ تہٕ چھےٚ یہ ناول بِنِتہٕ وَقتیچ دستاویز آسنہٕ کُنہٕ کأشرِس اَدبس منٛز

اَکھ اِضافہٕ۔

## ترجمہٕ ناوِل

کأشرِ زبأنی منٛز یوٚسہ ناوِل گوڈنیتھ چھپِتھ آیہ سُہ چھُ رابندر ناتھ ٹیگورٕنی "چوکھیر بالی" بنگٲلی ناوِل۔ اَمیُک ترجمہ کوٚر پروفیسر پُشپ صأبن تہٕ ۱۹۶۲ ؏ یس منٛز پیو "اَچھ کٔٹر" ناوِ ساہتیہ اکیڈیمی دِلہٕ ہنٛدِ طرفہٕ چھاپ۔ اَمہٕ ناوِلکۍ مرکزی کِردار چھِ آشا تہٕ مہندر۔ ناوِل چھُ پنٛنِس وَنٛزہٕ گنٛڈن منٛز ہانٛکلہِ ہنٛدۍ پأٹھۍ جۄڑتھ۔ نموٗنہٕ چھُ یہِ "وہرانٛتھ اُس لگمُت۔ بیٚٹھ بأنٛچ روٗدٕ جرٕ یا اُس بیمار تہٕ اوبرٕ اوس وہرلتہٕ آمت پأنٛ بأگہٕ ژاو مہندر خۄش تہٕ خوشحال شعٕ نکٕت کُٹھس، ژادرِ اوسُن عطر چھرکاو کوٚرمُت تہٕ ہیتہٕ اُسس ہیہ حال۔ کھوٚر بانہٕ صٔدہا کوٚرُن تہٕ کینٛہہ زِ بیٚہ تہٕ کہ پأٹھۍ پٔیمہٕ ہیٚ آشایہ ژٕ وٕہکُن وأرتیتھ، کمرس کٔرِن نظارٕ تہٕ وُچھُن زیوٗرِ کیتھ اُسس دأرِ اوٚژھ۔ واو اوس غضبک تہٕ رُدٕ پھیرِ کھاسے اُسی اندر یوان۔ ژوٚنگ اوس گومُت ژھیٚنتہٕ۔ آشا اُس فرشس بیٚہِتھ بیمار تہٕ گیتھ اُسس گرٕ ہان۔" ترجمہ کرنس منٛز چھےٚ جان محنت کرنہٕ آمٕژ تہٕ یہِ چھُ اصلس نکھہٕ اَنہٕ آمُت۔

۱۹۶۹ ؏ یس منٛز سپُد جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ دٔسی میکسم گورکی سٕنٛز مشہور ناوِل The Mother ہُنٛد ترجمہ کأشرِ پأٹھۍ شایع۔ کأشرِ زبأنی منٛز چھےٚ یہِ ناوِل علی محمد لونن تارمٕژ۔ دوٚن حصن منٛز چھُ یہِ ترجمہ یکہٕ وَٹہٕ اَکی ہیٚ کِتابہٕ ہنٛدِس صورتس منٛز چھاپ سپُدمُت۔ نموٗنہٕ چھُ یہِ "نیم دزاہ۔ تہٕ مأج رۄز سینس بیٚہِتھ اَچھ گنٛڈتھ ییٚنہٕ کنہٕ دارِ نیش

وۄدِنہٕ۔ اَچھ مۆژرٲوِتھ تہٕ کیتھہٕ وُچھنہٕ ورأیی رٔژ مُدے گٔنڈِتھ وُچھِتہٕ تس آسہٕ بیٚمہٕ چارنہٕ آمِژ۔ وُتھ اُمِسن ژٕ کرٲوی مِتھ تہٕ ٲرِہ کھنٛچہٕ تھتھ زورِ سان جاۓ رِتھ رٔچھ مٔنٛزٕ زِ تَس باسہٕ یہِ چلدٕے دٔگ ہیش وۄتھان۔ یَنہٕ اوس تیٚل معہ کلبومُت۔ سعہ ییٚنہٕ کوٗ ژٕرِ ژٕرِ نہٕ ریٚہہِ رٔژ نٹِتھ۔ تمہِ ڈیُٹ یَتہٕ پھیرِ کھ نہٕ اَتہٕ گوٚسے مٔنٛزٕ رۄز وۄدِنہٕ، تمِ نٔشہِ دِلَس مٔنٛزٕ اَمِس اَتِنہٕ رۄٚس دٔگ تہٕ دۄد وۄتلِتھ آمُت[۱]۔ ترجمہ کرنَس مَنٛز چھےٚ یعہ نٔر منٛدی ہاونہٕ آمِژ۔

۱۹۷۴ ءیس منٛز سَپُن مشہور رۄسی ناول نگار لیو ٹالسٹاۓ سُنٛد مشہور رۄسی ناول "وار اینڈ پیس" کٲشرِ ترجمُک گوڈنیُک حِصہ چھاپ۔ شایع کوٚر جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی ترجمہ تہِ کرنوٚس اَمی ادارَن ترجمہ کار چھُس مُظفر عازِم۔ عرضِ ناشر عنوانس تحت چھُ ٹلینگ حسایَن "لیو کھمُت زِ" ناول باگہٕ بٔرِ ژٕ آسہٕ کنہِ ییہ یہ ژھوٚن حِصَن منٛز شایع کرنہٕ تہٕ ییٚمہٕ گوڈنکہِ حِصکی پاٹھی آسہٕ نوٚ وٕری یہ نہٕ ۂنٛدین اَتھَن مٔنٛز امیُک دوٚیُم حِصہ تہٕ۔۔۔ "جنگ تہٕ امن" ناولہٕ ۂنٛد شُمار چھُ دُنیہ یہہِ چَن ڈہَن بہترین ناولَن منٛز سپدان تہٕ اَسہٕ چھےٚ وۄمید زِ اَسہِ سپدٕ وِ یمَن سارِنے شاہکارَن کٲشرِ وردُن ولنَس منٛز کامیاب[۲]۔ اَتھ ناولہٕ مُتعلق چھُ نوبل پیناہ حاصِل کرن وٲلِس مشہور انگریزی ادیب جان گالزوردی سُنٛز راے زِ "گۄتہٕ زمانس منٛز لیکھنہٕ آمِژ و ناولو منٛز ہمساۓ اَچھےٚ یہٕ ساروے کھوتہٕ بہترین[۳]"۔ ترجمہ کارَن چھُ دعوہ یہٕ ژٕمن صفحن ہنٛزِ گوڈٕ کِتھہِ منٛز، ٹالسٹاے نہٕ زِندگی' اَتھ ناولہٕ تہٕ

---

۱۔ ماج (میکسم گورکی) ترجمہ علی محمد لون ۲۔ ۳۔ جنگ تہٕ امن صفحہ ۳، ۴، ۵،

(لیو ٹالسٹاے) ترجمہ کار مظفر عازم۔

اَمہِ کیٚن کِردارَن، ٹالسٹاے سٕندٮ۪ن کِتابن ہٕندٮ۪ن ہِندُستانی ترجمَن تہٕ ٹالسٹاے سٕنزِ زِندگی ہٕندٮ۪ن اہم واقعاتن تہٕ کِتابن ہٕندٮ۪ن سٕنزٕ ورٕتھنے تٔھنہٕ شوٗبہِ دار اَندازَس منز کٔرمٕژ زِ موٗمولی درجہ کِس کاشُر پَرن والِس تہِ یِیہِ یہِ کِتاب پَران پَران سمجنس منز سہولت۔ ترجمہ کار چھُ مانان زِ روٗسی زبٲنی ہٕنٛز خبر اَتہٕ نہٕ آسنہٕ رٕکِنۍ چھُ تَس انگریٖزی پیٚٹھٕ ترجمہ کَرُن پیوٚمُت۔ یہِ چھُنہٕ تاجُب کیٚنٛہہ۔ پُشپ صابُن لون صابُن تہٕ گریٖرسَر صابُن ترجمہِ تہٕ چھُنہٕ سیٚدٕ سیٚود اصل زبٲنی پیٹھٕ کَرنہٕ آمُت۔ ییمہ چھِ سارٕی ترجمَن ہٕندۍ ترجمہٕ۔ وٕنۍ گۄڈٕ ترجمہ کَرَن کراں ہیم مختلف ایڈیشن ترجمہ کارَس وُچھنۍ پیمیتۍ چھِ تہٕ تہنٛد تقابلی مُطالعہ کٔرِتھ ییمہِ بھِنٛتہٕ سان ترجمہ کرنہٕ آمُت چھُ۔ تیمیُک شہادت چھِ گۄڈٕ کیٚنٛہہ منزٕ مِثالان تہٕ پانہٕ ترجمہ تہٕ چھُ اَتھ گواہ۔ نمونہ چھُ یہِ "شہزادہ الینہ کُملاوۍ وُچھتھ سعٕ وُژھ تِتھے کٔنۍ آسہٕ وِہٕ بُتھِ پیٚٹھ کٔنۍ سعٕ پیٚیہٕ ژامُژ اُس۔ تمہٕ سٕنٛد حُسن اوس مانہٕ آمُت تمہٕ سٕندِس ڈانسہٕ کِس پوشاکس آسہٕ سدا بہار پوشہٕ کھٔر بنٲوِتھ تہٕ اَتھ اوس چھٔش لگنہٕ سیٖنہٕ کھِر کھِر گژھان۔ مرداَسہِ سارٕی دٕچھِن کھوٚوُر ڈلان تہٕ تمِس وُتھ تراوان۔ بیٚیہِ سعٕ تیمہٕ منز پٮ۪کان اُس تمہٕ سٕندۍ پٔرٕزٕ شانہٕ ثیہٕ ثیہٕ کرُن حُسن تہٕ لال مالہٕ آسہٕ شولہٕ ماران۔ سعٕ اُس تہٕ سیٚدِ سیٚود کاشِہ کُنۍ وُچھان۔ مگر پٔرِتھ کاشِہ پیٚٹھ اُس تبسُم کَران زِنتہٕ سعٕ پٔرِتھ کاشِہ لحاظ کِنہٕ پنٕنہِ بدنٕکۍ مارٕہی منزٕ مُیت پینٛتہٕ پٔرٕزٕ شانہٕ پنُن وَچھ تہٕ کمبر پیٚٹھ کھاوُنک موقعہٕ اُس پٔرٕ ژھان دیُن، ہیم سارٕی وقتہٕ کہ فاشِنہٕ مۆجوب نمٕک نظرٕ تہٕ اَسی آمُتۍ۔"[۱]

---

۱؎ جنگ تہٕ امن۔ حصہ اول صفحہ ۳۴۸ (ٹالسٹاے) ترجمہ کار مظفر عازم

## لۆکہ کتھ تہٕ داستانہٕ

جے ایچ نولزن چھُ "فوک ٹیلز آف کشمیر" کتابہِ منز لیوکھمُت ز
شاید ہے آسہ دُنیہچ کانْہہ زبان یتھ منز یتھ یوٗت لۆکہ ادب آسہ" یہ پیٚیہ ہا
تیٚلی بڑٕ زھرادانہٕ بیٚلیہ چھاپ کرِتھ مۆحفوظ سپدہ ہا۔ اَمہٕ قسمچہ ییمہ کوٗشِشہ
جے ایچ، نولز، سیٹن تہٕ گریرسن صٲحبن کٔر تِمہ پیٚیہ اَسہ بڑونۍ ٹھکناونہٕ
چنانچہِ بھارتی سرکارکہِ محکمہ اطلاعاتہٕ کہِ طرفہٕ پیٚپرز" بھارتیچہ لۆکہ کتھہ" تہٕ
"دیش ودیش چہِ لۆکہ کتھہ" سِلسلہٕ کتابہ چھاپ یتھ اندر بھارتچن
علاقٲئی زبانن ہنزٕ افسانہٕ (کتھہ) کٲشرِس منز تارنہٕ آے" نولزنٕ
"فوک ٹیلز آف کشمیر" کتابہِ منز آسہ کٲشرٕ ٹاٹھ لۆکہ کتھہ" حاتم ٹیلز" سوٗ اَمِ برٕ
منز چھپے کاہ کتھہ" بھارتیچہ لۆکہ کتھہ کٲشرِس منز تارُن اوس کٲشرِس
نثرس بٔرزر کرنس برابر یوٗز اُکھ اوس نہٕ سانہ لۆکہ کتھن سیٚتۍ کانْہہ واٹھ
۱۹۵۵ ءیس منز کرِ لالہ رُخ پبلیکیشنن نور محمد روشن نہٕ سوٗمبراوِ مژ ترٛیٚہ
دلیلہٕ" پوشہِ تھۆر" ناوس تحت ترٛن حصن منز چھاپ۔ ۱۹۶۱ ءیس منز
چھپاو ایس، ایل، سادھو صٲبن انگریزی پاٹھۍ بیٚیہ تُرہن لۆکہ کتھن ہنز
سوٗمبرن۔ یوسہ تِمو اَسہ کٲشرِس منز گٔنزرٲوِتھ ہیکو۔ اوٚت تام آو کٲشرِ
پاٹھۍ لۆکہ کتھن ہنز تعداد ۱۰۵ اوتار کرشن رہبر صٲبن کرِ" موختہٕ لرٕ" ناوی
کیٚنہہ دلیلہٕ بچن ہنزِ خاطرٕ ناجی مُنوّر صٲبس سیٚتۍ لیکھتھ ۱۹۵۹ ءیس منز
چھاپ تہٕ پتہٕ ناجی مُنوّرن تہٕ بال کرشنن اُکھ کتاب" مرژہ ہیٚنز" ناوٕ۔ پننِ کرٕ
اختر محی الدین تہٕ پشکر بھان صٲبن سوٗمبراوِ مژ لۆکہ کتھن ہنز بیا کھ
سوٗمبرن۔ "کٲشر دلیلہ" ناوس تحت جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی چھاپ
یہ سِلسِلہٕ رُود جاری تہٕ ۱۹۷۲ ءیس یوٗکُن سوٗمبراوِ کلچرل اکیڈیمی بیٚیہ ترٛیٚنہ

لُکہ کتھہٕ ہیمہٕ اَز تام " کٲشُر لُکہ کتھہٕ " ناوس تحت ترٛیٚن جِلدَن منٛز چھاپ یمٕژ یمَن ترٛیٚن جِلدَن منٛز چھےٚ لگ بگ ڈوڈ ہَتھ لُکہ کتھہٕ لیکھنہٕ آمژٕ۔ یہنٛزٕ پٲٹھۍ چھہ اَز تام مۄحفوظ سپدیمژن کٲشرِن لُکہ کَتھن ہُنٛد تیداد قریب قریب ترٛیٚن ہتَن تام واتان۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ شُرٕ ین ہنٛزٕ خٲطرٕ دلیلَن ہُنٛد اکھ مجموعہ " بالہٕ یار " ناوی شمبھوناتھ بٹ حلیم صابن تہٕ لیٖکھمُت۔

## داستانن ہنٛدۍ ترجمہٕ

مرکزی سرکارچہِ ساہتیہ اکیڈمی کرنٲو پروفیسر محی الدین حاجنی صابَس اَتھہٕ اَلف لٲل ہنٛز کینٛہہ دلیلہٕ کٲشرس منٛز پھیرناونٕچ کٲم۔ مگر ۱۹۶۰ء برونٛہہ برونٛہہ ترجمہ کرناونہٕ آمتہٕ سپزٕ نہٕ یہِ ۱۹۷۰ء برونٛہہ چھاپ اَتھہٕ گَژھ وری جوراچھاپ سپدیمتس تہٕ چھاپ کرناو ساہتیہ اکیڈمی ہنٛدِ طرفہٕ جموں و کشمیر کلچرل اکیڈمی۔ اَلف لٲل چھےٚ سیٹھا ضخیم کتاب اَتھہٕ چھےٚ عالمی شہرت حاصل۔ کٲشرس منٛز آو امہِ کُہ کم قلیل حصہ پھیرنہٕ یہِ ترجمہ چھُہ عربی اصل ( قاہرہ ۱۹۰۴ءیس منٛز چھپیوٚمت اَلف لٲلہٕ ہُنٛد پینٛژم ایڈیشن ) تہٕ انگریزی ترجمہ دوشوے مدِ نظر تھاوتھ کرنہٕ آمُت یہِ ترجمس منٛز چھےٚ ییمے دلیلہٕ گُنٛدرُز ہرِ تہٕ ترجمہ کارن چھُہ یہنٛد ترتیب بنیہ حسابہٕ تھوومُت یانے ترٛیٚن حِصن منٛز باگراومژ۔ لول تہٕ جود، مزاح تہٕ ظرافت تہٕ جیوانَن ہُنٛد کاٹھبار حصن منٛز۔ کمہ ڈ کتھہٕ منٛز چھُہ بڈٕ حان پٲٹھۍ اَلف لٲلہٕ ہُنٛد اکھ اہم اہمیت تہٕ مختلف زبانن منٛز اَمکہِ ترجمہٕ ہُنٛد خاص کتھن ذکر دینہٕ آمُت۔ اَمہِ سیتۍ چھُہ عام پرن والیس مولوماتس منٛز اضافہٕ سپدُن تہٕ ممکن تہٕ ترجمچ اہمیت تہٕ چھےٚ ہُریمژٕ۔ " باسان چھُہ زِ یہِ دلیل چھُنہٕ ترجمہ بلکہ اوریجنل پٲٹھۍ قلمبند سپزمژٕ۔ "[1] ترجمک نمونہ چھُہ

---

[1] الف لٲل۔ پروفیسر حاجنی۔ صفحہ ۱۷۹

یہ " تہٕ یہٕ وۄنھس تہٕ کھۄتس اَکھ ژٕرٲرۍ کٲنی تہٕ اَتہٕ پیٹھ ٲس سڑکہِ پیٹھ سٟیٚود نظر پیوان تہٕ تام لۄگ کوچہٕ منٛز انسانن ہُند شور گژھان تہٕ گرِیِن ہُندِ پکنُک ٹاس پھٹاس سپدان - اَکھ ژٕرٲرۍ کٲنی ٲس اَکھ دٲرِ بیٚمہٕ پیٹھ دَروازٕ ادس لیٚنہٕ یوان - میٚے کٔڈ اَمہ منٛز نظر تہٕ وُچھان چھس اَکھ جوان سوار زن تہٕ پھل ژٕنٛزر زٕدۍ ہیٚتھ نابان - اُمِس برٛونٛہہ برۄنٛہہ واریاہ غلام تہٕ فوج اُمی ہٕندِ شہنشاہ کھٹرِ پکان " - اَکھ سلسلس منٛز چھیٚے بیاکھ کتاب تہٕ یوان سعہ کٔیہ پروفیسر شام لعل سادھو صابن " ویٚتھہٕ ہٕندۍ مَلر " یہ کتاب پیٚٹھ ہرمعہ کھ پبلشرز - ۷ کرن نگر سرینگر کہ طرفہ گوڈ ۱۹۶۸ء یس منٛز بیہ ۱۹۷۰ء یس منٛز چھاپ - اَکھ کتابہٕ منٛز چھیٚے زِ ووٚدہٕ لہ کیٚہ لہ کیٚہ کتھہٕ " ہُند آگُر چھُ سُہ نوٲرِ نکی مواد یُس کلہن پنٛڈِتن پیٹھ پیرزادٕ جَسٹن تام آدسۄمبر تہٕ " کیٚتھہٕ چھیٚے، کشیرِ لگ بسٕتی، راز بینٛبہ سٕرہ، بوٚمبر تہٕ لولرٕ . ہیٚندرٕ لیکھا مہٕ گُلہ ہمسو، دٲنہٕ دَت، بڈشاہ، علی مردان خان بیترِ - اَکھ کتابہٕ تہٕ چھیٚہ ہیمن مرکزی سرکارکہِ ایجوکیشن تہٕ لیبٔکھ سروسز منسٹری ہُندِ طرفہٕ اَکھ مانس روپیہ انعام میوٗلمُت - کتھہٕ چھیٚہ ہیٚشہٕ زبان چھیٚے عام فہم تہٕ سادٕ .

جموں و کشمیر چہ کلچرل اکیڈیمی چھہ " کلیلہ و دمنہ " ہٕشہ مشہور کتاب تہٕ پروفیسر مرغوب بانہالی یس اَکھ ترجمہ کرنووُمُت یوٚزٕ یہ چھُپنہٕ وُنہٕ چھاپ سپدمُت . میٚے چھُ یہ ترجمہ وُچھمُت . اَتھ زبان چھیٚے بڈٕ دلچسپ - تہٕ ترجمہ کارن چھُ یوٚزٕ پاٹھۍ ترجمہ کرنہٕ لوازمات نظرِ تل تھٲوِمٕتۍ - پرٕتھ میٹھ تہٕ شوٗز زبان چھیٚے ترجمن منٛز خالے نظر گژھان .

---

ع۱ " نیب " فروری ۱۹۷۰ء - کَہوچ سام - امین کامل .

## تاریخ، تنقید تہٕ ترتیب

سانہِ ادبہٕ کِس اتھ شوبس کُن آو نہٕ وارِہس کالس کانٛہہ توجہ دِنہٕ۔ عبدالاحد آزادن لیچھو "کشمیری زبان اور شاعری" ناوٕ کتاب مگر اُردوٗ پاٹھۍ۔ یوسہٕ پتہٕ کلچرل اکیڈیمی نظر گذر دِتھ ترٛین حصن منٛز چھاپ کرٕ آمہٕ۔ علاوٕ پتہٕ لیچھو جےلال کول تہٕ پروفیسر ٹینگ صابن کینٛہہ مضموٗن پوٚزِم تہٕ آے انگریزی پایندی پاٹھۍ لیکھنہٕ۔ یِمو مضموٗن کاشُرِ پاٹھۍ لیکھنس کُن دیُت گوڈٕ پروفیسر محی الدین حاجنی صابن توجہ۔ یِہندۍ یِمو کینٛہہ مضموٗن سیدِ پرتاپ میگزینس منٛز چھاپ۔ بیٚیہ ییٚلہِ رحمان راہی صابن اکھ مضموٗن "مارکسی ادبی تنقید کیاہ گوو؟" یُس منٛز ۱۹۵۲ء کس کونگ پوش رِسالس منٛز چھاپ سپُن۔ ٹینگ صابن لیوٗ کمس تِہنٛدے اکھ مضموٗن سپُن "کاشُر شاعری ہُندٕ گوڈٕ کال" عنوانس تحت کاشرِ پاٹھۍ کونگ پوش کِس رِسالکِس گوڈنِکس جِلدس منٛز چھاپ۔ حاجنی صابنۍ یِم مضموٗن لیچھمٕتۍ منٛز سپنٛد کینٛہہ "کاشِر نثرِ ہنٛز کتاب" منٛز ۱۹۶۱ء یس منٛز چھاپ۔ یہ کتاب چھےٚ کاشرِ زبٲنۍ منٛز مختلف قسمہٕ کین مضموٗنن ہنٛز گوڈنیُک سومبرن۔ حاجنی صابن چھےٚ ریاستہٕ چہِ کلچرل اکیڈیمی اکھ کتابہٕ گوڈنِکۍ ینامہ دیُتمُت۔ اتھ منٛز چھہٕ مختلف عنوانن تحت مضموٗن بٲگراونہٕ آمتۍ۔ مثالہ پاٹھۍ مضامین، مقالات، تنقیدات، تمثیلات، لوکہ کتھہٕ، مترجمات تہٕ متفرقات ترجمو، لکہ کتھو تہٕ ناٹکو علاوٕ چھہٕ اتھ منٛز نفسیات کِس موضوعس پیٹھ اکھ مضموٗن "خابٕک عالم" تأریخ کِس موضوعس پیٹھ اکھ مضموٗن "یوٗرپیٚچ حکمرٲنی" ——— کاشرِ ادبیچ کینٛہہ روایتہٕ، دعہ زمانن ہنٛدۍ زیشار، سانہِ آزٕچہِ شاعری ہنٛزِ ترایہ، ادب تہٕ ماحول

ہوی تنقیدی مضمون ـــــــ سانہٕ اَدبٕچ زان، پرٛژٕ، کٲشرِ کام،
کٲشرِ کہاوژ ہیوی تحقیقی مضمون شامل۔ اَمہ کتابہٕ ہٕنٛزِ گوڈٕ کنہِ منز چھہ
ہیمِس مضمونس مُتعلق پروفیسر حاجنی صاحب لیکھان ز "ہیمِس منز آسہِ کیٛنہہ
چھاپ گمٕتۍ، کیٛنہہ براڈکاسٹ سپدی مٕتۍ تہٕ کیٛنہہ صرف لیکھتھ روٗدی مٕتۍ۔
...... ہیم کیٛنہہ چیز کاشرِ نثرٕ برونٛہہ کنہِ تھاوان چھہ مے صرف اَکھ
مقصد اوسُم گوَ ییمہِ زٕ وُتی کیٛنہہ کینژ اَدبی گرٛشہ ییمہ کتابہِ ہٕنٛزِ مانی کاشرِس
نثرِس منسُوع تہٕ معیاری بنأونس کُن فکر لگہِ‌تۍ۔"[1] ہیم مضمون پٔرتھ چھہ پروفیسر
صاحبنہِ تنقیدی نظر بیچھ تہٕ تحقیقی ذہنس بیچھ لامحال ایمان اَنُن پیوان۔
ہیمِن چھہ عِلمی سطحہ آسنس سیٖتۍ سیٖتۍ تنقیدی کیٛن تہٕ تحقیقی کیٛن فنی اُوچہار
ہٕنٛزن تمیزار اَثر تہٕ۔ ہٕنٛزٕ کٕنہہ وزن دار بناونہٕ خاطرٕ چھہ تمہ مختلف حوالن تہٕ مثالن
تہٕ کام ہیوان۔ حاجنی صاحب چھہ کاشرِ زبانی تہٕ اَدبس منز حاجنی ہٕنٛز محقق
تہٕ اَدیب۔ بقولِ اوتار کرشن رہبر "تِم چھہ عربی اَدبکۍ ووستاد مگر بحث
کرنٕچ کیٛنہہ تہٕ موضوعس بیچھ گرٕفتھ۔"[2]

نثرس منز چھہ اُمیشرا سُہی قِسمچہ بلّیہ کتابہ، کامو منز چھپہِ مہ
چھپہِ لکہ رُس تہٕ مقالات۔ کامو منز چھپہِ چھپیہِ سپز ۱۹۶۲ ہس منز
چھاپ، مقالات ۱۹۶۷ ہس منز تہٕ لکہ رُس ۱۹۷۱ ہس منز۔ "مقالات"
کتابہِ منز چھہ کیٛنہہ مقالہ۔ ییمو منز چھہ "کاشرِ زبانی ہٕنٛد اَکھ ارتقایی خاکہ"
لسانیاتس مُتعلق اَکھ تحقیقی مقالہ، اَتھ منز چھہ کاشرِ زبانی بیچھ ناگ پشاچ،
عبرانی، بود، سنسکرت، فارسی، عربی تہٕ انگریزی ہٕنٛز اثر بٕڈٕ وِستارٕ سان ہاوتھ ہاونہٕ

---

۱ کاشرِ نثرچ کتاب۔ حاجنی صفحہ ۴،
۲ کاشرِ نثرٕ خیال تہٕ رہبر۔

آمُت تہٕ ثابت کرنہٕ آمُت زِ کأشِر زبٲنی چھ مختلف قومَن تہٕ زبانَن نِشہِ فأمُن حاصِل کوٗرمُت۔ "کأشِر نثری لُکہ ادبُک خاکہٕ" "کأشِری تلمیح، کأشِر ثقافتکی کینہہ تأریخی نِشانہٕ" ہوی مضموٗن تحقیقی۔ "کشیٖرِ پیٹھ موغلَن ہُند حملہٕ تہٕ قبضہ" تأریخ کِس موضوعس پیٹھ۔ اسد پرے حاجن تحقیقہ صوٗفی شاعر تہٕ ٹیگوز تحقیقی، ڈرامانِگار تنقیدی حسابکی مقالہٕ۔ یِم مقالہٕ چھ اَتھ ۱۹۶۵ء یَس منز جمع جیلس منز ترتیب دِتی متہٕ۔ مقالات کتابہ پیٹھ چھُ یمن ساہتیہ اکیڈیمی ہُند ایوارڈ تہٕ میوٗلمُت۔ زبٲنی ہُندِس ارتقأیی خاکس منز چھ تمہِ سٕے تحقیقی انداز قأیم تھٲوِتھ یُس پیٹھِ مزاژک حِصہٕ بنیوٗمُت چھُ۔ "کأشِر تلمیح" مضموٗنس منز چھِ اَکھ کِتھ گینوٗکڈِتہٕ آمرٕ زِ کمہٕ ساتہٕ، کمہٕ زمانہٕ کوہ سہ تلمیح گیہ دُرِتھ تہٕ اَتھ کم سماجی تہٕ سیاسی وۄجوہات اسی۔" "ثقافتکی تأریخی نِشانہٕ" مضموٗنس منز چھ مختلف سیاسی دورَن تہٕ سماجی زمانَن منز بینہ کین ثقافتی نشانَن سام ہیٚنہٕ آمُت۔ مِثالہ پٲٹھو کوہِنگ نوٗرواوٗن، یچھ لفظ، پانڈو ژوہ لہ، رِشتہ سِلسِلہ بینتھ۔ اَکھ مضموٗنس منز چھُ کینژن جایَن قیاسس کام ہیٚنہٕ آمٕژ۔ مثلن یہ جملہ "ممکن چھُ زِ یِمن کأشرین از ناگ، ناگی یا کلہ ناگ قبیلن ہُندِ کُنہِ پھٕہر اِتہِ بلہِ ناو گرامہ بدل چلہٕ ونی چھ رکوٗدی میتی تہم ماآسن ناگ قومہ کی یادگار[۱]" حاجنی حأنِس تحریرس منز چھ اَکھ لطیف مزاح تہٕ اَکھ تیز طنز جایہ جایہ میلان اَمہ سٕتی چھِ خۄشک موضوع تہِ بنی منز عبارتھ دِلچسپ بنان۔ مثلن ییلہ یعقوب شاہ زِک زہر کھیٚتھ پہیرہ گامس

---

۱) مقالات۔ صفحہ ۹۴

مشر مران چھُ۔ حاجنی صاب چھِ اَتھ مُتعلق لیکھان: "اَتہِ نِکھہ اُمو شُند توبوت تہٕ وانہ نوو کھ اَتہِ پیٹھِ اَڈھ میل دوٗر، یوٗسف شاہ نِس مقبرس نِش بسوک گامس منز۔ یِم دونوٚے مقبیرِ چھِ کام ہیٚنہ ازوُجار۔ نہ چھے کأشرین تأریخ ناشناس لیڈرن تہٕ نہ محکمہ آثار قدیمس یمَن دوٚن مقبرن مرمتھ کرنچ فُرصتھ آمٕژ" اسد پرے شاعرس پیٹھ قلم تُلتھ چھِ تسُند سوانح، تسنز زندگی ہُند پس منظر، طرزِ بیان، موضوع، فنکأری، تخیُل، مرکزی خیال، تصوُف اُکس اُکس کنہِ واش کڈان۔ ٹیگورنہٕ شأعری ہنٛدی امتیأزی خصوصیات یِم تہموٗ ہأوی متہ چھے، ہیکن ٹیگور سُند فن سمجنس منز وارِیاہ مدد کرِتھ۔ لکہٕ رس کِتابہِ منز چھِ "نثری لکہِ ادبُک خاکہ" سے مضمون ژھوٚ ٹراو تہٕ یِس مقالاتس منز چھِ۔ زأنہ لانکہِ پیٹھ پرسپوز ناں" چھُ "ساتہٕ ثقافتکِ کینہہ تأریخی نِشانہ مضموٗنُک تلخیص۔ پرٕژ، ہٕتہٕ بنہٕ، شرٛوگشٕدُن تہٕ خبہ توتوٚن ژھوشوے چھ لکہٕ ادیس سینو والھ نھادان۔

١٩٦٢ء یس منز سیّد غلام نبی خیال صابن گورمُت مشہوٗر یوٗنأنی فلاسفر تہٕ نقاد ارسطو سنٛز بہترین تنقیدی کِتاب "پوائیٹکس" ہُک ترجمہ چھاپ۔ اَتھ تہٕ چھُ "پوئیٹیکا" ناو تھاونہٕ آمُت۔ گوڈٕ کنہِ منز چھُ خیال صابن تمہِ زمانٕچ یوٗنانکِ ایتھنزک، اَتہٕ کین سیاسی تہٕ سماجی حالاتن ہُند، ارسطو سنٛز زندگی، تسُندس بچرس، تسنٛدین علمی خدماتن تہٕ پوائیٹکس کتابہِ ہنٛدِ اہمیتُک تذکرہ کورمُت۔ یہِ تذکرہ چھِ پوائیٹکس سمجنس منز مدد دوان۔ یہِ کتاب چھے تمہِ زمانٕچ یوٗنانٕچ کینہہ شعری سرمایس پیٹھ تنقید۔ یہِ کتاب چھپنہٕ سرتو بُتھ موجود روزہِ منز "کتاب شورکو

---

(١) مقالات۔ صفحہ ١٤٢

کرِن وِزِ چھُ یہ پیٚٹھ مُدا یِتھ کِنۍ ظاہر کران زِ یہ کرٕ اہیکس 'ٹریجڈی تہٕ کامیڈی ہیٚکہٕ خاص طور بحث مگر ساری پیٚٹھ کیٚنہہ مَنز چھہ اَسہِ وُچھان زِ صرف چھُ ٹریجڈی تہٕ کم قلیلا ایپکس پیٚٹھ لیکھنہٕ آمُت'[۱]۔ خیال صاحب چھُ وَنان زِ "پوئیٹیکا کاشرِس مَنز اَنُن وِزاوس میٚ نِش ٹوٲنی تنگ سَنز انگریزی ترجمہ تہٕ تمی پیٚٹھ کرٕ میٚ کاشُر ترجمہ چھُ معیاری تنقیدی اُصولَن ہُند کنۍ تہٕ کاشرِس مَنز چھپے اَتھ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ اہمیت۔

کاشرِ ادبچ تاریخ لیکھنس تِل باقاعدٕ تہٕ باضابطہ پاٹھۍ اوتار کرشن رہبر صابن دِس۔ تہِنز کتاب "کاشرِ ادبچ تاریخ" ہُند گوڈنیُک حصہ سپُن ۱۹۶۵ ءس مَنز چھاپ۔ یہ کتاب چھپے ۱۲۰۰ ء پیٚٹھہٕ ۱۷۷۵ ءس تام سارِ ادبچ تاریخ۔ گوڈٕ کیٚنہہ مَنز چھہ تِم تمن مُشکلن ہُند ذکر کران یِم یہ کتاب لیکھنس دوران تِمن پیش آمتہِ چھہ تہٕ ہمدردی تہٕ اوقات یِتھہ کانہہ کتاب لیکھنہٕ آمٕژ چھپے۔ تِم چھہ کیٚنژھا مجبور بۅ کنہ تحقیقچ ضرورتھ تہٕ تنقیدس سیٚتی سیٚتی مۅ حسوس کرناوان تہٕ یہ چھُ پوٚز زِ ہمیشہ چھُ تحقیقُک نَمبر گوڈ آسان تہٕ پتہٕ تنقیدُک۔ اَتھ مَنز چھُنہٕ کانہہ شک زِ یِمن کامہِ رہبر صابن دِس تلمٔت چھُ، سعہ چھپے سیٚٹھا وۅکھ۔ کاشِر زبان چھُنہٕ تہٕ عِلمی زبان بنیمژ۔ اَتھ مَنز سے تنقیدی یا تحقیقی کام کرُن نہٕ کیا۔ حاجنی صابس ہُویِن کیٚنژن ژۄکی دِرن ہیٚترِ دو کۄ شِشو سیٚتو کۄتاہ تار لگیہ۔ زِہادِ اچھ اَمہِ وَنہٕ ہیٚند یِس وَتہٕ گتس وارِ ہیٚن دِ لایِن لگُن سیوان۔ گوٚنہ ماتن ہُند کلام چھکرٕ اۅتھ آسُن، حالانکہ ہیٚنز کمی، کامہ ہیٚند نہ چھپر، تنقیدی لفظن ہیٚنز

---

[۱] کاشرِ ادبچ تاریخ۔ جلد اکھ۔ اوتار کرشن رہبر صفحہ ۱۲

پارسے نہٕ سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ چیز تمہِ زبٲنۍ مُتعلق سپدِتہٕ ییٚمہٕ اَندر نہٕ وُنہِ پٔرِھ کانٛہہ کٲم سپدیمژٕ آسہٕ"[1]۔ رہبر صٲبنہِ یہِ کتاب چھےٚ ژٕنۍ حِصن پیٚٹھ مُشتمل۔ گوٚڈنیُک باب چھُس اپ بھرنش زمانہٕ بروٚنٛہہ کیٚن کاشُر زبٲنۍ مُتعلق دوٚیُم باب اپ بھرنش تہٕ کاشُر زبٲنۍ مُتعلق تہٕ ترٛیِیُم باب کاشُر اَدبہٕ کیٚن الگ الگ زمانن مُتعلق۔ دوٚیمِس بابس منز چھےٚ تفصیلہٕ سان کاشُر زبٲنۍ ہِندِس آگرس دوٚہ تلِنس، پوشہتس، دُنیہِ ہٕنٛزن زبانن سیٚتۍ اَمہِ کِس تولُقس، عبرٲنۍ زبان تہٕ کٲشُر، سنسکرت تہٕ کوشُر ہاوِن مسلن حاوت پاٹھۍ ڈل دِنہٕ آمت تہٕ موٚختصر چھُکھ یہِ اِرتقا ژٕنۍ حِصن ناگ پشاچ کال، پراکرت کال تہٕ اَز کالس منٛز بٲگرووِمت۔ ترٛیِمِس بابس منز چھہٕ کاشُر ادب، پُشپ صٲبنہِ کول صٲبنہِ تہٕ حاجنی صٲبنہِ کالہٕ باگے (تقسیم ادوار) ہُنٛد تذکرہ کٔرتھ یتہٕ، پننہٕ حسابہٕ ژوٚن دورن منز بٲگراوان۔ گوڈٕ کال یا نرگن بھگتی کال۔ وزن کال یا منز کال۔ دُنیاہ کال تہٕ از کال یُس دوٚن حِصن یانے مہجور آزاد تہٕ موجودٕ زمانس منز بٲگراونہٕ آمت چھُ۔ پُشپ صٲبن یِم دور مُقرر کٔرِمتۍ چھِہ تِمن پیٚٹھ تنقید کران چھِہ لیکھان۔" پرینٛدہ کال اُکھ الگ دور مانُن چھُنہٕ ژمان تہٕ کیا زٕ دوہ یو ترٛییو کتابو یعنی چھُنہٕ اَمہِ دورُک کانٛہہ تہٕ موجود ______ ۱۷۵۰ء پیٚٹھ ۱۹۰۰ء تام اُکھ الگ کال مانُن تہٕ چھُنہٕ ژمان، تِکیا زِ ۱۷۵۰ء پیٚٹھ ۱۸۷۵ء تام چھُنہٕ اُکھ لولہٕ دلیل تہٕ کاشرِس منز لیکھنہٕ آمژ ______ محمود گامی چھُ کاشرِس منز مثنوی ہِندِس فنس دِس تِکلان۔ یہِ مثنوی چھےٚ آمٕژ ۱۸۸۵ء منز ہیشیا لیچھمہٕ مثؔ[2]" پننِس دعواکِس

---

۱۔ کاشرِ اَدبُک تأریخ۔ اوتار کرشن رہبر صفحہٕ ۶۹

نۆوُ تس منز چھِ تِم یہِ شار لیکھان ؎

ہزار دو صد بود از یکی کم    گذشتہ ہجرت سردار عالم

یہِ چھِ مثنوی شیرین خسرو سُنٛد شار۔ ۱۱۹۹ھ چھِ تِم ۱۸۷۵ء مانان۔ یِمنہِ چھُ

اُمہ ہنٛد طرزِ استدلال ہنا کمزور باسان۔ مون زِ شیرین خسرو مثنوی آیہِ

۱۸۷۵ء یس منز لیکھنہٕ۔ مگر یہِ کتھ نِنیو وزِ یہِ چھِنہٕ محمود گامی ہنٛز گنہٕ ڈنٛج مثنوی

یوسہٕ تمی ٲسہ لیچھ۔ —— بۆڈ تھٕ پکیھتہ چھِ تِم لیکھان" از کال (جدید دور) ۱۹۰۰ء

پیٹھٕ شوٗرُوٕ کرُن تہٕ چھِنہٕ ٹھیک باسان۔ یوٗد وَے یہِ کال ۱۹۲۵ء پیٹھٕ

(مہاراجہ ہری سنگھنہٕ تخت پرٛاونہٕ پیٹھٕ) شورو کرو زیادٕ بہتر ٲسیہ۔ "یکیاز

کٲشرِ شاعری منز چھُ اکھ نوٚو جوش تہٕ رنگ اٚنی پیٹھٕ ڈرینٛٹھ یوان۔"[1]

بیٚتھے کنۍ چھِ یہِ وفیسر جے لال کول صابنِس تقسیم ادوارس سیٚتۍ تہٕ اختلاف

کران تہٕ لیکھان زِ یِم دور چھِ بادشاہن ہنٛدِ ین وکھرِ وکھرِ خاندانن، راجن

تہٕ نوابن ہنٛدِس طاقتس، تِمہنٛدِس تخت پرٛاونس تہٕ تخت راوراونس نظر

تل تھٲوِتھ کرنہٕ آمٕتۍ۔ ادب تہٕ فن چھُ تواریخی خوٗ مین تہٕ زٲوِ جارن اوِ یزان

تھاونہٕ آمت۔ بادشاہ بدلنس سیٚتۍ سیٚتۍ شاعری تہٕ ادبُک مزاج اکھ حدس

تان ڈالُن چھُنہٕ زمانٕ۔[2] پروفیسر حاجنی صابُن تقسیم ادوار چھُنہٕ یہِ وٕنتھ

مانان زِ" حاجنی صابن چھِ یِم کال کٲشرین شاعرن ہنٛدِ کلامُک نوٚمونہٕ

ترتیب دِنہٕ خاطرٕ گرٛی تھٕ۔ اَمہِ کامہِ خاطرٕ اُس یہِ شیر ژٲر جان تہٕ نفیس، وونۍ

گوٕ اُسو ہیکو کھنہٕ یِم ادبی تاریخِ ہنٛدِ کال مٲنتھ۔"[3]

رِکتابہِ ہنٛدِس دوٚیمس حِصس منز چھُ سانہِ ادبہٕ کیس گوڈٕ کالس

---

۱، ۲، ۳ کٲشرِ ادبُک تاریخ۔ اوتار کرشن رہبر صفحہ ۷۰، ۷۱، ۷۶

پیٹھ بحث کرنہٕ آمُت یہٕ دور چھُ ۱۲۰۰ء پیٹھٕ ۱۵۵۵ء تام داٮ۪یرنہٕ آمُت
یتھ حِصس منٛز چھِ ژور باب۔ گوڈٕ لفظ، تصوف تہٕ نرگُن فلسفہ، سون
تصوف، للہ عارٕ نٮ۪تھٕ شٲعیر، لل دید، شیخ العالم، بڈشاہ تہٕ کوشرٕ ادب؛
چھِنیو ونہٕ زوال، واکھ تہٕ شرُکھ ــــــــ ترٮ۪یمس حِصس منٛز چھُ سانہٕ ادبُک
دوٚیمس دورس یانے وژنٕ کالس ییمیُک وق ۱۵۵۵ء ۱۷۷۵ء یس تام
مُقرر کرنہٕ آمُت چھُ، پیٹھ بحث میلان۔ اَتھ حِصس منٛز چھِ ژور پانٛژھ
باب۔ گوڈٕ لفظ، وژُن، حبہ خوتون، اَرنہٕ مال تہٕ منٛز کالکو دوٚیم کیتھہ
گوڈنہٕ مات۔ رہبر صٲبن چھُ پٮ۪تھ ادبی دورس پیٹھ قلمُ تُلن وِز اَمیُک
سیٲسی تہٕ سماجی پس منظر نظرِ تل تھوومُت تہٕ تتھ دورس پیٹھ تِمن
حالاتن ہٕنٛدِ اثرُک پورٕ تذکرہ کوٚرمُت۔ کموحالاتو سیتو کم ہٕنٛز آیہ بارسس
کمہٕ تحریکہ گیہٕ پاداہٕ تہٕ کیاہ؟ یمن سوالن چھُ جواب دِنٕچ کوشش کرنہٕ آمٕژ۔
یٮ۪تین تہٕ پانس برابری آیکھ تِمن چھکھ ییٚس محقق سٕنٛز رایہ سیتو اختلاف
کوٚرمُت تہٕ جرٕنہٕ سان یہٕ اختلاف صحیح ثابت کرنہٕ خاطرٕ وُجوہات دِتی متہٕ۔ یودوے
کُنہ کُنہ جایہ اَتھ منٛز پورٕ کامیٲبی چھکھ نہٕ سپٕز مژ۔ یِہُنٛدن خیالن
سیتی تہٕ ہیکہ نہٕ کیٚنٛہہ اختلاف کرنہٕ یتھ، یتھ کنہ یمو پانہٕ دوٚیمین ہٕنٛز
رایہ سیتو کوٚرمُت چھُ۔ وونٕ گو یِتین یہٕ بحث تُلن چھُ بیٚے موقعہ، اَمہ
سیتو لگہ کتھہ زیٛچھر تہٕ سون موضوع چھُنہٕ تتھ سیتو تولُق تھاوان۔

رہبر صٲبن چھے پننہٕ مقدورٕ مطابق تِمن سارنٕے کتابن نظر
گُذرٕ دِژمٕژ ییم یہٕ کتاب لیکھنہٕ وِز تِمن دستیاب چھے سپدِتھ ہیچہ مژ تہٕ
یِہُنٛز یمن منٛزٕ کار بتھ پیمژ چھے۔ تِمو چھُ نہٕ صرف مورخ سُنٛد فرض انجام
دیُتمُت، بلکہ اَکس محققہٕ سُنٛد تہٕ اَکس نقادٕ سُنٛد فرض تہٕ یہٕ چھُ اَکس

اَدبی مورخ ییٚنہٕ خاطرٕ سیٚٹھا مُنوٚر وری۔ یہٕ ہیٚکہٕ وَنِتھ زِ یہٕ کِتاب چھِنہٕ خامیو رۄس۔ کُنہٕ تہٕ کِتابہٕ مُتعلق ہیٚکہٕ نہٕ یہِ دعوا کٔرِتھ، مگر تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھےٚ کٲشُر ادبی تأریخ کٲشرِ پٲٹھۍ لیکھنیچ یہٕ گۄڈنیچ کوشش تہٕ اَمہ لحاظ چھےٚ یہٕ کِتاب کٲنٛہہ خٔصوٗصیتھ تھاوان۔ اَمہ چہِ چھپاونس منٛز تہٕ چھُہ اکیڈمی مٲلی مَدَد دِیتمٕژ۔

۱۹۶۷ ہٕ یس منٛز سپٕز عبدالخالق ٹاک زینہ گیری سٕنٛز کِتاب کٲشرِ ہٕنٛز علاقہ واد پھیرتہٕ کٲشرِ زبانہٕ چھاپہٕ۔ یہٕ تہٕ چھےٚ پننہِ موضوعٕک اعتبارٕ کٲشرِ زبٲنۍ منٛز پننہِ طرزٕچ گۄڈنیچ کِتاب۔ اَتھ پیٹھ چھُ ٹاک صٲبس تہٕ ساہتیہ اکیڈمی ہُنٛد ایوارڈ میوٚلمُت۔ یہِ چھےٚ اَتھ باگہٕ بٔرِتھ کِتاب تہٕ ژۄن عنوانَن منٛز چھےٚ باگرٕتھ۔ گۄڈٕ کُنہٕ چھےٚ لگ بگ سَتن صفحن پیٹھ۔ بٲقی عنوان چھِس لیکھارن ہٕنٛز زبان، عام لوٗکن ہٕنٛز زبان تہٕ پیشہ ورن ہٕنٛز زبان۔ ٹاک صٲب چھِ گۄڈٕ کُنہِ منٛز یِمن تِمن مُشکلن کُن اِشارٕ کران، یِم یہٕ کِتاب لیکھنس منٛز بُتھہِ آمٕژ چھےٚ تہٕ تِہنٛدِ وَننہٕ چھُ یِمو "۱۹۶۰ ء پیٹھ ۱۹۶۶ ء یس تام شیٖن وٕریٕ جایہٕ جایہٕ پھیرِتھ "لفظن ہٕنٛدِ پھیرٕک "تحقیقات کوٚرمُت" گۄڈٕ کُنہِ منٛز چھُ تِمن علاقن کُن اِشارٕ کرنہٕ آمُت، یٲتہٕ یٲتہٕ کٲشُر بولنہٕ چھُ یِوان۔ اَمہ علاوٕ کٲشُر بولن والین ہُنٛد تیداد، کٲشرِ زبٲنۍ ہُنٛد آگُر تہٕ اَتھ مُتعلق مختلف مُحقِقن ہٕنٛز راے ہوٚن موضوعن پیٹھ قلم تُلنہٕ آمُت۔ عام لوٗکن ہٕنٛز زبٲنۍ ہُنٛد پھیر چھُ ہِژہِ حرفن منٛز اَلگ عنوانَن تحت ہاونہٕ آمُت۔ پوٚتُس چھُ پیشہ ورن ہٕنٛدِس استعمالس منٛز آمتو لفظَن تہٕ دِنہٕ آمتو۔ اَتھ کِتابہٕ ایوارڈ میلنہٕ پتہٕ بنے یہِ یہٕ اَکہٕ زیٹھ بحثُک مرکز۔ تنقید کرن والیو دِیتھ ہٕو وِتھ زِ یہِ چھِنہٕ کانٛہہ اہم کِتاب۔ اَتھ پیٹھ دِژ اَیہِ رحیم ساجد

ہِنٛدۍ اعتراض روزنامہ "خدمت" سرینگر کین واریاہن شمارن منٛز ییٚمہ کنۍ یِم تنیو لفظن ہِنٛدِس پھیرِس چھُنہٕ پۄرہٕ واش کڈنہٕ آمُت نہٕ جاے چھےٚ قیاسَس کٲم ہیننہٕ آمٕژ۔ کیٛشرِ علاقن سٟتۍ چھہِ تہِنزِ کیٚتھہ لفظ یا تِمن لفظن ہُنٛد پھۄر منسوب کَرنہٕ آمُت، یِم نہٕ تِتہٕ میلان چھہِ۔

موتی لال ساقی صٲبُن تہٕ کوٗر پننہِ حسابہٕ اَتھہ کتابہِ ہیٚنٛدِ اظہارِ خیال تہٕ تِمہ ژھیٚکہٕ ہُرتھ نہٕ اوس یِی، یِمہ شَشس منٛز یہِندۍ دۄن اَتھہ کیٚنٛژھو نقادو "پِدی رہ نامہ" تہٕ۔ بہرحال یِم اعتراض وَزَن دار آسنہٕ باوجود تہٕ یِہنٛدۍ کتابہِ منٛز پٔرِژھ خٲمی آسنہٕ باوجود چھےٚ یہِ مُتراونی لایق۔ اَتھ چھےٚ پننۍ قدر قیمت تہٕ ساروے کھۄوتہٕ بڑ کتھ چھےٚ یہِ زِ یوسہٕ محنتھ یہِ کتاب لیکھنس منٛز کرنہٕ آمٕژ چھےٚ، تمِیچ مِثال نہٕ ہیٚکِنہٕ میلِتھ۔ یہِ کتاب چھاپنکہٕ خرچک اَتھہ چھیہ تہِ چھُ اکیڈیمی برداش کوٗرمُت۔

کٲشرِس ادبس منٛز سپز چھُ تنقیدکِس موضوعس پیٹھ ۱۹۷۳ء یَس منٛز عبدالاحد حاجنی شِنزٕ اَکھ لۄکٹ کتابہٕ ہُن "کٲشرِس ادبس پیٹھ اَکھ نظر" ناوہٕ۔ کلچرل اکیڈیمی ہِنٛدِ مٲلی مَدتہٕ چھاپ۔ اَمہ چھےٚ گۄڈٕ کنہِ منٛز چھُ پروفیسر حاجنی صٲب لیکھان: "یہِ کتاب چھےٚ کٲشرِ ادبہٕ چہِن کیٚنٛژن صنفن پیٹھ اَکھ تٲریخ وار تبصرٕ تہٕ کیٚنٛژن ادبی ژرایَن ہُنٛد اَکھ مۄختصر جایزٕ۔۔۔۔ پیلہٕ اَسہِ یہِ وُچھان چھےٚ زِ ساناہ ادیک تنقیدی سرمایہ چھُ یا تہٕ مختلف رسالَن منٛز چھپِتھ نتہٕ نقادن نِشہِ چھپاونے، اَسہِ چھےٚ زانان پٔزِ ہش کتاب تہٕ چھےٚ سیٚٹھا غنیمت۔۔۔۔ یِتھ کتابہِ منٛز چھُ قدیمہٕ پیٹھ قدیمہٕ واعظانہٕ اندازِ بیان پراونہٕ آمُت یُس جدید تنقیدس اندر اَکھ عٲب چھُ یوان مانہٕ یا اَتھ اندر چھےٚ اکثر جایَن حوالہٕ روٚستے بیٚیَن ہِنزِ راے نقل کرنہٕ آمٕژ۔۔۔۔

لیکھن وول چھُ وُنہ جوانی ہنٛدِ پومرتلوٗ منٛز یکان یٔمۍ موجوٗب تسٕنٛدی
وارِیاہ تارٟخی سقم قابلِ عفو مانن پین[1]۔ اَمہِ چہ خوٗبی گٔنزراوان چھہِ تم وُنان
زٕ" وارِیہن رسالن تہٕ کتابن ہٕنٛدؠن ورقن پیٹھ چھکمِتہ[2] تہٕ بیٛین دِیہ " نوٚپہٕ دعوت
تنقیدٕچ[3]۔

یکھٲری چھُ پانہٕ وُنان زیمہ مقالہ چھہِ " ۱۹۶۷ء یس منٛز لیکھنہٕ
آمتۍ یمیلہِ بہٕ کٲشُر امتحان Honours دِنٕچ تیارٕ ی اوسُس کران
..... یمن منٛز کرِ مےٚ کوٚشِش کیٛنٛژن اَدبی ژرایَن ہٕنٛد مختصر پس منظر
پیش کرنٕچ تہٕ کیٛنٛژن صنفن ترتیب وار تبصرٕ تہٕ تنقیدی گوٚہن سام ہینٛنٕچ[1]"
اَتھ کتابہِ منٛز چھہِ شِن عنوانن پیٹھ مقالہ (۱) ادب تہٕ تنقید (۲) کٲشرِس
اَدبس منٛز دلیلن ہٕنٛد مُقام (۳) کٲشُر ڈراما (۴) شاعر تہٕ شعوٗر (۵) شاعری ہٕنٛد
فن (۶) کٲشُر شارِ مزاز ۔ یمن مقالن متعلق ییٚم کتھ مےٚ وَنٕنۍ آسہِ تیمن کُن
چھُ پروفیسر عٔجِنی صٲبن گوڈٕ کتھ منٛز اشارٕ کوٚرمُت ۔ اَمہِ علاوٕ وَنہِ بہٕ یُتۍ
زِ یہِ چھُس موضوعس پیٹھ قلم تُلنۍ تہٕ یِمو مقالہ اگرامتحانہ خاطرے تہٕ لیکھنہٕ
آمتۍ آسو، یمن ترتیب دِتھ چھاپ کرنہٕ یِتھ یازٕ ژرامُنٛک جُرٲتھے چھُ مبارکس لایق۔
پیٹھ ییلہِ پوٚختہ مشق ادیب یِچھُس موضوعس پیٹھ باقایدٕ گی سان کینٛہہ لیکھن
لوٚب ہیوان آسن اَکس نوجوانس شُنٛد یژھ کوٚشِش ہیٚکی منٛز اوہ یِتھ یِتھ کتابہِ
چھُ پٔنُن قیمت تہٕ موضوعُک اعتبار چھےٚ یہ پٔنُنۍ قسمچ گوڈنِچ کتاب تہٕ اَتھ چھےٚ
تارٟخی اہمیت۔

۱۹۷۲ء یس منٛز پیٚو موتی لال ساقی صٲبنٕ "گاشِرو" ناوٕ کتاب

---

۱، ۲، ۳، ۴ کٲشرِس دبس پیٹھ اکھ نظر۔ عبدالاحد حاجنی صفحہٕ ۱۰، ۱۲، ۱۱، ۱۲

اکیڈیمی ہِنٛدِ مٲلی مَدتہٕ سٟتۍ چھاپ، یہ چھےٚ کٲشرِ اَدبچہِ تٲریخہٕ ہِنٛدِ سِلسِلچ
رکتاب۔ مگر اَتھ ہیٚکو نہٕ تٲریخ وَنِتھ۔ اَتھ ہیٚیہِ جاد لکھنہٕ تہٕ جاد اَکھ تذکرٕ
وَنِتھ ہیٚتھ، سہ تہٕ نامکمل، اتھ اندر چھِہ لگ بگ شیٚتھن شاعِرن ہِنٛد تذکرٕ....
ڈٕسلا بہٕ چھُ عبدالاحد آزادس پیٚٹھ کرنہٕ آمُت۔ اَتھ کِتابہِ مُتعلق ییٚمہ کَنہِ وَنِنہٕ
ہیٚکَن یِتھ۔ تِمن مُتعلق چھُ ساقی صٲبن یانے اِشارٕ کورمُت" یِمن تِمن ہمعصرن
نِسبَتھ لیٚکھَن چھُ یِتہٕ وُچھِتھ اَکھ مُشکِل گٕژھ زاونہٕ آمُت۔ بُتان چھُ زِ میٚے آسن
کینژہٕ غلط انداز کٔرِی مِتۍ یا میٚے ما آسہِ دوستی ہِنٛدی اَمارَن نال وٕلمٕت..
کِتابہِ ہُنٛد منصوبہٕ بناونہٕ وِزِ اوس میٚے دایِر مُت زِ یہٕ کرٕ یِتھ کِتابہِ منٛز تِمن
تہٕ پیٚٹھ رٕہیم کھَن آزادس تہٕ پٕرٕ وٕنے رٕودی مِتۍ آسو۔ میٚے چھُ وُنِستان سعہ چھہ کرال
کرم بلند، احمد بٹہ وٲری، لسّو ناگامی، قادِر پیٚٹھ، شاہ غفور، نُنشیر
پنڈِتھ، غلام محمد زاغ، تہٕ کشتواڑ کین کینژن یِتھ کالہ ہِنٛدین گھہ نہٕ مٲتن
ہِنٛدیو تفصیلی حالات سعہ میر آدی مِتۍ۔ یہ مواد چھُ سیٚٹھاہ زیادٕ تہٕ اَتھ پیٚٹھ
ہیٚکِہ اَکھ عَلاحدٕ کِتاب تیار سپدِتھ۔ آمہ کنہ یا سپوم تہٕ یہ مواد یِتھ کِتابہِ منٛز
شامِل کرُن جان.... کٲشرِ شاعِری روٗٹھ پیٚنسر کی مہ ڈہی لیس منٛز اَکھ
رنگ.... میانہِ یِتھ کِتابہِ منٛز چھُنہٕ اَتھ تہجہِ مُتعلق شاعِرن پیٚٹھ لیکھن
وِزِ کانٛہہ بحث موجود، اَمیک وجہ چھُ میانی کِنۍ یہ زِ اَتھ رنگس چھُ وُنہٕ برادُن
تہٕ ژھنٛڈ مارنہٕ...... میٚے چھُ احساس زِ یِتھ کِتابہِ منٛز گو ژھ بُنیہ تہٕ
واریہن لیکھن والین ہُنٛد ذکر آسُن مگر وق گو نیر یِتھ :... کٲشرس
منٛز چھُ تذکرٕ لیکھنُک سِلسِلہ بلکل نو، تکیازِ اَمہ قسمچ کانٛہہ ترۆنٛٹھ روایت
چھنہٕ آسہ ترونٛٹھ کنہٕ.... لیکھن والیس چھُ مانُنے وۄتہِ ہاوِک تہٕ بِہن

پھوان تہٕ وَتہٕ کنِھ تہٕ"[1] لہٰذا چھُنہٕ یِتھین اعتراضن ہُنز کُنہٕ گٔنجایش رۄزان زِ
"انسان روٗد یُس دوٗتامے نِش بیٚہِتھ چھُ سُہ چھُ محمد احسن" پانے کرِتھ نو
انداز، یہٕ تنقید چھا، یا اَز چھا کُنہٕ چاپلوٗسی چھےٚ .... ساقین چھُنہٕ
وارِیہن شاعرن تہٕ کاشرِ بِن ہُنز جاے دِژمٕژ یِمن ویٚدٕ چھُ یِہن باسان
چھُ. شمس الدین غمگین، غلام محمد غمگین، غلام احمد عابد، سجود سیلانی
منظور ہاشمی، غلام احمد گاش، نشاط انصاری، تنہا انصاری، تنہا نظامی،
امر چند ولی، عبدالرحمان آزاد، سروانند کول پریمی ..... بیتر"[2] وِن گوٚ اعتراض
چھِ یِنہٕ جایہِ صحی تہٕ دُرست. اَمہٕ علاوٕ چھِ یِم اعتراض جادٕ وُزن داتکیاز
یِمن نسبت چھُنہٕ ساقی صابن یاتہٕ کینژھاہ وۄنمُت. کامِل صابن تذکرٕ
کران تہٕ تُشٕرٕن "یَہٕ تہٕ پَرٕ" تہٕ "بیٚیہ سٕ پان" کتابَن، نسَن ساہتیہ اکیڈمی
ایوارڈ میلنُک، ریاستی کلچرل اکیڈمی ہُند ایوارڈ میلنُک تہٕ "نیب" رسالُک
ذِکرٕ کرِتھ. سنتوش صابُن ذِکر کران ماہوار رسالہٕ "کوشُر ادب" مُشرٲوِتھ
ہیچھٕرِن ذِکر کران "گاش" اخبارکال کھانسَن ترٲوِتھ، ناظم صابس
سوویت لینڈ نہرو ایوارڈ میلنُک پیٚیہٕ دِتھ، راہی صابن، غلام رسول
کامگار تہٕ غلام رسول نازکی صابُن زانسِہٕ غلط لیکھُن تہٕ ناظم صابن زانسِنے
نہٕ ہاوُن بیتر[3]. یا یِہٕ زِ "ساقین چھےٚ ناولی ہُنز کتاب اندوا تناوِمٕژ....
تِھٕ حُس کام ہیٚتھ ہیٚکہ ہے کتاب سیٚٹھاہ مٲرِ مُنٛز بنِتھ .... کتابہٕ ہُند
آڈو باڈو نظرِ تل تھوِتھ تہٕ ہیٚکہ مَن جان تہٕ زبر شاہکار نوم تہٕ پیش کرِتھ تہٕ یَتھ

---

١. گاش. موتی لال ساقی. گوڈٕ کنِھ ٢ شیرازٕ ستمبر دسمبر ۸۷، (تبصرٕ روشل
پوٗنپُر) صفحہ ۲۴۸ ۴،۳، (کاشُر شیرازٕ ستمبر دسمبر ۸۷)

تاریخ تہٕ تذکرٕ سیٚتھا، پوٚز کٔمی تہٕ کوتاہی آسنہٕ باوجوٗد چھہ اَتھ کتابہِ پنُن مُقام، پنُن معمول تہٕ پنُن قیمت۔

"کأشر شأیری" ناوٕ چھےٚ تنقیدکِس موضوعس پیٹھ ناظر کولگامُک بیاکھ کتاب اکیڈمی ہٕندِ مالی مدتہٕ ۱۹۷۴ ہس منز چھاپ۔ اَتھ چھہ ژور باب، کأشر شأیری تہٕ تِہُنٛد نہج، شأیری ہٕندی تأریف، شأیری ہُند منصب، شأیری ہٕندی عناصر (یتھ منز تخیُّل، محاکات، تشبیہہ تہٕ استعارٕ وانتہاور، لفظن ہُند حُسن، حقیقت تہٕ پتیم کتھ ہوی عنوان اَتی منز چھکھ) گوڈٕ کنی منز تیٚمہِ لیکھٲو پانہٕ لیکھان۔ "یتھ کتابہِ منز چھےٚ تمو ژرا پہٕ نظر تل تھاوِتھ تہٕ رٔژ رکانہٕ وُچھتھ شأیری ہٕنز ترٚتھ وچھنے آمژ کرنہٕ یتھ منز پرانین آزمودٕ تہٕ کارآمد طور طریقن، وصفن تہٕ میزانن ہُند دأیمی تہٕ پوشہٕ وُن معمول مُغتر رسیدُن مُمکن بنیو۔ یتھ اندر چھہ شأیری سیٚنز واتھ تھاوُن والی ترتیب تہٕ ہِدایت آمژ، یِم زَن شأیری منز کیٚنہ گژھن نہ ژھٔنہ مُمکن چھٔہ بلکہ چھہ تہٕنٛدی سے بوٚر نِس وامنس بٔنیہ وُست تہٕ ہُنرٕ زرٕ کرُن اُسہٕ لازم، نہ زن گو تمہِ بغأر شأیری نکیٚہ وُسیٚنہ چھےٚ ناممکن۔ یتھ منز چھہ اَکھ شأیری ہٕندی تأریف یانے شأیری کیا گیہ؟ دوٚیم شأیری ہُند منصب یِنے کام کیاہ چھےٚ تہٕ تریم شأیری منز کم عناصر چھہ عام طور یِم اَتھ کامیاب ادبی مقام بخشان چھہ ...... یِم کتھ یتھ کتابہِ منز آمژ چھےٚ تمہِ ہُند توقع اگر زن شبہٕ میوٗد ستہ تام سیٚنہ ذخیر سیٚنز چھہ یا ایشیک دأیرٕ چھہ تتھی دورِ من پیٹھ مگر نتہٕ ابدکِو ذخیرٕ اتھ چھہ تہٕ شالہ آمژ نیٚنہ۔ (۱) "شأیری ہٕندی تأریف" عنوانس تحت اَتھ "...." چھہ

---

(۱) کأشر شأیری۔ ناظر کولگامی۔ گوڈٕ کتھ۔ صفحہ ۱۹

مشہور۔ اَدبَن ہِنٛدِ شاعیری ہٕنٛدِ تأریف دِنہٕ آمتہٕ آسنہٕ پوٚزنہٕ چھُنہٕ میلان شاعیری نِسبَتہٕ چھہٕ جاد ہِنٛز مغربی زبانَن ہٕنٛزٕ ہُنٛدٕ ہُنٛدَن انگریزی اَدبَن ہٕنٛدِ کٕرِ مِتہٕ تأریف میلان مستشرقین، یوٚتأے تہٕ باقے چھِ کال کھاتس تراونہٕ آمتہٕ۔ یانہٕ کأشرِ اَدبن یا شاعیرَن ہُنٛد کیا خیال چھُ شاعیری مُتعلق تہٕ چھُنہٕ وَننہٕ آمُت۔ "شاعیری ہٕنٛدِ منصب" عنوانس تحت تہٕ چھہٕ انگریزی حوالے جادٕ کأشر یوٚمِشالو سِتہٕ چھُ جایہ جایہ کتھن واش کڈنہٕ آمُت۔ یہ کتاب چھےٚ کأشرِ اَدبس منٛز جان مُقامس لایق۔ اَمہ علاوٕ چھُ محمد یوٗسُف ٹینگ صاحبُن مضموٗن "رِنگَن ہٕنٛز پأرِ زان" اَکھ یادگار تنقیدی مضموٗن۔

شاعیری ہُنٛد یُس سرمایہ اَزتام اکیڈیمی ترتیب دِیاو تووُمُت چھُ، تتھ کُن چھُ یِیتہٕ اَمہ کِنہٕ اِشارٕ کرُن ضروٗری زِ ترتیب کارو چھُ پنُن نقد و نظر نثرس منٛز بیان کوٚرمُت۔ پرکاش رام کُرِ گامیُن "کأشر رامائن" چھےٚ پروفیسر بلجی ناتھ پنٛڈِتَن ترتیب دِژمٕژ۔ تمہِ ہٕنٛدِ تٔمہِ ہٕنٛز کہِ کتھہٕ منٛز چھہٕ اَکھ کتابہ، "اِحیل رامایَنہٕ" "تمہ کِس مُصنِفس، ترجمس تہٕ ترجمہ کارس مُتعلق وِژھناوِتھ کینٛژھہ کتھہٕ وَننہٕ آمژٕ۔ یہ کتاب چھےٚ ۱۹۶۵ ءیس منٛز چھاپ سپٕزمٕژ۔ پروفیسر حاجنی صاحبن چھُ وہاب پرے یُن دسیاب کلام ترٛین جلدَن منٛز "دیوان وہاب" ناوِ ترتیب دِتمُت زِ جلد چھہٕ چھاپ سپٕدِ مِتہٕ تہٕ ترٛییم چھُ چھپنہٕ۔ گوڈنِس جلدس منٛز چھُ دُنمتَن صفحن ہُنٛد پیشِ لفظ۔ یتھ منٛز پروفیسر صاحبن پنٕنہِ خاص مُحققانہٕ اَنٛدازس منٛز یہِ کلامہ ترتیب دِنٕچ تحریک، وہاب پرے سٕنٛز زِندگی تہٕ سٕنٛدِ اَدبی کارنامن۔ تسٕنٛدِ کلامہٕ چن خوٗبیَن پیٹھ اَکہ اَکہ تفصیلہٕ سان قلم تُلمُت چھُ۔ تسٕنٛدِ کلامہ منٛز مِثالہٕ ژارتھ تہٕ تِم پننِہ کتھن دَرِ ہر یاد کرنہٕ خاطرٕ پیش کرِتھ چھُ اَمہ پیشِ لفظُک معمول ہُر راونہٕ آمُت۔ کُنہِ کُنہِ جایہ

چھےٚ اکھ عجیب فرق نظرِ گژھان۔ خبر یہٕ ما آسہ کاتبٕنٛز غلطی۔ سٲلاب نامس متعلق چھ لیکھت، عنوانس تَل تاریخ تصنیف ۴ شعبان ۱۳۲۱ھ بمقام زال ون مطابق ۱۹۰۳ء عبارتس منٛز چھ لیکھت "عام مورخ چھ لیکھان زِ گُذشتہ ۱۹۰۰ء کس رینہٕ کالس لوکن پیاپے ۴۸ ہن گنٹن روٗد تہٕ آو یہٕ سیٚلاب مگر وہاب چھ بسم اللہ کریٚتھ اَتھ ہیٚژن ہُراوان زِ اَمی وَری پیوٚ وندس بالن گتٕل (تہٕ وادی اندر شیٚٹ گز) شین یُس وہراتھ روٗد سیٚتھ پدہٕ وینکھ آو تہٕ کشیرِ ہینٛدِ ہن پانٛژھن علاقن بھاٛڑوان گو۔" اگر سیٚلابٕ ۱۹۰۰ء ٕس منٛز آو سیٚلاب نامہ کیٚتھ پاٹھۍ آو ۱۹۰۳ء ہس منٛز۔ یانے ژور وری پتہٕ یتھ لیکھنہٕ ـــ مثالہٕ سیتۍ ییٚنہ نہٕ کیٚتھ درہر کرنک انداز سپد ییٚمہ مثالہٕ سیتۍ [1]

ترژوہ شیتھ تہٕ اکہ سنے از جناب ‌ ‌ سپُن شور از آفت وانقلاب

بماہ پھگن شین پیوٚ بے شُمار ‌ ‌ ضلع کمراز کیٚ بٔرِن کوہ تہٕ نار

نہال پورہٕ سیٚتۍ آب کھوٚلن وَتن ‌ ‌ اکی ڈکہ تُمۍ پوٚو سور رُوے ییٚٹن

دپان ورِ مُلے لوٗب لکرو نجاتھ ‌ ‌ پران مسجدن منٛز درودِ نجاتھ [1]

محمد یوسف ٹینگ صاحبن چھےٚ مقبول شاہ کرالہ وارنۍ گلریز، ولی اللہ متونہٕ ہیٖمال تہٕ کلیات مقبول شٲہنہ کتابہٕ ترتیب دِژمٕژ۔ اَمہ برونٛہہ چھکھ "کشمیری زبان اور شاعری" ہٕنٛدۍ ژ جِلدہ ترتیب دِتۍ مٕتۍ ووٚن گو تِم چھ اردو پاٹھۍ۔ گلریز منٛز چھ امہ دلیلہٕ ہٕنٛد آگر، اہل مصنف، ترجمہ تہٕ تمہٕ پتہٕ نوٚ بی بین ہٕنٛد اکہ واش گنڈتھ ذکر کرنہٕ آمت۔ ییٚمہ سیتۍ وارہ تہٕ کیٚتھ نہٕ دژمٕژ چھےٚ۔ ولی اللہ متو "ہیمال ناگرائے" کتابہٕ متعلق چھےٚ شیٚٹھن صفحن ہنٛز گوٚڈ کیٚتھ لیکھنہٕ آمٕژ یمہ منٛز ولی اللہ ہنٛز زندگی، ہیمال

---

۱۔ دیوان وہاب۔ جلد اول۔ پروفیسر حاجنی۔ گوڈٕ کیٚتھ صفحہ ۷۲

قصص، اَمہ کِس ماخذس، اَمہ کِس آگرس تہٕ اندرونی شہادژ پیٹھ تحقیق کرنہٕ آمٕژ

چھ۔ کتابہ پیٹھ چھےٚ تنقیدی نظر تہٕ ژراونہٕ آمٕژ۔ یتھ منز ولی اللہ ہنٛز شاعری

ہنٛز خوبی بیان کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ کلیات مقبول کتابہ ہنٛز ژیہن صفن ہنٛز گوڈنچہ

منز چھ مقبولنہ زندگی ہنٛدی حالات بیان کرنہٕ علاوہ تہندٚین لیچھ مژٚن

گریسہ نامہ، پیر نامہ، منصور نامہ، بہار نامہ بیتر کتابن پیٹھ وژھ اٚنچہ

کتھ کٔرمژ تہٕ مثالو سٟتی پیش کتھ مٲنی داوپیچ کوشش کٔرمژ سینٛز چھےٚ تیتھ

لیچھ مژ بیتس اکہ کتابہ ہنٛد منبر تہٕ کرنہٕ آمٕژ، سعد کیہ "یوسف زلیخا"

تحقیقک، انداز چھ شوٗبہ دار، تہٕ مصنفہ سنٛد طرزِ تحریر چھ اتھ جاذبِ

بناوان۔

۱۹۶۴ ؁ یس منز چھےٚ محمود گامی ہنٛد کلامچ سنٛیرٕ ژاڑ، غلام نبی خیال

صابن کٔرمژ تہٕ بہ کتاب چھےٚ "محمود گامی" ناوٕ کِنی چھاپ سپٕزمژ۔ اتھ منز چھےٚ

دوہ بہ ژۄہن صفن ہنٛز گوڈ کتھ شامل یتھ منز محمود نہٕ زندگی تہٕ تصنیفن

متعلق اظہار خیال بیان چھ اکھ شعرن مثنوی ین تہٕ کلامس متعلق چھیہ تہٕ محمودنی یا کتھ

کتھ کرنہٕ آمٕژ تہٕ یتھ یا کتھ چھ وار ہین کتھن داش نبیرنہٕ روٗ کتھ

محمودنی شیرین خسرو چھےٚ اکھ درمیانہ درجچ مثنوی تہٕ بس۔ "محمود

غزنوی چھےٚ لعل مرجان" تہٕ نور اللہ خان نہٕ شفیع اتھ منز حسرٕ داستان۔ بیتر

۱۹۷۴ ؁ یس منز چھ خیال صابنے مختلف لکھارین ہنٛد لیکھ کتھ

اکہ نثرن قصہ تہٕ ترتیب دیتمت۔ گوڈ کتھ چھےٚ نثرس منز دہ بہ ژۄہن

صفن پیٹھ لیکھمژ۔ یتھ منز اَمہ دلیلہ ہنٛدس آگرس متعلق کتھ کٔرنہٕ آمٕژ۔

---

۱۔ ۲ محمود گامی۔ غلام نبی خیال۔ گوڈ کتھ صفحہ ۲۱

چھُے تتہٕ چھُہ یہِ قصہٕ لیکھن والین ہٕندِ حالاتَن مۄختصر پأٹھۍ بیان کرتہٕ آمتٕ۔ خیال صاب چھِ مۄختصر پأٹھۍ کتھ کران۔ یہِ گیوو جانہٕ مگر ییلہِ کانٛہہ کتھ اَڈٕ لیچ روزِ نہٕ۔

موتی لال ساقی صابَن چھِ ژۄن پأٹھن حصن منٛز لگہٕ بأتھ ترتیب دِتمتٕ۔ یِمن ہٕنٛزٕ گوڈٕ کتھ چھےٚ پرنٕ لایق۔ یؠلہِ وےٚ لگہٕ بأتن ہٕنٛز درجہ بٔنٛدی ترتیبہٕ چھنہٕ بٔرٛحہ آسنہٕ گٔرٕژھتہٕ نہ چھُہ لگہٕ بأتہٕ کٔرِ پٔرِتھ ہینٛکِ سماجی پس منظر ہاوِتہٕ آمٕژ۔ تاہم چھےٚ یِمن منٛز کیٛنٛہہ مولہِ کتھہٕ نظرِ گژھان۔ اَمہِ علاوٕ چھُہ یمو دۄیمِ حصن منٛز برٛمانٛدُن کلام تہٕ ترتیب دِتمُت تہٕ صمد میرُن کلام تہٕ۔ دۄشوٕنی شاعرن ہٕندۍ حالاتِ زندگی بیان کرنس سٟتۍ سٟتۍ چھُہ تِہنٛدِ کلامُک پس منظر تِہنٛدِس کلامس منٛز خاص لہجہ، کلامُک مرکزی خیال، تِہنٛدِس کلامس منٛز مختلف اثرات وِزِھناوِتھ بیان کرنہٕ آمتٕ۔ ساقی صأبس چھُہ تحقیقُک مادٕ زٕ ننہٕ ارزٕ لُکہ دِنہٕ آمُت۔ یِمن کتابن ہٕنٛز گوڈٕ کتھ لیکھنس منٛز چھِہ جان محنت کرنہٕ آمٕژ۔ یِمہٕ کتھہٕ وننہٕ آمژٕ چھےٚ تِمہ پۄز ثابت کرنہٕ خأطرٕ چھےٚ شاعر سٕنٛدِ کلامہٕ منٛز حسب حال مثال تہٕ دِنہٕ آمژٕ۔

مشہور نعت گو شاعر عبدالاحد نادم صأبُن کلام چھُہ "کلیاتِ نادمِ" ناوٕ عبدالرشید نازکی صأبن ترتیب دِتمُت تہٕ یہِ چھُہ کلچرل اکیڈمی ہٕنٛدِ طرفہٕ ۱۹۸۲ءبس منٛز چھاپ سپُدمُت۔ کلامہٕ چھُہ صنفہٕ نِمتھ مرٕ مگر گوڈٕ کتھ چھےٚ ۱۸ اہن صفحن پیٹھ لیکھنہٕ آمژ۔ گوڈٕ کتھ لیکھتھ چھُہ رشید صأبن ہٕدِتھ دِتمُت زِ اگر تِہنٛز نثرس کُن توجہ دِن یہِ آسہِ تِہنٛزِ شاعری کھۄتہٕ جادٕ مۄلُل تہٕ تِم کرن کاشرِس اَدبس زیادٕ جان بَرٕتھ۔ گوڈٕ کتھہٕ ہٕندِ ۷۲ ن صفحن پیٹھ چھےٚ کاشرِ نعتُک تأریخ پھہلتھ۔ دٔہن صفحن پیٹھ نادم صأبنہٕ

زندگی ہٕندۍ حالات تہٕ ۳۲ مَن صنفَن ہیٚچھٕ نادِم صابَنِس کلامَس ہیٚچھٕ تبصرٕ
کاشُرِ نعتیچ تاریخ چھےٚ شیخ العالمہٕ سٕندِ ہیٚچھٕ شروٗع کرنہٕ آمٕژ تہٕ یہِ کینٛہہ
چھےٚ موجوٗدٕ زمانَس تام واتناونہٕ آمٕژ۔ اَتھ سِلسِلَس منٛز چھِ خواجہ حبیب اللّٰہ
نوشہری، فاخر کشمیری، ولی اللّٰہ متو، قطب الدین واعظ، میر ثناء اللّٰہ کریری
مقبول کرالہٕ وارٕی، مولوی صدیق اللّٰہ سایل، عبدالاحد ناظم، عاشق ترالی
غلام رسول شیدا، مورخ حسن، وہاب پرے، محی الدین مسکین، حقانی،
ستہٕ رام بٹ، اسماعیل نامی، آنند رام، قادر درویش، غلام رسول نازکی
تنہا انصاری، دینا ناتھ نادم، تہٕ خاموش کریری یِم نعت گوی ہیٚچھٕ تبصرٕ
کران کران امہِ ہاتکلہ ہٕندۍ گنڈۍ جُزو بنہٕ آمٕتۍ۔ مشہوٗر کاشُر شاعر محموٗد گامی،
رٕسُل میر تہٕ مہجوٗر یِم نعت گوی ہیٚچھٕ تہٕ چھُ ہن بٕنِنہ جایہٕ تبصرٕ میلان۔ رشید
صابنہٕ نشرُک کھوٚڈ نیک وصف چھُ زبانی ہُنٛز دلکشی، تِم چھِ شوٗبہٕ دِنی،
سٕرٕبِہِل تہٕ رنگین شاعرانہٕ زبان ورتاوان۔ تنقید کرنُک انداز چھُ ترُوٗشِس
مگر یہِ ترُوشر چھُنہٕ زبانی ہٕندِس مِٹھرس منٛز انِہی یِوان۔ رٕسُل میرس
متعلق چھِ لیکھان "جوانی ہُنٛد یہِ مُنٛزھیُل شاعر ہیٚلہِ نعتنہٕ کُس ادب گٕیِس
منٛز اژان چھُ اَمِس چھِ خیال لوسان، قلم ہٕشار ان تہٕ شیاکھی قمرۍ کلان ابتک
صحی نفسیاتی تجزیہ چھُ یِمی زِ نعت لیکھنہٕ خاطرٕ چھِ خیالہٕ چھُن پرٛیَن تقدیس
تسبیح ہیوان پرٕنی، غزل سرا خیالن درٛوٗڈُک سروٗد ہیوان بخشُن۔ ادب تہٕ
نیاز مندی چھےٚ دٕری گنڈان۔ سوز تہٕ وارٕی داتہٕ چھِ نغمَن زیوٗ انان۔ اَتہٕ نہٕ
چھےٚ چھچکلہِ تھٕچھِ تہٕ نہ کانٛہہ مالہٕ دٕر۔ اَتہٕ نہٕ چھُ ڈوٗرِ کھاسَن بادِنہٕ یِتہٕ رٕچھ
کونٛتَن انگ ژھانڈٕنۍ چھےٚ پوشہٕ مالَن پوشہٕ پوٗزاے تہٕ نہٕ چھِ خلوکھ کٕہن منٛز
ڈاگ ہیٚتھ۔ اَتہٕ چھِ قرآنکو لاہوٗتی نغمہٕ تہٕ والشمس والضحیٰ چِ مُنٛزھو جٕلیہ

معیار مستفر کری میتھ، التجا ہکو آداب ہیچھ نادٕ ی میتھ، فرزٕ بادس لٔے دِژ مژٕ تہٕ لولہٕ نارس، مُقدس عشقچہِ نارٕ منقلہٕ سندرن ہیچھ نوو مُت۔"[1]

محمود گامی یس مُتلق چھہِ لیکھان " محمودن چھُ نعت تصوفس منز میشی کرٕنیچ کوشش کرٕ مژٕ مگر پیش کرن وزِ چھُ محمود لاوبالی پاٹھو وِنان گومُت تہٕ نعت نہ چھُ نعت روزمُت تہٕ نہٕ تصوف بنیو مُت"[2]

مہجورس متلق چھُ ازٕ نووٕ سے مس باگراوان رحمتہ للعالمین نعتک حوالہ دِوان لیکھان زِ قطب الدین کانُتھ پوٗرِ تام چھُ امہ کھوتہٕ زیادٕ معیاری نعت وونُمُت یا آشند امس تام چھُ نعتک امہ کھوتہٕ پرٕت سلیقہٕ[3] پیٹھ حبایہ زبانی مٔشد یہ ہیچھر کم گژھان چھُ تتنہٕ چھُ ترو شہر نون نیران۔ مثال چھےٗ مہجور سیٖندٕ بیش بیٚتس حبایہ چھہِ لیکھان:" فاضل صأبس موٗنگ نعتک نوٗ مونہٕ، عارف صأبس تہٕ راہی صأبس کوٗر عرض مگر کأنسہ کوٗر نہٕ مرحمت درأصل چھُ زمانے پیٚٹھہ زمو ردٕ چھہِ زِندٕ تہٕ زِندٕ چھُ مو ردٕ "[4]. نادم صأبنہٕ شہر آشوبک موازنہٕ چھُ وہاب پرے، تنہا انصاری، تہٕ غلام رسول نازکی سٕندِ شہر آشوبن سیتی کران تہٕ وَنان زِ " وہاب کشمیری سُند شہر آشوب چھُ پرانہ زمانک اکھ ودأکھ شیت پیٚرِ تھ باسان چھُ زِ قدر کم تہٕ فروعات چھہِ زیادٕ بدلے میتھ"[5]

تنہا صأبنس شہر آشوبس متلق چھہِ لیکھان زِ " یہ چھُ طنزآسنہٕ کھوتہٕ حبادٕ محروٗمی ہیٚندِ احساسک مرثی ہیو باسان"[6]. ییتہٕ چھُ اُہند شہر آشوبک اکھ بند مثال بناوِتھ لیکھان " فکرِ چھُنہٕ تران زِ سے ولہٕ یارٕ داماہ چاو بس روز نتشند نادِ درمیان کُس قدرٕ مُشترک چھُ ۔ اکھ کنہٕ یا اکھ مبصر چھُ بلکل رندی تہٕ بییا اکھ نرا

---

۱، ۲، ۳، ۴، ۵، ۶ کلیاتِ نادم۔ رشید نازکی صفحہ ۳۳، صفحہ ۱۴، صفحہ ۶۱، صفحہ ۷۶، صفحہ ۱۰۸، صفحہ ۱۱۰

پارسٲئی"۔ غلام رسول نازکی ہِندِ ترکن تہٕ رُباعین ہُند تذکرٕ کران چھہ لیکھان زِ "نظمن منز چھہ شہر آشوبُک رنگ...... تہٕ شعرن پرٛژھن رُباعین منز چھُہ اکھ مُشترکہ طنز...... مگر اَمہ باوجود چھینہ تِہنٛدۍ قطعات پیش کران"[۲۷] پَتہٕ چھہ نادم صٲبنس شہر آشوبس مُتعلق کانٛہہ راے دِنہٕ ورٲے تہٕ یہ فٲصلہٕ پرن والین پیٹھے ترٲوِتھ تِہنٛدۍ مشہور، تیز اوس تیٖلہٕ کُفارن عار، شہر آشوبچ کینٛہہ شعر پیش کران۔ نادم صٲبن شمایلِ نبوی یُس وہاب پرٛے نِس شمایلہٕ شریفس سۭتۍ موازنہٕ کرِتھ چھہ لیکھان" دراصل چھُ وہاب اوس مُتن رٕژ ناظم یُس واقعات حان پاٹھۍ شاعرانہٕ تہٕ اکنو ورٲے نظم اوس ہیکان کرِتھ۔ اَدے چھینہ تِہنٛدِس شمایلس منز نہ نغز گفتٲری نہ شعریت"[۳۰] پَتہٕ چھہ مِثال دِتھ یہ کتھ ثابتھ کران۔ نازکی صٲبنہٕ تحقیقُک انداز چھُہ رُت تہٕ لیکھنُک انداز چھُ اَمہ کھوتہٕ رُت۔ اَتھ کوڈُ کتھ مُتعلق چھہ ٹینگ صٲبن لیو کھوت زِ نازکی صٲبن چھُ "پور پاٹھۍ کاشر نعتک پوٚت منظر پیش کوٚرمُت یمہ کِنہ نادمہٕ سنز شاعری ہُند مرتبہ مُشخص کرنس منز سہولت سپدان چھے"[۳۱]۔

غلام نبی عارض سُند کلام دیُت غلام نبی گوہر صٲبن ترتیب تہٕ یہ سپُن ۱۹۷۴ یس منز چھاپ۔ اَمہ کلامچ گوڈ کتھ چھے ۸۷ تن صفحن پیٹھ لیکھمٕژ۔ یمہ منز عارض صٲبنہٕ زندگی ہِنٛدۍ حالات بڑٕ ویژھناوِتھ لیکھنہٕ آمتۍ چھہ۔ یانے زاد و بوم تہٕ ذاتِ حضرات، پٲدٲیش، تالیم تہٕ مُلازمتھ، بیمٲری تہٕ وفات، بیٖیہ شوٗغل، کھندر گھندر تہٕ شُرۍ مُرۍ، خولہ خصلت تہٕ عادات عقیدہ تہٕ مسلک بیتر۔ دویمِس حِصس منز چھے عارض نِس کلامُک جام

---

۲۷، ۲۸ و ۳۰ کلیاتِ نادم رشید نازکی۔ صفحہ ۱۱۱، ۱۱۲، ۱۰۲، ۳

ہیٚنہٕ آمٕژ۔ تِہنٛدِ کلامچ خوٗبی ننیٚہ راونہٕ آمژ۔ ییٚم خوٗبی چھےٚ غارٕ جِنٛنِیٚ کلامس منز مثال گَنڈِتھ بَدر کڈنہٕ آمٕژ، یانیٚ بیانس اندر سادگی، سوز و گداز تہٕ رَتوٚ تَشرن ہُنٛز حد بنٛدی منز نوٚ رٕچ مِنٛز یاد ترٲوِنی۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اَمو ہِنٛدِس کلامس منز رَوٲنی بیت، اَرَچ سادگی، رَوٲنی، میچھر لفظ تٲثر، خیال بنٛدی، تِہنٛد طرزِ ادا، تشبیہن منز مُقامی رنگ، لفظن ہُنٛز خودگری، تلمیحن ہُنٛد استعمال تہٕ حصہ چھہ بحر، غارٕ جِنٛنہٕ نظم گوٗیی، رُباعی تہٕ نٛکھ، تِہنٛز حُبِّ وطنی، ہیوٗن موضوعَن ہیچھ قلم تُلنہٕ آمُت۔ سیٚتی چھےٚ تِہنٛدِ کلامہِ چہ خامی تہٕ ننیٚہ راونہٕ آمژ۔ مَثلَن خیالن ہُنٛد غارٕ موزوٗن تکرار تہٕ جِنسی تٲثیرِ ہُنٛز شِدّت۔ انقلاب تہٕ غارٕ جِنٛن عنوانس تحت تہٕ چھُ اظہار خیال کرنہٕ آمُت تہٕ غارٕ جِنٛنس مُتعلق مختلف لُکن ہُنٛز رایہ تہٕ لیکھنہٕ آمژ۔ یہِ گوڈٕ کِنہِ لیکھنس منز اُس نہٕ تحقیق ہاوٕ جِنُوٗ رٕوِتھ تکیا زِ غارٕ جِنٛن چھُ حال حالُک شاعر البتہٕ تنقیدی ذہنس اُس جِنُوٗ رٕوٗر کام ہیٚوٗ تہٕ تِنہٕ مُتعلق چھےٚ گوہر صاحبن کانہہ کُرا و تھاوِمژ۔ یوٗنٕو تِہنٛدِس کلامس مُتعلق نوٗیت چھُ غارٕ جِنٛن صاحبنہٕ زندگی مُتعلق یہِ گوڈٕ کِنہِ سیٹھا قیمتی۔ تہٕ یہِ لیکھان لیکھان ییٚژاہ میچھمنتہٕ شُوٗبہٕ ہیوٗ تِہنٛز چھےٚ کرنہٕ آمژ۔ عبارتھ چھےٚ شاندار تہٕ زبان میچھٕ تہٕ موٗدر۔ اَمہِ سیٚتی چھُ ننان زِ گوہر صاحب چھہ نہ صرف اَکھ جان ناول نِگار بلکہ جان ناقد تہٕ۔

منظوٗر ہاشمی صاحبن چھُ کلام امیر شاہ کریری "کُلیاتِ امیر شاہ" ناوس تحت ترٛین جِلدن منز ترتیب دِتھمُت۔ گوڈِنکِس جِلدس منز چھُ سامامہ تہٕ باقیہ دوٛن جِلدن منز خاور نامہٕ تہٕ جنگِ مختار بیمتر۔ ییمن حِصن ہُنٛزن گوڈِکِتھن منز چھےٚ امیر شاہنہٕ زندگی سیٚتی سیٚتی ییمن جنگ نامن ہُنٛد اصل، ییمن داستانن ہُنٛد آگر۔ مختلف زبانن منز ییمن داستانن ہُنٛد بیان۔

اَوٚہِنٛد تقابُلی مُطالعہٕ، لُکھومُن کوٗل بُلبُل نٕہ سام نامُک ذِکر تہٕ تَسٛنٛدِ نٕہ اَمیر شاہ نٕہ سام نامُک تقابُلی مُطالعہٕ تہٕ امیر شاہ نٕہ ترجمکو تہٕ شاعری ہِنٛدکو خوٗصوٗصیات ہیوٚر چیز زیر بحث اَنِتھ آمتہٕ تہٕ پنٛنہٕ مقصدٕ رسا پنٛنہٕ کتھن واش کڈنہٕ آمٕژ۔ امیر شاہ نٕہ کلامہٕ منٛز مِثالہٕ ژاَرِتھ ژاَرِتھ چھےٚ پنٛنہٕ کتھہٕ پٕژراونہٕ آمٕژ۔ امیر شاہس کیاہ زکوٗر رزم گوٗیی ہُنٛد تہٕ دان پسنٛد تھٔجہ نٕہ چھےٚ وپرٕ ٹھنے کرنہٕ آمٕژ۔ عبارت چھےٚ سادٕ تہٕ عام فہم۔

امین کامل صابن چھُ ترٛین جِلدن منٛز کاشرِن صوٗفی شاعرن ہُنٛد کلامہٕ ترتیب دِیُتمُت۔ یِمن ترٛشوٗنی جِلدن ہٕنٛز گوڈٕ کتھ چھےٚ پتہٕ الگ کتابی صوٗرتس منٛز "روٗحانی فلسفہ" ناوٕ چھاپ سپدٕمژ۔ یمہٕ ہنٛد تفصیلی ذِکر پیہِ برونٛہہ یِنُن۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ کامِل صابن نُنٛدٕ رینٛشُن کلامہٕ تہٕ ترتیب دِیُتمُت۔ تہٕ "کاشرِ اسِن ژرایہ" ناوٕ کاشرٕ منزاچھیہ اَڈٕ ہیچ سوٚمبرن تہٕ ترتیب دِژمٕژ۔ نُنٛدٕ ریشی سٕنٛدِس کلام "نوٗر نامس" پیٹھ چھےٚ گوڈٕ کتھ لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ تَتھ منٛز چھُ شیخ العالمنہٕ کلامُک پس منظر ہاونٕس سٕتی سٕتی تٔسٛنٛدِ کلامچہ خصوٗصیژ تہٕ گٔنٛزراونہٕ آمٕژ۔

بہلہٕ پایہٕ شاعر محموٗد گامی سٕنٛد اکثر کلامہٕ چھےٚ رودمُت اوس سُہ ہیچھ سپد پوٚ محموٗدُن سوٗرُے کلام کُلیاتِ محموٗد گامی کتابہ منٛز چھاپ۔ اَمہٕ کتابہ ہٕنٛز خاص کتھ چھےٚ زِ ترتیب کار تاجی مُنوٗر صابن چھُ اَمیک طویل دیباچہ ہیتہٕ یِدی مسودٕ نظرٕ تل تھوٗوِتھ لیوٗکھمُت تہٕ نوٚن کتھن چھُن پردٕ تُلمُت۔

تنقید، تاریخ تہٕ تحقیق کِس دایرس منٛز ییٚتہٕ وٲلِیم مختلف مضموٗن وقتہٕ وقتہٕ مختلف رسالن تہٕ اکیڈیمی ہٕنٛز "سون ادب" ہِہِرکو سوٚمبرنہٕ منٛز

چھاپ سپُدان رُودی مِتھ چھہ تِمَن مَنز چھہ جے لال کول صابَن" کاشرِ ادبٕچ
باگیتھ تہٕ سام" صمد میر، پروفیسر حاجنی صابن" سانہٕ زبانہِ ہُنٛد تارٕیخی
پس منظر، مرحوم تنہا تہٕ حقیقت پسندی، کامل صابُن مہجورنہٕ زندگی، نور
محمد بٹ صابُن "سون نوو ادب" "کاشرِ موسیقی تہٕ اَمِچ ترقی"، "کاشرِ صوفیانہ
موسیقی چھےٚنہٕ کلاسیکل"، پروفیسر توشخانی سُنٛد "صوتی ارتقا" پران کشور
صابُن" کاشرِ ڈرامہُک ارتقا" "ڈراما کیاہ گو"، بنسی ناتھ پنڈت سُنٛد "لالہ
رُکھ من" پروفیسر راہی صابُن" کاشرِ شاعری" "مارکسی ادبی تنقید کیا گو"
" ادبُک مقصد" "واتناوُک مسلہ" "شیکسپیرنی ظرافت" پروفیسر فراق
صابُن" کاشرِ شاعری منٛز فنُک احساس" "مہجور۔ تمہ سُنٛد زمانہٕ تہٕ شاعری"
" رومانیت کیا گیہ" "کاشرِ غزلُک ابتدا تہٕ ارتقا" میر" موٗمن تہٕ غالب"
"کرسنا فرحار لو" اوتار کشن رہبر صابُن" غزل۔ فن، ٹکنیک تہٕ کاشُر غزل"
" فرائڈ" "ماسٹر جی" تنہا انصاری صابُن" آغا حشر۔ کشیرِ ہنٛدی سرُک
ہمپوش" بدری ناتھ کلا صابُن" راج ترنگنی منٛز کشیرِ ہُنٛد ذکر" "کشیرِ
ہُنٛد تارٕیخ دان کلہن" محمد یوسف ٹینگ صابُن" مقبولنہٕ یوسف زلیخا"
" غنی تہٕ غالب" "سکہ شُند روشن زِ شاہ نور الدین" موتی لال ساقی صابُن
" کاشرِ شاعری منٛز ہزل تہٕ مذاکھ" "غلام محمد زارغ" "بلبل ناگامی" "روٗپہ سُل
میرُن تصوُرِ حُسن" "ہم عصر شاعر" "کینٛہہ غارٕ مطبوعہ منظومات"
"لچھِہ کاک" "للہٕ واکھ۔ کینٛہہ قلمی نوٗسخہٕ" "کُلیاتِ آزاد" "عارف۔ اکھ یاد"
" کاشرِ زبانہِ ہُنٛد علاقہ وادپھیر" "رُومن خطس منٛز کوشُر ریڈر" خیال صابُن
" امرالقیس" "پشکن" "عمر خیام" "ٹیگور" "عبدالاحد ناظم" "غالبہ

سٕندی کاشرِ ہوٚت ٲگرد"۔ اقبال ناتھ بٹ وَنیوہ سُند" شاردا لِکھاے" نوٗرکۍ
رازٕ بارو" ڈاکٹر مِس کومری" لالہ لکھچھمن" سِکہٕ سند روشن زِ شاہ نورالدین
"پیچھ کالہٕ کین سکن ہندی ناد" "الدٕ سند" "ناگن ہنٛز ژھاے"
"کاشرِ رامائن"۔ پروفیسر غلام محمد شاد صابن" عبدالاحد ناظم" ناجی مُنوَر سُند
"لٲل مجلوٗن" "ساٲنی ٲکہ باٲتھ" رشید نازکی صابُن" ابتداٲیی فلسفہ"
"وہاب تہٕ غزل" اَمہِ علاوٕ اقبالہٕ سٕندی کیٛنہہ بےٚ تکلُف تحریر۔ نشاط انصاری
صابُن" ارسطو سٕندِ المیاتُک تصوٗر" "آرٹ تہٕ زندگی اقبالہٕ سٕنٛزِن نظرِ
منز" "قصیدِ تہٕ اَمیُک فن" "غزل تہٕ اَمیُک فن" "سانیٹ تہٕ اَمیُک فن"
"غبارِ خاطر تہٕ مولانا آزاد"۔ پروفیسر پُشپ صابُن" کاشِر شاعری ہُنٛد
گوڈٕ کال" "کرٛشہ ادی سوٗنیتی" ارجن دیو مجبوٗر صابُن" لالہ لُکھی من"
آزردہ صابُن" شیخ العالم" شاہد بڈگامی صابُن" کاشِر شاعری منز مرثیہ
نگاری" محمد ایوب بیتاب صابُن" کاشر ادب تہٕ غالب" فرحت گیلانی صابُن
"جمالیاتِ مقبوٗل" روٗشن پونیپر صابُن" ادبُک ترقی پسند نظریہ" "ماحول
تہٕ ادیب" "ادب تہٕ زندگی" محی الدین حبیب صابُن" محمد مقبوٗل الطاف"
ناظر کولگامی صابُن" کاشرِ ڈیبیتو" غلام نبی شاکر صابُن" اکھ ادب تہٕ
اَکھ کینٛہہ کردار" "کاشرِس ادبس منز جدیدیت" موتی لال ناز صابُن" ترجمک
فن" "ذہنی کھچاو" "شاعری کیاہ گژھہ" اوتار کشن رازدان سُند "کشیر
تہٕ بیٛین مصوٗری" "کاشر مرزٕ گری" "کلہن" غلام رسول سنتوش صابُن
"پننہ نوچھینہ پاٲنمیر مانٛزِ منٛتھ" محمد امین رفیقی صابُن" کشیر تہٕ موغل" سُکھ
جیون مل" "کاشر تاریخی ماد" غلام رسول بٹ صابُن" زدلچوٗ سُند فتنہ"

پروفیسر غنی مُشند "آکاشکو بسکپن" اختر محی الدین صابُن "دُنیا تہٕ اَفسانہٕ"
"ترجمہ تہٕ امیُک فن" "ہندُستانی کلچرس کاشرِ زبانِ ہُنٛد دیُت" "کاشُر
کاشرِ زبانی ہُند گوڈنیُک اَخبار" رتن لال شانت صابُن "اَدیس منز نوٕ پر
تہٕ پرانیر" "ڈرامہُک ارتقا" "کاشُر افسانہٕ - اَز تہٕ پگاہ" رام چندر در
صابُن "کشمیر ہِنٛدِ پرٲنی کُتب خانہ" غلام محمد بیگ صابُن "میانی پہاڑی
سفر" نند لال کول طالب صابُن "غالب ہُنٛدِ کلامُک دیُور" ہری کرشن کول
صابُن "جمہوریت کیاہ گیہ" گُلشن مجید صابُن "ابہام" "کاشُر غزل" "شہنام"
"لفظ" بیتر - کرشن لال جہانوری صابُن "حافظ کشمیری" - شفیع شوق صابُن
"لفظ تہٕ مانے" "مادہ چھُ ہیزر" - منظور ہاشمی صابُن "خاموش کریری" امام عالی
"مقام ہِنٛدِ وکینہ خوطبہ" انیس رحمان صابُن "کاشُر نصاب" "سونتہ پنڈِت
غلام نبی آتش مُرشد" "سونتہ پنڈتن کاشُر نصاب" محمد افضل مخدومی صابُن
"مشغل خانی" - موہن کشن رینہ صابُن "آدم ذاتہ تہٕ زبودنی موسیقی" تہٕ میون
"کاشُر غزل" "کاشرِ زبانی منز وزُن" "کاشرِ شاعری پیٹھ علامہ اقبالُن اثر"
"کاشُر لفظ تصرُف" بیتر شامل۔ اَمہ علاوٕ چھِ تِم تنقیدی وقتہ وقتہ مختلف
رِسالن منٛز چھاپ سپدان روزی رودِ چھہ۔ یتھی چھینہ اَمہ کتھہ منٛز گنجایش
زِ یِمن مضمونن پیٹھ یِیہ اکہ اکہ بحث کرنہ، یا اَمہ ہُنٛد ہر تر پیش کرنہ۔
دِ مگر یِمن مضمونن ہُنٛد ذکر کرِتھ ہیکہ وارِیاہ اندازہ سپدِتھ زِ یِم مضمون
لیکھن والیٚن منٛز چھنہ ساری انشا پرداز یا مضمون نگار شامل بلکہ ساری شاعر
افسانہٕ نگار تہٕ ناول نگار بیتر تہٕ۔ یمو چھنہ پنُن قلم اَکی سے مادانس تام محدود
تھوومُت۔ تہٕ یم مضمون چھِ مختلف موضوعن پیٹھ یِمن منز ڈراما، افسانہٕ، شاعری،

سائینس، مذہب، فلسفہٕ موسیقی بییتر شامِل چھِ تہٕ یِہے کتھ چھےٚ ساننِ ادبکہِ پرٛزلونٕکٕچ صٔحی ضمانتھ.

## سوانح تہٕ سفرنامہ

کأشرِس نثرِس منز چھےٚ وُنِستان سوانحی قسمٕچ کانٛہہ تہٕ کتاب لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ جموٗرٕنکیٚ چھےٚ زٕ ترٛےٚ کتابہٕ سفرنامہٕ چھےٚ زٕ آمتٕ لیکھنہٕ۔ اکھ مرزا عارف صابُن "میون چینُک سفر" تہٕ بیٚیہ اختر محی الدین صابُن "سلاوامر"۔

"میون چینُک سفر" آو شایع گوڈٕ ۱۹۶۱ء یس منز "گلریز" رسالس منز چھاپ سپدُن تہٕ پتہٕ کیٚتھ ورہیو آیس کتابی شکل دنہٕ۔ یمنِس سفرنامس منز چھُ عارف صابن چینکِس تمہِ سفرُک رووداد لیوٚکھمُت یُس تمو اٰمہٕ ترٛونٛہہ کیٚنٛہہ کالا کورمُت اوس۔ ییٚمِو دوٚہو دوٚرن کیٚن حالاتن سٕتی سٕتی چھُ تمو چینکین سیٲسی تہٕ سماجی حالاتن ہیٚچھ تہٕ یِمن خیالن ہُنٛد اظہار کورمُت، ییٚمیکو لُکھ تِہُنٛد مزاز، آزاد گژھنہٕ پتہٕ یمنِس مُلکس ترقی دنکُ تِہُنٛد جذبہ، تِمنکیٚ شہر ساری ییٚلے ہیٚچھ چھِ نظر ترٛاونہٕ آمٕژ تہٕ یِہ گران اتھ منز مٔنی سونٛچ تہٕ حِصہ دار بنوومُت۔ مثلن:

"چیٖنس چھُ سورُے نوو ہیٚون مُنن کرُن۔ نوو گرٕ ییٚو مُت بناونٕ یوزوٕے یہِ چھےٚ بہتر خوش قسمتی تہٕ کیاز بہتر چھُ ترٛاونس پُلوس دِرٕچ ... کرِتھ جیٚنٛدٕ بناونہٕ کھٕعتہٕ، نوو پُلو بناونُن نیٚو ڈرٛاینہٕ شوٗن کپٹن تہٕ چیادِار تہٕ وق کڈُن۔" تمنہٕ کیٚن لُکن مُتعلق چھِ وَنان زِ "یِمن منز چھےٚ سامراجکہ مزازُک اثر باقے۔ یِم چھِ نیٚبرِ کنہ چینی تہٕ اندرِ کنہ صحب۔ یِمن چھُنہٕ خاموش پانس صحب ونٕنہٕ ناو ینچ۔ یِم چھِ اکھ اکس ساتھی وَنان تہٕ تہٕ کنٛزران تہٕ ..."

اَفسرس تہٕ ماتحتنس چھُنہٕ فرق بوزنہٕ یِوان۔ ساری چھہِ ہوٗی پلوٗ الاگان۔ اَکے وَردی شُے اَسمانی رنگہٕ نال بند چیینی کوٹھ تہٕ شُے اَمی رنگہٕ پتلوٗن.... سورُے قوم چھُہ یِوان اَکھ گرٕ بوزنہٕ، یتھ منٛز ژھ چھُہ کانٛسہِ چھُہ، اَفسری ماتحتی چھُنہٕ۔ یتھ منٛز اَکھ اَکی سُند بوزُن شوزُن چھُہ، رُوب داب چھُنہٕ[۱]۔ ییمن چھہِ تِمنٛکی شہر ییتھ کُنہٕ لیکھنہٕ یِوان" ہانگ کانگ چھُہ ہوٰائی جہاز ییتھ بالہٕ دامنس منٛز ییتھ کُنہٕ نشان ییتھ کُنہٕ موجھنہٕ پلہٕ شہ[۲]" پننہٕ حالات چھہِ ییتھ پاٹھی لیکھان " اَتہٕ نیبرٕ ییتھ ہیلہٕ لوٗدٕ سٹیشنس ییتھ ووتُس، ریل گَیہٕ ختم تہٕ بَتہٕ بدلیوٗ۔ داہ گز پیوٗ اَسہِ پادَل پکُن تہٕ پور کیوٗ گرِہ ہور کین حوالہٕ، چینی سپہ پُکوٗ اَسہِ برٛونٛہہ برٛونٛہہ تہٕ شُھم حیوٗن سٹیشنس ییتھ وانٛتی وُکھ[۳]" اَتھ سفر نامس منٛز چھُنہٕ مُروجہ سفر نامن ہُند ہیوٗ انداز، یہِ چھُنہٕ تیٛنہٕ نین دَہ مٲن ہتِس ڈٲری ہُش۔ سفر نامہٕ کھہ تہٕ جادٕ چھُہ یہِ اَزی کیس چینس ییتھ اَکھ تبصرٕ ییتھ منٛز تِتہِ کہ ساجِکوٗ اکثر پہلو یِوان چھِہ۔

اَختر محی الدین صٲب اُسہِ اپریل ۱۹۶۸ء یَس منٛز اَکہِ ریتہٕ خاطرٕ رُوسہٕ کِس دورس ییتھ گامِتی۔ تورٕ ییتھ لیوٗکھ یِموٗ پنُن سفر نامہ۔ اَمکی قِسطہ چھپہٕ سیتھ "نیب" رسالس منٛز چھاپ تہٕ پَتہٕ آو یہِ "سلاوامر" ناوَس تحت کتٲبی شکلہِ منٛز برٛونٛہہ کُن۔ "سلاوامر" گو رُوسی پاٹھی "اَمنہٕ کِس جِنڈس تھزر" یا "اَمنٕچ علمہٕ تھزر"۔ یہِ چھپے تِنٛنچ سلام۔ اَتھی ناوَس تحت چھُہ یہِ سفر نامہٕ لیکھنہٕ آمُت۔ اَتھ سفر نامس منٛز چھہِ ذٲتی ڈٲری ہُنٛد انداز جادہٕ تہٕ یوٗہے چھُہ سفر نامہٕ لیکھنُک اصل طریقہ۔ پننہٕ سفرٕچ حالات بیان

---

۱، ۲، ۳ میون چینک سفر۔ مرزا عارف۔

کرٲن کرٲن. اگر کانٛہہ کتھ تبصرس لایق آسہ، تتھ پیٚٹھ زٕوان تبصرٕ تہٕ کرٕون۔ اختر صاب چھ پنٕنؠ پانٛژ نٔو سفرنامہٕ لیکھان۔ کیٚنہہ مثالہٕ چھیٚے پیش: لینن سٕنٛد مزار عنوانس تحت چھ لیکھان پننہٕ سفرٕک حال ییٚتھ کٔنؠ: "تٕو- بجہ آو لیو چینکوف کارہیٚتھ۔ أسہ أسی صُبحُک کھانہٕ کھیٚتھ تیارس تیار۔ بٕتھ لیوچینکوفن سروس بیورو پیٚٹھ ٹیلی فون کوٚر۔ أسہ ووٚتھو یکدم تہٕ دٔرایہ۔ جایہ ہٕنٛز تصویرکشی چھیٚنہٕ..." لال چوکس منٛز کریملن دیوارس نیٚبر کُن چھ نٲسہ رنگہ کنٛؠن ہٕنٛد اکھ سادٕ مگر شاندار مقبرٕ کھڑا۔ نٲسہ رنگہ کنہٕ چھیٚنہٕ شیٖنکہٕ پانٛژ نیٚہ نیٚہ کرٲن۔ اکھ تٲمِرس چھ زٕ دروازٕ۔ اکھ لال چوکس کُن تہٕ دوٚیم ڈیچھنہٕ طرفہٕ۔ لال چوکہٕ کہ طرفہٕ دروازٕ کنہٕ چھ اور اژان۔ أندر چھ لینن سٕنٛز لاش اکس شیشہٕ صنٛدوقس منٛز...... شیشہٕ وِس صنٛدوقس منٛز اوس میٚہ بروٚنٛہہ کنہٕ لینن سوٚتھ لاگِتھ، نیٚسکٕٹ کٔتہٕ ڈٔتھ، دوٚڈ نوٚلنٕ، اُچھیٚہ وٕٹِتھ"[2]...... یہ وٕنان وٕنان چھ اختر صاب پننہٕ شخصیت دٔخل دِتھ پننؠن خیالن ہٕنٛد اظہار کرٲن۔ "اُمِس عظیم انسانہٕ سٕنٛز لاش ڈیچھتھ گوس بہٕ سوبوس میٚہ آسہ اُمہ سٕنٛز کتابہٕ پرِتھ اوٚس ہُنٛد وُشِس بہٕ سیٹھاہ قایل، از تہٕ چھُس بہٕ اُہنٛدِ عظمتُک قایل... اُمہ سٕنٛز شخصیت اُس میانِس ذہنس منٛز اکس فولادٕ تہٕ جبرٕ ووتھ واکس انسانہٕ سٕنٛز شخصیتھ ہِش، زٕنتہٕ فولادی پہاڑ...... مگر از اوس یہ شخص میٚہ بروٚنٛہہ کنہٕ کمزور بٔنِتھ ہیکٕت، اُچھ وٕٹِتھ، اسمان کُن بُتھ کرِتھ قبرِ تہٕ زنگہٕ وٕٹِتھ — میٚہ کھوٚژ سی حٲکمن ہٕنٛز ژکھ — انسان گژھ مرِتھ زالُن یا دفن

کرِن۔ اُمی سِنزلاش گَژھِہ نہٕ مۄحفوظ تھاونہٕ یِنہٕ۔ مےٚ چھِنہٕ باسان زِ امیُک چھُ فائدٕ کانٛہہ۔ کانٛہہ عظیم انسان اَسِہ نٕ قدر چھِنہٕ اَمِسندِس مرنہٕ پتہٕ جسمس بلکہ اَمِسندین خیالن تہٕ اَمِسنزن تالیمن ۔۔۔۔ جۄ دایہ تُمِسند تصور کوتاہ شعوٗرۍ چھُ تہٕ یا سو مےٚ نہٕ اَمہ ساتہٕ۔ خو دایہ تُمِسند تصورس آمہ' انسان ہیکِنہٕ مرِتھ سِتہٕ کُنہ کرِتھ تہٕ مرِتھ سِتہٕ کُنہ کرِنہٕ چھُ کُنہ ساتہٕ سیٚٹھا شعوری بیان۔ "تاجکستان کِس شہرس" اَندِ کِنۍ لۄکن تہٕ اَتہٕ چہ ترقی مُتعلق چھِہ لیکھان۔ "ہیتہٕ بٔڑٕ کہ چھہ مےٚ سرٚکہ بیٚہِتھ اور پیور، چۄونہٕ، سیمِنٹ، سیٚکھ، میٹر، مشینہٕ تہٕ اوزار ہیٚتھ یوان گژھان۔ ییم آسہ نٕ تِلو آسہ ہاونہٕ خاطرٕ۔ ییم آسن تِمن جاین گژھان یمن جاین تاجکستانس منز ترقی ہنٛز کامہ چلان چھےٚ۔۔۔۔ ۱۹۴۹ ءیس منز ییم لۄکھ ننگٕ آسۍ، جاہِل تہٕ پس ماندٕ آسۍ، تِم تہٕ تِہندۍ شُر چھِہ اَز موٹرن، ریلن تہٕ جہازن کھسان وسان، تِمن ہنٛدِ خاطرٕ چھہ سکول تہٕ ہسپتال۔ تِم چھِہ بنیٚہ انجینیر، ڈاکٹر تہٕ پروفیسر۔[2]

غلام نبی خیال صابن چھےٚ پٔتِم کتاب "کاشرِ منار" ییٚز ورٕی جوراہ برونٛہہ چھاپ۔ اَتھ کتابہِ منز چھِہ عالمی ادبٕکۍن مشہور لِکھارین تہٕ شاعرن مُتعلق مقالہ۔ مقالن ہنٛز نوعیت چھےٚ سوانحی تہٕ تحقیقی تہٕ۔ سوانحی جاد یِمن۔ نۄوۍ چھِس یہ ییمہ کتابہِ ہنٛد ذکر ییٚتہ جایہ کران۔ ییم مقالہ چھِہ خیال صابن وقتہٕ وقتہٕ لیکھی مِتۍ۔ یادٕ تہ ۱۹۶۵ ءٕ برونٛہہ برونٛہہ۔ تہٕ ییمہٕ منز چھِہ کیٚنٛہہ "گُگُریز" رسالس" سون ادب" سۄمبرن تہٕ ہفتہ وار "پرٛاگاش" خبرنامس منز برونٛہہ چھاپ سپدیمٕتۍ، یِنہٕ آیہ ییمن مقالن

رکتابی شکل دِنہٕ۔ اَتھ کِتابہِ پیٹھ چھُ غلام نبی خیال صابس ساہتیہ اکیڈمی
ہِندِ طرفہٕ ایوارڈ تہٕ میوٗلمُت۔

خیال صابن چھہ پننِس خاص اندازس منز یِم مقالہ لیکھی مِتۍ۔
لِکھاری سِنز زندگی ہِندی حالات بایہٕ یا وِہرشھناوِنس سیتی سیتی چھِ تِہندِس
سیاسی، سماجی تہٕ تہذیبی پسِ منظرُک تہٕ ذِکر کرنہٕ آمُت تہٕ پتہٕ تِہندِ خدمت
تہٕ زیرِ بحث اَنِنہٕ آمتیو یِم تِمو اَدبس پیٹھ چھِ دِنہٕ خاطرٕ انجام دِتی۔ تِہندین
کارنامن پیٹھ تہٕ چھےٚ اَکھ نظر تراونہٕ آمٕژ۔ تنقیدی تہٕ تحقیقی نظر۔ کُنہ کُنہ جایہِ
کُنہِ مشہوٗر نظمہِ ہُنْد یا کُنہ فن پارُک خُلاصہ تہٕ لیکھنہٕ آمُت۔ سیتی دوٚیمین
نقادن تہٕ محققن ہِنز تِمن نِسبتھ راے تہٕ لیکھنہٕ آمژ۔ تحقیق کِس
سِلسِلس منز چھہ مغربی زبانن خۄصوصن انگریزی ادیبن ہِنزٕ رایہ تراونہٕ
پیش نظر تھاونہٕ آمژ۔ مثالہٕ پاٹھۍ امرالقیس شاعرس متعلق لیکھان
چھِ کُنہ تہٕ عربی تنقیدچہ یا تحقیقی کِتابہِ ہُنْد ذِکر کرنہٕ آمُت۔ خود امرالقیسن
سِنْدِس وجوٗدس پیٹھ تہٕ چھُ اِشتباہ کرنہٕ یوان۔ دَپنہٕ چھُ یوان زِ یہ چھُ
اَکھ فرضی ناو یتھ سیتی کیٚنہہ عربی کلام منسوب سپدمُت چھُ۔ بہرحال
خیال صابنہِ قلمن چھےٚ یِم مقالہ خۄشبک روزنہٕ دِتی مِتۍ۔ یِمن منز چھےٚ
ادبیت پادٕ کرنہٕ آمژ تہٕ یِم چھِ دلچسپ باسان۔ مثالہٕ پاٹھۍ ڈانٹےسِندِس
کھٕنہ پیش متعلق "عیسایہ سٕنگی بہشتہ تہٕ ژاٹھہ وری اَسہ گُزرٕ یکھو تہٕ
ژھٕ ہٕنہِ وری اوس وہمی اکستہٕ کِس رتس تان وۄتھمُت۔ دوہٕ ہُن تہٕ
راژن ہُنْد کارواں اوس پکان تہٕ پیٹھ رنگارنگ نقش یِتھ کن تراوان
مگر اٹلی ہِندِس شہر فلورنسس روزِ سعدٕ رامٕ تہٕ وُمرُ وُمران یادبیلہٕ آیہٕ کیو

بسکپنوٚ آ کاشس ہیپہٕ اَکھ زیوٚٹھ لشہٕ دار تارُک وُچھ ہیمہِ اَکہِ انٛدٕ پیٹھہٕ بئیس انٛدس گٔژھنی دوٚہنیہ تہٕ سارِنے ہٕنٛزٕ اَچھ لجہِ ہیٛوٚرکُن درٕ۔ دَپان اَمہ تارُکُک گہہ اوس تنیٚوٚت ٹاکارٕ زِ نصیف شبس پھیوٚر منٛدنیٚک رنٛگہٕ پرٛتھ اَکھاہ لوٗگ ہینٛز ہینٛز کنٛہ قیاس کرنہٕ زِ خبر کیاہ چھُ وُچھُن مگر زِ ٹھیوٚ کوٚر کیٚنٛشین مُبارکھ تہٕ خوش خبرٕ دِنی ہیٚکہہ زیٚتھ شہرس منٛز چھُ اَکھ عظیم انسان زینہٕ ووٚل۔ منٛز گےٚ کٔژٕ تام ریٚتھہٕ یانے بہہ شتہٕ ہنٛزٕ ہُٹھک مئی اوس سوران زِ زاوٕ ڈاٹھئے۔ ناد کوٚر ہس ڈوراسٕ نیٚٹھ الجبری مگر یَتہٕ اُیس ٹاچھرسان ڈاسنیٚٹھ ڈاٹھیٚ دنان۔ تتھ ند زاوُیُل تہٕ الہ پوش ہیوٚ بُتھ تہٕ موٚلیوس چٔشمہٕ وُچھِتھ اُسہ ساری دنان زِ یہ چھُ ازلےٚ کُتام دوہ کھ ہیٚتھ آمُت"

۱۹۷۰ ئیس منٛز سُند مشہوٗر تہٕ بہترین سوانح "پیامبر" کہ کاشُر ترجمُک گوڈنیُک حِصہٕ جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ دٔسہِ چھاپ۔ تہٕ یتہٕ اَہمیُک دوٚیُم تہٕ ترٛیُم حِصہٕ تہٕ۔

یہ چھُ اصلی فارسی زبٲنی ہنٛدِس بہلہ پایہ ادیب زین العابدین رہنما سُنٛز لیچھہِ مٕژ کتاب تہٕ ترجمہ چھُس مشہوٗر فارسی ووستاد ڈاکٹر شمس الدین احمد صابن کوٚرمُت۔ ڈاکٹر شمس الدین احمد چھِ کشمیر یونیورسٹی منٛز فارسی شوبکہ ووستاد تہٕ صدر۔ یتھہٕ پاٹھی چھُنہٕ یژھ کامہ باپتھ اُمہِ سندِس موزوٗن آسنس کانٛہہ شک۔ اوتار کرشن رہبر صابٕ چھِ لیکھان زِ یہ کتاب چھےٚ مُلہٕ تلہ فرانسیسی ادیب ہینری میسی سُند ترجمہ[۱] مگر یمن چھُ مُغالطہ۔ یہ کتاب چھےٚ "حیاۃ النبیؐ" ناوٕ۔ کاشرس منٛز پھیرنہٕ آمژ۔ شمس الدین احمد صابٕ چھِ یہ ناو تھٲوِتھ تس مُتعلق دنان زِ "ناو چھُ سیٹھا

---

۱) کاشُر نثر۔ خیال تہٕ رہبر۔ صفحہٕ ۴۸۳

پٔرتھ، معہ لیلہٕ تہٕ شوٗبہٕ وٕنی، اَمہِ پوٚز خاص کٲشرٕ ناوٕکس اَسہِ کٲشرِ ین وِزِ وِزِ زیوٚر
پیٹھ چھُ آسان، چھُ یوٚہے پاک ناو حیاۃ النبیؐ، یُس تہِ بٔڈیہ کُتہِ زبانٕ منز
چھُ۔ اَوے تھوو مےٚ اَتھ ناو حیاۃ النبیؐ ۱؎۔ کٲشرِس اَدیس منز چھُ یہِ لفظ
گوڈٕ محموٗد گٲمی سٕندِس اَکِس نعت شریفس منز نظرِ گژھان ع

ژٕ کرغم دفع یا حیاۃ النبیؐ

اَتہِ چھُ یہِ لفظ ندائیہ لفظ رٕنگہٕ استیمال سپدمُت تہٕ عام کٲشرۍ تہٕ چھِ اَتھ
مانیس منز استیمال کران۔ پوٚز اَتھ صورتس منز چھُ یہِ استیمال کرُن غلط،
تکیازِ اَمہِ لفظُک موٚرتہٕ ترکیب چھنہٕ کُنہِ تہٕ صورتس منز "زِندٕ نبیؐ" ــــ
Living Prophet چھ مانہِ ظأہر کران۔ اگر نبیؐ سٕنز زندگی مانے
کرِوس۔ سہٕ ہیکہِ ندائیہ لفظ بنِتھ۔ خیر ڈاکٹر صاحبن کیتھ مانہِ یس
منز چھُ استیمال کوٚرمُت۔

اَمہِ کتابہِ ہٕندِس گوڈنِس منز چھُ ٹینگ صاب لیکھان: "یہِ چھے
تس ٹاٹھِس نبیؐ سٕنز داستان یَس سہٕ رگہٕ خوٗنٕ وٕنہٕ وان چھےٚ تہٕ یس عرشکۍ
بسکین درد سوزان چھِ۔۔۔۔ شوٗدِس تہٕ شوٗرِس کٲشرِس منز چھنہٕ وُنیک
تام تہنٛزِ سأرۍ سے زندگی اَتہِ ناوٕنۍ داجیٖنو کانہہ کتاب تہٕنٛز ڈرامٕژ ۲؎۔ اَمہِ
کِس اصلی مُصنفس مُتعلق چھِ لیکھان "زین العابدین رہنما صابن چھُ اَتھ
اَکھ واقعٕ احتیاطٕ چہِ دستار دِتہٕ کوٚڈمُت تہٕ اعتبار چہِ چھانِیہ پھیوٚرمُت۔
تمُ چھےٚ یہِ مبارک تہٕ پھیرٕ پیش کٔرتھ تمہٕ تازگی سان وَٕنی ژرٕ نہِ تمہِ شخصن
سیٖرتھ باقے کتابہِ تہٕ پَرمٕژ آسن۔ تس تہٕ یاسہِ یتھ کتابہِ پھیرٕ دِتہٕ وِزِ اَکھ

---

۱؎ حیاۃ النبیؐ جلد اول۔ گوڈٕ کتھ ۲؎ حیاۃ النبیؐ جلد اول۔ گوڈٕ کتھ۔

سأدر وار سواد تہ پشر ہیں۔ کتابہ منز چھہ واقعاتھ اکہ باطنی تسلسل چہ ہانکلہ سیتو واٹھنہ آمتہ۔ مُصنفن چھےٚ واقعاتن ہنز ملہ ون تمہ آیہ یا غمبر آخرزمان ہنزِ ہس منتس سیتو دایر اوہ منز رشتہ نور چھہ اچھن تل ووز ملہ کرنہ لگان۔ ییمہ سیتو عرب کین ظلماتنہ بوت گہہ پیوہ زلی کریمہ سیتی ماری ہے عالمس نتہ عجمس منز نورس ڈیر سپدی [1]۔ ترجمہ کارس متعلق چھہ تہند خیال یہ زِ "تمو چھہ ترجمہ ورتہ تمی جذبک ژھ ونگ پننہ تس روحس منز زولمت ییمہ مُصنفن یہ کتاب لیکھہ توو [2]۔"

مُصنفس متعلق چھہ ترجمہ کارس ہند خیال زِ "رسولن خوداپہ ہنزِ ہس سیرتس پیٹھ تہنزِ ہس مقصدس پیٹھ آیہ نہ یمن نہ بیشمار کتابہ لیکھنہ امہ پوز بہ ونہ دعواسان ز زین العابدین رہنما صابنہ کتابہ چھینہ جوڑ [3]۔"

مُصنفس متعلق یمن خیالن سیتی اختلاف کرنچ چھینہ جوداینہ گنجایش۔ کنہ نہ سیرتس چھینہ یہ بحر۔ وار بہو لکھار یو چھہ امہ منز سوانح لیکھان لیکھان پننی ستائل (اسلوب) نیرل بناونچ کوشش کرمژ۔ پوز یہ اسلوب چھینہ کنی دراینہ پیٹھ گژھان۔

ہنس ترجمس متعلق چھےٚ ترجمہ کار ونان زِ "میٚنے کرٚ سیٹھا کوشش اصلی پیامبر کتابہ ہنزی کوسن قایم تھووینچ [4]۔" تہ اتھ دعوہس منز چھہ تمہ کنہ خدس نان حق بہ جانب، پوزہ یاتھ نہ کینہہ۔ تمہ چھہ یرن والین سال کران زہر گاہ تمت "میانین غلطین ہندا یحساس سپدہ روز ہ سیٹھا مشکور زِ تمہ دِن میٚنہ زِ ینونہ یتھ آیندہ چھاپس منز تمہ اصلحک فائیدہ تلنہ ییہ، کیا زِ یہ کتاب

---

۱، ۲ حیات النبی جلد اول۔ گوڈنت، ۳، ۴ حیاۃ النبی جلد اول۔ گوڈنچ کتھ۔

چھِنہٕ میانٮ۪ن یہِ چھےٚ پرٛتھ اَکی شرٕ:

یہِ کِتاب پرٛان پرٛان باسیوٚ مےٚ زِ ترجمہ کارن چھےٚ سیٹھاہ محنت کرٕمٕژ مگر ستی گژھن اَکی شوقن کل زِ یِس مُصنفہ سٕندِ کینٛژاہ تعریف کرنہٕ یِیمہٕ کِتابہٕ ہٕندِ بوٚت تھفہٕ کیٚنہ چھُ آمُت، بہٕ پرٛہن سیٚو نہ، اصل کتاب پرِتھ باسیوٚ مےٚ زِ ترجمہ چھُ کُنہِ کُنہِ جایہِ کمزور۔ ترجمہ کارٕ شرٕ دعوٗٲژ کریو نَس مجبوٗر زِ یہِ لیکھہ اَتھ پیٹھ اَکھ مُفصل مضموٗن مگر اَز تام ڈرایہِ نہٕ فرصتھ۔ بہٕ گوس یہِ وُچھتھ حٲران زِ راہی صابنہِ نظرٕ گژھہِ نہٕ یِتہٕ ترکیبہٕ پٲٹھوٗ روٗد یہِ قصوٗر وارتھ باقے زِ کانٛہہ لیکھہِ اَتھ نسبتھ کینٛہہ۔

بہٕ چھُس نہٕ فارسی زبٲنی یا ادبُک کانٛہہ عٲلِم تہٕ نہٕ کٲشرِ کےٚ۔ پیٹھہٕ ہیکُس ترجمہ کارس متعلق کُنھ کرٕنی۔ یہِ گوٚو اختابس ژونگ ہاوُن یا تۄہہ ندرِ یِس برٛونٛہہ کُنہِ کُنہِ ڈال ہاوُن۔ یِتھنہِ چھےٚ اَزمِ کانٛہہ گنجایش زِ تفصیلہٕ سان ییہِ کتھ کرنہٕ۔ اَمہِ کِنہِ کرٕ بہٕ کینٛہہ موختصر اِشارٕ یمہٕ حیات النبیؐ کِتابہٕ ہٕندِ گوڈنِکی جلدٕ کین گوڈنِکیو صفحن ہٕندین کینٛژن جُملن مُتعلق چھےٚ۔

مےٚ چھےٚ خدایِن خزانہٕ دِتی متھ۔ (صفحہ ۲۲)

بہٕ چھُس نہٕ یِکان کُنہِ پیٹھ اِلا یہِ کینٛژھا مےٚ وحی چھُ وسان (صفحہ ۲۲)

تہٕ گٔژھن برٛونٛہہ کُن ترٛاوُن یہِ اَکھ سیٹھاہ اِختیار یِیٚنہٕ خٲطرٕ (صفحہ ۲۲)

یِم خیال مےٚ ییٚنس ٹاٹھِس وطنس ستی چھِ (صفحہ ۲۳)

یہِ یکناوُن اکہٕ تمہٕ سمندرٕ منٛز ییمکو آبہٕ ملکھ اَکھ اکس پیٹھ چھانہٕ یِوان اُسی (صفحہ ۲۳)

زندگی گُذراوان تہٕ اُچھیہِ ڈیشتہٕ پٲٹھوٗ (صفحہ ۲۳)

یِم تمو قومس نِش پانس ہیچھ رٔٹ (صفحہ ۲۶)

تِمَن الہامَن ہُنٛد ذِکر یِم تمو پننِس بیہتر تہٕ افضل طبٕعی یِتھٕ منٛز پأدٕ کٔرۍ (صفحہ ۲۶)

وۄپر مُلکَن منٛز تہنٛزِ تربیت لبہٕ ہیچ ذِکر (صفحہ ۲۶)

خۄداچھُ پانہٕ زانان۔ آبہٕ چھُنس تمو لگٕن ہنٛدِ خاطرٕ سۄزمُت

یہٕ فتح چھےٚ ازٕ کٔس دۄہس تان باقے

انسانہٕ ہنٛدی پأٹھۍ زِنٛدٕ

اَتھ لوکچس شہرس منٛز رٔٹۍ رٔٹۍ أنۍ ہتھ

پنُن مُلک ژٕ اوتھ ژھنٛنن والیو

مَس چھُس گرٛدنہٕ یتھ تام زیوٚٹھ

یا درِن ہنٛدی یٕ پأٹھۍ رۄپیچھ پأٹھۍ نبہٕ نبہٕ کرٕوُن ریش

ترجمہ کارس ہنٛز بٔڈ کامیأبی تہٕ ترجیح بٔڑ خوٗبی چھےٚ یہٕ زِ ترجمہ گژھِ نہٕ ترجمہٕ باسُن۔ یِمہٕ ترجمہ کِین جُملن چھُ وارِیاہن جایَن لفظَن ہُنٛد ترتیب تِتھ پأٹھۍ ڈولمُت زِ یہٕ چھُ نٕہٕ پأٹھۍ ترجمہ باسان۔ یِم جُملہٕ میٚ ییٚچھ کتہٕ لیکھِ تِم گژھو میانۍ کنہِ یِتھٕ پأٹھۍ آسنۍ (ترتیب وار) میٚ چھِ یِم جُملہٕ لیکھَن وِز اصل عبارتھ مدِ نظر تھٲوِمتۍ۔

میٚ نِش چھِ خۄدایہٕ سنٛدی خزانہٕ —— بہٕ چھُس تی کران یہٕ

میٚ وچھ وَسہٕ —— تہٕ لگن بۄ وُنہہ کُن ژٕ رۄدُم یہٕ اَکھ رُت اخبار یِنأوتھ

—— پننہٕ ماجہِ وطنُک رُت کانچھنہٕ خأطرٕ یِم خیالٕ میٚ چھِ ——

یہٕ بکِنہٕ ونی وقتہٕ کیہہ شدٕ رٕکیو تہھقیو مُلرو وِمنٛز یِم اَکھ اکِس تِتھ والان اُسو

(یا چھاونہٕ یوان أسی) —— تہنٛز زندگی دوران وُچھ ونۍ ہنٛدی پأٹھۍ

—— یِم تِہنٛد قومہٕ نِشہٕ رٕژ —— شہٕ طاقتھ یِیمہٕ سیٛٹھاہ تِمو تھوٚو دٕمزانہٕ پٔرٛدٕ ——

صحراوَس منٛز تربیت لبنہٕ پتہٕ دوٚہ پٔرٛ ملکھ وچھنَس داچھنس تام ——

زانہٕ تھوٚو دا، اَوٕ —— یہٕ فتح چھےٚ ازتان دٕرِتھ —— زٕ جسمانی تہٕ

—— اَتھہ لوٚہ کٕٹِس شہرَس کنٕ لیمہ کرٕ ہرٕژ —— مہاجرن —— مس چھُس

گرٛدنہٕ بعہ نتان۔ یادٕری آیہٕ روٚچھ ہیوٚ نیٚہ نیپہٕ کرٕدٕن ریش ——

یِہنٛدٕ چیزٕ اَسِتھ تہٕ چھےٚ یہٕ کِتاب کأشرِ اَدبہٕ خأطرٕ سیٹھاہ قیمتی تہٕ یہٕ ترجمہ سیٹھاہ معیٲری۔ اَمہٕ سیتنو چھُ بہر حال کأشرِس اَدبَس اِضافہ سپُدمُت۔

ڈاکٹر شمس الدین احمد صأبن چھُ بیٚیس فارسی کتابہ تہٕ ترجمہ کوٚرمُت۔ اَمہٕ چھُ ناو "حاجی بابا"۔ میےٚ چھُنہٕ یہٕ ترجمہ کتأبی شکلہِ منٛز وُچھمُت مگر اَمیُک اَکھ باب چھُ "سون نثر" سعہ مبرنہٕ منٛز چھاپ سپُدمُت، یُس بٔرٛ تھ یہٕ باسان چھُ زِ یہٕ چھُ رُت ترجمہ تہٕ جاد اَصلَس نکھہ۔ جُملَن تہٕ لفظَن ہُنٛد ترتیب چھُ شوٗقہٕ دار، وُچھن کو کُنہٕ کُنہٕ چھُس ڈوٚلمُت تہٕ۔ زبان چھُس رَوان۔ عام فہم تہٕ سادٕ —— نوٗمونہٕ چھُ یہٕ "سفرس نیرنہٕ برٛونٛہہ اوس بابہٕ صأبن پنٛن وان ژٕ چھُس ژاٹس حوالہ کوٚرمُت مگر تور پیٚتھ ییٚلہ بایَن بازر گرم وُچھ تہٕ ہیٚژن تس وان کربلا کہِ ناوٕ کہٕ یہٕ کنہٕ بیٚیسہ پینٛچ پٔرٛہیز کأری ہأوی تہٕ وُچھ زیادٕ زیادٕ بڑن۔ تِمو ژھینو وُنی بڑین بڑین خریدارَن علاوٕ مولوی بَن تہٕ عأٲلمَن تہٕ تھیچھ۔ میانہ تربیٚژ ہُنٛد اصل مقصد اوس زِ یہٕ گوڑٕ چھس کھوٚر چلاونس منٛز وستاد نِیُن"۔[۱]

۱۹۷۴ ءیَس منٛز بیٚیہ بیاکھ کتابہ تہٕ بازر۔ یِتہٕ چھُ اَکہٕ سوانحی کتابہ ہُنٛد ترجمہ۔ اَصل کتاب چھےٚ گاندھی جیہٕ سٕنٛزِ زِندگی متعلق۔ ترجمہ چھُس یِمہ عنوانہٕ سپُدمُت۔ "صداقتھ تراونہٕ خأطرٕ میانین تجربَن ہٕنٛز داستان" یہٕ

۱۔ کأشُر نثر۔ خیال تہٕ رہبر۔ صفحہٕ ۸۵ہ

چھُ غوٚرٕ دِ بذات نامہٕ یانے کاندھی جییَن چھپے پتہٕ نِہِن تجربن ہانے تحریرِچ شلل
دِژمِژ۔ ترجمہ چھُ کوٚرمُت مشہوٗر کأشرِ ادیب اختر محی الدین صاحبن۔ یہ چھپے
اَکھ ضخیم کتاب یوسہٕ پانژن حصن منز باگراوِتھ چھپے۔ عنوان چھس شاندار
مثلن منٛدچھہ بچووُس، اپیزنیشہ لوٗٔجم نجاتھ، زٕ جذبہٕ، زٕ تنگ بندِش،
خاتہٕ دارٕی، ترٛیٚیہ پونٛڈٕ موٗ حصوٗل، بہتر۔ ترجمہ چھُ روان عبارژ تہٕ بول
چالہٕ ہِندِس کأشرِس منز بڑہٕ خوٚبی سان کرنہٕ آمُت۔ نوٗمونہٕ چھُ "یِمن مزدارٕ
چیزن پرہیز کرنہٕ سیتھ آوِ مے تہٕ فائدہ۔ یِم چیز مے استعمال کرٛنی ترٛاوِی میٛتھ
اُسی تِمن ہٕنٛز سبزٕ نہٕ مے پیٚنہٕ زنٛہہ خاہِش۔ اَکھ دوٚرٕی گُزریوو زِ نیتہٕ کالہٕ پگاہٕ
تہٕ مے سپُد پیٚنہٕ نِہِن خواہشن پیٚٹھ بٔڑوٚنہِ مہ کھوٚنہٕ زیادٕ قابوٗ حاصل۔ امہٕ تجربہٕ
سیتھ بڈُو مے نظرٕ دار ہارنک رجحان زیادٕ زیادٕ تہٕ مے کھیٚییہٕ تہٕ یِم چیز
ہندوستان پیٚٹھ تہٕ وارِہِس کالس"۔ یِمو ترجمو تہٕ اصل کتابو علاوٕ چھُ واریاہن
رِسالن منز تہٕ سون ادیٚس منز سوانحی مضمون چھاپ سپدی میٛتھ، یِہندٕ
تذکرہٕ تحقیق کس عنوانس تحت آو۔

## سائنس، سیاسیات تہٕ اقتصادیات

ڈراما، افسانہٕ، ناول، تحقیق، تنقید، سوانح موضوعن علاوٕ
ٹھوسٕ نی ادیب باقے مادٕ اتھٕ کُن تہٕ کینژ کالہٕ پیٚٹھ توجہ دِنہٕ۔ تِمن باسیوو زِ پننہٕ
زبانی پوچھر دِنہٕ خاطرٕ چھُ یہ ضروٗری، چنانچہ اَکھ سلسلس منز لیچھ گوڈٕ منظوٗر
فاضلی صاحبن اَکھ کتاب "سیاستچ پاریزان"۔ یِمیٚک موضوٗع سیاسیات اوس
اَکھ اَندر آیہ سیاسیات چہ کیشہ بُنیادی کتہٕ زیرِ بحث تہٕ اَکھ ہیٚتی ہندوستانٕک
آیئن تہٕ۔ اَکھ کتابہٕ پیٚٹھ میوٚل یمن کلچرل اکیڈمی ہِندٕ طرفہٕ دوٚیم انعامہٕ۔ امہٕ
پتہٕ لیچھ یِمو حال حالے اَکھ موضوٗعس پیٚٹھ بیاکھ کتاب تہٕ "ٹکہ سیاست"

بوٚسہ پننہٕ طرزٕچ واحد کتاب چھےٚ اَتھ اندر چھہ "لکہٕ سیاست" لکہٕ دلیلہٕ تہٕ سیاست سیاستس تہٕ لکہٕ بأتھ، سیاست تہٕ لکہٕ پأتھر عنوانن تحت، لوکہ ادبس منز سیاست کین اشارن ہُند پے ژھارنٕچ کوشش کرنہٕ آمٕژ۔ جناب غلام رسول نازکی چھہ اَتھ گوڈٕ کتھہ لیکھان وَنان: "عزیز منظور فاضلی صأبن چھہ یہ رسالہ لیکھتھ کأشر زبأنی ہُند دامن واریاہ وُسی کوٚرمُت۔ سیاست چھےٚ دراصل انسانہٕ سٕندِس روزمرٕ زندگی ہٕندِس تجربہ۔ یِمہ تجربہ ووٚت انسانس واریاہ کال کڈان۔ یِمنے تجربن ہٕنٛدِس روشنی منز چھہ سُہ اَکھ تیٚتھ سماج قائم کرنٕچ کوشش کران یُس تمس سازگار آسہ۔ ییٚلہ تہٕ یہ سماج چھہ تمس حسبِ مراد بنان سُہ چھہ اَتھ خلاف یا تہٕ نٕنہٕ وانہٕ بغاوت کران یا اگر تہٕ حالات بغاوتھ کرنک اجازتھ دِن نٕیلہ چھہ سُہ پننہ محرومی ہُند حال "در حدیثِ دیگران" وَنان۔ کوشر لفظ چھہ اَمہ خاطرٕ ذٕکر، یِم زٕ رنگہ چھےٚ شأیری منز لطیفن منز، مہاورن منز، پأتھرن منز، داستانن منز لبنہ یوان۔" تہٕ اَتھ پیٹھ چھہ منظور صأبن قلمہ گۄمُت۔ کتابہ منز چھہ سواد تہٕ ہیئت دوشونی ہٕنٛدِ کینژھہ خأمی تہٕ، تہٕ زن گۄ بقول نازکی صأب "اَکہ چیزٕچ آیہ مےٚ کمی بوزنہٕ تہٕ تم گےٚ سالابہٕ نامہ" اَمہ علاوٕ چھہ واریاہ شار بطورِ حوالہ پیش کرنہٕ آمٕتی مثلن ؎

وقت اوس دِگرہ میٚشو — گوہ گو بہٕ نیٚبہ رٕٹِتھ ورمُل

شمبونا ہتھن ڈٕلہٕ تلنےٚ — وہیچن بے وایہ آزادی

منظور صأبنین کتابن منز چھےٚ کُنہ کُنہ زبأنی ہٕنٛز غلطی تہٕ نظر گژھان تہٕ کتابتہٕ چہ تہٕ دوٚن گۄ اَمہ چھےٚ معمولی کتھہ۔ تأم چھےٚ پننہ جایہ تأریفن لایق۔

---

۱ء ۲ء ۳ء لکہٕ سیاست، صفحہ ۵، ۶، ۱۰۔

تہٕ اخترمحی دین صابٕ سنٛی کیتھہٕ" فاضلی صابن چھُ کاشرس ادبس یہِ احسان زِ تمہِ ڈیٛٹ اَتھ اکھ نوٚو موضوع یانے سیاسیات"۔

سیاسیات کِس شوبس منٛز چھےٚ بیاکھ کتاب تہٕ قابلِ ذکر، سعہ گیٛیہ ہندُستانہٕ کہٕ آئینچ ترجمہ کتاب۔ یہ ترجمہ چھُ ساہتیہ اکیڈمی ہندِس ڈیپس پیٹھ مرزا عارف صابن تہٕ پروفیسر گیشپ صابن کوٚرمُت۔ ترجمہ چھُ جان تہٕ وُریٛہ وُن۔

۱۹۷۱ءیس منٛز بیوٚت "کوآپریٹو مارکیٹنگ تہٕ اَمِچ ترقی" ناوٕچ پروفیسر سیف الدین سوز صابنٕز اکھ لوکٕٹ کتابہٕ مُلٲں چھاپ۔ اَتھ پیٹھ میوٚو امن مرکزی وزارت زراعت، اجتماعی ترقی تہٕ کاپریشن کِہ طرفہٕ ہنٛز یادی ادبہٕ کِس اعٹمس کُل ہند مقابلس اندر اَتھ اول درجُک کتاب آسنہٕ کِنۍ اکھ ساس روپیہٕ۔

اَمہِ سیٛتی ووٚتھ کاشرِس ادبس منٛز معیشت کِس موضوعس پیٹھ تہٕ کتابہٕ لیکھنٕس دس۔ پروفیسر حامدی صاب چھِ اَمہِ چہِ گوڈٕ کتھہٕ منٛز لیکھان "سوز صابن یہِ مقالہ لیوٚد وٕسے کاںٛہہ تنقیدی پارٕ نیچ تخلیق مانِنہٕ یِیہِ نہٕ۔ اما یوٚز اَتھ موضوعس پیٹھ گوڈنیچ قابلِ قدر تہٕ مفید کوشش آسنہٕ سببہٕ روزِ یہِ مقالہ سأنِس ادبی تأریخس اندر ہمیشہ قأبلِ تذکرٕ۔ اَمِچ زبان، اسلوب تہٕ پیشکش وُچھتھ چھُ یِژھ دوٚل یقینہٕ سان قیاس ہیکان کٔرتھ زِ اگر پروفیسر صابٕ علمِ معیشتس پیٹھ مستقل پأٹھۍ قلم تُلن تہِ ہیکن اکہِ طرفہٕ سانہِ ادبک اکھ خلا پوٗرٕ کٔرتھ تہٕ بییکہِ طرفہٕ پننہِ صلاحیتُک اکھ یادگار کارنامہٕ انجام دِتھ۔[۱]"

اَتھ کتابہِ منٛز چھِ کاہ باب یمن منٛز سورُسے مواد شوٗبہٕ دار پأٹھۍ بأگرأونہٕ آمُت چھُ۔ اَمِچ زبان چھےٚ روان تہٕ روزمرس قریب تہٕ زیرِ بحث مسلس جان پأٹھۍ

---

۱۔ کوآپریٹو مارکیٹنگ تہٕ اَمِچ ترقی۔ پروفیسر سوز۔ گوڈٕ کتھ ج، د

پھٹ کڈنی لایق۔

سائینسک اکھ شہ موضوع یتھ نہ اوّ تام کانٛسہٕ اتھ لوگمت اوس، پانٛنوو سانٛنی بزرگ ادیب تہٕ شاعر میرزا عارف صابن۔ تمو لیٚچھی Human Anatomy پیٹھ اکھ کتاب "آدمی موٗر" ناوی یہ چھےٚ اتھ موضوعس پیٹھ کانٛشرِ پاٹھو گوڈنیُک کتاب۔ امہ چھ چھپاونہٕ خاطرٕ چھُ یمن کلچرل اکیڈمی مالی مدد دِیُتمُت۔ تہٕ ۱۹۷۵ ؁ئیس منٛز میوٗل یمن اتھ کتابہٕ پیٹھ ریاستی اکیڈمی ہُند گوڈنیُک ینام تہٕ۔ Anatomy گیہ نانہٕ پاگے۔ عارف صابن چھُ انسانہٕ شُند پرتھ نانکُ ذکر کوٗرمُت۔ تیُچ کام ہاوِمژ۔ تیُچ اہمیت ظاہر کرِمژ location یانے جاے تہٕ ہیئیت بیان کرِمژ تہٕ یتھ پاٹھی چھُ یمو وارِیاہن سائینسی اصطلاحاتن ترجمہ کرُن پیوٗمُت۔ تہُند خاطرٕ لفظ گرٛنی پییہِ۔ تہٕ یم لفظ موجود آسِ تمن جایہِ جایہِ تہٕ وانہٕ پھیرِتھ ژھانٛڈِتھ دِنی پییہِ تہٕ یتھ پاٹھو کانٛشرِ ادبُک دامن وُسی کرنس ستو ستو زبانِ واریاہ نوٚو لفظ دِتی ییتہِ۔ یہ چھُنہ کانٛسہٕ لوکہٕ پایہٕ خدمت۔ عارف صاب چھ امہ کامہ بانٛتھ مبارکس لایق۔ مثالہٕ پاٹھو اچھ متعلق یم لفظ۔

لال یا مُنہ پھوٚل Cornea، دار Pupil وزھر lens نشہٕ کھوت sclerotic. چھرز Yellow spot رنگوار تہٕ choroid کاشہٕ تہٕ Retina گاشہٕ داو Optic Nerve انٛنی کھوت Blind Spot

بیترِ عبارتھ سہل بناونہٕ چھُ پوٗرٕ کوشش کرنہٕ آمژ۔ نوٗنہٕ موٗنہٕ چھُ یہ:

"کیشرٕن مژن ستو چھُ مُشک نٔہ منٛز باس دوان۔ یمن ستو چھُ مُشک ہیٚنکُ حس تہٕ ستو ستو آسان یتھین کھینہٕ چیزن چھُ منٛز مُشک

بیوٗن بیوٗن آمان۔ یُس ژاپنس سیتھٕ یا اَسَس منز ژراوٕنہٕ سیتھٕ اَمہٕ قِسمہ چھُن مُشک ہیٚنہٕ واجنِس سلن بیہتھ پٔنُن اثر ژراوان چھُ۔ اَوے چھےٚ زنانہٕ دوا چیٚنہٕ وِزنِس بُشہ کران تہٕ اَوے چھُنہٕ سۭتھ زِلِس منز کھیٚنہٕ چیٚنِس مُشک باسان۔[۱]"

سون ادب ۱۹۷۵ء یس منز چھُ بشیر بڈگامی صابُن ٹیلی وِژن تہٕ محمد شفیع چِستی سُند مضموٗن "وٹامن تہٕ یِہنز اہمیت" تہٕ بیٚیہِ شولِس مُتعلق سائنس مضموٗنن ہنز اَکھ سعہ میرَن چھےٚ شفی شوق صابنہٕ کتاب 'فرشہ پیٹھہٕ عرشس تام' یِتھ منز کیمِسٹری بڈِ پن سائنسی نظریہٕ یَن ہنز وضاحت سام چھےٚ ہیٚنہٕ آمژ۔

## مذہب، فلسفہ

۱۹۷۰ء ہس منز ووت قرآن شریفُک سُہ ترجمہ کشیرِ یُس مولوی محمد یوسف شاہ صابَن کوٚرمُت چھُ تہٕ یُس قِسط قِسط آزاد کشمیر ریڈیو پیٹھہٕ تہٕ کینژَن کالَن نشرِ سپدان روٗدمُت چھُ۔ مولوی فاروق صابَن چھُ یہِ حاصل کرنَس مُتعلق لیکھمُت ز "۱۳ / ۱۴ / فروری ۱۹۷۰ء حکومت ہند اور پاکستان کی بہم کردہ سہولیات کی وجہ سے حسینی والا اور گنڈا سنگھ والا منتصل فیروزپور کے مقام پر برادر مولوی محمد احمد صاحب نے والدہ محترمہ اور عم محترم مولوی نورالدین صاحب کی موجودگی میں "بیان الفرقان" کے پہلے پندرہ پاروں کا مجموعہ مجھے عنایت کیا۔ بقیہ پندرہ پارے ہنوز حصول طلب ہیں۔"[۲] یمو پندہ وُہ سیپارو منز تہٕ چھُ دۄہنے سیپارَن ہُند ترجمہ گوڈنِکس جلدس منز ۱۹۷۳ء یس اندر علی محمد بک سیلرز حبہ کدل سرینگرن شایع کوٚرمُت۔ ترجمہ کار پیٚٹھہٕ نِہ وُنیہ

---

۱۔ آدم موٗر۔ مرزا عارف صفحہ ۱۹۲ ۲۔ بیان الفرقان۔ مولوی یوسف شاہ

کنہٕ چھُ یہٕ ترجمہ کرُن ۱۳۷۰ھ یس منٛز شوٗرُو کرنہٕ آمُت تہٕ اَمی وَرِ یہٕ چھِ ماہِ صفر منٛز اندر دوٚنہمُت۔" یتھ پاٹھۍ یِم کوشِشہ از بڑونہٕ ہیتھ شیتھ وَری شوٗرُو سپدِ ییہ تیمہ پتہٕ بڑونٹھ۔ ترجمہ کرنہٕ کِس جوازس متعلق چھِ تِم فرماوان: "گوڈنیکیو ترجمہٕ یُس کرنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ فارسی پاٹھۍ کرنہٕ آمُت۔ ساری سے قرآن مجیدس چھُنہٕ ترجمہ کرنہٕ آمُت بلکہ سورہ فاتحس تہٕ کیٚنٛژن سورہ شریفن۔ سُہ چھُ گوڈٕ ہمُت درعہدِ نبوت علیٰ صاحبہا الصلوٰۃ والسلام حضرت سلمان فارسین رضی اللہ عنہٗ باجازت حضرت رسالتماب جناب حضرت محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم ترتیب دِتھ چھُ سوزمُت سُہ ترجمہ ایرانہٕ کین تمن لوکن نِش یِمو تمیک درخاس کوٚرمُت اوس کیہ اَمہٕ اندرِ سپُد ثابت قرآن مجیدس ترجمہ کرنُک جواز مگر عبادات گژھن تھاونہٕ یِنہٕ یِتنس حالس بیہھ تِہِم دِتس تہٕ نتھ بٔنِیو زبو قرآن مجید ادا کرنہٕ سیتی تکبیارِ تحمیک، تو لوت چھُنہٕ کُنہ حدیثس اندر آمُت۔"

ترجمُک انداز چھُ روایتی، رسمی خطس چھِ یِمہٕ کہ مروجہ رسم الخط نِشہ ہنا پھیر۔ زبان چھےٚ عام فہم تہٕ سادٕ۔ انداز بیانس منٛز چھےٚ خطابت۔ مثلاً ترجمہ چھُ بیہٹھ کُنہ آیہ آیہ تہٕ یِتہٕ چھِ تفصیلہ سان شرح اکھ سے جایہ دِتھ۔ نمونہ چھُ یہ " یسئلونک عن الخمر والمیسر پرٛژھان چھِ تۄہہِ یا رسول اللہ با ایمان شرابس تہٕ زارس متعلق قُل فیہما اثمٌ کبیرٌ ومنافع للناس تۄہہِ فرماوتو کِہ یِمن منٛز چھِ بوڈ گونٲہ اگرچہ نفع کینہہ یِمن منٛز لوکن ہنٛد خاطرٕ چھُ واثمہما اکبر من نفعہما مگر گونٲہ یِمن ہُنٛدُے چھُ زیادٕ یِمن ہنٛدِ نفع خوتہٕ۔ یہ چھُ گوڈنیُک آیہ یُس شرابس تہٕ زارس متعلق نازل کرنہٕ آو یتھ منٛز بیان کرنہٕ آو کہ یِموٚ دوہو یِو چیز وبانے شرابہٕ تہٕ زارِ سیتی چھِ شخص وارِہن گونٲہن اندر گرفتار سپدان، کیازِ شراب چینہٕ سیتی چھِ عقل ڈٔلِتھ

روزان یوسہٕ عقل انسانس کٲمہ کرنہٕ نِشہِ پَتھہ رٹان چھہ۔ عقل چھےٚ وَنان تتھہ رٔزِ یتھہ سُمتھ چار رٲے شُترَن زنگن گنڈ (ڈٔنگ) چھُ کرنہٕ یوان اَدِ چھُسنہٕ سُہ ماٚلکس نِشہِ ژٔلِتھ ہیکان، یتھہ ڈٔنگ وَنان چھہٕ یتھےٚ پٲٹھۍ چھےٚ عقل انسانس گٔمہٕ تھوٚنہٕ نافرمٲنیو نِشہِ پَتھہ رٹان۔ زار ہُمتھ چھُ مال و دولتک حرص تہٕ طمع پٲدٕ سپدان، یمہ حرص تہٕ طمع موکھہ چھہ شخص تھپہٕ دِوان تہٕ زٕژٕ کران، لوٗکہ ہُندِس حقس پیٹھ ناجٲیز طریقہٕ پٲٹھۍ قبضہ کران امی طریقہ چھُ سُہ دارین کِہنہ نہٕ گرفتار سپدان۔ یمن دوٚن چیزَن شرابس تہٕ زارس نفع تہٕ فایدٕ چھُ عارضی لذتھا حاصل سپدان کم کینژہ وقتس تان۔ بیٚیہ مال حاصل سپدان، زار گٔژھتھ سُہ تہٕ چھُ عارضی پٲٹھۍ آسان کیازِ سُہ چھُ بے برکت جلدی ختم گژھان۔ لہٰذا چھُسنہٕ یمن دوٚشوٚنی چیزَن ہُند نفع تہٕ فایدٕ یمن ہُندِس نقصانس تہٕ ضررس مقابلہٕ کینہہ۔ لہٰذا یوٚت یمن ہُند نقصان چھُ نیوٗت چھُسنہٕ نفع تہٕ فایدٕ۔ نفع یمن دوٚن چیزَن ہُند چھہ عارضی تہٕ وقتی، ذٲتی تہٕ انفرادی مگر ضرر یمن دوٚن چیزَن ہُند چھہ دایمی متعدی تہٕ عام۔ (سورہ بقر، سیقول)

یہ ترجمہ چھُ واعلمو سپارٕ تہٕ سوٗرہ توبس تام۔ اَمہ برٛونٛہہ چھُ یمن وُنہٕ چھاپ سپدُنے۔ امین کامل صابنہٕ کتاب "روحانی فلسفہ" بیٚیہ ۱۹۶۸ء اندر چھاپ۔ اَتھ کتابہٕ منز چھُ ترٚیہ مقالہٕ "ویدانت، ترکہٕ شاستر تہٕ تصوف"۔ کامل صاحب چھُ "پننہٕ کتھہ" عنوانس تحت یمن مضموٗنن متعلق لیکھان زِ "یم چھِ بنیٲدی صوٗفی شاعر ناوِ چھِ انتہاںٔ الوجی بطور زانُن لیکھِنہٕ آمتۍ۔ یوسہ اکیڈمی ہُند طرفہٕ ترٚین جلدَن اندر چھپہٕ چھاپ سپزمٕژ۔ اکیڈمی ہنزِ کاشُر مشاورتی کمیٹی ہُندِ اکہ فاصلہٕ مطابق چھہٕ دوٚنی یم ترٚینوے مضموٗن الگ کتابی

شکلہِ اندر چھاپ پیان کرنہٕ" کأژِل صأب چھِ یِمن ترٛین مضمونن کتأبی شکل دِنہٕ وِزِ الگ "زان" لیکھان یِمہ سینٛہ یِم مضمون فِکرِ ترٛنس منٛز آسأنی سیٛدان چھِ۔ ویدانت حِصس منٛز چھِ اَمِچ تأریخ (ویدن ہُنٛد زمانہٕ، توحیدُک احساس، ہمہ اوست نظریُک آغاز، اُپنشد یا ویدانت، اُپنشدن ہُنٛد فلسفہٕ جنگ نامن ہُنٛد زمانہٕ، سوترن ہُنٛد زمانہ، پتہٕ تلی پوزا یہِ ہُنٛد آغاز، پرانن ہُنٛد زمانہٕ، ویدانتکۍ ترٛےٚ بٔڈۍ نظریہ، ویدانتُک زوال) تہٕ پتہٕ ہِنٛدۍ فلسفہ (برہمن، آتمن، زیوآتما، کأینات، پأدایِش، بوٗد نا بوٗد، پأدایِشہ ترٛٚے ہِنٛز حالت، مایا، زیوتہٕ عناصر، زیوتہٕ ظہوری مُشاہدٕ، زنم تہٕ کرم) یوگ (راجہ یوگُک، اٹھ منزل) بیترِ ذیلی عنوان۔ پتہٕ پأٹھۍ ترٛکہٕ شاستر حِصس منٛز اَمِچ تأریخ (شومت، ترٛٚیےٚ تنترۍ سکوٗل، کشیر ہِنٛد پرٛون دھرم، شو تنترک رِواج، شنکر آچاریہ سُنٛد اثر، ترٛکُک گوڈ، بجہ شخصیژ، ترٛکُک لٹر یچر) تہٕ امیُک فلسفہ (ترٛکہٕ تہٕ امیُک مقصد، پرٛتہٕ بھجنا یانے پچھانہٕ زان، اعلا حقیقژ ہِنٛدۍ سروٗپ، اعلا حقیقژ ہِنٛز شکتی، آباس واد تہٕ پرکاش وِمرشہِ آباسن ہِنٛدۍ توہ تھ، مایا توہ تھ، پوروش توہ تھ، پرکرتی توہ تھ، پرلے تہٕ جہا پرٛے ملکس تہٕ تمکو طریقہٕ) تصوفس تحت چھِ اَمِچ تأریخ (زہدُک آغاز، زہدُک دوٗیُم دور، صوفی ناد، تصوفُک آغاز، تصوفُچ ترقی، تصوفُک عروج تصوفُک زوال) عرفان تہٕ حقیقت (تصوفُک آغاز، زندگی ہُنٛد مقصد، ذات تہٕ پأدایِش، ملأیک تہٕ موت، باغ بہار بلبل، انسان، لوکُٹ دُنیا، روٗحأنی سفر، روٗحأنی مقام، روٗحأنی حال، روٗحأنی سلطنت) ژور صوفی سلسلہ (خانواد تہٕ سلسلہ، کینٛہہ صوفی زانہٕ شبد) ہوی ذیلی عنوان یِمن عنوانن تحت چھُ عألمانہٕ اندازس منٛز بحث میلان۔ یِتھ موضوعس چھُ محض

محنتہ کرِ وجہ رٕتھ کھوتمُت مُصنِفس چھ کینٛہہ لفظ یا اصطلاح گڑٕنی پیمژ تہٕ کینٛژن لفظن ژھٕ کینٛہہ گرٕتھ کاشرٕ شکل دِنی پیمٕژ۔ نۆمونہٕ چھُ یہِ "ییٚلہِ کانٛہہ بأزیگر رٕز سَرُف چھُ بناوان تہٕ رٕز چھ سَرُف دٕرینٛٹھ یوان۔ اَتھ چھ مایا وَنان۔ رٕزِ ہنٛدِ یہِ سَرُف بنُن چھُ اَکھ ناقابلِ تشریح رۆپ، تِکیازِ رٕز چھنہٕ دراصل سَرُف بنان۔ یہِ چھِ بیشک اَکھ حقیقت باسان مگر عارضی۔ یتھےٚ پأٹھۍ چھُ یہِ نام رۆپی دُنیاہ تہٕ باسان، مگر یہِ باس چھُ سورُے عارضی۔ یہِ چھ سانہِ لاعلمی ہُنٛد نتیجہ۔ ییٚمہِ مۆجوب اَسہِ اَکھ چیز بیاکھ چیز ہاوٕ دٕرینٛٹھ چھُ یوان۔ اَتھ چھ خاصیتھ چھ بیٚیس کُن منسوب کران۔ مثلن سرفہ سُنٛد تصوُر چھِ رٕزِ پیٹھ لاگو کران تہٕ رٕز چھےٚ پانس سَرُف باسہٕ ناوان۔ یتھےٚ پأٹھۍ چھ اَسہِ آتمس سیٚتۍ جسم، حواس تہٕ مَن لاگو کران تہٕ آتمس چھِ زیوٗ وَنان۔"(۱) اَمہِ علاوٕ چھےٚ کامل صأبن "بہاءاللہ تہٕ نوٚو زمانہ" بی، ای، ایسلمنٹ سٕنٛز کتابِ کاشرِس منز بدلِ پیٹھ، یوسہٕ بہأین ہنٛز محفلہ روحأنی طرفہٕ ۱۹۴۹ء یس منز نوِ دِلہِ چھاپ سپٕز۔ یہِ ترجمہ چھُ نفیس۔ فلسفہٕ کِس موضوعس پیٹھ چھُ حال حالے ابتدأیی فلسفہ، اَکھ تأریخی مطالعہ ناوٕ رشید نازکی صأبن اَکھ مضمون ۱۹۷۵ء کِس "سون ادب" کِتابہِ منز چھاپ سپُد مُت یتھ منز ابتدأیی فلسفچ تأریخ وِشہناونہٕ آمٕژ چھےٚ۔

تألیمہ ہنٛدِس موضوعس پیٹھ چھےٚ دُنیکتان کاشرِ پأٹھۍ کانٛہہ کتاب شایع سپٕزمٕژ۔ واریاہ کال برونٛہہ چھُ اَتھ موضوعس پیٹھ صرف تنہا انصأری صأبن اَکھ مضمون "صحیح تألیمی نظام تہٕ امیک نصاب" ۱۹۶۴ء چہِ سون ادب سوپیرس منز چھاپ سپُد مُت۔

---

(۱) رۆحأنی فلسفہ - امین کامل - صفحہ ۴۷

## گرامرتہٕ لسانیاتھ

لِسانیاتس مُتعلق تہٕ چھِینہٕ وُنہٕ کانٛہہ کتاب کاشرِ پٲٹھۍ لیکھنہٕ آمژ۔ ٹاک زینہ گیری صابٕنِز کتاب "کاشرٕک علاقہٕ واد پھیر" چھینہ لسانیاتس مُتعلق بلکہ تتھ منز چھِ صرف لفظن ہُند پھیر ہاوِنہٕ آمُت، توٚے کوٚر مےٚ تمیُک ذِکر تحقیق کِس عنوانس تحت۔

کاشرِ گرامرِ پیٹھ چھِ ہیمہٕ کوشش یوٚرپی اُدیبو شوٚرو کرے یِہ تیمن کُن آو بٲیہِ توجہ کرنہٕ۔ شفی شوق تہٕ ناجی مُنور صاٮ۪بن لیوٚکھ کوشُر گرامر۔ یہ چھِ اوٚڈو باڈو کینٛہہ لعمہِ کتھِ۔ پوٚز گوڈنیچ کوشش آسنہٕ کِنہ چھےٚ قابلِ قدر۔ یہ چھُ انگریزی گرامرُک ہندِس طریقس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت۔ حالانکہ کاشرِ زبان چھےٚ ہند آریایی زبانن سیتۍ تعلُق تھاوان۔ اَمہِ علاوٕ چھِینہٕ گرامرچہ سارِنٕے اہم کتھ اتھ منز آمژٕ۔ گرامرکین اصطلاحن خاطرٕ چھِ کاشرو اصطلاح بناونہٕ آمٕتۍ۔ تہٕ تِمو اصطلاح بناونہٕ آمٕتۍ یِم رٕٹھاوِ کھتی باسان چھِ۔ مثالہٕ پٲٹھۍ اسم خاطرٕ ناوُت، فعل خاطرٕ کرٛاوُت، صِفت خاطرٕ باوُت تھاونہٕ آمُت۔ یِم اصطلاح چھِ شوبہ دار موٚڈٕ تہٕ جان مگر وِ کھتو۔ یِہِنٛز اکھ چھِ اُردوٕ اصطلاحو نِشہ واقف۔ اگر اردو اصطلاحے تھاونہٕ یِہن جان گژھو۔ نشاط انصاری صاٮ۪بن تہٕ چھُ اکھ گرامر لیوٚکھمُت مگر یہ چھُ وُنہٕ چھپنے۔

## اِلسے، دریوپہٕ ناج تہٕ مزاح

مزاح رنٛگو اگر کینٛہہ نثر کاشرِس منز موجود چھُ تہٕ چھُ کینٛژو مضمونو افسانو تہٕ ڈرامہِ ہوٚرنٛگو۔ مثالہٕ پٲٹھۍ اختر محی الدین دندٕ وزُن۔ [illegible] ناجی مُنٛورٕ دکو کرٕ بغاو تھ۔ پُشکر بھان صاٮ۪بن ہیٚر و مچامہ۔ مستقل کتاب چھِینہٕ کانٛہہ جموں و کشمیر کلچرل اکیڈمی کر کینٛہہ ورِی برونٛہہ ٹھ، کاشرِ اَسُن ترایہ، ناو کی اکھ

کتاب شایع، یمہ محمد امین کامل صابن ترتیب دِژ۔ اَتھ منز چھِ نور محمد روشن سُنز مسکین جِڑ، اختر محی الدینُن دَنٛد وَزُن، رہبر نہ نٲجی سُنٛد کوکُر بغاوتھ، کٲمل صابُن اَکھ شیچھرا اکھ قی، تہٕ ہیوبنہٕ رحمان (افسانہٕ) مکھن لال محو صابُن وٲنی پانسں ٹسنہٕ زٹھنک فن، بیستر جیز سٲرِنس مزاحیہ نثرس منز کتابی صوَرتھ رکھنہٕ موحفوظ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ سون ادب ۷۵ ءیس منز محو صابُن اُسن تہٕ اسناوُن، تہٕ محمد یوسف مسکین سُنٛد نفسیر تو کادُن، زِ مزاحیہ مضمون۔

ریپورتاج چھُ ہاوُن باوُن لایق۔ اَز تان حرف اَکی اَدیبن لیوکھمُت سُہ گو پُشکر بھان صاب۔ پُشکر صاب چھِ ژِکرتہٕ مزاز اکھ فطری مزاحیہ نگار اَدِ سُہ ڈراما اُسن، مضمون اُسن یا بٮ۪یہ کینٛہہ چیز، مزاح چھےٚ یہنٛز خصوصیت۔ یَتھ سیٖنٛتھ بلیٖ کرٕ طنز تہٕ شامل آسان چھُ۔ پُشکر صابن چھےٚ یہ ریپورتاج کٲشُر فلم "مٲنزِ راتھ" بنٛنس بیٚہتھ لیوکھمُت تہٕ یہ ریپورتاج چھُ مزاحیہ۔ نمونہ چھُ یہ: "اکہِ دوہہ وَوّن پٔران کشورن مےٚ" پوشا! کٲشری پٲٹھو ہا بنٕہ یٮ۪تہٕ فلم ژٕ ڈتو کنھ۔ کٔہ سہ جوانی کیٚہی صنایہ۔ راتھ تام اوُسکھ وارِ کارِ، راتی منزِ کیٚہ سنا گوٚرے۔ مےٚ وُدمس ـــــ بیٚہ ہوٹے نا، ـــــ ہسٲ بار تھچہ زن، چانی دٔرِ ہے ہا چھٔکسے پوٗز ونان، تکہٕ نے درِ ہے، ـــــ ہا یمو چھکھ وَنان۔ مےٚ ہا چھےٚ نہ یہان، سُہ کُس بناوِ کٲشرس منز فلم؟ ـــــ پگہٕ واتہٕ ایم آ سیٚتھ بمبہ بیٚہتھ۔ سُہ کرِ مےٚ سیٖنٛتھ کتھ باتھ تہٕ سیٖنٛتھ سیٖتو سنتوشس تہٕ وونس سیٖتو ـــــ، ـــــ سنتوش لیکھہ باتھ فلمہ ہٕنٛد یا یتھ تہٕ لون ڈیلاگ، ـــــ وونی چھُنہ مےٚ پٔران جبیس یہ وَنُن تکان زِ اَسہِ میلیا رولا کنہٕ یہ لوٗدٕ حسرت شترٕ ہیہِ اوری، بنتس اَنمہٕ زن، یمیٲری چھُس سوچان زِ پوشا ژٕ ہا چھکھ لٲرِ ہیو بیٚہتھ۔ پٔران جی کُس دِوا چھُ زِ بٔنُن پان مُشرِتھ

روزٕ پس وۄہن بوزے یادٕ"[1] مرغوب بانہٲلی صٲبن چھ اکھ ز ریپورتاژ لیکھو مِتۍ
ییم اخبارن منز چھاپ سپدۍ مِتۍ چھ۔

ایسے لیکھنس کُن چھُنہٕ ازتام تیوٗت توجہ دنہٕ آمُت، یوٗت تاہ پزِ
آسُن وینۍ تہٕ گرٕ چھنہٕ غلط کہ تہٕ آسُنس برابر آو توجہ دنہٕ۔ نوٗر محمد بٹ صٲبُن
اکھ ایسے چھُ "کیٛنژھہ رٲلہٕ مِلہٕ کتھہٕ" ناوی اگست ۱۹۶۴ء کس کاشُر پتراز کس
منز چھاپ سپدمُت۔ امہ پتہٕ سومناتھ صٲبُن "بیلہٕ سۍ نیکٹایے لاگُج" تہٕ
روٗشُل پونپُر صٲبنۍ کیٛنژھہ ایسے یمو منز اکھ "نیب" کس اکس شمارس منز
چھاپ گومُت چھُ۔ بٔیہِ کیٛنژھہ چھ روزنامہ "خدمت" کِس تہٕ شیرازٕ کین کیٛنژن
شمارن منز شایع سپدۍ مِتۍ۔ روٗشُل پونپُر صٲب چھُ منز کُنہ کانہہ کانژھہ
ایسے لیکھٲنی۔ تہٕ یہ چھُ غنیمت۔ نمونہ چھُ "ایسے! یہ کیہ سا ز بوزے گیہ
بٔچھنہٕ ایسے لفظس سیتۍ رٲلہٕ وُن لفظ چھو ر۔ پوٗز چھُ۔ مگر چھُ اپوٗز۔ اُردو
والین یوٗ اتھ سیتۍ رٲلہٕ وُن لفظ تھاوند ٹانکُ کلہ دود یُر کال للہٕ ناوُن
تہٕ اوٗنکھ 'انشائیہ' کنہٕ زٕٹھتھ۔ کرٕ ہمن تہٕ کیا " ایسے" ہیٛچھ ناوٕنیچہِ اچھر
وٕہرِ چھیہٕ' یہِتھ تہِتھ کو ر رکھ یمن دوہن دوہ پرن میٛشل۔ سٲنی کارو وہ کیٛنژ
کادٕ کدٕ وٕنی زیو تہٕ وُچھو توت خبر کُس جود کرِتھ روٗ ٹن بیٚہ شو نکو یا چھو یہ
دومُت، شیرل تہٕ دوٗ کھۍ نیل وہ بر شرٕ ہیٚرِس تل۔ پھاو دِتھ وُچھو تہٕ
کوٗت وانہٕ ناوِس۔"[2] امہ علاوٕ چھِ منظور ہاشمی صٲب تہٕ عبدالاحد
حاجنی صٲب تہٕ ایسے لیکھان۔

متفرقہ

یِتھہٕ عنوانس تحت کرٕ یہٕ کیٛنژن تِمن "لیکھن" کُن اشارٕ ییمہٕ

---

۱ کاشُر نثر۔ خیال تہٕ رہبر ۳۶۲، ۲۶۳ ۲۔ کاشُر شیرازٕ شمارٕ ۱-۶۹ ایسے
شُل پونپُر۔

باقے عنوانن تحت ییتھ ہیٚکو۔ مثلن پروفیسر حاجنی صابُن تنقیدی مکالمہ "بییتہِ سوٗرُسے چھُ ویان۔" غلام نبی گوہر صابُن مضموٗن "ییہِ قیصہ" (فونوٗنس مُتعلق) تہٕ تِم چیٖز یِم شیٖرازس یا باقے اخبارن تہٕ رِسالن اندر یِین والین ہٕندِ طرفہٕ وقتہٕ وقتہٕ چھاپ سپدان روزٕ۔ اَتھ سِلسلس منز چھِ تِم ترجمہ تہٕ قٲبلِ ذِکر یِم غارٕ زبانن منز لیکھنہٕ آمژن چیٖزن، کٲشرِ پأٹھؠ کرنہٕ آے مثلن موتی لال ساقی صابُن "گیٖتس ہِندی خط فیٖنی ہِندِ ناو" گیٖتس شرن انگریزی چیٖزن ہُند ترجمہ یا ناجی منور صابُن "ٲلی شرٕ چیٖزٕ کور ہِندِ ناو" پنڈت جواہر لال جی نہروٗ شرن انگریزی چیٖزن ہُند کٲشُر ترجمہ۔ یِم وِزٕ کتٲبی صوٗرتہٕ منز چھاپ سپدِتھ بازرٕ چھِنہٕ یے متِھ۔ البتہٕ ساقی صابنہٕ ترجمہٕ منز چھُ اَکھ حِصہ (زٕ یا ترٛٲہ خط) شیٖرازٕکس اَکس شمارس منز تہٕ "سمن بل" کس اَکس شمارس منز چھاپ سپدیومُت۔

صحافت

کٲشرِ صحافتہ چہِ یِم کوششہ راجہ پرتاپ سِنگھنہ زمانہٕ محمد یحییٰ رفیقی سٕندِ "کاشہِ تارک" درٕ گژھن ہیٚنالسن منز عیسٲے مشینری ہِندکی چھاپ پیٚیٹھ بمارن ہِندِ خاطرٕ اَکہ اخبار ۱۹۳۸ء یس منز ایس پی کالجہ کہ پرتاپ میگزینہٕ تہٕ پتہٕ امرسنگھ کالجہ کہ لالہ رخ میگزینہٕ، ۱۹۴۰ء یس منز مہجوٗر صابنہٕ "گاش" اخبارٕ ستہٕ وقتہٕ وقتہٕ سپدان روز نامو ہیٚنز ۱۹۴۷ء پتہٕ سنجیدٕ صوٗرتھ اختیار کرٕ نی۔ چنانچہ گوڈنیتُن رِسالہٕ "کونگ پوش" جاری یُس کلچرل کانگریس تہٕ آل سٹیٹ کلچرل کانفرنسک ترجمان اوس۔ بقولِ پروفیسر محی الدین حاجنی "کأشرِس نثرس تہٕ نظمس آیہٕ جدید ترقی پسندن ہٕنزٕ وتھٕ "کونگ پوش" رِسالس منز ہاوٕنہٕ ـــــ نور محمد بٹ صابنہٕ وٕننہ

---

۱ کأشُر نثر صفحہ ۱۳

"کونگ پوشس منز یوسہ بینہ کتھ چھپان اُس تتھ منز اُسن جادِ تہٕ سیاست ورتھنا و نہٕ یوان ادبی مسلن ہٕنز اُس نہٕ کینہہ ذِکر آسان۔ ذکر اگر آسہ ہا تہ سہ اُس سیٹھا کم آسان"۔[1] سیاستک تہٕ ترقی پسندی ہنٛد شکار آسنہٕ باوجود یوسہ خدمتھ کونگ پوش رسالن کاشُر ادبس کرٕ سہ چھےٚ کاشر ادبی تاریخک حصہ بنیمت۔ بقول امین کامل صاحب "کونگ، پوش شمارہ چھ اَز تہٕ دادی لدن ہنٛدی پاٹھو تھاونہٕ یوان"۔[2] کاشر زبانی منز لیکھو مُتو گوڈنکہ افسانہ، گوڈنیچ ناولہٕ ہنٛد گوڈنیک باب، سأنی مضمون، مقالہ ۱۹۴۷ ہس پتہ لیکھمتو گوڈنکو ڈراما روٗد وأتھو رسالس منز چھاپ سپدان۔ ایڈیٹر اوسُس سومناتھ زُتشی تہٕ اعزازی ایڈیٹر مہجور صاحب تہٕ مرزا عارف۔

کلچرل کانگریس تنظیمہٕ نیبر بیم ادیب رُتھ یِمہ ہنٛز رٕٹی ترقی پسندی ورتھنان اُسی تیمو بنوو بزمِ ادب تہٕ کوڈ کھ "گلریز" رسالہ یتھ منز قرایی ترتیب وٕریہن اردوس سیتی کاشرِ نثرِ کینہہ جات تجربہ کرنہٕ آیہ۔[3] امہ رسالک بأنی اوس مرزا عارف، نظر و ترتیب اُس پروفیسر حاجنی صاحب تہٕ عبد الحق برق صاحبس ہتھہ تہٕ مدیر تہٕ پبلشر اوسُس محمد صدیق کبروی۔ پتہٕ سپیٛہ امہ کس ادارس منز امین کامل صاحب تہٕ شامل۔ کینہہ وری گژھتھ سپٕدِن یہ بند تہٕ پتہٕ دراو ۱۹۶۰ ییس منز یمہ عارف صاحب سنز نگرانی منز امہ وِزِ اُسی غلام نبی خیال صاحب تہٕ مرزا حبیب الحسن یہٕ ترتیب دِوان۔ گلریزکس اتھ سلسلس منز اوس صرف کاشر نظم تہٕ نثر چھاپ سپدان، بیٛیہ کینہہ زبانی ہنٛد۔ ایڈیشن اوس ڈسلا یہٕ تاوی لیکھنہٕ یوان۔ کینہہ شمارہ نیبر تھ آمہ

---

۱۔ سونہ ادب ۵۹، صفحہ ۲۵۵ ۲۔ تیب اکتوبر ۲۸ء ۳۔ کاشر نثرک کتاب۔

"گُلریز" بنییہٕ بنٛد تہٕ پَتہٕ دُچھنہٕ اَزیُک تان زانٛنہٕ۔

اُتھۍ زمانس منٛز اوس دِلہٕ "ہمپوش" ناوٕ وی بیاکھ رِسالہٕ نیٖران یُس کاشرِ اَدبٕچ خدمتھ کران اوس۔ بقول صوفی غلام محمدؔ یوٗتان مُلکس پیٚٹھ آزادی ہنٛد اَنتہایہ کھوٚتُن تہٕ، کاشر صحافت رٕوز کالجن منٛز بنٛد۔ 'پرتاپ' تہٕ 'لالہ رُخ'، رٕوٗد وٕری پَتہٕ وٕرۍ تہٕ کاشرِ نظمہٕ تہٕ نثرُک اَکھ اَکھ حصہ چھپان۔ ...... آزادی پَتہٕ ییم رِسالہٕ ڈٕرایہ، اگرچہ تِمَن منٛز اَسہ جاد نثر افسانہٕ مضمونَن تہٕ باقے چیز چھپان مگر تِمو کوٚر کاشرِ زبانی منٛز صحافتٕچ وتھ سوٚتُر کرنٕچ کوشش، یِمو رسالو منٛز چھُ کُنہ گم پوش، گُلریز تہٕ دِلہٕ منٛز نیرَن وول ہمپوش باوتس لایق۔"

اُتھۍ زمانس منٛز یانے ۱۹۵۵ء پیٚٹھ ۱۹۶۳ء یس تام اوس کشمیرِ منٛز ریاستی محکمہ اطلاعات کِہ طرفٕ "تعمیر" رِسالہ نیران، یتھ کوٚر زُتشی صاب تہٕ پَتہٕ شمیم صاب تہٕ ٹینگ صاب ایڈیٹر اَسہ۔ اَتھ منٛز تہٕ اوس کاشُر چھپان تہٕ اَمی رسالَن تہٕ کوٚر کاشرِ اَدبٕچ خدمتھ۔

۱۹۶۴ء یس منٛز ڈراو جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی ہنٛد طرفٕ کاشُر رِسالہٕ شیرازٕ۔ امیُک گوڈنیُک شمارٕ ڈراو اگست ۱۹۶۴ء یس منٛز۔ نگران اوسُس اکیڈیمی ہنٛد تمہٕ وقتُک سیکریٹری جے لال کول صاحب تہٕ ایڈیٹر اختر محی الدین صاحب۔ گوڈٕ اوس یہ وُری یس منٛز دہ یہ لٹہٕ نیران یانے شیٚیہ شیٚیہ رٕتھو پتہٕ پیٚیو ترٕ ریتہٕ وار۔ ایڈیٹر رٕوٗدس اختر صاحبن پتہٕ امین کامل صاحب۔ پرتھ کُنہ یہ زٕ اَمہ رسالن کٔڈۍ شری سٹی کامل پٕژ نمبر نیچ دریاہ کُھو آجُک ڈراما نمبر زینیک اَسہ نمبر نظم نمبر، غالب نمبر تہٕ یادگار۔ مثنوی نمبر چھ چھپان۔

۱۹۶۵ ءیس منز دزاو کاشُر ہفتہ وار اخبار "وطن"۔ ایڈیٹر اوس غلام نبی خیال صاب۔ اَمیُک گوڈنیُک پرچہ دژاو ۲۸ اپریل ۱۹۶۵ء۔ اتھ منز اُسہِ ایڈیٹوریل، خبرو تہٕ عالمی خبرو علاوٕ، کارٹون ہنانہٕ جامِ جم، دُچھان چھُس پکان چھُس، شش رنگ، پوز چھا اپوز مستقل عنوان آسان۔ اَمہِ علاوٕ اُسوا اتھ منز مضموٗن، افسانہٕ، افسانن ہندی ترجمہ، تہٕ شاعری چھپان۔ لمان لسان روزِد یہ ۱۹۶۷ ءیس تان نیران تہٕ اَو پتہٕ سپُد بند۔ اَمیُک امن نمبر تہٕ نوروز نمبر چھِ خاص طور یاد تھاوُن لایق۔

جنوری ۱۹۶۶ ء پیٹھ دژاو فیلڈ سروے آرگنایزیشن ہُک ہفتہ وار کاشُر اخبار "چمن" ناوِ گوڈ اوس یہ صرف خبر نامے بوت مگر واریاہ بنیوو اکھ ادبی اخبار تہٕ اتھ اندر تہٕ اُس شاعری، افسانہٕ، ترجمو تہٕ مضمونو علاوٕ سائنی تاریخ چھپان تہٕ بییہ اوسُس سرکارچن کامن پیٹھ تبصرٕ آسان اَمیُک گاندھی نمبر، منصوبہ بندی نمبر، شیخ العالم نمبر تہٕ افسانہٕ نمبر روزِ یادگار۔ ایڈیٹر اوسُس گوڈٕ فاضل کشمیری تہٕ پتہٕ میر غلام رسول نازکی۔

ماہانہٕ "کاشُر ادب" رسالُک گوڈنیُک شمارٕ دژاو اکتوبر ۱۹۶۶ءیس منز۔ یہ کوڈ غلام رسول سنتوش صابن۔ ادبی صلاح کار اُسیس دینا ناتھ نادِم علی محمد لون، اپن کامِل تہٕ بنسی نردوش، انتظامی مشیر اوسُس حسرت گڈہٕ۔ اتھ ماہانہ رسالس منز اُسہِ مضموٗن، نظم، غزل، تہٕ افسانہٕ علاوٕ نامہ پیام تہٕ خولہ خط ناوِ کنہ دلچسپ عنوان آسان۔ اَمکو دژاے شیٚیہ شنے شمارٕ تہٕ گو بند، اَمہِ پتہٕ دژاو ۱۹۷۰ءیس منز بییہ۔ اَمہِ ساتہٕ تہٕ اوسُس ایڈیٹر غلام رسول سنتوشے۔ نگران اُسیس اوتار کرشن رہبر، محمد یوسف ٹینگ، فاروق نازکی، چمن لال چمن، تہٕ فرحت گیلانی۔ وُنہے ترٕیہ شمارٕ نیرتھ گو بییہ بند۔

تہٕ پَتہٕ تہٕ وُچھنہٕ۔ اَتھ زمانَس منٛز اوس ریاست کہِ محکمہ دیہات سُدھار کہِ طرفہٕ "دیہات سُدھار" ناوٕ اَکھ ماہنامہ تہٕ نیران یتھ منٛز کوشُر نظم تہٕ چھاپ سپدان اوس۔ ریاستی محکمہ تالیم ہِندِ سماجی تالیم شوبہٕ کہِ طرفہٕ دراو ہفتہ وار اخبار "کاشُر" ییٚمیُک گوڈنیُک پرچہ ۲۶ جنوری ۱۹۶۷ء بازر پیو۔ اَتھ پرچس منٛز آسو سیاسی شخصیژن ہِندی پیغام، ایڈیٹوریل، "پرژنۍ تارکھ"، اخلاقک آلو، ووٹ تہٕ وِہتھ چھکے از کنگاے سیٹھا ہیوی عنوان۔ ایڈیٹر آسس رشید نازکی، محمد یٰسین منظر تہٕ پرتھوی ناتھ کول سایل۔ کیٛتہہ شمارٕ نیرِتھ گو پتہٕ بنٛد۔

۱۹۶۸ء یَس منٛز کوڈ امین کامل صابَن "نیب" ناوی اَکھ تھیکُن لایق ماہنامہ یُس پَتھ رنگہٕ معیارٕ کِنہ اُردو "شبخون" رسالس مقابلہ اوس۔ اَمِکۍ بانی کار آسی کامل صاب ایڈیٹر انیس الرحمان تہٕ ترتیب کار فاروق مسعودی۔ ایڈیٹوریل اوس "نہہ دو" ناوی لیکھنہٕ یوان تہٕ اَتھ منٛز آسی مضمونو، افسانو، غزلو تہٕ نظمو علاوٕ، "ظرافت" ناوی اَکھ مستقل مزاحیہ عنوان تہٕ رلے ترا تہٕ کیٛہ بیٚیہ سام ہیوی تنقید رتہٕ تبصرٕ کۍ عنوان۔ ژولک مودٕر عنوانس تحت آسی یِوان والین ہِندی خط چھپان تہٕ پس پردٕ عنوانس تحت کیٛتہہ تل دوٚبیرٕ گامٕژ کتھہٕ تہٕ راونہٕ یوان۔ یہ چھُ شہ واحد رسالہ یُس اگست ۱۹۷۱ء یس تان باقاعدگی سان نیران روٗد۔ تہٕ یہ چھُ شہ واحد رسالہ یمہ ذریعہ کامل صابن کاشرِ نثر کیو نظم "نوین سرحدن" ترِیش جاے نوو۔ اگست ۱۹۷۱ء یتہٕ گو یہ بنٛد۔

۱۹۶۹ — ۱۹۷۰ء یس دوران دراو انفارمیشن بیورو حکومت ہِند کہِ طرفہٕ اَکھ کاشُر خبرنامہ "پراکاش" اَتھ اندر تہٕ آسی بیٚیہ مضمون افسانہٕ تہٕ نظمہ کیو غزل چھاپ سپدان، یہ اوس سیکلوسٹایل سپدان تہٕ اَمہ کنہ گُنہ

گوٹ آسنہٕ کینہہ پرٛن ہُنٛد مشکل گژھان۔ اَمیٖک سالنامہ ۱۹۷۰ء گورو نانک نمبر، تہٕ بنگالی کانفرنس نمبر چھُ قٲبلِ ذکر۔

جولاے ۱۹۷۴ء یس دوران دراو کشمیر کلچرل آرگنائیزیشن کہ طرفہٕ ہفتہ وار "کاشُر اخبار"۔ ایڈیٹر چھس تاج بیگم رنزُو۔ اَتھ اندر چھہ خبرو علاوٕ، بالادر پیٹھ، وبور، سوفٕ تاریخ تہٕ مزاح خاطرٕ اَکھ مستقل عنوان آسان۔ چھاپ سپدن مُتر چھس ہنا بے قاعدگی۔

یمو علاوٕ چھہ ریاستہٕ کین کالج میگزینن اندر باقاعدٕ کاشُر سیکشن آسان یمَن منٛز نظم کیو نثر چھپان چھُہ، پرتاپ (ایس پی کالج) لالہ رخ (امر سنگھ کالج) وِہنُم (سوپور کالج) ورُل (ودر ہُلہ کالج) بیٚہتو سیٚتو چھہ گرلز کالج نواکدل گرلز کالج مولانا آزاد روڈ تہٕ باقے کالج تہٕ بیٚہتی میگزین چھاپ کران۔

مختلف ادبی تہٕ ثقافتی انجمنہ چھےٚ پننہٕ پننہٕ طرفہٕ نظم ونثر چھپہٕ سوٚمبرنہٕ کتٲبی سلسلو زنگو چھاپ کران۔ یمَن منٛز بنٛد پوریک "سمن بل" تہٕ "ہرمعہ کھ"، حلقہٕ ادب حاجنک "وُلر"، کلچرل فورم شوپیانک "نیری پوش"، کلچرل فورم اننت ناگک "آش" "کلچرل فورم کریریک" "انہار" تہٕ ادبی مرکز کمرازک "مشاہیر کمراز" قابلِ ذکر چھہ۔ یمو کتابی سلسلو سیٚتو تہٕ چھُ کاشُرس نثرس ہنٛد برنہٕ آمُت تہٕ تمہ ماضیہ سیٚتی پوچھر لوگمُت۔

۱۹۴۲ ہتہ پتہ سپز پننہٕ ڈراما تحریکہ ہنٛدس سلسلس منٛز انڈین پیپلز کانفرنس اَکھ شاخ قایم تہٕ یہ شاخ قایم کرنس منٛز اوس بلراج ساہنی پیش پیش چھسے بیم ناتھ پردیسی، سوم ادیب تہٕ ہنٛد قول بجا ان دٲلی۔ اَتھ سیٚتو یم ڈراما بٕھاتہ بنیہ تمن منٛز چھہ نیشنل ڈرامیٹک کلب تہٕ ہندو سدھار سمتی کلب تہٕ [illegible]۔

۱۹۴۷ء پتہ بنیہ کلچرل فرنٹ۔ اَمیُک مقصد اوس یہ زِ کشیرِ پیٹھ حملہ کرن والین ہُند مُقابلہ کرُن تہ تمدنی تہ ادبی سطحس پیٹھ تہ کرُن یُن۔ اَمیُک گوڈنیُک چیئرمین اوس مرحوم غلام محمد صادق (سابق چیف منسٹر جموں و کشیر) تہ گوڈنیُک جنرل سیکریٹری مرزا عارف۔ اَمہِ تنظیمہ ہِنٛدِ طرفہ پیٛیہِ وارِیاہ ڈراما، اکثر گاموٕ نظمہٕ تہ سرکارچہِ پالیسی آیہ لُکن تام واتناونہٕ۔ پتہٕ بنیوٕ کلچرل کانگرس تہٕ "آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس" مگر یمن انجمنن ہُند مقصد رودٕ پرٛیتھ وقتہٕ تہٕ پرٛیتھ مرحلس پیٹھ امی زِ پیٛیہِ ادب تہ آرٹ کُو زہ اَکس مخصوص باڈ پیٹھ استاد سپدُن۔ کاشرِ زبانہِ ہِنٛد نثرِ تہٕ کاشرِس منزٕ اَکھ باضابط ادبی رسالہ قایم کرنُک سہرا تہٕ چھُ یمنے انجمنن۔ نور محمد بٹ صاحب چھِ ونان زِ یمن انجمنن تہٕ اَکھ گوڈنیکس کاشرِس رسالس پیٹھ اُس سیاستچ مکمل چھاپ "قومی کلچرل کانگرس کس سیکریٹری ہِنٛدِ طرفہٕ تُمی کلچرل تحریکہ ہُند رودٕ "ساٗنی کلچرل تحریک" شایع کرنہٕ آو، تُمہ اَندٕ کلہ پیٹھ تُلس تام سیاست ژٕ رُن گوٕ ورگہٕ پاٗٹھ واتنو اَمہِ تنظیمہٕ کاشرِس ادبس وارِیاہ فایدٕ۔

۱۹۵۲ءکس اَندس پیٹھ بنوو تمو اَدیبو "بزم ادب" یمن منز بقول پروفیسر حاجنی رُودٕ پیٛیہِ نظریہ ترقی پسندی وِشران اَمہِ "بزم۔ اَدیبو رُکن بنیہ اُس مرزا عارف، پروفیسر حاجنی، خواجہ محمد امین بیگ، عبد الحق برق تنہا انصاری بیتر۔

اَمہ پتہ بنیہ یہ مختلف ادبی انجمنہ مختلف شاین مگر کلچرل کانفرنس چھ جاے رُٹ۔ اَکی انجمنہ کاشرِ زِ امہ تہ پتہ کوشش کلچرل مرکزن۔ یاتھی صاحب تہ کاملِ صاحب اُسی اکھ وکرچ رُدٕ۔ اَکھ صدر تہ بیشاکھ سیکریٹری چھِ بیدہٕ کانٛہ انجمن ناو پیٛو کوشش مرکزس سیت۔ یا تھی چھایو یم ادبی انجمنہ بارس پیٹھ کشیر

منٛز چھِے"، بزمِ ادب ایس پی کالج حلقہ علم و ادب خانیار، انجمن ادب بڑگام، بزمِ ادب کاپرن کوہ لگام، کلچرل فورم شوپیان"، کلچرل فورم کریر، حلقۂ ادب حاجن، بزمِ ادب بانڈی پور تہٕ بییٚہ وارِیاہ ڈرامیٹک کلب یِمن منٛز رنگ منٛچ ڈرامیٹک کلب کلچرل ٹرسٹ بارہمولہ بیٚنٛز شامِل چھِہ۔

۷۲-۱۹۷۱ءَس منٛز آیہٕ زٕ دۄن تہٕ سوار ادبی تہٕ ثقافتی تنظیمہٕ بارسس۔ اَکھ ضِلعی سطحِچ "ادبی مرکز کمراز" تہٕ بیاکھ صوبائی سطحِچ "کشمیر کلچرل آرگنائزیشن" کشمیر کلچرل آرگنائزیشن تنظیمہٕ ہِنٛدۍ گوڈنِکۍ صدر بنیہٕ غلام نبی گوہر صاحب تہٕ گوڈنِکۍ سیکریٹری سیف الدین سوز صاحب۔ گوہر صاحب چھِہ وُنی کیٚن تہٕ اَمِکۍ صدر مگر سیکریٹری چھِس رحمان راہی صاحب"۔ ادبی مرکز کمراز" صدر تہٕ سیکریٹری چھِہ نتہٕ بیہہ ٹھ پلیتر تیب رشید نازکی تہٕ مشعل سلطانپوری۔ اَمہٕ تنظیمہٕ چھِے مٕنٛین سالانہٕ کأشرِ کانفرنسن منٛز اہم مسلن کُن توجہ پھِرنووٕمٕت یِتھن کأشرِ زبأنی ہِنٛدۍ مسلہ، کأشرِ ادبکۍ مسلہ، کأشرِ ادبٕچ ہِنٛدۍ مسلہ، کأشرِ زبأنی منٛز تلفظ گرٛنیکۍ مسلہ۔ کأشرِس ادبس منٛز جدیدیت بیٚنٛز۔

یِمن تنظیمن ہُنٛد بیہہ اَوٕ کینٛہ تذکرٕ کرُن زٕ اَتھ ہُنٛد ذرِیہٕ تہٕ چھِہ کأشرِس نثرِس وارِیاہ فائدٕ ووتمُت۔ یِمن تنظیمن ہِنٛزن میٹنگن منٛز چھِہ نظمن سیتی سیتی نثرکۍ وارِیاہ قسم پرنہٕ یِوان تہٕ تِمن پیٹھ بحث سپدان۔ ۱۹۵۸ءَ پتہٕ پیٚنٛز یِتیٚنہٕ کلچرل اکیڈیمی قائم، بییٚہ کینٛہ دوٚیِمین زبانن کھوتہٕ چاڈٕ کأشرِس ادبس بوٚر چھر تووٕگ۔ اکیڈیمی چھِے وُری یکہ بہترین اَدبٕکۍ انتخاب "سونٛ ادب" ناوٕ سالانہ چھاپ کران۔ کأشرِس منٛز اَکھ ادبی رسالہ شیرازٕ کڈان، شامِ افسانہٕ تہٕ ڈراما مسوٚدن ہُنٛد مقابلہ کران۔ ادبٕچ کتابہٕ چھاپ کرنہٕ خأطرٕ مالی مدد دِوان تہٕ چھاپ کتابن پیٹھ اِنعامہٕ دِوان۔

کشیر منز ریڈیو سٹیشن بنٕنہٕ پتہٕ لوٚگ سائنس اَدبس بٔڈ بہٕ ہیٚن پوچھنہٕ ریڈیو ڈراما ہیٚش صنف آیہٕ کأشرس منز تہٕ۔ واریاہ جان جان ڈراما آیہٕ لیکھنہٕ تہٕ ریڈیو پیٹھہ پیش کرنہٕ، ریڈیوکین ادبی پروگرامن منز آیہٕ شاعری علاوہٕ اَفسانہٕ تہٕ پرنہٕ تہٕ مختلف عنوانن پیٹھ مضمون تہٕ پرنہٕ۔ اَمہٕ سیتھ تہٕ ہیوٚو ساہ نثرک سرمایہٕ۔ یہٕ کام کرنس منز چھُ وَن ٹی وی تہٕ شریک۔

محکمہ اطلاعاتہٕ کہٕ طرفہٕ تہٕ روٚد واریاہ کینہہ کأشرس نثرس منز چھپان۔ یُہ دوٚے اَگر چہ اہمیتھ جاد تہٕ پروپیگنڈا ہیو چھےٚ تاہم چھےٚ اَمہٕ کینہہ یاد تھاونہٕ لایق تہٕ اَمہٕ سیتھ ہیوٚو نثرک ذخیرٕ۔ ۱۹۵۳ء پتم مختلف عنوانن پیٹھ پمفلٹ تہٕ کتابہٕ مثالہٕ پأٹھۍ نوٚو ہندوستان، ترقی ہیٚنز وتھ، سأنی خارجہ پالیسی بیتر نیشنل کانفرنس تہٕ کرٕ نیٚنہٕ پالیسی متعلق وزیرٕ زٕ واریاہ پمفلٹ کأشرِ پأٹھۍ شایع۔

امہٕ تہٕ چھےٚ محکمہ اطلاعاتہٕ طرفہٕ تہٕ محکمہ دیہات سُدھار کہٕ طرفہٕ کُنہٕ کُنہٕ کانہہ کانہہ پمفلیٹ کأشرِ پأٹھۍ نیران، یِمن منٛز موجوٗد زمین زراعتچہ ترقی تہٕ ہوٚکہٕ نتیجہٕ پالسی آسان چھُ۔

# سانہٕ کینہہ کتابہٕ

| کتاب | مُصنف / ترتیب کار |
| --- | --- |
| کأشرِ ادبُک توارٖیخ | ناجی مُنور ، شفیع شوق |
| تہذیبُک توارٖیخ | ناجی مُنور ، شفیع شوق |
| کأشُر ہیٚندی ریڈر | ڈاکٹر ٹی ، این ، گنجو |
| اوحال نامہٕ | چمن لال چمن ، بشیر اختر |
| نفسیاتھ | عبدالغنی مدہوش |
| کأشُر شیوہت | بدری ناتھ کلا |
| ریٚشتہٕ تہٕ سأزِ ریشتہٕ | رشید نازکی |
| کأشُرِ کٕہ تھیٹر | محمد سُبحان بھگت |
| اَزِچ کأشِر شأیری (انہار) | رحمان راہی ، شفیع شوق |
| کأشرِ ادبُک فکری پوٚت منظر (انہار) | رحمان راہی ، |
| ادبی تنقید (انہار) | رحمان راہی |
| نوٗ شار سوٗمبرن | غلام نبی فراق |
| نثرٕچ کتاب | ڈاکٹر رتن لال شانت |
| جدید کأشر شأیری | ڈاکٹر حامدی کشمیری |
| ادبی اصطلاح | غلام نبی فراق |

